# مقالات

(پروفیسر محی الدّین حاجنیؔ)

ترتیب و تالیف

عبدالاحد حاجنیؔ

معاون

ابنِ محی الدین حاجنی

ناشر

احسن میموریل فاؤنڈیشن، سوناواری حاجن

# مقالات

مُصنف

پروفیسر محی الدین حاجنی

ترتیب وتزئین

عبدالاحد حاجنیؔ

معاون

اِبنِ محی الدین حاجنی

نائشر

احسنؔ میموریل فاونڈیشن

حاجن سوناواری کشمیر

کتابہِ ہُنٛد ناو : مقالات

مُصنف : پروفیسر محی الدین حاجنی

ترتیب وتزئین : عبدالاحد حاجنی معاون اِبنِ پروفیسر محی الدین حاجنیٖ

گوڈنیُک ایڈیشن : ۱۹۶۷ء

دوٗیم ایڈیشن : ۲۰۲۲ء

چھپنٕ ؤری : ۲۰۲۲

کمپیوٹر کمپوزنگ : شاہ پبلشرز ،حاجن بانڈی پورہ،6005951500

سرورق : جمیل انصاری

مول : ۵۰۰

لایبریری ایڈیشن ۶۵۰

تعداد : ۵۰۰

چھاپ خانہٕ : تاج پرنٹنگ سروس دہلی

کتاب میلہٕ ٹھک نبب:

☆: احسن میموریل فاونڈیشن احسن آباد حاجن سوناواری

☆: کاشیانہ محی الدین حاجنی جامع محلّہ حاجن

☆: کتاب گھر لالچوک سرینگر۔

## فہرست


| صفحہٕ نمبر | عنوان | نمبر شمار |
|---|---|---|
| 4 | انتساب | ۱ |
| 5 | عرضِ ناشر | ۲ |
| 8 | آغازِ سخن | ۳ |
| 12 | کأشرِ زبأنی ہُند اکھ اِرتقأیی خاکہٕ | ۴ |
| 13 | آمدم برسرِ مطلب! | ۵ |
| 45 | ضمیمہ | ۶ |
| 51 | کأشرِ نثری لکہٕ ادبُک خاکہٕ | ۷ |
| 61 | کأشرِ زبأنی ہندی کینہہ تلمیح | ۸ |
| 103 | کأشرِ ثقافتکی کینہہ تاریخی نشانہٕ | ۹ |
| 138 | کٔشیرِ پیٹھ مُغلن ہُند حملہٕ تہٕ قبضہٕ (یعنے کٔشیرِ ہنزِ غلأمی ہُند ابتدا) | ۱۰ |
| 172 | اسد پرے بحیثیتِ صوفی شأعر | ۱۱ |
| 213 | ٹیگور بحیثیتِ ڈراما نِگار | ۱۲ |

## انتساب

تس کُنہِ بێنہِ ہۄنٛدِ ناوٕ، یێمی زندگی ہۄنٛدِ پُتٕر مہِ دوہہ ووٛش ترٛاوِتھ مےٚ متعلق پرٛۄ ژھمُت اوس...... "کیاہ تس ترٛ اون نازتہِ جیلہٕ مژٕ تہٕ بہٕ گرٛھاتس مِشتھ؟ نہ......نہ! سُہ تہِ خدایس حوالہٕ تہٕ بہٕ تہِ"

# عرضِ ناشر

احسن میموریل فاونڈیشنس چھُ یہِ فخر حاصِل زِ تِمہِ ہیکۍ تِمن سکالرن، طالبِ علمن، کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبہٕ کِنۍ ژُکی درن ہُنٛد دِلی تمنا پوٗرٕ کرنس منز کامیأبی پرٛأوِتھ یِمہِ مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی صأبنہِ مقالات، گاموٗنٛزی پھیری پھیری تہٕ شرٕچ کتابہِ خأطرٕ پھیٚہہ پھیٚہہ أسی کران۔ تِکیاز یِمہٕ کتابہٕ آسہٕ نہٕ ووٚنی کُنہِ جایہِ تہِ دٕسیاب۔ یٚیمہِ کِنۍ سائنٛن سکالرن تہٕ نوجوان پُیہٕ ہنٛد بن لِکھاربن اوس یِمن تأریخی تہٕ علمی خزانن ژھوٗنڈ دِنٛک زبردست اشتیاق دوہ کھوتہٕ دوہ بڑان۔ توے کوٚر راسہِ گوڈٕ انوارِ ''مقالات'' تہٕ ''گاموٗنٛزی پھیری پھیری'' نوِسرٕ ترتیب دِتھ پرن والیٚن تام یہِ زأنٔتھ واتناونس اند رجلدی تاکہِ تِمن لگہِ حاجنی صأبُن علمی بجر تہٕ کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبس وُسجار دِنس اند رتھہُنٛد اہم رول پَے۔

مقالات کتابہِ چھِ کیٚنٛہہ اہم بجر تہٕ تأریخی اہمیت۔ اتھ اند رچھِ اکھٲ کِس کھوتہٕ تم علمی، تنقیدی، تحقیقی تہٕ لِسأنی مقالہٕ شأمِل یِمن ہنٛز وبٕرٛ ژھے کأشرِ زبأنۍ تہٕ

ادبس اَس۔ یہِ چھےٚ گوڈنیچ ڈالی ساَنس نثری سرمایس باگہِ آمژ یٖیمہِ کہِ برکتہٕ پرٛتھ کأنسہِ کأشرِس ادیبس تہٕ طالبعلمس یٖیمہِ کتھِ ہُنٛد احساس گنیاو زِ ساَنٛزِ زبان، ادب، تحقیق تہٕ تمدُن کمو دورو مژی گُذرِتھ تہٕ روٗد زِنٛدٕ۔ تمہِ علاوٕ چھُ کأشرِ زبأنٛزِ ہُنٛد ارتقأیی خاکہٕ، بیٚون بیٚون دورن ستۍ وابستہٕ واقعات، تلمیحات تہٕ باقیات قأبلِ داد۔ تأریخی تہٕ سیأسی تبدیلین ہُنٛد مُدلل خاکہٕ علاوٕ چھِ تصوفس تہٕ ادبی نٔہجن پیٹھ بصیرت افروز بحث تہِ اتھ انٛدر درج۔ بۆڈ ہیٚو اعجاز چھُ اتھ کتابہِ یہِ حاصل زِ امہِ کِنہِ ستو مضموٗنو انٛدر چھُ حأجنی صأبن یاداشت کِس بُنیادس پیٹھ پانٛژھ مضموٗن لیٚکھی متۍ ستہِ أسیرٕی ہنٛدٕین حالاتن دوران تہٕ پانہٕ چھُ مرحوم حأجنی صأب رقمطراز۔

"مےٚ چھُ پانس یِتےٚ یوت اطمینان کأنی زِ سرکأری گاٹلین ہنٛدِس قأدخانس انٛدر گوٚونہٕ مےٚ تیٚوت وقت ضایہِ یوٗت مےٚ پرٛانہِ عہدٕ کین گاٹلین ہنٛدِ ین قأدخانس (یعنی جیلہٕ نبرِ مس دُنیاہس) انٛدر پرٛتھ دوہ گژھان چھُ۔ پننہِ اِطمنانہٕ علاوٕ اگر ستۍ یمہٕ مقالہٕ پرِتھ کأنسہِ کأشرِس "کشمیریت" زٕتس ہش پیٚیہِ" بہٕ زانہٕ زِ زنتہِ پروفیسر رأہبن لس کُن تہِ یہِ بأتھ ووٗ نمُت اوس۔

ژٕ أتھی گلغوشس انٛدر قأد تہٕ قأدِ کی ستم مُشرکھ
چھِنو اِد دوہ کڈُن کینٛہہ کرٛیوٗٹھ قأدن کالہٕ کوٚٹھن منٛز

یُدوے یمہٕ تمام اہمیژ تہٕ خصوصیژ زیرِ نظر تھأوِتھ کرٛ یاو اسہِ زٕ ؤری برٛونٛہہ حلقہ ادبکہِ ذریعہ یہِ کتاب دوٚ بارٕ چھاپ کرنٕک فأصلہٕ مگر کیٚژن أخر زمانہٕ کین نام نہاد لکھارین آونہٕ یتھ ہیٚو کارنامہٕ أچھ تلۍ۔ اما پوٚز عام کأشر پرن والین تہٕ

سکالرن ہنٛز منگ نظرِ تل تھاوِتھ کوٚر راسہِ یہِ فاصلہٕ زِ أسی کرو گوڈ انوارِ پروفیسر حاجنی صابنہِ تم سیارے کتابہٕ دُبارٕ چھاپ یُتھ زن أزی کین ووتھٕ وِنین قلمکارن تہٕ سکالرن گُنہِ قسمچ کانٛہہ تھوتھ پیہِ نہٕ۔ محمد امین فرزندار جمند مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی صابن ٹھپو ویمہٕ تمام مجبوٗری زیرِ نظر تھاوِتھ سپنہٕ زِ یہِ کینٛژھا احسن میموریل فاونڈیشنس یمہٕ کتابہٕ پرن والین تام واتناونہٕ خاطرِ ضروٗرت پیٚیہِ تہٕ کرٕ بہٕ کأشرین مُحب قلمکارن تام یہِ ادبی سرمایہِ واتناونہٕ خاطرِ تمام برداشت۔

أسی چھِ وژھِو أنجہِ امین اِبنِ محی الدین حاجنی سندی کأشرِ زبأنی تہٕ ادبہٕ حوالہٕ فاونڈیشنس اتھواس آیتن تھاونہٕ خاطرِ شکریہ ادا کران تہٕ یہِ وومید تھاوان زِ امین صأب تھاون یمہٕ پُرخلوص کوٗششہِ ییٚتہِ یورتہِ جأری۔

عبدالاحد حاجنی

سربراہ احسن میموریل فاونڈیشن

۲۷ نومبر ۲۰۲۱ء



# آغازِ سُخن

پرانہِ عہدہ أسی تِتھی تہِ گاٹلی، یِم یہِ وَنان أسی زِ یہِ سورُے دُنیا چھُ اکھ قاد خانہٕ یمن مقابلہٕ أسی کینْہہ بزرگ، یِہُنْد یہِ عقیدٕ اوس زِ یہِ سورُے دُنیا (بلکہِ کائنات تام) چھُ انسانہٕ سِنْدِس منس منٛز پٕر گرٛشھان۔ تہِ گوٚیی زِ اِنسانہٕ سُنْد شعوٗر چھُ دُنیہس قاد کٔرِتھ ہٮ۪کان۔ یِمو دوٚیو فرقو علاوٕ چھُ پرٛانہِ وقتہٕ پٮ۪ٹھٕ پرٛ بتھ مُلکس اندر سماجی مجبوٗریو بیٚیا کھ اکھ طأیِفا پأدٕ کوٚرمُت۔ یِتھ حُکمران طبقہٕ چھِ وَنان۔ امہِ طأیِفہٕ کٮ۪ن طبق نال وفادارن چھُ یہِ دعویٰ آسان زِ چونکہ اسہِ ورأے چھُنہٕ کانْہہ گاٹُل۔ لہٰذا یِتھ ہیم ناک جایہِ أسی جیل وَنو، سُے گو "اصلی" جیل۔ پننہِ وقتہٕ عقلہِ ہِنْدی اجارٕ دار آسنہٕ سببہٕ چھُ یمن یہِ حق تہِ آسان زِ یُس اکھاہ یِہنْدِ فأصلہٕ مطأبِق "نادان" پیہِ مانُنہٕ، سُہ گرٛشھِ أتھی اصلی جیل خانس اندر رواتنأوِتھ یمن ہِیُو کاوٕ گاٹُل بناونہٕ یُن۔ یُتھ زن یِم پانہٕ جیلہٕ نٮ۪بر روٗزِتھ شُد شِہلِتھ نٮ۪ندرا کرن یا بیدأری منٛز یڈ بٔرِتھ حکوٗمتاہ چھاون۔ یِمو منٛز چھُ خالے کانْہہ یہِ مانہٕ نس تیار آسان زِ جمہوٗری دورس منٛز عارضی حکوٗمت ہمیشہ چھاوُنک شُری خیال یا بژ یِتھ

آرزٕ وچھٕ واریاہِ پھِر انسأنی شعوٗرس اندرا کھ غأر شعوٗری أنٛدرۍ ور "obsession" بنان۔ یتھ تل لگتھ اِنسانس پأرِ زان تام چھےٚ راوان۔ ناپأری زأنی ہٕنٛدِس عہدس منٛز چھٕ لوکٹٮ۪ن حأکمن ہنگہٕ منگہٕ بتھس، ہٕتھ پھوان کھالن تہٕ نکوأری حأرِتھ "نادانن" ہاوٗن زاگرنہٕ أسی توہہِ "عقل نما" ہاوٕ وپگاہ کھسہٕ نہٕ اختابے!

کٲشِرِ ہٕنٛدِس تأریخس اندراوس تِتھے ہیٚو اکھ دورا مئی ۱۹۶۵ء۔ ییلہٕ بہٕ سمبل حوالاتس سُپرِ دسپدنہٕ پتہٕ کھے وقتا گرٕھتھ دون عأقل حأکمن نشہِ أکس چپات خانس اندر رواننہٕ آس۔ اتہٕ وُچھ مےٚ اکھ سرٕ ٹنٛڈ ہیٚو گوٗرٕ ہل تہٕ بیٚا کھ سوسریامُت دماغ دار حأکم اکھ أکس پتہٕ مےٚ کُن أچھ ترٕکرأوِتھ ونان "اسہِ چھےٚ پوٗرِ پتاہ......اوٕ۔اوٕ......کیاژےٚ تِتھے نا سأنٛز حُکم أنی وبٕرأنی!۔مےٚ دوٗ پُکھ اوّل چھوٗنہٕ تُہی دوٗ وے مےٚ ویٚدی، دوم گوٗ ژھ پننہِ حُکم أنی متعلق یہٕ سوال مےٚ یور اننہٕ برٕ وٗنہہ پرٕژھن۔سوٗیم چھٕ وبٕرُن تہٕ نہٕ وبٕرُن اکھ ذأتی اضأفی کیفیت۔ تُہی فرمأوِ توامہِ بےٚ ربط سوالہِ علاوٕ کیاہ چھُ توہہِ مےٚ پرٕژھن؟ یہٕ "بیقل" جواب بوٗزِتھ لگی یہنٛدی نکوأری برٕ وٗنہی مہِ کھوتہٕ جادٕے وُپھنہِ تہٕ گوٗرٕ ہلس آو چارتہٕ وٗننٕ۔ "اسہِ چھُکھ ژٕ سیٚزِ راوُن تہٕ جیل سوزُن......" یہٕ اوس وُنہِ وناأنی تہٕ سوسہٕ رٕہتی حأکمن کوٗ ڈُس کتھِ واش تہٕ فرموٗن ...... "جموں جیلِ جموں......" مےٚ دوٗ پُکھ "اگر توہہِ یتہٕ جاے چھوٗنہٕ، توٗری سوٗزِیوٗم۔ تُہنٛدی اتھ کی چھ رٕڈٕ مٕتی!" یہٕ سیٚو دساد جواب بوٗزِتھ تہٕ لگی یِم وارٕے گرزنہِ تہٕ تِمن بڈٕ ہن (مگراز پنشنی!) حأکمن تہٕ تھوکھ تھوکھ ژھننہِ، یِموٚ یِمن یِم گُرسیہٕ دِژمٕژ آسہٕ۔ پہنٛز یہٕ دنیأکی وُچھتھ اوُسس بہٕ دِلہٕ منٛزی خوش زِ مےٚ بنیاوحال اکھ موضوع۔ یوٗ تامتہ یِموٚ یہِ

دعویٰ تہٕ کوٚر زِمیانہٕ بدلہٕ ییہٕ حاۍ جنس پوٚرٕ ''عقل'' ہێچھناونہٕ۔ مےٚ دۄپ پٕژھ ......
''حضوٗر! تُہۍ کیاز چھوٗ اَسس پھوٚس کھالان۔ توٚہہِ یہٕ فاصلہٕ دِیُن اوسُو تتھ چھنہٕ اپیلے...... مےٚ چھُ ۱۹۴۹ ٕہ یس منٛز آزاۍ دی چھاوان چھاوان جموٗں جیلس اَنٛدر صاف صاف آکسیجن چوٚمُت۔ تتہِ چھِنہٕ سمبل حوالاٹکی پاٹھی حاجنہٕ کبن ۵۴'' نادانن'' ۱۰X۱۲ فُٹہٕ کوٗٹھرِ منٛز دوٚہس راتس کاربن ڈاۍ آکسایٔڈ چاوِناوِتھ زِنٛدٕ تھاوِنٕچ تربیت یِوان دِنہٕ۔ تُہۍ سوٚزی توٚمےٚ جل جل جوٚم یتھ مےٚ وقت ضایہِ گژھِ نہٕ۔'' یہِ بوٗزِتھ گیہِ شری گوٚنژ ہلس ژھوپہٕ۔ مگر مسٹر سوسر یوٚمُت وۄتھ......
'' جیلس اَنٛدر کیاز گژھی نہٕ ژےٚ وقت ضایہِ۔ آخر تتہِ کیاہ کرکھ؟'' مےٚ دۄپُس ......'' یہِ بہٕ جیلہٕ نبر کران چھُس: پرٛتھ دوٚہہ کینٛہہ صفہٕ پران تہٕ کینٛہہ سطرٕ لیکھان۔ اگر تُہنٛد ''اِقبالہٕ'' مےٚ جیلس اَنٛدر لیکھُن پرُن بنٛد گژھِ نہٕ، تیلہِ چھنہٕ مےٚ جیلس تہٕ گرس درمیان کانٛہہ خاص فرق لبنہٕ یِوان۔'' یہِ بوٗزِتھ خبر یم دونوے گیا حأران کِنہٕ پشیمان۔ مگر بہٕ آس اَمی وقتہٕ یِہنٛدِ ''چپات خانہٕ'' اَنٛدرٕ کڈنہٕ تہٕ ترٛیمہِ دوٚہہ براستہ پولیس لایٔن جموٗں سنٹرل جیل واتناونہٕ۔

اۄت واتِتھ ژھانٛجےٚ یم کینٛہہ معیأری کتابہٕ۔ مگر تم بنےٚ یمنہٕ کینٛہہ تہٕ پرٕ ہا کیاہ؟ گرِ پیٛٹھ انہٕ نایم ترٛے کتابہٕ: پی۔ این۔ کے بامزے صأبنٛز '' تاریخ کشمیر''۔ خواجہ نذیر احمد صأبنٛز ''جیسز اِن ہیون آن اَرتھ'' تہٕ بێیہٕ سوٚزِم اوتار کشن رہبر صأبن پننٛز کتاب ''کأشرِ ادبٕچ تأریخ'' آخری دوٚہن منٛز تہٕ بس۔ یمن کتابن ہِنٛدِس واتہٕ نس تام اوس مےٚ اَتھ کِنۍ پھِری پھِری سہ لفظ ژتبس پیوان یُس مےٚ سرکأری گاٹلبن برٛوٚنہہ کنہِ کوٚرمُت اوس زِ بہٕ روزٕ پرٛتھ جایہِ پننٛز کأم کران! بێیتھ کِنۍ

أَسِم کتابو بدل دِل شکستہٕ رفیقن ہِندی چھِہ تِم تِم راز باوان، یِمن واریاہ کتابہٕ نیرن۔ امہِ دُنیاہ پٔژتھ دوہ وِیُٚو رٹُلتھ اوُسس بہٕ کُنہِ کُنہِ وِزِ (عاذتہٕ موجُب) دوٗر ہِتھ صرف یادٕ وُٚترِس تِچھان تہٕ کینٛہہ سٕطرٕ لکھان۔ یِمو منٛزٕ کینٛژن تأریخی سٕطرن تِتی ترتیب دِنہٕ پتہٕ ییمہِ کتابہٕ ہِندی پانٛژھ مقالہٕ (نمبر ۱،۲،۳،۴،۶) بنےیہٕ۔ باقی زٕ مقالہٕ (نمبر پانٛژھ ۵ تہٕ ستھ ۷) أَسی مےٚ جیل پِنہٕ بڑونہے لیٚکھی مِتی۔ رِہا گژھنہٕ پتہٕ لوٚگس بہٕ گرٕ جیلس ییٚتہٕ یِمن مقالن کُنہِ کُنہِ جایہِ ہیرپھیر کرنہٕ وژاَے کانٛہہ خاص اضافہ کرنٕچ فُرصتھے آیہِ نہٕ......

لہٰذا چھُنہٕ یہِ غأر متوقع زِ یِم مقالہٕ پٔرتھ پبن نقّادن تہٕ مورخن واریاہ تِم کتھہِ یاد، یِم مےٚ مُشتھ آسن گامژٕ یا تِم لبن تِژھ کینٛہہ کتھہٕ تہٕ یِم ووٗنی پرٛانیٖژ آسن۔ مےٚ چھنہٕ امہِ نوکتہٕ چینی ہنٛزٕ کانٛہہ پریشأنی۔ تِکیازِ بنٛدٕ چھُ بشر (تہٕ جیلس اندر تس کھوتہٕ تہٕ پتھے رژھ کھنڈ!) مےٚ چھُ پانس پیٚتے یوت اطمینان کأفی زِ سرکأری گاٹلبن ہِندِس قأدخانس اندر رگُوونہٕ مےٚ تِیُٚوت وقت ضایہِ یُٚوت مےٚ پرٛانہِ عہدٕ کبن گاٹلبن ہِندِس قأدخانس (یعنی جیلہٕ نبرٕ مِس دُنیاہس) اندر پٔژتھ دوہہ گژھان چھُ۔ پننہِ اِطمنانہٕ علاوٕ اگرٕ یتی یِم مقالہٕ پٔرتھ کأنسہِ کأشرِس پننہٕ ''کشمیریت'' ژتس ہش پیٚیہِ بہٕ زانہٕ زنتہٕ پروفیسر راہبن تس کُن تہٕ یہِ بأتھ وُٚنمت اوس۔

ژٕ أَتھی گلغوشس اندر قأدتہٕ قأدکی ستم مُشرکھ
چھِنواد دوہ کڈُن کینٛہہ کرٕ یُٚوٹھ قأدن کالہٕ کوٹھن منٛز

حاحن۔ ۲۳ مارچ ۱۹۶۷ء پروفیسر محی الدین حاجنی

# کأشرِ زبانٕ ہُنٛد اکھ اِرتقأیی خاکہٕ

[زبانن ہِنٛدِس ووٚتلنس تہٕ پھاپھلنس متعلق اگرچہِ یہِ وُنن چھُ واریاہس حدس تام پٔز زَتہٕ لِسأنی تنقیدِ موجوٗب زیادٕ وزن دار زِ ''أکِس زبانٕ پٔتھ دٔیمہِ زبانٕ ہُنٛد اثر دریافت کرنہٕ خأطر چھُ تمن زبانن ہِنٛد بن فعلن، مصدرن، آوازن، صوتی تبدیلین، لفظن ہِنٛزِ تُلہٕ ترٛاوِ تہٕ لب وٕلہجس پیوان سٕنُن'' (اوتار کِشن رہبر ''کأشرِ ادبٕچ تأریخ'' صفہٕ ۶۲)۔ اما پٔز زأتھ ہیتہٕ یہِ کُلیہ وودنہِ کرُن تہِ چھُ غلط زِ ''اکہِ زبانٕ ہِنٛدی اگر کینٛہہ لفظ دٔیمہِ زبانٕ انٛدر وأتِ یہِ گوٚونہٕ اثر پیوٚن'' (رہبر ۶۲) تِکیازِ یہِ مانہِ پٔرتھ کانٛہہ نقّاد زِ اثر پینٛکہ چھِ واریاہ قسم، یِمن منٛز اکھ أکِس نِشہِ لفظ ووزُم ہُلٛنی تہِ چھُ اکھ اثراہ۔ یتھ اثرس واش کڈُن یٔیمہِ مقالُک مقصد چھُ۔ رہبر صأبنہِ وننہٕ مطأبق چھُ سانہِ زبانٕ تِہنٛدِ مینن گرٕ سنسکرت تہٕ فارسی زبانن ہُنٛدُ ے اثر قبول کوٚرمُت (کأشرِ ادبٕچ تأریخ صفہٕ ۶۴) اما پٔز تِہنٛد ے اصوٗلہٕ موجوٗب چھُ سانہِ زبانٕ ترٛیمہِ زبانٕ (دردی) ہُنٛد تہِ تِتھے اثر قبوٗل کوٚرمُت۔ یِمن ترٛبن زبانن علاوٕ، یوٚ تام لفظ ووزُم تِلِتھ پأنٕ راوٕنک تعلق چھُ، کأشرِ زبانٕ چھُ ناگا عہدٕ پٔتھٕ وُنیوٚ کتام کم از کم نَو زبانو اثر ترٛ وومُت۔]

# آمدم برسرِ مطلب!

یہِ کتھ چھےٚ وونی مانَنہٕ آمٕژ زِٲنتی سٕرہٕو کہ گژھنہٕ پتہٕ لگی کٲشیرِ اندر ناگ قومکی لۆکھ بسنہٕ۔ یم کتہٕ آے؟ اتھ سوالس چھِ واریاہ اڑلیکی جواب دِنہٕ آمٕتی۔ یمن ہٕنز کیاہ زبان ٲس؟ اتھ سوالس چھُنہٕ اکھاڑلیٛوٗک جواب تہٕ دِنہٕ آمُت۔ اما پوٚز یہِ قیاس چھُ یقیناً دۆرزِ ناگن ہٕنزِ زبانٕی پیٹھ آیہِ ساسہٕ وادٕری ین پیوندس پٹھ پیوند کھالان۔ پیٛمیٛک پٔتم موٗسانٕی ٲزِچ زبان چھےٚ۔ ممکن چھُ زِ یتھ مُلکس ٲسی از ''ناگالینڈ'' ونان چھِ ''اتکی لۆکھ ما آسن تمی قوٗمچ اکھ چھکرنہٕ آمٕژ تھُل مُل۔ زانہہ کانٕہ ییلہِ کانٕسہٕ محققس موجوٗدٕ ناگالینڈچہِ زبانٕی تہٕ شوٗد کاشرِس پانہٕ وٕنی مُقابلہٕ کرٕنچ فُرصت یِیہٕ، سُہ ماہاوِسانہٕ زبانٕی منٛز وُنہِ تہِ گوڈٕ بسن والین ناگن ہٕنزِ زبانٕی ہُنٛد کانٛہہ کانٛہہ لفظ یا لہجہ یُس ساسہٕ وادٕری ین ہٕنز لگھیہِ پتہٕ تہِ چلہٕ وُن رُوٗدمُت چھُ۔

ناگ لفظ اوس سنسکرت زبانٕی منٛز گوڈٕ گوڈٕ عام پاٹھی ترٛٮ۪ن چیزن وننہٕ یِوان۔ ۱۔ سُرف ۲۔ ہوٗس تہٕ ۳۔ ناگ (دھات) تہٕ پژاکرتی تہٕ اپ بھرمشی عہدِ زیٛٹھیا ویہِ لفظ قریباً بہن ۱۲! چیزن تام تہٕ ٲزیکس کاشرِس اندر چھِ'' ناگ'' لفظ صرف ترٛٮ۪ن چیزن ہِندِ خاطرٕ ژمیامُت۔ ۱۔ آبہٕ چشمہٕ خاطرٕ، ۲۔ ناگ ناوٕک دھاتہٕ (وسیمٕژ) خاطرٕ تہٕ ۳۔ اکہِ طاٲفچہِ کرامہِ خاطرٕ۔ شری اقبال ناتھ ونپوہ

سُند دپُن چھُ زِ گوڑ گوڑ اوسنہٕ سنسکرت زبانہِ منٛز ''ناگ'' لفظ آبہٕ پوکھرِ وننہٕ یِوان۔ ''ترتھ مہاتمیو پتے ہیٚوت سانہٕ جیوتشو ناگ ( قومس ) چشمہٕ وُنن ۔ ( وُچھو رِسالہٕ ''شیرازہ'' سرینگر باپتھ اگست ۱۹۶۸ ء مضموٗن ناگن ہنٛز ژھاآر۔ بٹہٕ شاسترو منٛز ۔ ( شری اقبال ناتھ ونپوہ ) ۔ ممکن چھُ زِ کشیرِ ہنٛز وناگہٕ پوکھرو منٛز ما آسہٕ ہن واریہن پوکھربن ناگن ہنٛدی ناو ناگ ذاژن پیٚٹھ چلہٕ وِنی رُوٚدی ہتی تہٕ ترتھ مہاتمیو پتہٕ بنیاوِیمن پوکھربن ہُند اِسم جنس ناگ۔ یُس ازتام چلان چھُ۔

آرِیَن ہتی تہذیبی لین دینہٕ پتہٕ روٗز ناگن ہنٛز عٔرفہٕ پوٗزا تتھے کنی چلہٕ وِنی پتہٕ کنی بڑ ونہہ اَس۔ بلکہِ آرِیَن ہنٛدِ اثرٕ آو پرٛتھ کانہہ بوٚڈ ناگا کانٛسہِ نتہٕ کانٛسہِ دیوی یا دیوتاہس کُن منسوٗب کرنہٕ ۔ تہٕ جائے عبادت مانہٕ۔ ناگن ( آبہٕ پوکھربن ) ہنٛدِ اَمی تقدُسہٕ موجوٗب کرہ کاشرو مُسلمان سپدنہٕ پتہٕ تہِ پانس پیٚٹھ ناگہٕ گاڑ حرام!

پتہٕ چھُ ممکن زِ سانہِ زبانہِ ہُند اکھ لفظ ''آیستان'' ما آسہِ تمی ناگ آریایی مِلہٕ ژارِ وقتہٕ بارسس آمُت۔ آیستا نُک معنی چھُ ''عٔرفہٕ سنٛز پاک جائے'' ( آہہٕ سنسکرت بمعنی سرُف۔ ستان سنسکرت استھانُک ژھوٚٹ تلفظ ) ۔ یتھ جایہِ آرِیوٗ عٔرفہٕ آرجی کرِتھ ژھوگ تھوٚد تہٕ یُس خاص کر برہمنن ہنٛز مذہبی علامت چھُ روٗدمُت۔

قیاس چھُ یی زِ تہذیبی مِلہٕ ژارِ پتہٕ تہِ گوٚنہٕ آرِیَن تہٕ ناگن پوٗرِ پاٹھی سیاسی مِلہٕ ژار۔ تیمیُک بوٚڈ ہیوٗ تاریخی وجہ آسہِ آرِیَن ہُند نسلی خبط۔ امہِ نسلی جداگانہٕ ذہنیتُچ ...... ( اکھ تمثیل چھُ سائنس لُکہٕ ادبس اندر ہیمال ناگرایہ ہُند المیہ رومان یُتھ چلہٕ وِنی روٗزمُت۔ اگر یہِ پوٗز مانو ( یہِ زن کینٛہہ مورخ تہِ چھِ لکھان ) زِ ہیمال

ٲس راجہ بلدیوٗ سٕنٛز کوٗر۔ تیٚلہِ چھِ یِمن دون[2] قومن ہٕنٛزِ اتھ علامتی جُدٲیی قریباً ساڑھ ترٛے ساس وٕری گژھان۔ ناگ راجہِ سُنٛد تلپتال گژھُن گوٚو کٔشیرِ منٛز ناگ قومُک یا ژلُن یا گلُن یا آریَن ہٕندِ سراسر رلُن۔ تلپا تالہٕ بدلہٕ اگر آرِیَن نِشہِ شِکس کھیتھ یِہنٛد حکمران طبقہٕ ''نگر'' علاقس منٛز تِہ آسہِ گوٚمُت۔ اما پوٚز امہِ واقعہٕ برٛونٛہہ ساسہِ وادٕ وٕری یِن یوسہٕ زبان تِہنٛزِ پُرنہِ پیٹھ گھٔرٕ مژ ٲس، سو ٲس سٔنٛز موٗل دِتھ گٔمژ۔ تہٕ یِہنٛدِ تہذیبکی یِم وُچھن لایق بیٚیہِ تہِ وارِیاہ چیٖز ٲسی، تِم گٔیہِ نہٕ ناگن ہُنٛد سیاسی اقتدار ختم سپدنس ستۍ ختم۔ امہِ شرٛ پن پایکی نِشانہٕ رٕوٗدی کٲشرِ زبٲنی منٛز ساسہٕ وادٕ وٕری یِن چلہٕ وِنی۔ مِثالے نموٗ ٲسی ''کلہٕ ناگ'' لفظ یُس حال حال تام پرٛانین بٹہٕ گرن منٛز گرٕ موگل ہیوٗ مانہٕ اوس یِوان۔ تہٕ یُس '' پرٛتھ رٕژوِ زِ بھوگ اوس تھاونہٕ یِوان''۔ یِم کولہٕ ناگ چھِ دراصل ٲٹھن مشہوٗر ناگ قبیلن ہٕنٛدی آبٲیی زِٹھی ٲسی متۍ۔ یِم جوتش شاسترن منٛز پرٛتھ وٕری یہِ کِس موکلس (ورش پتی یس) ستۍ بطورِ وزیر ٲسی آسان۔ یِمو منٛزِ سارِوے کھوتہٕ تھوٚد '' اننت '' اوس اننت ناگ (اسلام آباد) چھُ اننت کولہٕ ناگہٕ سٕنٛز جاے ٲسمژ۔ یُس ناوُنہِ تہِ چلٲنی چھُ۔ تِتھے کِنی اوس ناگن ہُنٛد بیا کھ قبیلہٕ شہر ٹیکسلا پیٹھِ یور آمُت۔ امہِ کِس کولہٕ ناگس اوس ''تِکھشک'' ناو۔ مُمکن چھُ زِ سون ''تکھیٖک'' لفظ چھُ امی قبیلُک یادگار۔ تکھیٖک گوٚو عالِم تہِ تہٕ جابِر تہِ۔ شری اقبال ناتھ ونیوہ سُنٛد وَنُن چھُ زِ کٔشیرِ انٛدر یتھ یتھ گامس ''تاچھل'' پتہٕ یِوان چھُ، تتہِ تتہِ چھُ تکھشک کولہٕ ناگہٕ سُنٛد قبیلہٕ کرٛوٗن بسان اوسمُت۔ مثلاً تورَلہٕ تاچھُل، بوٹہٕ تاچھُل، شوپیان تاچھل بیترِ شاستر و موجوٗب چھُ امہِ قومُک ناگ (چشمہٕ) زِیونہِ اوسمُت تہٕ شاسترن سنان

سنان چھِ از یہِ کتھ وار یہس حدس تام کھرِ گاٮ۪مژ زِ ناگن ہنٛز ابتدأئی بُستیہِ چھےٚ آسہٕ ہٕمژٕ اننت ناگ، زیوَن، کوٚنڈ، ونپوہ، پانژر، پالہٕ پورِ تہٕ بڈر حیات پورِ۔ یِم سارے جایہِ چھےٚ مرازس اندر رٕجر ایِوان۔ تہٕ یِمن بُستیٖن ہنٛدی سرحدی محأفظ (دِ کھپال) چھِ أسی ہِتی کشیرِ ہنٛدِ ترٛیٚیہِ انٛدِ ترٛے ناگ ۱۔ آلہٕ پتر ۔۲۔ شیشہٕ ناگ ۳۔ مہاپدم سرن نِش شوپیانہٕ یورُکن۔ ہیمالہِ تہٕ ناگرایہٕ ہنٛدی زِ ناگ چھِ ناگن ہنٛزِ رازدانہِ ہنٛزِ جایہِ ژینہٕ وٕنی دِوان۔ ناگن ہنٛد بوٚ آٹھو قبیلو پتہٕ پھُٹہٕ پھرٛاٹ ناگو ہنٛزِ چھُ ''نیل ناگ'' سبٹھاہ بوٚڈ تہٕ تھوٚد درجہِ وول۔ تیٚمی ہِنٛدِس ناوس پیٹھ ''نیل مت'' پُران (شاید ستی مہِ صدی عیسوی منٛز) لکھنہٕ آو۔ اگرچہِ اتھ پُرانس چھنہٕ کلاسیکی اردہن پُرانن ہنٛد تیکنیک، اماپوٚز یہِ چھ پننے آیہِ ژینہٕ وٕنی دِوان زِ کشیرِ ہنٛدِس نِلہ مت مذہبس اندر رچھُ تِمن ناگن ہُنٛد تہِ حصہٕ یِہنٛدِس ناوس پیٹھ نِلہ مت پُرانہٕ چہِ ناگہٕ پوکھرِ روزٕ ہٕمژٕ آسہٕ۔

ناگہٕ بُستیٖن ہنٛزِ زبأنی پیٹھے لُج سانہِ زبأنی ہنٛز پُرن کھسنہِ تہٕ زمانہٕ پتہٕ زمانہٕ پوچھر لبنہِ۔ از اگرچہِ ابتدأئی لِسأنی دورن ہنٛز صحیح نشاندہی کرٕنی قریب قریب نا ممکن چھَ، اماپوٚز یِہژٕ ہن قیاس چھُ صحیح زِ اسلام یِنہٕ برٛونٛہہ چھُ ترٛیو قومو سأئنس تہذیبس خاص کر زبأنی پیٹھ بڈ سوٚن اثر ترٛوومُت۔ یِم چھِ، (۱) پشاچ (۲) یِہوٗدی تہٕ (۳) آریہ۔ یِمن ترٛیٚیہِ قسمہٕ زبأنی آسہٕ تہٕ یِم ترٛین الگ الگ نسلن ہِتی تعلق أسی تھاوان تہٕ یِہنٛز وزبانو ہِتی ناگن ہنٛدِ عہدٕچ بوٗلی وارٕ وارٕ تِتھہٕ کٔنی نابوٗد گٔیہِ تہٕ زنتہِ یہِ أسنہٕ پنٛچ ابتدأیی زبانے۔

## پشاچی (دردی) اثر :۔

ناگوپتہٕ ہتہٕ وادٕ ورِ ین ہُند تارٕیخ چھےٚ یاتہٕ کُلہٕ پٹھےٚ نابوٗد۔ نتہٕ دیومالأیی قصن اندر تیٚوت ولنہٕ آمُت زِ زبانٕ ہنٛدِ بن اِرتقأیی دورن متعلق ہیکہٕ نہٕ اتھ عہدس کانٛہہ شبہٕ راے قائیم سپدِتھ۔ صرف چھُ یُت ہن قیاس ذرادٕ رپھن زِ یتھےٚ وادی لٔج آباد سپدٕ نہٕ دردِستانہٕ پٹھٕ تہٕ لگی لُکھ یِتہٕ بسنہٕ یمن منٛز پشاچ تہٕ یکشا زیادٕ تعدادس منٛز أسی۔ اگرچہ سرجارج گریرسنس علاوٕ بیٚیہٕ تہٕ کیٚنٛہہ محقق یہٕ ونان چھہٕ زِ پشاچ تہٕ أسی گوڑ گوڑٕ ایرانہٕ (یا وسطِ ایشیا) پٹھےٚ دٕ زٕ اِمتی۔ اما پوٚز یہٕ کتھ چھنہٕ وپنٛز لایق زِ یمہٕ دونوٚے کیاأسی اکی آریایی نسلکی زٕ شاخ۔ یِہنٛدی ؤکھرٕ ؤکھرٕ تہذیب، لسُن بسُن، زبان تہٕ خاص کرٕ بیٚین بیٚین ذأژ چھےٚ ہاوان زِ یُد وے یِم دونوٚے قوم اکی وطنکی تہٕ آسن أسی ٕمتی، یِم آسہٕ ہن تتہٕ تہٕ اکھ أکس نِش الگ تہٕ توے لگی یِم پننہٕ آبأیی جایہٕ نِشہٕ مختلف عہدن اندر۔ مختلف وتو۔ مختلف مُلکن کُن ژلنہٕ تہٕ ہتہٕ وادٕ وری یوٚ پتہٕ کٔشیرِ سمکھنہٕ وِزِ رلے یہٕ نہٕ یمن ذاتھے۔ لہٰذا پشاچ عہدس متعلق یوٚسہٕ کانٛہہ شیٚچھا اسہٕ نِش بھارتی آرِ ین ہنٛدِ دستہٕ وأژ، تتھ اندر آیہٕ پشاچ پیٚچھ، مٔگری کھاو، چأری تہٕ وٗتالہٕ گنٛزراونہٕ۔ مگر یوٚ تام کأشرِ زبأنی پٹھ اثر تٕ اونک تعلق چھُ، تتھ کتھِ ہیکہٕ نہٕ دوٗنی کانٛہہ نکار کٔرِتھ زِ یِتہٕ کہن ابتدأیی بسن والین (ناگن) ٕ ستی رٔلتھ رُوٗد یِہنٛد لِسأنیأتی اثر کأشرِ زبأنی پٹھ سبٹھاہ سوٗن تہٕ پایدار۔ یُس پروفیسر آرنسٹ کوہنن ۱۸۸۷ٕ اندر نوٚن کوٚڈ۔ یِیلہٕ تِموٗ یہٕ نظریہٕ پیش کوٚر زِ کأشر زبان چھےٚ مُلہٕ تلہٕ پشاچ یا دردی زبأنی ہنٛز اکھ شاخ أسمٕژ۔ اسہٕ أس اوٚت تام تھ کیٚنٛژن عالمن ہنٛدِ دستہٕ یہٕ

غلط فہمی دِنہٕ آمژ زِ کأشر زبان چھ بھارتی آریَن ہِنز زبأنی ہِنژِ ے اکھ شاخا۔

از چھےٚ یہِ کتھ وُژھ مژ زِ دردستانہٕ سفر کران کران ییٚلہِ پشاچ یور وأتی، یم لگی کشیرِ أندی أندی کوہ کژیوَن نزدیک بسنہِ یم آسہٕ ہن گوڈ کھُیہِ ہوم وأتی متہِ۔ ''ہوم'' لفظس متعلق چھِ وُنِیُستام اکھ یہِ راے زِ دردی زبأنی منز چھِ ''ہوم'' بستیہِ ونان۔ بیاکھ راے چھےٚ زِ ہوم اوس پشاچن ہُند اکھ شرِاب، یتھ مقابلہٕ آریَن ہُنْد ''سوم رس'' اوس) گوڈنچ روایت چھےٚ زیادٕ ویہِ وِنْی۔ چنانچہِ قیاس چھُ یِلی زِ کھُیہِ ہائمس تہٕ تمہِ وقتہٕ کس دردِستانس درمیانٕ (سرحدی) گام ''دژمہٕ ہوم'' چھُ وُنہِ تہِ موجوٗد۔ اتہِ بڑ وٚنہہ کھُیہِ ہائمس بسأوِتھ لگی پشاچ وادی ہِنْدِس مشرقی کژیوَس بساونہِ۔ ییٚتہِ'' گوزٕ ہوم، کرہ ہوم، ووٚنْدٕ ہوم، کھڑ انہِ ہوم، بیٚنہٕ ہوم، ارٕ ہوم، دودر ہوم، بیہِ ہوم، گنگر ہوم، لار علاقہٕ بڑ وٚنہہ نیرِتھ بُرزٕ ہوم، دژابہ ہوم تہٕ ووٚتل ہوم چھِ یِوان۔ یم پشاچ دردِستانہٕ پیٹھ یِوان لولأبٕ طرفہٕ وادی کُن دژاے، تمو بسوونہوم، دجہ ہوم، ہایہِ ہوم، چھجہِ ہوم، رُہوم، نجہِ ہوم، وِزٕ ہوم، رِکژ ہوم، بمہٕ ہوم تہٕ ہُمہٕ ہوم۔ جنوٗبس کُن تھدان ژنْدٕ ر ہوم، درٕ ہوم، کلہٕ ہوم، کارٕ ہوم، تارٕ ہوم، ماز ہوم، کانہِ ہوم وزٕ ہوم تہٕ أخرس پیٹھ شوپیاٗنک آرٕ ہوم۔ پشاچن ہُند یہِ عوأمی دأخلہٕ روٗد کھُمار راجن ہِنْدِس وقتس تام چلہٕ وُن۔ تہٕ یِہنزِ زبأنی ہُند اثر گوٚ ووادی منز مستقل پأٹھی موٗل دِتھ۔ اگرچہِ ہتہٕ وادٕ ری ین ہِنْدیو پیوٚنْد ومنزی نیران نیران ازامہِ اثرٕ کی نِشانہٕ سبٹھاہ گیہہِ چھِ آمتہِ۔ اماپوٚز توتہِ چھِ وُنہِ واریاہ سأنی لفظ، یم محض دردی چھِ أسی متہِ۔ مثلاً کوشُر ''موج'' دردی ''آجہ''۔ تِتھے کُنی سِیوٚن (شا) ووٚنی (وُے) سوٚت (سُت) توٚت (تاتہٕ) وغیرہ۔ چونکہ پشاچ ہیکی نہٕ

پۆت وانٕبن مقابلہٕ پٮ۪ن اقتدار قٲیم تھاٲوِتھ ۔ لہٰذا رود یٖہنٛد لِسانی اثر کٲشرِ زبانہِ ہِنٛدی لفظ بڑاونہٕ کھوتہٕ کٲشرِس ہٕبس اندر جاےٚ موٗل دِتھ ۔ یِمن جاین پۆت وانٕبن خاص کر آریَن تہٕ یِہوٗ دبن ہُنٛد اثر ووت نہٕ ( مثلاً زوجیلا بالہٕ اپارِ دژاس علاقس منٛز ) تہٕ چھِ کٲشرِ زبانہِ اندر رچھ دردی اثر وُنیوٗ ستام وادی ہِنٛدِس کٲشرِس مقابلہٕ جاےٚ نُمایاں ۔ چنانچہ سانہِ ١۔ اَنس ٢۔ اتِھ ٣۔ بتہٕ ٤۔ زوٗن ٥۔ بُرتمٕن ٦۔ موٗہ ٧۔ دَن ٨۔ کوٗٹھ تہٕ ٩۔ ژھوچھِ اتہٕ ١۔ نتو ٢۔ ہتھ ٣۔ بے ٤۔ یوٗن ٥۔ برٹمٕن ٦۔ موہے ٧۔ دونو ٨۔ گوٹ تہٕ ٩۔ ژھووُنہٕ تہٕ چلان رٗ دی ٕتی ۔ تِتھے کنہٕ چھِ واریاہن جُملن ہنٛز ترکیب تہٕ اتہٕ وُنہٕ پڑانے آیہٕ مثلاً ''سُہ مہنیوٗ آو'' ۔ بدلہٕ چھِ اتہٕ ونان ''سُہ مہنڈ آلو'' ''سہ آیہٕ'' بدلہٕ ''سہ آکہٕ'' ۔ ''بلاے ژھنٛس'' بدلہٕ ''بلاے ژھن'' ۔ سُہ گوو بدلہٕ ''سُہ گوو'' ۔ تہٕ عام ورتاوٕکی وارياه ابتدأئی لفظ چھِ وُنہٕ دژاس علاقس تہٕ کٔشیرِ شاید پشاچ عہد پٮ۪ٹھ ہوی رٗ دی ٕتی ۔ یِمو منٛزٕ چھِ قابلِ ذِکر سُر ، پٮ۪ن ، وُل ، تھوپ ، باش ، ٹھول ، بڑانتھ تہٕ ڈینٛج بیترٕ ۔

پشاچ تہٕ یکشا رٗ دی آخری وقتس تام آریٲئی اثر رُکاونٕچ کوٗشش کران ۔ تہٕ آریا رٗ دی یِمن پٮ۪تھ عہدٕ نِچہ نظرِ وُچھان ۔ ممکن چھُ زِسون کٲشر لفظ ''یچھ'' (بد۔ ناکارٕ ) ما آسہٕ آرِیوٗ ''یکشا'' قومہٕ کِہ یادگار تھوومُت ۔ امی نٔسلی موٗ ژکری ہُنٛد نتیجہ دژاویہٕ زِ یٮ۪لہٕ یٮ۪لہٕ ییتہٕ کانٛہہ سوتحریکاہ ووٗ ژھ ، یٮ۪میک مقصد آریٲئی اثرٕچ مخالفت أس ۔ پشاچ رٗ دی تتھ تحریکس ٕستی ٕستی ، یوٗ تام کٔشیرِ بودھ مذہب تہٕ ووت ۔ یہٕ چھُ یقینی قیاس زِ یہٕ مذہب کوٗر گوڈ گوڈ برہمنو کھوتہٕ پشاچو جاےٚ قبوٗل ۔ توے چھُ کلہن ہیوٗ مورخ بودھن تام گرانٛٹی پٲٹھی تہٕ گراشارٕ پٲٹھی پشاچ لکھان ۔ بودھ عہدس

اندرٕ ے چھُ پشاچ زبانٕی ہنٛز مشہور ڈلیلہِ کتاب ،گھوناڈہ سنٛز ''برہت کتھا'' لکھنہٕ آمٕژ ۔یوسہٕ غالباً بودھ جٹکا ڈلیلہِ ماڈلس پٮ۪ٹھ تمہِ زمانہٕ کہِ کاشرِ چ شاہکار آسہِ ہے۔ یتھ پوٚت وانہٕ سنسکرت عالمو تہٕ شاعرو ڈٕج ڈٕج تہٕ یُس نہٕ پرٛانہٕ رٕژھرأوِتھ تھاو۔

قیاس چھُ یی زِ سانہِ زبانٕی ہنٛدِس اپ بھرنشی عہدس تام آسہِ ہے دردی لفظن ہُنٛد جان ذخیرٕ موجوٗد ۔اما پوٚز سنسکرت عہدس خاص کرٕ ستہِ مہِ صدی عیسوی پتہٕ ہتہٕ واد ؤری ین ہنٛزٕ ہندو حکمرأنی منٛز آسن دردی لفظن بدل سنسکرت لفظ کاشرِس اندر رجاے رٕٹتھ پٮ۪ٹھی ہتی ۔عوأمی زبانٕی ہُنٛد لب ولہجہ اگر چہ دردی رود،اما پوٚز دردن ہُنٛد تاریخ تام آونابوٗد کرنہٕ۔ ممکن چھُ زِ سائنس لُکہٕ ادبس منٛز مانیرن یِہنٛدِ تأریخکی کینٛہہ نِشانہٕ۔ فی الحال چھنہٕ ڈرزٕ پأتھرِ علاوٕ بیٚیہ کانٛہہ یِہُنٛد تأریخی نشانا ہ نوٚن ۔ڈرزٕ پأتھر چھُ موضوعہٕ لحاظٕ کمہِ تام دردٕ یلغارُک یادگار۔ یتھ سانہِ ان پرٕ بھانڈ وزبانٕی زبانٕی پکناوان یِرٕونی ناوگر۔دردٕ اثرٕ چ پٮ۪تم یادگار چھ پانہٕ حبہٕ خاتون ،یوسہٕ لُکہٕ ادبچہِ روایژ موجوٗب دردٕ علاقہٕ کِس أکِس کٹہٕ راجہٕ سنٛز (نہٕ زِ عبلی رأتھرٕنی ) کوٗر چھےَ أسمٕژ......(گُوریس علاقس چھُ ازتہِ ژُروٗن تہٕ أچھر گامس درمیان حبہٕ خوتوٗنہِ ہُنٛد بال تہٕ ناگ موجوٗد )

پروفیسر ارنسٹ کوہن نہِ تحقیقاتہٕ پتہٕ بیٚلہِ یہِ کتھ کھرٕ گیہِ زِ کاشُر زبان چھِ دردی زبانٕی ہنٛزٕ ے اکھ شاخ تہٕ أتھی پٮ۪ٹھ بنیاو سانہِ زبانٕی ہُنٛد بوٚنم پیرٕ وُترٕ۔

## ہنداریٲنی زبانن ہُنٛد گروپ




کافر زبان چھ پامیرہ جنوٗبہٕ طرفہٕ ہندوکش کوہستانن اندر چلہٕ وٕنی روٗزمٕژ (سر جارج رابرٹ سن)۔ چترٲلی زبانہِ چھِ از ''کرِینا'' تہِ ونان۔ یتہِ چھَ بالکل الگ روزنہٕ سببہٕ پننے آیہِ بڑے مٕژ۔ شینا چھَ وُنہِ تہِ گلگِتس اندر بولنہٕ یِوان۔ کٲشیرِ تہٕ گلگِتس درمیان یُس علاقہٕ تژ اگہٕ بلہٕ پیٹھٕ شروع چھُ گژھان، مُمکن چھُ زِ اتھ علاقس منٛز ما آسہٕ ہن کوہِستٲنی زبٲنی بیٚیہِ کینٛہہ بوٗلن وٲلی تہِ، اماپوٚز از چھِ امہِ علاقہٕ چہِ زبٲنی عام پأٹھی ''دردی'' ونان۔ حالانکہ پیٹھی مہِ نسب نامہٕ موجوٗب چھَ دردی زبٲنی آگرِچ کأم دِژٕمٕژ۔ واریاہ دوٗر برٲستھ تہِ چھَ گورٕ یسچ دردی تہٕ گلگتیچ شِینا بول باشہِ وُنہِ تہِ واریاہ رلان (مثلاً دوٕنوٕنی علاقن اندر چھِ ''یوروولہٕ'' تہٕ ''ہور گژھ'' بدلہٕ ''ینہ ولا'' تہٕ آنہ بوٗ'' ونان) مگر گلگِتہٕ مشرقہٕ طرفہٕ چھِ ہونٛزا علاقس اندر از ''کھُجنا'' تہٕ اسکردو علاقس اندر ''بلتی''، تتھے کنٛی علاحدٕ زبٲنی لبنہٕ یِوان یتھٕ کنٛی شینا نِشہِ چترالیچ کرینا زبان چھَ۔ یِمہٕ سارے زبٲنی روزٕ یلِنگ تہٕ بٲقی بجن علمی زبانن

ہِنٛدِ اثرٕ نِشہِ دوٗر۔ تو ےہیٚچہ نہٕ یِم کاڈٕ ے کڈِتھ۔ یِمن مقابلہٕ اَس کاشُر زبان یِیمہِ لحاظہٕ خوش نصیب زِ اتھ رود مختلف عہدن اندر مختلف اثر پیٚتھ پوچھر، بجرتہٕ سنبر یِوان ۔ تہٕ پشاچ زبانن ہنٛز یِہے شاخ چھےٚ سو زبان، یوسہٕ یِیٚتہٕ سنسکرتُک اثر پیٚنہٕ برٛ ونٛہہ پیٚٹھٕ "زمانہٕ کبو حالاتو بدلان بدلان اَزی چہٕ شکولہِ وأٔژ"

## عبرأنی اثر

دردی بُنیاد پیٚٹھ سنسکرتی اثرُک ابتدأیی تاریخ (یا عہد) چھُ وُنہٕ راَوِس تل ۔ یِیمہِ موجوٗب اَسی تھاوون اثر انداَزی اندر عبراَنی زبانٕہ برٛونٛہہ۔ اتھ برٛونٛہہ تھاوُنک چھُ بیا کھ سبب تہٕ۔ سُہ گوٚو یہِ زِ عبراَنی اثر سپُد از برٛونٛہہ دویہِ ترٛہ شتھ ۳۲۰۰ وٕری شروع تہٕ یہِ رود گوڈنچہِ صدی عیسوی تام چلہٕ وُن۔ اما پوٚز سنسکرتُک اثر رود پنڈ اَہمہِ صدی یعنے اِسلام یِنس تام اکہِ نتہٕ بیکہِ ترٛ ایہِ چلہٕ وُن......

یُدوے واریاہن مُلکن ہِنٛد بن پرٛ انین تاَریخن اندر چھُ یِیمہِ واقعُک سرسٕری تذکرٕ آمُت زِ مِصرٕ نیرِتھ کوسہٕ چھلہٕ چھاَنگر گییہِ یِہوٗد بن۔ امام پوٚز ۱۹۵۲ ءٕ لیس تام اَسی یِم تاَریخی حوالہٕ نتہٕ پاَٹھی چھکرِتھ زنتہٕ یِہوٗد بن ہُنٛد یہِ اخراج کاشہہ برٛ ڈ واقعہٕ اوسنہٕ۔ امہِ وٕری یہِ یِیلہِ خواجہ نذیر احمد صاَبن لاہورٕ "یسوع ارض جنتس منز" کتاب Jesus in Heaven on Earth لیچھ۔ یہِ موضوع آو پرٛتھ انٛدٕ وبرٛتھ ناونہٕ۔ تہٕ امہِ کتابہِ کٕری تمہٕ تھدِ پایکی انکشاف، یِمن ستی اتفاق کرنس واریہن جاین چھنہٕ چارٕ ے لگان۔ اتھ کتابہِ برٛونٛہہ کنہِ رٔٹتھ چھُ ماَنن پیوان زِ از برٛونٛہہ دویہِ ترٛہ شتھ وٕری آے حضرت موسیٰؑ یِہوٗد بن ہنٛز اَخری چھوکھ ہیٚتھ مصرٕ پیٚٹھٕ کٔشیر تہٕ تمہِ پتہٕ روٗد البروٗنی ہِنٛدِس وقتس تام کٔشیرِ پیٚٹھ

یہوٗ دین ہُند آو جاو جاری۔ امہٕ کتابہِ ہُند مذہبی حصہٕ الگ ترٲوِتھ تہٕ چھےٚ یہِ ہن ضروٗر ثابت گژھان زِ حضرت عیسیٰؑ سٕندِس وقتس تام اوس (ترٛ وٚہن شتن وٕرین) کاشرِ زبانہِ عبرانی زبانہِ منٛز اکھ جان ذخیرٕ وٕزم تلمٕت۔ ممکن چھُ زِ اتھ زٕ ٹھس مُدتس منٛز ما آسہِ ہے عبرانی زبانہِ ہُند اثر جاۍ سوٚن۔ مگر کوشان عہد پتہٕ یوسہٕ سرکٲرۍ سرپرستی سنسکرتس باگہِ آیہِ، تمہٕ نہناوۍ عبرانی زبانہِ ہٕندۍ وارياه نشانہٕ۔ یوٚ تام حال حالے تام یہِ ظونٕے اوس نہٕ زِ کاشرِس پیٹھ چھےٚ عبرانی زبانہِ ہُند تہٕ وُنہٕ اثر موجوٗد۔

اگرچہ اتھ کتابہِ اند رچھُ زبانہِ متعلق مقابلتاً کمے بحث کرنہٕ آمُت، اما پوٚ زیوٗت ہن چھُ وضاحتہٕ سان ثابت کرنہٕ آمُت زِ کٔشیرِ ہنٛز وارياه کرٛامہٕ تہٕ قبیلن تہٕ ذاژن ہٕندۍ وارياه ناون چھِ دراصل یہوٗدی گروپ لیڈرن ہٕندۍ ناوآسۍ متۍ۔ مثلاً گڈه، کره، کار، لاوے ماگرے، منٹو، نایک، پرے، ڈار، ڈانگر، ٹکو، وأنی یتھے پأٹھۍ یِمہٕ کرٛامہٕ اسہِ کاشرِ پأٹھۍ یِچھ چھےٚ لبنہٕ یِوان، مثلاً داند، شال، ہاپت، ژٔرۍ، بیٲرۍ۔ یِم سارے کرٛامہٕ چھےٚ عبرانی زبانہِ منٛز خاص خاص اِنسانن ہٕندۍ ناوآسۍ متۍ۔ یہِنٛز تھُل مُلہِ یہِ ناوٕ کرٛام بنأوِتھ چلہٕ وُن تھوو۔ یِمن علاوٕ چھےٚ وارياه کرٛامہٕ ترٛشہِ تہٕ یہِند آگُر چھُ عبرٲنی۔ مگر عبرانی زبانہِ ستۍ وأقفیت نہٕ روزنہٕ سببہٕ چھُ پوٚت وانو یہِند لِسأنی نسب نامہٕ بیٚین زبانن نِشہِ ژھونڈ مُت۔ یِمن منٛز چھِ رینا، کوترو، نہرو، سپرو بلکہ ریشی تہٕ شھمیری تام یِوان۔ یِتے یوت نہٕ بلکہِ چھِ کٔشیرِ اند ردرجنہٕ وادگام ازتہٕ یہوٗدی آبادکار و فلسطین، مصر یا مُلکِ شامہٕ چن پرٛانین بُستین ہٕندِ ناوٕ تھاوۍ متۍ یا کانٛسہِ (شاید بے اولاد) گروپ لیڈرو سٕندِ ناوٕ۔ گامن ہٕندۍ یِم وارياه ناو چھِ پننے آیہ روٗدۍ متۍ۔ مثلاً اجوٗن، اکون، ڈورو، برسوٗ، مٹن، گوزن تہٕ کہن۔

تہٕ کیٖژن چھُ زمانہٕ بۄ وٲنہہ پکِتھ تلفظ بگرٲمُت۔ مثلاً اجسٓ (عبرانی اجاہ) اشم (اشوما) برزلہ (برزلہٕ) ہارُن (ہارَن) پٹن (پڑن) تہٕ واریاہن ابتدٲیی عبرانی گامہٕ ناوَن چھےٚ اسہٕ مقٲمی رنگت دِژمٕژ۔ مثلاً ''تمن''، ''جایہٕ''، ''کوٹ'' (قلعہ) بڑٲوِتھ ''تمن کوٹ'' بنوومُت۔ تِتھےٚ پٲٹھی نِکنز رنشہٕ نِکنز پور۔ مِدین نِشہٕ مِدین پور۔ ''تما'' نِشہٕ تمہ پور بنوومُت۔ تِتھےٚ پٲٹھی چھِ سانہِ پرٛانہِ عبرانی ''کرا'' نِشہٕ کرِگام۔ ''انز'' نِشہٕ انزوَن، ''آرہ'' نِشہٕ آرٕ گام، آرٕ گترو، آرٕ ملا کٲشرۍ ناو بناوٕنہٕ آمتۍ۔ کشیرِ اند رچھےٚ ازتہِ کیٖنہہ جایہٕ یِمن ہُند لِسٲنی پیرٕ وُترچھُ بیک وقت عبرانی تہٕ سنسکرت زبٲنہِ ہٕستۍ رلان۔ مثلاً شوپیانٓ (سنسکرت) شیو + پیٖن۔ عبرانی (شوپہم)، سوپور (سنسکرت) سویا + پُر۔ عبرانی (سائپر) تہٕ سانہِن اکثر سرحدن ہنٛدۍ ناو چھِ سراسر عبرانی۔ مثلاً لیہہ (عبرانی لُہہ) کیرن (کیرن) اسٹور (استورح) چلاس (شلاس)

خواجہ نذیر احمد چھُ ییتہِ ہاوان زِ ''بال یا بُل'' چھُ عبرانی لفظ، ییمیُک معنی آبہٕ چشمہٕ یا کول چھُ۔ تہٕ یُس یُس یہوٗدی گروپ لیڈر ییتھ ناگس نِشہٕ بسنہٕ لوٗگ تمۍ تھوو پنُنس ناوس ہٕستۍ بل مِلہٕ نٲوِتھ اتھ اشہِ بل، گاندور بل، مانوس بل، چتا بل بیترٕ ناو، یِمن اسی اچھِ بل، گاندربل، مانسبل، چھتہٕ بل، تہٕ سمبل ونان چھِ۔ زمانہٕ گُزران گُزران بنیاو کاشرِ زبٲنہِ اندر ''بل'' لفظ عبرانی ناگہٕ بدلہٕ جایہِ ہُند ہم معنی۔ تہٕ اُتھی معنیس پٔتھ بنے یہٕ سارے کشیرِ ہنٛدۍ گھاٹ یارٕ بل (یارس سمکھنٕچ جاے) پانپرٕ کٔدلہٕ نزدیک ''کٔدلہٕ بل'' تہٕ حاجنہٕ جھیلِ وُلرگنڈنٕچ جاے ''گنڈٕ بل''۔
امہِ کتابہٕ ہنٛدِ مطالعہٕ ہٕستۍ چھُ کم ازکم یہٕ واقعہ ضرورٕ ثابت گژھان زِ کشیرِ

چھےٚ درجنہٕ واد پھٲ دی بُستیہٕ آسہٕ ہِژ ۔ یمن ہِنْدِ تہذیبکی نِشانہٕ وُنہِ تہٕ چھُ موجوٗد۔ (وُچھِو مقالہٕ کأشرِ تہذیبکی کینٛہہ تأریخی نشانہٕ ) تہٕ یمو نِشانو منٛز چھِ کأشرِ زبانٛی ہِنْدی تم لفظ تہٕ ، یم وُنیٚ کتام زِنْدٕ روٗ دی ۔ مثلاً کوشُر اوٗن عبرانی اون ۔ تِتھےٚ کٔنی چھِ تقہٕ، اطور، طول، سب بیترٕ وُنہِ پرٛانے عبرانی آیہ چلہٕ وِنی روٗدی متہ ۔ واریاہن لفظن چھُ تلفّظس ہیرٕ پھیر گوٚمُت ۔ مثلاً کوشُر آشینٛہٕ ،عبرانی (آشا) اوٗش (اوشد) باک (بکا) نیور (نیرا) روٗف (رفا) مالیُن (مالون) موٗنی (مین) نقھتھ (نقط) کریوٗر (قور ) دُفن (فن) گبُر (گھبر) وغیرہ۔ ہتہٕ واد وٗری ین سنسکرتس مُتواَزی چلنہٕ موجوٗب چھ واریہن کأشرِ بن لفظن بیک وقت دوٚنہٕ وِنی زبانن اند رپیرٕ وُترٛلان۔ مثلاً

| کأشُر | سنسکرت | عبرانی |
|---|---|---|
| آلُژھ | آلسی | آصیل |
| یم | یم | ایم |
| شانٛس | شواس | شاس |
| یاوُن | یوون | یون |

یمن وُچھتھ ہیٚکہ ہن تہٕ چھُ ضروٗر ثأبت گژھان زِ ازبرٕ وٗنہہ قریباً سا س وٗری اوس سانہِ زبانٛی عبرانی زبانٛی ہُنْد جان اثر قبوٗل کوٚرمُت تہٕ یہٕ اثر گوٚو زمانہٕ گُزران ترٛیٚو سببو موجوٗب ژمان ژمان (۱) یھٲ دبن ہنٛز بُزدلی روٗز کشیرِ منٛز تہٕ جأری یمہِ موجوٗب تمہٕ ہیٚکی نہٕ آرِیَن مُقابلہٕ سیأسی اقتدار لبِتھ ۔ (۲) محکوٗم بنِتھ ہیٚو کنہٕ تمو پنٛنی قومی انفرادیت قأیم تھأوِتھ ۔ (۳) چھیکرس سپدی تم حأکمن ہِنْدِس تہذیبس اندررلہٕ مِلہٕ مدغم یمہِ ستی زمانہٕ گُزران گُزران تِہنٛزِ زبانٛی ہِنْدی نشانہٕ بڑنہٕ

بجایہِ ژمان رۄٚ دی ۔ حدووت تیؤت زِ اگر لدأخ زبأنِ منز حضرت مؤسیٰؑ ہس ''کاک'' اوس ونہٕ یوان ۔ یہِ تھوواسہِ زٕٹھس عزتہٕ خاطرٕ تہٕ بس۔

عبرانی تہٕ سنسکرت زبانن ہٕندی ارتقأیی تارٟخن اند رچھ یہِ کتھ یادتھاوٕنِ لایق زِ یمن دۄن زبانن ہنٛزٕ شہرہ آفاق ابتدأیی کتابہٕ چھےٚ تورات تہٕ وید۔ از بڑٕ ونہِ دۄیہٕ ترٕ ہ شتھ ؤری یێلہِ یہؤ دی کٔشیرِ وأتی تمہِ وقتہٕ أس تورات نأزِل سپزٕ مژ تہٕ عبرانی زبان واریاہ کالچ علمی تہٕ ادبی زبان مانہٕ آمژ ۔ اتھ مقابلہٕ یێلہِ أسی پروفیسر میکس ملرہ سُند تحقیقات پۄ زمانو، تێلہِ چھےٚ وید حضرت عیسٰیؑ بڑٕ ونہِ أٹھ شتھ ؤریہ پتھ اکھ ساس ؤری تام یا بقولِ پروفیسر مونیر ولیم ۱۰۰۰ قبل مسیح پتھٕ پنٛداہ شتھ قبل مسیح تام لکھنہٕ آمژ ۔ یێمہِ ستی تمن نقادن ہنٛزٕ یتھ رایہِ چھُ پانے تردید گژھان زِ سنسکرت زبان کیاہ چھےٚ عبرانی کھوتہٕ جاڈٕ پرٛأنی یا کأشرِ زبأنِ ہٕندی عبرانی لفظ کیاہ أسی سنسکرت زبأنِ پتھٕ عبرانی زبأنِ ووٚزُم تُلی متی ۔ تارٟخ چھُ گواہ زِ نوبن آبأدِین اثر ترٛاوِنس اند رأسی نہٕ یہؤ دی یا تِہنٛزٕ مذہبی زبان (عبرانی) سراسر اتھ چھٕنی ۔ خواجہ صأبنہِ معرکہ آرا کتاب بڑٕ ونہِ کنہٕ رٕٹتھ چھُ مأنُن پیوان زِ کٔشیرِ ہٕندی رسؤم، عاذت، لباس بلکہِ نستہٕ ونجرٕ پتھٕ کأشرِ ''تردماغی'' تام تہٕ آثارِ قدیمہ پتھ أزی کین اطوارن تام چھِ ہتہٕ وادتم نِشانہٕ، یم پرٛانین یہؤ دین تہٕ حال حالہٕ کین کأشرین سراسرُ دچھِ رۄٚ دی متی ۔ یمہِ نِے پرٛانین نشانن اند رچھِ کأشرِ زبأنِ ہٕندی تم لفظہٕ، یم وُنیُستام چلہٕ وِنی رۄٚ دی متی چھِ۔

## سنسکرت زبأنِ ہُند اثر

آریہ کتێکی أسی تہٕ تم کرآے کٔشیرِ؟ اتھ سوالس چھُنہٕ وُنہِ تہٕ کانٛہہ شبقہٕ

جواب دِنہٕ آمُت۔ یہنٛز مذہبی زبان سنسکرت کر وأژ کٲشیرِ؟ اتھ سوالس تہٕ چھُ پہوے گول جواب دِنہٕ آمُت زِ یِیلہِ یور آریہ وأتی! عام راے چھِ زِ آریہ أسی وسطِ ایشیا یا ایرانہٕ پیٹھ آمٕتی۔ خاص راے چھِ زِ تِم أسی قطب شمالی پیٹھ (مہاتما تِلک) تِبتہٕ پیٹھ (دیانند سرسوتی) سندھ، جمناتہٕ کٲشیرِ درمیان آریہ ورتہٕ پیٹھ (عام سناتنی) وژأمتی تہٕ بھارتس چھکرنہٕ آمٕتی تہٕ یِمن اُلٹہٕ چھِ پروفیسر پران ناتھ ونان زِ آریہ چھِ گوڈٕ بابل شہرٕ أندی پٔکی مُلکِ شام تامتھ بسان أسی ٕمتی تہٕ ویدن ہُنٛد کم از کم پانٛژم حصہٕ اتی لیکھتھ وژاے تِم اورِ یور۔ یہنٛدس تأرتخس کھرٕ کرنس چھُ دون راین منٛز ساسہٕ واد وٕری پھیرِ پیوان۔ عام عقیدت مند ونن زِ ییتہِ پیٹھ دُنیاہ بنیاو، تتہِ پیٹھ چھےٚ وید چلہٕ وٕنہِ روٕزمٕژ۔ یہٕ عقیدٕ چھُ مذہبی نقطہٕ نظرٕ کنہٕ تھ حدس تام پوٚز زِ حضرتِ آدمہٕ سٕندِ پیٹھ چھُ روٕدمُت الہام الٰہی پرٛتھ عہدٕ مختلف زبانن اندر چلہٕ وُن۔ مگر ییلہِ آریہ سماجی عقیدت مندیہٕ ونن زِ سنسکرت ویدن گیہٕ اکھ ارب تہٕ ستتمتھ کرور وٕری نأزِل سپدی ٕمتس۔ محققن پٔیہٕ لابدی اتھ خوش فہمی پیٹھ اُسن۔ پروفیسر میکس مُلر چھُنہٕ از بژ ونہہ ترٛے ساس وٕری جاءٕ ویدن ہنٛز زمانٕے تصنیف مانان تہٕ ڈاکٹر ہاگ چھِ جاءٕ کھوتہٕ جاءٕ ۲۰۰۰ قبل مسیح تام اتھ تأرتخس پتھ نِوان۔ یِیمیُک مطلب یہٕ دژاو زِ کٲشیرِ ہنٛدِس گوڈنِکس پادشاہس گونندہ (۳۱۰۰ ق۔م) سٕندِ وقتہٕ اوس نہٕ ژہ نوٕنی ویدن ہُنٛد نزول سپد مُتُے۔ أتھی سٕتی یِیلہِ أسی وُچھان چھِ زِ آریہ نسلُک اکھ بُنیأدی عقیدٕ اوس زِ یہٕ سمسار چھُ برٛم تہٕ بأزی گار (مایا) یموٕ أس تأریخ نویسی اکھ فضوٗل کأم زأنی مٕژ۔ یِیمہِ موجوٗب لیس أکس یہنٛدِس تہذیبی تأرتخس پیٹھ کینٛہہ لیکھُن پیو، تِمی لأے پن پنٛنی گبلا۔ یوہے وجہ چھُ زِ کلہنٛس ہِوس

مورخس تہٕ پیٛیہِ بڑٕ وٕنہِ مہ زمانکی کاہ اتا ٔریخی نسخہٕ بڑٕ وٕنہہ کنہِ تھاوتھ تہٕ !) اکثر اوقات تم تاریخ لیکھنہٕ، یمن کھنس کھن پھیرِ اوس۔ توے روٗدٕ "راج ترنگنی" ہُنٛد (خاص کر) گوڈٕ کال تہٕ وارِیہن جاین اکہِ حسابہٕ ستہ مہِ صدی تام طرزِ بیان۔

دیو مالا ٔیی نتہٕ اڈٕ گوٗر...... خاص کر چھُنہٕ اتھ اندر کا ٔشرِ زبانٕی ہِنٛدِس تاریخس پھا ٔنپھلنس متعلق کانٛہہ تذکرِ کرنہٕ آمُت کلہن چھُ یُدھشٹرہ ستٛرٕ تاج پوٗشی ہِنٛدِ سنہٕ یعنی ۶۵۳ کالی (مطابق ۳۱۰۰ قبل مسیح) پیٹھٕ راج ترنگنی ہنٛز تاریخ بندی کران۔ اما پوٗز یوٗ تام صحیح تاریخ نویسی ہُنٛد تعلق چھُ، راج ترنگنی چھےٚ ستہِ مہِ صدی عیسوی پیٹھٕ ہُہ مہِ صدی تامہٕ شبہٕ صحیح واقعات نِگا ٔری کران۔ ووٛنی اگر کٲشرِ ہُنٛد گوڈنیُک پادشاہ گونندٕ اوّل أسی آریا نسلُک مانون ہیٛلہِ چھِ از بڑٕ وٕنہہ ژور ساس وٕری جادٕ آریہ پیٛتہِ بٕسی مٕتی۔ امہِ بڑٕ وٕنہہ چھِ آریہ أسی مٕتی (دیو مالا ٔیی روایژِ موجب وٕندس راجوری یا کشتوارکُن ژلان۔ یوٗ تام أمی روایژِ موجوٗب کستام ژٕندرٕ دیوس نِلہِ ناگن نِلہٕ مت پُران عطا کوٗر۔ یمہِ کہِ روٗحانٕی فیضہٕ آریہ پشاچن ہِنٛدِ شرِ نشہِ بچاے تہٕ لگی کٲشرِ مستقل بسنہِ۔ مگر یہِ کتھ چھنہٕ وٕنہِ کھرٕ ے گا ٔمژ زِ پیٛتہِ کس ہندو عہدس اندر کمہِ زمانہٕ گیہِ سنسکرت زبان رأیج۔ عقیدت مند ہیٛنٛدی کرن نہٕ یتھ کتھِ تہٕ اعتراض زِ پانہٕ کشپ ریُش یا تُسند دیو مالا ٔیی فرزند نِلہٕ ناگ تام أسی سنسکرت زبان بولان۔ مگر کینٛژ وِحققو چھےٚ یہِ راے تہٕ دِژٕمژ زِ سنسکرت زبان وأژ کٲشرِ موریا عہدس منٛز۔ تہِ گوٗ وتژیمہِ صدی قبل مسیح عہدس اندر۔ حالانکہ کا ٔشرِ سنسکرتُک تھوٗد عہد چھُ ستہِ مہِ صدی عیسوی پیٹھ ہُہ مہِ صدی عیسوی تام ماننہٕ آمُت۔ لہٰذا یوٗت یہِ وُنِن چھُ غیر تاریخی خوش فہمی زِ گونندراجس بڑٕ وٕنہہ أس کٲشرِ

منز سنسکرت زبان وأ ژمژ یایہ کتھ زِپانہٕ گونند راجہٕ سنٛز دربأری زبان أس صرف سنسکرت ۔ تیٚتھٕ چھُ یہِ اصرار کرُن تہِ محض سینہٕ زوٗری زِ کوشان عہدس تام کیاہ أسۍ نہٕ سنسکرت زبأنۍ سٕنز موٗل دِتۍ مِتۍ۔

سنسکرت یوٚت واتنٕک یا آرِیَن ہِندِ ذٔریعہ اچھ سرکأری سرپرستی ہِندۍ تاریخ أتی تزٕ أوتھ چھےٚ پرٛہن بالکل دُرست زِ سنسکرت أس ہتہٕ وادٕ ون پیٚچ علمی تہٕ مذہبی زبان ۔ یوسہٕ وارٕ وارٕ مقأمی کأشرِس پھاپھلاوان روٗز ۔ سنسکرت لفظ بگرِتھ بنیاے پرٛاکرتی تہٕ اتہِ بییہٕ ہن بگرِتھ اپ بھرنشی کأشرۍ ۔ قیاس چھُ یی زِ پراکرتی عہد آسہِ ۵۰۰ قبل مسیح پیٹھٕ ۶۰۰ بعدِ مسیح تام روٗدمُت تہٕ امہِ پتہٕ اپ بھرنشی عہد ۱۲۰۰ ءٕ تام ۔ سنسکرت عألم ہیم چندر چھُ پشاچن ہنٛزِ زبأنۍ تہٕ پرٛاکرتی گنٛزراوان ۔ حالانکہ پشاچ زبان چھےٚ پرٛاکرتی عہدٕ برٛونٛہہ کأشرِس ستۍ شُرٕپ مژٕ ۔

سنسکرت زبأنۍ ہنٛزٕ ابتدأیی کتابہٕ ۔ ویدہ منٛز چھِ از تام کأشرِ زبأنۍ ہِندِ شرٕ پن پایہِ موجوٗب واریاہ لفظ عینِ کأشرۍ لفظ بنیاٗمتۍ ۔ مثلاً مند چھ ( سنسکرت مندا کھش ) مٔرِ چۍ ( مٔرچی، طوٗفان ) کوٗل ( کولا ) ککو ( کک دک ) وازٕ ( واج ) پرٛسُن ( پرشنی ) ۔ ویدی عہدٕ پتہٕ ہکبن سنسکرت اثر اندأزی ہٕندۍ وٕنٹھی پوٗٹھی پأٹھی زِ دورتھاونہٕ ۔ (۱) آرین ہِندِ ییٚتہٕ بسنہٕ پیٹھٕ کوشان عہدس ( دوٗیمہِ صدی عیسوی ) تام، ییٚلہِ مقأمی کأشرِس پیٹھ دردی تہٕ عبرانی اثر ژمان ژمان روٗد تہٕ دوٗیم دور بودھ عہدٕ پیٹھٕ اسلام ہنٛس ( پنٛدأہمہِ صدی ) تام ۔ ییٚلہِ کأشرِ زبأنۍ پیٹھ سنسکرتک پوٗر رنگ کھوٚت یتھ وٕچھتھ حال حالے تام اوس یہِ ظون تہٕ گژھان زِ کأشر زبان چھےٚ مُلہٕ تُلہٕ سنسکرت زبأنۍ منٛزٕ ے دژامژٕ ۔

اثر رٹہٕ نِکس گوڑ دورس اندرٕ ے چھُ پڑاکرتی عہد یوان۔ اگرچہِ پراکرتی زمانس متعلق چھُ عام پأٹھی پتہٕ وننہٕ یوان زِ یہِ عہد رود ۱۰۰۰ عیسوی تام تہٕ امہِ پتہٕ گوٚو اپ بھرنشی عہد شروع۔ اماپوٚ زِ یہِ چھُنہٕ ہنٛد، پاک زبانن ہنٛد بن ارتقائی تاریخن اندر کانٛہہ قطعی تاریخ۔ تِکیازِ سنسکرت زبأنی منٛز ووزُم ٹُلنُک سِلسِلہٕ چھُ ہندپاک زبانن اندر رپن پننہِ آیہِ رٕو دمُت تہٕ کٔشیرِ منٛز رٕو دیہِ سِلسِلہٕ اکہِ حسابہٕ اپ بھرنشی عہدٕ پتہٕ تہِ قریباً پنٛدأہمہِ صدی تام اکہِ نتہٕ بیٚکہِ طریقہٕ چلہٕ وُن۔ ووزُم ٹُلان ٹُلان تھأوی کأشرِ زبأنی درجنہٕ واد لفظ سنسکرت تلفّظے چلہٕ وٕنی۔ مثلاً نو۔ نس۔ نب۔ پد۔ مد۔ کھل۔ جٔتِل، گاندھ، پرمان بیترِ واریاہن لفظن اُس گوڑ پڑاکرتی شکل تہٕ پتہٕ بنےیہِ کأشری۔ مثلاً

| | | | | |
|---|---|---|---|---|
| سنسکرت | اشٹہ | اتھان | مدھیہ | پٹھن |
| پڑاکرتی | اٹھ | اتھا | مجّھ | پڑن |
| کوشُر | اُٹھ | وۄتھُن | منٛزٕ | پُرن |

(کمرازس مُقابلہٕ رٕو دمرازس اندر رہنٛد بن تہِ سنسکرت زبأنی ہُنٛد جاہٕ سوٚن اثر۔ یِمہِ موجوٗب وُنہٕ تہِ اتہِ واریاہ لفظ پڑاکرتی تلفّظے چلان چھُ مثلاً پڑن ...... بیترِ) اُتھی پڑاکرتی عہدس اندر آیہِ واریاہ سنسکرت لفظ ژھوٚٹراونہٕ تہٕ کأشری بناونہٕ۔ مثلاً دِوِشِشٹ، سپت، وایو، شرگال، انیکھت، الوّک تہٕ چھایا بنےیہِ بالترتیب زٕ[٢]، شے[٦]، ستھ[٧]، واو، شال، انیکھ، وُل تہٕ ژھاے۔ ہتہٕ واد سنسکرت لفظن بدلےیہِ باقاعدِ لسأنی اصوٗلو مطأبق شکل تہِ بنےیہِ کأشری مثلاً یتھ سنسکرت لفظس پتہٕ "کش" اوس تتھ بدل آو کأشُر "چھ"۔ تھاونہٕ تہٕ بنیاو "اکھش" اُچھ۔ مکش

مُچھ تہٕ رکش رٕ چھ۔ یِتھے کنہٕ یتھ سنسکرت لفظس بژ ونہہ ''ش'' حرف اوس۔ سہٕ آو ''ھ'' حرفس منٛز تہٕ یتھ ''چ'' اوس تہٕ سہٕ آو ''ﮩ'' حرفس اند ربدلتھ کأشُر بناونہٕ تہٕ یتھ کنہٕ بنے یہٕ شاک تہٕ شرد سنسکرت لفظن ہاک تہٕ ہرُد کأشرؠ لفظ۔ چندرتہٕ چیر لفظن ژٕنڈ رتہٕ ژیر۔ یتھ سنسکرت لفظن پتہٕ ''نت'' اوس، سہٕ بنیاو کأشرِس اندر ''ند'' تہٕ اتھ قأعدس پیٹھ چھِ سأنؠ لفظ اند (نت) دند (دنت) ہند (ہنت) بنیأمتؠ۔ یِتھے کنہٕ آو سنسکرت ''کُ'' کأشرِس منٛز ''وُلٹہٕ'' (opposite) معنی ہاونہٕ خأطرٕ نہٕ صرف تمن لفظن پیٹھ ورتاونہٕ۔ ییم سنسکرت پیٹھ کأشرِس اندر روأتؠ متؠ أسؠ (مثلاً کو کتھ، کو پوٗتؠ) بلکہٕ آو یہٕ (Suffix) (پتھ لگہٕ وُن حرف) تمن کأشرین لفظن پیٹھ تہٕ لگاونہٕ، ییم عربی یا فارسی پیٹھ تہٕ کأشرِس اندر روأتؠ متؠ أسؠ۔ مثلاً کو شکل، کو صحبت، کو کار، کو مغز۔ شُدِس کأشرِس اندر تہٕ روٗ دیہٕ قأعدٕ چلہٕ وُن۔ مثلاً کو کیرن، کو وتھ، کو فیچہٕ لفظن اندر۔ یتھِ نے لِسأنی ہیر پھیرن ہٕنٛدی کینہہ قأعدٕ وُچھتھ کوٚرشرؠ اوتار کشن رہبرن کأشرِ زبأنؠ پیٹھ وو پر زبانن ہُند اثر صرف سنسکرتس تہٕ فارسیَس تامے محدوٗد۔ یُس اکھ تنگ گُلیہٕ چھُ تہٕ یتھ کُن ییمہٕ مقالہٕ کِس گوڈس پیٹھ اشارٕ تہٕ کرنہٕ آمُت چھُ۔ کتھ چھےٚ دراصل یہٕ زِ یا قأعدٕ لِسأنی اثرٕ علاوٕ تہٕ وأتؠ درجنہٕ واد سنسکرت لفظ کأشرِ زبأنؠ اندر محض تلفُظ چہٕ چھُ سہولیژ سببہٕ۔ مثلاً کأشُر کھور سنسکرت ''کھُر'' ''زامٔتر'' ''جاماتر'' ''ناوِد'' ناپت'' ''نیوٗل ''نیل'' ''زبو ''زوا'' ''نون ''نوٗن'' ''اش'' ''آشا'' ''زنگ ''جانگ'' ''دِیش ''دیش'' ''کاو'' ''کاک'' ''واو'' ''وایو'' ''تارُک'' ''تارا''۔ کوشان عہدس تام اوس سنسکرت زبأنؠ ہُند ییتہٕ یوٗت چلے جاو لوٚ گمُت زِ بودھن ہنٛزٕ تریمہٕ کانفرنسچ کاروأیی أس پالی زبأنؠ علاوٕ سنسکرت زبأنؠ منٛز

تہِ درج کرنہٕ آمژ ۔ (حالانکہ بھارتی بودھ اؔسی نہٕ عوٲمی زبانن مقابلہٕ سنسکرت زبٲنی یہِ درجہِ دِوان) تژیمہِ بودھ کانفرنسہِ پتہٕ لٔج وِزِوِز بودھن تہٕ برہمنن پیٹھ ٹھول۔ یٔیمہِ موجوٗب بودھ بھکشو وتمہِ زمانہٕ کِس کاشُرِس تبلیغی کأم ہیژ ۔ چنانچہ پتہٕ چھُ ممکن زِ اَتھی عہدس منز ما آیہِ کٔشیرِ منزہٕ اکِتھ کِنی سنسکرِتچ مشہوٗر کتاب ''پنچ تنترا'' تہٕ بیٚیٹھ کِنی عوٲمی زبٲنی ہنز رأوِمژ کتاب ''برہت کتھا'' لِکھنہٕ۔ دونوے چھےٚ دٔلیلہٕ کتابہٕ آسہٕ مژ ۔ اگر ''برہت کتھا'' بودھ اَند اَز فِکرِ چ نُمایندٕ گی کران آسہِ ہے تہٕ ''پنچ تنترا'' چھےٚ برہمن اند اَز ہِنٛزِ کتھ فِکرِ رتاران۔ مگر اشوکہٕ سِنٛدِ وقتہٕ پیٹھ کنشک سِنٛدِس وقتس تام اَس نہٕ پیٚنٛچ مذہبی موٚژُ کری جادٕنی دژامژ۔ بلکہِ ییلہِ کنشک سِنٛدِ بودھ کوٚنسلچ کاروأیی تام سنسکرت زبٲنی منز لِکھنہٕ آیہِ، یِیٚتِکی واریاہ بودھ لگی بودھ مذہچہٕ دینیأتی تہٕ فلسفیانہٕ کتابہٕ اتھی زبٲنی منز لِکھنہٕ تہٕ یہِ سِلسِلہٕ روٗد قریباً سٔتی مہٕ ۷ صدی تام چلٕہ وُن۔ یمٚ تام کأشرِ بودھو یِمہٕ کتابہٕ وسطِ ایشیاہ چینن تام واتناوِتھ تتہِ چن زبانن اند رترجمہٕ کرِ۔ یٔیمہِ موجوٗب پتہٕ چھُ وننہٕ یِوان زِ شاید اَس کأشرِ بو بودھ بھکشوٕوے ''پنچ تنترا'' کتاب ایران واتناوِمژ۔ (اتھ کوٚر راتہٕ بُرزوین پہلوی ترجمہٕ۔ پہلوی ترجمس کوٚر عبداللہ اِبنِ المقفّعن عربی ترجمہٕ۔ تہٕ اَز چھےٚ یہِ شہرہ آفاق کتاب عربی پأٹھی موجوٗد۔ نہٕ چھُ امیٚک ابتدأیی سنسکرت نُسخہٕ اتھِ یِوان تہٕ نہٕ سُہ پہلوی ترجمہٕ، یُس عبداللہ اِبنِ المقفّعن وُچھمُت اوس) مےٚ چھُ باسان زِ ''برہت کتھا'' تہٕ ''پنچ تنترا'' کتابن ہِنٛدی اصلی نُسخہٕ آیہِ برہمنن تہٕ بودھن ہنٛزِ تمہِ موٚژُ کری دورٕ اکھاَ کِس مان مأنی فنا کرنہٕ۔ یوسہٕ مختلف دورن منز کٔشیرِ اند رچلٕہ وِنی روٗز۔ تہٕ یتھ عہدس اند ردوٚنوٕنی مذہبن ہُنٛد عدم تشدُّد بالاے طاق روٗد''

برہت کتھایہ'' ہٕندِس موادس کوٚرپوٚت وانہٕ سنسکرت عالموتہٕ اُدیبو'' جوٚٹ گوٚو پادشاہ'' تہٕ پانہٕ کتابہٕ متعلق تھوٗو کھ صرف یٕتے یوت زٕ نتھ زِ یہ اُس پشاچ زبانۍ منٛز اکھ ڈلیلہٕ کتاباہ۔ اماپوٚز عربی زبانۍ ہٕندِ خیراتہٕ روٗز ''پنٛچ تنترا'' کتاب زِنٛد۔ '' برہت کتھاہ'' چھےٚ اُسمِہٕ ترمہٕ وقتکہٕ کاشرِچ کلاسیکی شاہکار۔ امی کتابہٕ ہٕندی پاٹھی چھےٚ بودھ عہد چہٕ بٔیس مشہوٗر ''ملند اپانہہٕ'' ناوی کتابہٕ متعلق یہ کتھ تہٕ وٕ زِ چھےٚ یہ چھےٚ مشہوٗر کاشری بودھ عالم ناگ سیٚن (گوڈنچہ یا دوٚیمہ صدی عیسوی منٛز) ترمہٕ زمانہٕ چہٕ کاشرِ زبانۍ اندر سوال جواب صورتس منٛز کشیرِ یا کشتواڑہِ بہتھ لیچھمٕژ۔ یٔیمِیُک اصلی نُسخہ روٗدتہٕ ووٚنی چھُ دُنی یاہس بڑٕ نہہ کنہٕ امکہ ابتدٲیی پالی تہٕ باقی ترجمہٕ روٗدِ ٕتی۔ یِمن اندر ترجمہٕ نگارو کینہہ کاشری لفظ عمداً یا (ترجمہٕ تہٕ زانہٕ سببہٕ) کاشرے تلفظہٕ تھاوی ٕتی چھِ (وُچھو جیالال ناظرہ سُند مضموٗن ''کیا ناگ سین کشمیری تھا؟'' رِسالہٕ ''گلریز'' جُلے ۱۹۵۳ء سرینگر)۔

اگر بڑٕ نہہ کُن تحقیقات کٕرِتھ پزٕی پاٹھی یہ کتھ سر گژھِ زِ یمہ زمشہوٗر کتابہٕ کیاہ آسہ عوامی زبانۍ منٛز لیکھنہٕ آمٕژ، تیٚلہِ ونوٗ اسی یقینہٕ سان زِ شتی کنٛٹھس، ہتہٕ وادٕری بڑٕ نہہ اوس کاشرِ زبانۍ تیوٗت پوچھر آمُت زِ اتھ اندر آسہ ادبی تہٕ فنی کتابہٕ لیکھنہٕ یِوان۔ بودھ عالم تہٕ شاعر اگر چہ ۷۰۰ء تام عوامی زبانۍ ہٕندی طرفدار روٗدی۔ مگر یہنٛزِ حکوٗمژ زوال یوٗنی (یٔیمِیُک ابتدا راجہ کنشکس پتہ ۱۰۷۸ء منٛز شروع گوٚو) آو نہٕ یہنٛد کانہہ کوشر ادبی یا علمی کارنامہٕ بژھراونہٕ۔ ممکن چھُ زِ کاشرِ بن بودھ بھکشوٗن ہٕندِ دستے ما آسن وسطِ ایشیا خاص کر روٗسی ترکستانکی کینہہ لفظ امی عہدِ کاشرِ زبانۍ منٛز واتی ٕتی۔ یِمن اندر اسی سماوار، قلچہ، قطلم، قرمساق، قچہ،

قاطور تہٕ لواس وُنہِ ورتاوان چھِ ۔ یِتہِ چھُ ممکن زِ بودھن سیأسی زوال پنہٕ پتہٕ یِیلہِ پتہٕ سناتن دھرمُک تہٕ سنسکرت زبأنی ہُنٛد زور آو۔ واریاہ تَم پالی لفظ تہٕ ما آسن عوأمی زبأنی أندرٕ کڈنہٕ آمتی ۔ یم بودھن ہنٛدِ عہدٕ کأشرِ زبأنی منٛز جاے رٹتھ آسہٕ ہن ۔ نُومہِ صدی یعنی کھمار حکمرانن ہنٛدِ عہدٕ ووت سنسکرت زبأنی ستی کأشرن ہُنٛد لگاو کمالس تہٕ کأشرِ زبأنی ہُنٛد مستقل آگُر بنیہ یہِ صرف سنسکرت زبان۔ اتھ دورس اندر چھےٚ پیٚڑ ہن شُکر زِ اگر کأشر بوعالموٚ پٔنٕنی مادری زبان'' درجہ دوم'' زبان زأنتھ گال کھالتس ترٛ وو۔ اما پوٚز تِموتھوو کأشرِ'' تر دمأغی '' ہُنٛد سِکہٕ قیامتس تام چلہٕ وُن۔ یِہنٛد بو علمی تہٕ ادبی کارنامو موجوٗب ازتہٕ چھِ بھارٕتکی وِدھیاساگر کٔشیر گُن نمان۔

خاص سنسکرت عہدس ( سُتمہِ پیٹھٕ بٕہِ مہِ صدی عیسوی تام ) اوس عألمن بڑ وٚنہہ کنہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛزٕ بےکسی ہُنٛد یہِ عالم زِ اگراتھ زمانس منٛز مانکھ نأوی سنسکرت شاعر'' شری کنٹھ چرت'' کتابہِ منٛز اکہِ ادبی مجلسہٕ ہنٛدٕ بن شاعرن ہُنٛد تذ کرٕ تہٕ چھِ کران۔ اما پوٚز سُہ چھُنہٕ یہِ لیکھُن ضروٗری زانأنی زِ امہِ مشاعرِ کٔبن درجن جاے شاعرن اندر ما اوس کانٛہہ سُہ شاعرہ تہٕ یمی پنٕنی کأشر کلامہٕ بوزٕ ناوِنُک جُرت تہٕ آسہِ ہیوٚ کوٚرمُت۔ تِکیازِ سنسکرت عألمن نِشہِ اُس عوأمی ( پِشاچ ) زبان یچھن تہٕ بھُوتن ہنٛزٕ، نہٕ زِ برہماسنٛدِ آسہِ منٛزِ درٛامتین برٛہمنن ہنٛزٕ زبان ( یوہے رُعب اوس فارسی زبأنی تہٕ موغلن پنہٕ پتہٕ مجبوٗرس تام کأشرِ زبأنی پیٹھ تھوومُت ۔ یِمیُک ثبوٗت ساننین أزی کٔبن پرٛی وِنین ہنٛزٕ سہ حأرأنی اُس، یوسہٕ تِمن تمہِ وقتہٕ سپزٕ یِیلہِ ہتہٕ وادٕوٚری ین ہنٛزٕ مظلوٗمیتہٕ پتہٕ کأشرِ زبأنی منٛز گوڈنِیُک مشاعرٕ ۱۹۳۷سنہٕ اندر رُنمأیشہِ منٛز لوٚگ ) قریباً پانٛژن ہتن وٕری ین پیاپے سنسکرتس پتے مُتیٚ گُرشِتھ یِیلہِ مقأمی

زبانٕ کُن ادبین فکرِ ے رۄزنہٕ کھیشمندرس پوٚپنہٕ ''کوی کنٹھا بھرن'' ناوٕی کتابہٕ منٛز تمہِ زمانہٕ کین شاعرن کُن نصیحت تہٕ کرٕنی زِ تمن پزِ ''بھاشا کاوہ'' یعنی مادری زبانٕی ہنٛز تہٕ پأری زان تھاوٕنی۔ تِکیاز تس آسہِ ہے مُشاہد زِ یتھ زبانٕی منٛز تٕسنٛدِ وقتہٕ بڑ وٕنہِ پانٛژہ ہتھ وٕری راجا جیا پیڈنہٕ وقتہٕ تہٕ شاعری کرنہٕ آس یِوان۔ سُہ زبان گُلہٕ پیٹھے گال کھاتس تٕژ اوٕنی گٔیہٕ تٕژ ھے بیقلا زی، یژھ ازتہٕ سانین کینٛژن تمن کأشرین ہنٛز کھاسر منٛز موجوٗد چھے۔ یمہٕ کأشرِ زبانٕی ہُند ادبی سرمایہٕ پرکھاونہٕ وژٕ ے چھِ ونان زِ ''یہٕ چھنہٕ کانٛہہ ادبی زبان۔'' تمہِ وٕقتکی سنسکرت عالم أسی کأشرِس اندر لیکھُن کسرِ شان زانان۔ تہٕ نہٕ کأشرِ ہ زبانٕی متعلق کانٛہہ تأریخی کتھا قلم بندکران تہٕ یہِ بےٚ رُخی أس، یتھ حدس تام وأژمژ زِ کلہن ہیوٚ تھدِ پایک مورِخ تہٕ چھُنہٕ کأشرِ زبانٕی متعلق اکھ صفہٕ تہٕ لیکھان (الغأیہٕ چھِ راج ترنگنی منٛز زٕ پانٛژہ لفظ کأشری آمتۍ) تہٕ تۄے ہیکو نہٕ أسی ازیہِ وٕنی تھے زِ کٔہمہِ صدی منٛز یتھ زبانٕی مشہور سنسکرت شاعر بلہن ''سارہٕ کٔشیرِ ہنٛز عام زبان'' چھُ ونان تتھ منٛز پٔنن کوٚت سرمایہٕ اوس تہٕ وٕہ زٕم تلٕمت کوٚت۔ نہٕ ہیکو أسی ازیہِ زأنتھ زِ لوہرخاندانہٕ وقتہٕ ییلہِ کٔشیرِ پیٹھِ پٔتم دردِ یلغار آو، تہٕ دردٕ نوآبادیو کوتاہ لسأنی اثر ترٛوو، تمہِ زمانہٕ کس سنسکرت آمیز کأشرِس پیٹھ۔

پنٛڈت کلہنس پتہٕ کٔنٛہہ کال گژھتھ چھِ کأشرِ زبانٕی ہنٛز ''مہانے پرٛکاش'' شتی کنٹھ ناوٕی أکی پنٛڈتن لیچھمژ۔ پانہٕ شتی کنٹھُن زادِ بوم چھُ وُنہٕ اختلافُک موضوع۔ مگر یہِ کتاب چھےٚ دُنیاہ کیوٚ سارِوٕے غأیلو نِشہِ بچتھ اسہِ نِشہِ ژوٚٹ وأژمژ۔ شتی کنٹھن اگرچہ امہِ چہِ زبانٕی ''سروگوچر دیش بھاشا'' یعنے ''عام فہم

زبان" ناوتھوومُت چھُ۔ اماپۆز ییٚلہِ امہِ چہِ زبأنٕ تہٕ للہٕ واکھن پانہٕ وأنی موازنہٕ کرنہٕ ییہِ جارج گرٛیرسنٕنی یہِ کتھ چھنہٕ ویٚپان زِ لل دیٚد ہٕندِس ژودأہمہِ صدی ہٕندِس کأشرِس پتہٕ کیاہ چھےٚ "مہانَے پرٛاکاش" لِکھنہٕ آمُت۔ بٔلکہِ چھُ یہِ قیاس جاۓ وزن دارباسان زِ "مہانَے پرکاشک" کوشُر چھُ لل دیٚد ہٕندِس کأشرِس نشہِ اکھ زٕ ہتھ ؤری پرٛ ؤن۔ لل دیٚد ہُند کأشُر چھُ (کیٚنژہ سنسکرت لفظو وژأے) أزی کےٚ کأشُر ہیُو باسان۔ "مہانَے پرکاشک" کأشُر بوزنہٕ وِزِ چھےٚ اسہِ زنتہٕ بیا کُھے زباناہ کنٕن گژھان۔ غالباً چھُ سر جارج گریرسنس یہِ تاریخ کھرٕ کرنہٕ وِزِ اکھ غلط فہمی گأمٕژ۔ تِمہِ چھُ بیٚیس أکِس "بال بودھنی نہ پاسا" ناوِ سنسکرت کتابہِ ہُند مصنف شتی کنٹھ۔ "مہانَے پرکاشک" مصنف شتی کنٹھ مونمُت۔ تہٕ أتھہِ پیٹھ مہانے پرٛکاشک زمانہٕ تصنیف ینٛدأہمہِ صدی منٛز تسلیم کوٚرمُت۔ امہِ کتٲبِ کأشرِ بن ۹۴ واکھن اندر رچھ تیہٕت سنسکرت ورتاونہٕ آمُت زِ اگر اتھ ستی سنسکرت شرح تہٕ آسہِ ہے نہٕ (یُس یاپانہٕ شتی کنٹھن نتہٕ بییہ کمی تام پۆت وأنی لیٚو کھمُت چھُ) اِمیُک معنٕے مطلبے راوِہے۔ برابر یوسہٕ وٕنی کأشرِس فارسی اثرٕ ستی گٔو ہمہِ صدی ہٕندِس أخرس أس گمٕژ سوے وٕنی أس شتی کنٹھنہِ وقتہٕ کأشرِ زبأنٕ سنسکرت زبأنٕ کرٕمٕژ۔ تَوے ہیکونہٕ أسی امہِ چہِ زبأنٕ (بقولِ شتی کنٹھ) تمہِ زمانٕچ عام فہم زبان وٕنتھ بلکہِ یہِ زبان چھےٚ تمہِ زمانہٕ کہِ کأشرِ برہمن طبقٕچ زبان أس ہٕمٕژ۔ (وُچھو مہانے پرکاش)۔

سنسکرت زبان أس اکہِ طرفہِ دربأری زبان تہٕ بییہِ طرفہِ علمی ذریعہ اظہار۔ ظأہر چھُ زِ تِتھِس ماحولس اندر رہتہٕ وادٕؤری ین لِگتھ أس نہٕ اعلیٰ طبقٕچ زبو عام بول چالہٕ ستی پۆرٕ رلان۔ عام أسی صرف خاص خاص لفظن سنسکرتہٕ أندرٕ أنتھ کأشرِس

منز ورتاوان تہٕ خاص اُسی فیشنہٕ خاطرٕ عام لفظ مُنز اُتھ زورٕ سنسکرت آمیز کأشُر کران۔ یوٗ تام کشیرِ اسلام ووت۔ متوأتر تاریخی روایت چھےٚ یہِ زِ سلطان شہاب الدینہٕ وقتہٕ (۱۳۵۴۔۱۳۷۳ء) بنے یہِ فارسی زبان سرکأری زبان۔ (پی۔این۔ کے بامزے) سُند وُنُن چھُ زِ مسلمان حکومت قأیم سپدِتھ تہٕ روٗد بڈشاہ صأبنس وقتس تام سنسکرت سرکأری زبان!) تہٕ فارسی روٗز مہاراجہ پرتاپ سنگھنس وقتس تام (۱۸۸۵ء تام) سرکأری زبان (قیاس چھُ یی زِ سلطان صدرالدین رتنچن شاہٕ سندِ وقتہٕ پیٹھٕ سلطان شہاب الدین نس وقتس تام عبوری دورس اندر آسہِ ہے فارسی زبان وارٕ وارٕ پانس رٕژھ جاے کران) سلطان شہاب الدینہٕ وقتہٕ پیٹھٕ (۱۳۵۴ء) موغل ینس تام (۱۵۸۶ء) اگرچہ سرکأری کاروبأری زبان فارسی اُس۔ اما پوٚز حکمرانن ہنز مادری زبان اُس کأشُر۔ یِیمہِ موجب بڈشاہ صأبنہٕ وقتہٕ۔ حسن شاہ پادشہہ سندِ تہٕ خاص کرژک حکمرانن ہندِ عہدِ کأشرِ زبأنی سرکأری سرپرستی حأصِل گٔیہِ۔ یِیمِک تأریخی ثبوٗت اسہِ بڈشاہ صأبنہٕ عہدِ نظرِ گژھان چھُ، یِیلہِ مہابھارت ہِش ضخیم کلاسیکی کتابہِ کأشُر منظوم ترجمہٕ کرنچ کوٗشش تہِ کرنہٕ آیہٕ (تعجب چھُنہٕ زِ یُس کوشُر مہابھارت محکمہ تحقیقاتہٕ کِس کُتب خانس منز چھُ تہٕ یِیمِک تاریخ ترجمہٕ وُنیوٗ کتام معلوٗم چھُنہٕ سپدِ مُت، یہِ ما آسہِ تمی ترجمُک نقل، یُس بڈشاہ صأبنہٕ وقتہٕ کرنہٕ اوس آمُت) بیٚیہِ اگر امہِ زمانہٕ کین ادبی کارنامن منز اموٚب بودھ بٔٹنی زینہ ویلاس تہٕ زینہ پرکاش بیٚیہِ سوم بٔٹنی زینہ چرت یاٗژے چھِ گُنزراونہٕ یوان۔ مگر قیاس چھُ یی زِ شأہی سرپرستی وژأے تہِ آسہٕ ہن ہم عصر للہ دیدِ تہٕ شیخ نوٗرالدین وٗلیؒ سندِ علاوٕ واریاہ تم شأعر، یِم اسہِ غُلأمی ہندِس دورس اندر گال کھالتھ تژٲوی۔

امہِ عہدٕچ چھِ صرف اکھ کتاب بھٹ اوتار سٕنز '' بانہ سُر کتھا'' اسہِ نِشہِ واتٕژمٕژ۔ یتھ وُچھتھ تہِ چھُ فِکرِ تران زِ پنٕد اُہمہِ صدی ہِنٕدِس اُخرس تام اُسی کأشری بٹہٕ مُصنف یہِ کوٗشش کران رٕوٗدی زِ سنسکرت آمیز کأشُر ے گوٗژھ فارسی دورس اندر تہِ چلہٕ وُن روزُن۔ مگر یہِ کوٗشش گیہ نہٕ کامیاب۔

کأشرٕن حکمرانن ہِنٕدِس عہدس (۱۳۳۹ھ۔ بمطابق ۱۵۸۶ء) دوران چھِ ژک خاندانُک وقت (۱۵۶۱۔ ۱۵۸۶ء) پٕژی پأٹھی سہ وقت روومُت یٚیلہِ کأشرٕن بحثیتِ قوم پننہِ پٕژتھ چیزُک شدید احساس تہٕ فخر اوس۔ یٚیمہِ قومی احساسُک اثر سانہِ زبأنی تہِ پیو۔ مثلاً (۱) فارسی زبأنی ہُند دوردورٕ اُستھ تہِ اوس اتھ زمانس تام کأشرِ زبأنی ہُند پرٕونُے رسم الخط شاردا چلان (۲) کُشیرِ اندر مسلمان اکثریت تہِ مُسلم حکمرأنی اُستھ تہِ اُسی کأشری لوٗکھ وارٕیہس حدس تام کأشرِ زبأنی اندر رٕہتٕہ ہِٹہٕ فارسی الفاظ اننہٕ نِشہِ پرہیز کران۔ ماسِوائے کیٚنژہ خاص لوٗکھ مثلاً (مذہبی رہنما) یِم وارٕ وارٕ عربی تہِ فارسی آمیز کأشرِس کُن لمان لمان کأشرٕن پنڈتن سنسکرت آمیز کأشُر ورتاونس پتھ حبس اُسی دِوان۔ (۳) ژکن ہِنٕدِس وقتس اندر آیہِ اکہِ طرفہٕ کأشرٕن ہِنٛز فوجی چھاونہِ نوشہرہ تام تھاونہٕ یٚیمہٕ ستی راجوری تہٕ پرٕونٛژھ علاقن منٛز وارٕ وارٕ کأشر زبان واتٕژ۔ بیکہِ طرفہٕ گوٚ واتھ عہدس اندر کُشیرِ تہٕ کشتوارس وارٕیاہ لسأنی اشتراک پأدٕ (یٚیمِیُک مختصر تذکرٕ ضمیمس منٛز کرنہٕ پیہ) تہٕ (۴) یہِ اوس ژکن ہُندُے عہد یٚیلہِ حبہ خاتوٗنہِ کوٗشُر گیوٗن قریب قریب فارسی معیارس تام واتہٕ نووتہٕ کأشرِ موسیقی تہِ ایرانی موسیقی رلأوِتھ کأشُر سرٕوٗدُ ڈٕنجہٕ بٕیہنو و۔

مگر یتھے موغلو دھوکہٕ دِتھ ژکن ہِنٛز حکوٗمت ختم کٔر۔ سأنی زبان سپٕز یتیم تہٕ

شاہی دربارٕ پیٹھ گامہٕ مکتبن تام روٗدنہٕ کانٛہہ تیٚتھ سرکآری ذٔریعا، یُس کأشرِس پلالہِ کرِ ہے۔ یہِ اوس صرف عوأمی ردِعمل کھ خیرات زِسأنی زبان روٗز زِنٛدٕ۔ ورنہٕ موغلو پتہٕ آو فارسی زبأنی ہُنٛد خسارٕ، یتھ تل نہٕ صرف سانہِ زبأنی ہنٛدی ہتہٕ وادلفظ پٕر گٔیہِ۔ بلکہِ لگو سأنی سأری عألم تہٕ اکثر شأعر صرف فارسی زبان ہیچھنس تہٕ ادبی تہٕ علمی کارنامن منٛز فارسی زبان ورتاونس کُن (یہن چھُ شُکر زِ کأشرٮ۪ شأعروتہٕ عألمو لوٚب فارسی زبأنی انٛدر تہِ ترٛٹھے شہرت یُس پرٛانہِ عہدِ سنسکرت ادبس منٛز سانٮ۪و پرٛانٮ۪و لٔب مرٛ اُس یٚیمہِ موجوٗب کٔشیرِ (ایرانِ صغیر لقب لوٚب)

ژکن ہِنٛدِس وقتس تام اُسی صرف پرٕونی کأشری بے شوٗنک پأٹھی سنسکرت آمیز کأشرِ بدل کم جاےٚ فارسی آمیز کأشر ورتاوان۔ موغل ینہٕ پتہٕ بنیاو فارسی آمیز کأشُر ورتاوُن اکھ مستقل فیشن۔ یُس اکہِ نتہٕ بیٚکہِ رنٛگہٕ وُہمہِ ۲۰ صدی تام چلہٕ وُن روٗد۔ وارِیاہ تم لفظ یم سنسکرت پیٹھٕ کأشرِس منٛز وارِیاہ کالہٕ پیٹھ آمٕتی اُسی، تہٕ عام زبأنی ہِنٛدی نم تہٕ ماز بنیأمتی اُسی۔ تم آیہِ وارٕ وارٕ مُشراونہٕ تہٕ تِہنٛدِ بدل فارسی لفظ اننہٕ۔ مثلاً ”نب“ بدلہٕ ”اسمان“ بُتر اُژ بدلہٕ ”زمین“ ”زوٗ ننگ“ بدلہٕ ”نار“ وغیرہ وغیرہ۔

لفظہٕ تبادلہِ علاوٕ بدلیاو کأشرِ زبأنی ہُنٛد انٛداز بیان بلکہِ انٛداز فکر تہِ۔ پُتہِ یٮ۪لہِ کأشر زبان شارداہ بجایہِ نستعلیق خطس انٛدر آیہِ لکھنہٕ، امہِ کِنہِ وارِیاہ ہن اچھرن آو کھر تکلیاو زِ وو پرِ حکمرانن ہِنٛدِس وقتس انٛدر آونہٕ اتھ خطس سُہ فنی اصلاح کرنہٕ یٚیمہِ ستی آوازہِ ہِنٛدی مختلف پرتو کھرِ یہن کرنہٕ۔ توے زٕ دی اتھ نوِ لکھ پرِ منٛز وارِیاہ لفظ، یم سپنہٕ گاشے پرنہٕ اُسی یِوان (مثلاً اوس = آسو، دوٗپ = دپو وغیرہ) تہٕ زبأنی

ہِنٛدِس اتھ معنوی تہٕ فنی انقلابس پأنٛی راونس منٛز روٗ دی کأشرۍ مُسلمان بڑ وٕنہہ بڑ وٕنہہ امہِ لِسأنی فرقہٕ دأری ہٕنٛدۍ زاے کأشرِ زبأنی اندر پانے زٕ مُستقل دبستان: مسلمان اکثریت روٗز فارسی (تہٕ عربی) ہندو اقلیت سنسکرت اند ازِ بیانٕکی طرفدار۔ تہٕ اتھ غلط مان مأنٛی اندر تہِ گیہِ واریاہ کأشرۍ لفظ گال کھالتھ۔ تہٕ تِہنٛدِ بدلہٕ آے نٕوۍ فارسی تہٕ پڑأنی سنسکرت لفظ کأشرِس منٛز زورٕ شرٛ ؤپ راونہٕ۔ زبأنی ہِنٛز یہِ دوٗ عملی روٗز کأشرِ ادبہِ کِس پڑتھ حصس منٛز چلہٕ وٕنی، ییٚتہِ ہندو تہٕ مسلمان زٕ ۲ ''نمایندٕ'' أسی۔ چونکہِ اتھ زمانس منٛز اوس نہٕ اتھ غلط مان مأنٛی کأنٛہہ ہٕکھ کڑان، لہٰذا گیہِ دونٕوٛنی دربن یہِ کتھ مُشکی تھٕوی زِ شوٗ دکأشر ورتاوُن چھُ پرٛتھ کأشرِس فنکارٕ سنٛز بُنیأدی کأم۔ بلکہٕ گیہِ أتھی وقتس منٛز یہِ غلط روایت تہٕ ہٕرتھ زِ یُس شأعر یؤت سنسکرت آمیز یا فارسی آمیز کلامہٕ لیکھِ، سُہ اوس پننہٕ نِس حلقس منٛز تیٚؤت ''ماہرِ شعرگوئی'' مانٛنہٕ یِوان۔ تہٕ گنٛوہمہِ صدی اندر روأ ژ یہِ غلط مان مان کمالس (وُچھو رزمیہ شأعری) منٛز امیر شاہ کریری تہٕ پرکاش کول۔ مثنوی شأعری منٛز مقبول شاہ کرالہٕ وأرۍ تہٕ لَکھمن جوٗ بُلبُل، دینی شأعری منٛز پرمانند تہٕ مولوی صدیق اللہ) وُہمہِ صدی منٛز تہِ اگر أسی عزیز اللہ حقانی (وفات ۱۹۲۸ء) سُند کأنٛہہ أخری بأتھ تہٕ نٛدلال کوٗلنی سیچ کہوٹ (چھاپ ۱۹۲۹ء) نموٗنہٕ دون ترٛ بن ؤریٚن ہِنٛدِس طرزس لِسأنی موازنہٕ کرنہٕ وِزِ چھُ فِکرِ تران زِیم زٕ دبستان أسی أچھ مچھ ٹوٗتھ زنتہِ پن پننِس حلقس کُنٕے خطاب کران۔

یہِ اوس ۱۹۳۶ء، ییلہِ ''پرتاپ'' میگزینہٕ کہِ ذٕرۍ یہِ گوڈنیتھ یہِ ژینہٕ ؤنی دِنہٕ آیہِ زِ یٚؤت أسی کأشرِ زبأنی منٛز وہ پرزبانن ہِنٛدی تم تم لفظ ترک کرویٚمن ہِنٛدی

مُتباَدِل لفظ چھِر کاشرِس منز بڑ وُنہِ موجوٗد چھِ، تیوٗت لبہ سانہِ زبان پنُن مقام۔ اگرچہِ یہ نصیحت آیہِ مہجوٗر صابنس ابتدأیی فارسی آمیز کلامس کہو چھِ کھالان کرنہٕ، اما پوٗز یہِ چھِ شاعرن یہ نصیحت بوٗز (یمن منز پانہٕ مہجوٗر صاب تہِ اُسی) تمہِ تمہِ ہیوٗت پنہٕ نے شرمہِ حتے المقدوٗر شوٗد کاشُر ورتاوُن...... ماسوا یہ تمہِ کینٛہہ شاعر، یہُند لسانی شعوٗر یہوے وٗسی ہیوٗ گوٗمُت اوس...... یمنے دوہن سپُد یہ عجیب اتفاق زِ سیٛچ کہوٗٹ ہِندِس سنسکرت آمیز کاشرِس مُقابلہٕ صرف دٕہ ۱۰ؤری گرٕھتھ آیہِ اُتھی ''پرتاپ'' میگزینس اندر رمیانہٕ سیٛ (۳) عملی کاشرِ پاٗتھرِ کِ...... یتھ ''گرٕہسی سُندر گرٕ'' ناوچھُ...... کینٛہہ ابتدأیی منظر چھاپ کرنہٕ۔ یمن منز گوڈنچہِ لٹہِ کاشرِس نثرس منز شوٗد کاشُر ورتاونچ کوٗشش چھےٚ کرنہٕ آمٕژ۔ ''پرتاپ'' میگزینہٕ کہِ امہِ مشنُک نتیجہ دراو یہ زِ ۱۹۴۷ء پتہٕ لگی یم زٕ دبستان وارٕ وارٕ چھرِ کاشرِس گن لگتھ اکھاُکس نکھہ پنہٕ۔ تہٕ ازییلہٕ کاشرِ زبانہِ ہِندِس لفظہٕ ذٔخیرس اُسی پھیٚر چھِ دِوان، امہِ چھُ پوٗان مانُن زِ فارسی لفظو چھُ کاشرِ زبانہِ منز زیادے سٕنہ موٗل دِتہٕ تہٕ۔ حالانکہ یتہِ چھنہٕ یہنز واُنس پانٛژہ ہتہٕ ؤری یہ جاد۔ یِمیُک نموٗنہ یمن مقالن ہنز زبان چھےٚ۔ یتھ اند رہتہٕ منزٕ کم کھوتہٕ کم ترٕٛہ لفظ فارسی (یا فارسی کہِ ذٔرِ یہ عربی) آمٕتی چھِ......

افغان حکوٗمژ پتہٕ ییلہِ ۱۸۱۹ء ہس اندر کشیرِ سِکھہِ راج آو تہٕ پنجأبی زبان بولن والین حکمرانن ہِندِ اثرٕ لوٗگ امہِ زبأنی ہُند تہِ آو جاو کشیرِ۔ وادی ہنز عوأمی زبأنی اگرچہِ امیُک اثر روٗٹ نہٕ۔ اما پوٗزوورِ، راجوری پرٕ وٗنژھ تہٕ ڈوڈہ علاقن اندر پیوٗ امیُک جان اثر۔ پنجابی زبأنی ہنزٕ پوٹھوہاری تہٕ لہندی شاخہٕ، یِمہٕ یمن سرحدن اپارٕ

جاہِ ورتاونہٕ آسہٕ یِوان، آیہ اتہِ کأشرِ زبأنۍ تہٕ اثر تراوان ۔ مگر کأشر زبان تہٕ گیہِ یِمن اثر تراوان ۔ چنانچہِ ازتہٕ چھِ یِمن علاقن ہٕنتھ وادی منز تہٕ واریاہ تِم لفظ یِم پنجأبۍ زبأنۍ ستۍ سرٕ ؤدی چھِ ۔ یِمن منز بامے، پھٹیمو، کوڑرباز، نیال، کیرن، شِگ، دبن، بچھیرِ تہٕ تارکانٛج لفظ یِوان چھِ ۔ (یہِ وُنن چھُ مشکل زِ گوڈٕ کتھ زبأنۍ منز اأسی یِم لفظ تہٕ پتہٕ گمی زبأنۍ تُلی ووزُم) یِمن دوٕن زبانن ہٕندِ اکھأ ٲکس اثر تراونک نتیجہٕ وڑاویہ زِ ازتہٕ چھِ کیٚنژن حرفن ہٕندِ ہیرِ پھیرِ پتہٕ واریاہ لفظ اکھأ ٲکس ستۍ رلان ۔ مثلاً کأشُر نِیک (پنجابی "نِکا") بیاکھ (بیا) ووپر (اوپرا) یڈ (ٹہڈ) پۆتۍ (پوتے) گان (گوان) کنٛز (کنج) اۆر رۆدر (ارادرا) فِشل (کِشل) کامنٛز (کامنی) چھکیر (چھیکڑ) چندہ (چنتا) مۆت (موتا) ہیر (ہیٹر) شاہ (سا) ۔ وادی نبر علاقو کۆر پنجابی زبأنۍ ستۍ مصدرن ہٕند تہٕ لین دین تہٕ توے چھِ یِمن علاقن اندر کڈُن (کڑناں) وُسن (وسناں) نبھن (نبھناں) مانٛجُن (مانجناں) بوزُن (بجناں) گنٛڈُن (گنڈناں) لبُن (لبناں) ورتاوُن (ورتاواں) تہٕ زرُن (جرناں) عام پأٹھی بولنہٕ یِوان ۔

مگر سِکن ہُند وق رۆد صرف ستووٕہ (۲۷) ؤری ۔ یِمو پتہٕ کریاو گوڈ نِکو دۆیوڈۆگرِ حکمران ڈوگری زبأنۍ ترکو ۔ اماپۆز ڈوگری ہیٚچ نہٕ دفترن منز فارسی زبأنۍ ہٕنز جانشین بٔنتھ ۔ ممکن چھُ زِ ڈوگرن ہٕندِ آوِ جاہِ ماآسن گلاب گڈھ، بٹۆت تہٕ بھدرواہ کِنۍ کیٚنہہ ڈوگری لفظ تہٕ کأشرِس منز آمتۍ ۔ مگر کشیرِ ہٕندِس مرکزس یعنے وادی منز رۆز ڈوگری زبان پٔژھی لازے ۔ یِۆ تام ۱۸۸۵ء ووت ۔ یہ ؤری چھُ سانہِ زبأنۍ ہٕندِس تأریخس اندر بڑ اہم ۔ییٚلہِ مہاراجہ پرتاپ سنگھن فارسی بدلہٕ اردو زبان

سرکأری زبان تسلیم کر ۔ مگر امہِ وقتہٕ اوس انگریزی راج تہٕ ڈوگرٕ حکمرانن پیٹھہٕ اردوٗس ستیٚ انگریزی زبان تہٕ سرکأری زبان مانٛز ۔ یوسہٕ انگریز دفع گژھتھ تہٕ ازتام سرکأری کاروٲیین ہنٛدِ خاطرٕ ورتاونہٕ چھہِ یوان ۔ اتھ دوٗ گوٚنہٕ لِسانی پالیسی آو ۱۹۴۷ ہس پتہٕ سُہ گونہٕ لانٛج ییٚلہِ اکہِ طرفہٕ یہٕ فٲصلہٕ کرنہٕ آو زِ اردو زبان روزِ کٔشیرِ ہنٛز سرکأری زبان ، بیٚیہٕ طرفہٕ پیوٚ فٲصلہٕ کرن والین پتہٕ تسلیم کرُن زِ ہندی زبان چھےٚ کأشرِ ہنٛز تہٕ قومی زبان ۔ یتھہٕ کنۍ چھےٚ وُنی کینٛہہ پوزیشن یہٕ ...... کوشُر ...... مادری زبان تہٕ علاقأیی زبان ۔ اردوٗ سرکأری تہٕ علاقأیی زبان ۔ ہندی راشٹر بھاشا ۔ ہندی زبان چھےٚ کأشرِ کہِ پأٹھی پانہٕ سنسکرت زبأنی ہنٛز اُرزمان تہٕ سنسکرت زبأنی چھُہ بڈٕ وٕنہِ کأشرِ زبأنی بُرزر کوٚرمُت ۔ لہٰذا چھُنہٕ ہندی پیٹھہٕ ووزُم ٹلُنگ تیٚوٗت جادٕ امکان ۔ اما پوٚز اردوٗ کہِ خارٕ خارٕ چھُ یہِ ممکن زِ بیٚیہٕ اکہٕ نوِ قسمٕچ سوے لِسانی دوٗعملی ماگژھِ بیٚیہٕ شروع ۔ یتھہ ۱۹۴۷ ہس پتہٕ وارِیاہ کمی آس گمٕژ ۔ فی الحال چھُ اردوٗک اثر دوہ کھوتہٕ دوہ بڈان ۔ تہٕ سرکأری سرپرستی وزأے تہٕ چھےٚ اتھ کأشرِ ہنٛز اکثریت زانان تہٕ تہٕ ورتاوان تہٕ ۔ بلکہِ چھےٚ یہِ عملاً پٕرٕ وٕنی طٕقچ دوٚیم زبان بنےمٕژ ۔ امکی فارسی تہٕ عربی لفظ چھِہ بڈٕ وٕنہِ کأشرِ زبأنی ہتہٕ وادٕ وُری بڈٕ وٕنہہ پأنی رأوی متیٚ ۔ یم علاوٕ چھِہ امکی تم تم پنٛنی لفظ کأشرِس اندر رٔژ پان ، یمن ہنٛدی متبأدِل لفظ کأشرِ زبأنی منٛز آسی نہٕ ۔ مثلاً بجلی ، چاے ، پیٛالہٕ ، میز ، تار ، موم ، سڑک ، وُتاولی تہٕ اِڈٕ ۔ یتھے کنۍ چھِہ وارِیاہ اردوٗ لفظ ، یمن حرفن ہنٛدٕ ہیرٕ پھیرٕ ستیٚ کأشرِ شکل چھےٚ بنےمٕژ ۔ مثلاً ہٹاوُن ، رُکاوُن ، کھنٛڈ ، تموک ، استہٕ استہٕ ، بالٹین ، پنکھ ، ڈنٛڈٕ ، چمٹہٕ ، لالٹین تہٕ صابن ......

تہٕ یہِ سِلسِلہٕ چھُ از پوٚز پأٹھۍ جأری۔ یتھس ماحولس اندر چھُ تِمن أدبن ہِندِ خاطرٕ اکھ اصول کھڑٕ گژھان، یِم کأشرِ زبأنۍ اندر ووپر زبانن ہِندۍ ہِٹہٕ ہِٹہٕ لفظ انہٕ ہِنکۍ قأیِل چھِنہٕ۔ سُہ گوٚو یہِ زِ اُردو زبأنۍ پیٹھ گژھن صرف تِمے تِمے لفظ انٛنۍ یا کأشراونۍ یِمن ہُند ضرورت چھُ۔ یتھہٕ کِنۍ أسۍ انگریزی زبأنۍ پیٹھٕ صرف تِم تِم لفظ کأشرِ زبأنۍ منٛز رٹنس مجبوٗر چھِ یِمن ہِندۍ مُتبادِل لفظ کأشرِ زبأنۍ منٛز چھِ نہٕ۔ مثلاً لاری، موٹر، سائیکل، مشین، سُچ، کنکشن، پنسل، نِب، بوٗٹ، پالش، والنٹیر، لیڈر، پروفیسر، پرنسپل، واچر، ڈاکٹر، ہاکی، فُٹبال، ریڈیو، انجینئیر، مِس یا کمپنی بیترِ۔ عام چیز وعلاوٕ چھِ از بیاکھ ضرورت تہِ، یُس یِمہٕ موجوٗب سانہِ زبأنۍ اُردو تہٕ انگریزی نِشہِ واریاہس کالس ووزُم تُلان روزِ، تِم گیہِ علمی تہٕ فنی چیز۔ یِمن منٛز ہیتہٕ واددوا، ساسہٕ وادمشینہٕ پُرزٕ تہٕ آنتھٕ رٛوس علمی اصطلاح چھِ۔ یِم اسہِ لابُدی کأشراونۍ پین۔ یِمو منٛزٕ أسۍ جاےٚ کھوتہٕ جاےٚ کُنہِ لفظس تلفُّظ بدلأوِتھ ہکو، نہٕ زِ کأشُر مدِ مقابل لفظ لُبِتھ۔ مثلاً سُپری ڈنٹ (انگریزی سُپر انٹنڈنٹ)، لأن مأن (لاین مین) ٹِکٹھ (ٹِکٹ) سیمنٹھ (سیمنٹ) اکونٹٹ (اکونٹنٹ) واسلین (ویزلین) بیترِ۔ تِتۍ مہٕ پین اسہِ اکثر لفظ پننے شکولہِ ووزُم تُلِتھ کأشرس پوٗچھر دِین۔

پتھ گوٚو اگر کانہہ فِتی فرہنگی محض پننہِ بیقلأزی ہنٛزٕ نُمأیِشہِ خاطرٕ مألِس (ڈیڈی) تہٕ ماجہِ (امی) تہٕ پیچِنہِ (آنٹی) ونان روزِ، تس گولہٕ پأرِ مِس چھُ یِتے یوت یاد پاوُن کأفی زِ سُہ زمانہٕ گوٚو یِیلہِ یِیتہٕ ہِٹہٕ ہِٹہٕ انگریزی کرن وول صاحب بہادُر یا تُسند خان سامان مانہٕ اوس یِوان۔ یایِیلہِ کأشُر مُشر اون وأرِس "بابوٗ جی" أسۍ ونان۔

# ضمیمہ

کأشرِ زبأنؠ پیٹھ یمو یمو وو پرزبانو مُستقل اثر ترٛ وو، تِمن علاوٕ چھُ پانٕہٕ کٔشیرِ منٛز تہٕ کأشرِ زبأنؠ تیوٗت ہیرِ پھیرِ گوٚمُت زِ اتھ موضوعس تفحص کرنس پیٹھ ییٚلہِ مے جناب ٹاک زینہٕ گیریٚس استدعا کوٚر، تِمو گٔر وٕریہِ وادن کٔشیرِ ہٕنٛدبن پرگنن پھیرِ پھیرِ اکھ نأدِر کتاب تیار۔ یوٚسہٕ حال حالے چھاپ گڑھن وأجنؠ چھے۔[1]

پرٛانِہ وقتہٕ نہٕ اوس چھاپ خانہٕ۔ نہٕ اوٕ یور گڑھنُک کانٛہہ سہل امکاناہ۔ نہٕ اوس کأشرِ زبأنؠ ہُنٛد کأشرِ پأٹھؠ کانٛہہ لُغت بناونہٕ آمُت۔ یُس سانہِ زبأنؠ اکی ڈٕنجہِ تھاوِہے۔ نہٕ اوس أزِ کی پأٹھؠ أدبین کُنہِ جایہِ جمع سپدِتھ زبأنؠ ہُنٛد موازنہٕ کرنُک کانٛہہ ٹرٛز۔ یِہِمیُک مجموعی نتیجہِ یہِ دراوٛ زِ کٔشیرِ اندر رتہٕ کٔشیرِ أندی پکی کأشِر زبان بولن والین گیہِ پرگنہٕ واد لہجہِ ڈٕرِتھ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ ییٚلہِ ازسوگام، مُنٛڈی، کشتوار تہٕ سرینگرِ کیٚ ژوران پربسن وألی أکِس جایہِ سمِتھ اکھأ کِس ستی کتھ کرنہِ لگن، یِم ترٛاون اکھأ کی ہنٛزِ بولہِ پیٹھ اسُن۔

یہِ ہیرِ پھیرِ ڈٕرِتھ گڑھنس چھُ بیاکھ بوٚڈ وجہ۔ یتھ کُن سانین پرٛی وِنین چھُ خال خالے چھُ توجہ گوٚمُت۔ سُہ گیہِ سأنؠ غلأمی، یوٚسہٕ ۱۵۸۶ء پیٹھ شروع سپز۔ کٔشیرِ پیٹھ موغلن ہنٛدِ قبضہٕ پتہٕ حال حال تام چھِ سأنؠ حأکِم "پأرِم" (موغل، افغان، سِکھ، ڈوگرٕ) روٗدی متی۔ یِمن نہٕ صرف کأشرِ زبأنؠ ستی کانٛہہ تعلُق اوسنہٕ۔ بلکہِ

اکہِ محکوٗم قومِچ زبان آسنہٕ سببہٕ اَسی یم کاشرِ زبانۍ بےٚ قدری کران۔ یِتھ زن سائِنس قومس "احساسِ کمتری" بڑِتھ وۄپرِ غاصبن ہنٛزِ حاکمی ہُنٛد عقیدِ نوٚتہٕ عامس اہرِ بیہہِ۔ موغلن تہٕ افغانن ہنٛدِ وقتہٕ اگر کینٛژن رسوٗخہٕ والین یا بتہٕ سازندرن جاگیراہ بنٛیاو، تم اَسی اَتھی عطایاتس عِوضہٕ عوامس سرکارِچ وفاداری ہیچھناوان۔ سِکن ہنٛدِ وقتہٕ گوٚو عام بےٚ بوٗج شروع (یِتھ حمیداللہ اسلام آبادی ہنٛدِ فارسی "بےٚ بوٗج نامہٕ" پتہٕ تہٕ وارِہ وادہٕ ہو کاشری اضافہٕ کری) امہِ عہدہٕ اَسی حاکم بولان پنجابۍ۔ دفتری لکھان فارسی تہٕ عام بولان کوٗشر۔ یِہے ونٕن روٗز گلاب سنگھ مہاراجہ سنٛدِ وقتہٕ تہٕ۔ رنبیر سنگھ مہاراجس گیاو خیال زِ ڈوگری زبان گژھہِ دفتری زبان ہنٛز۔ مگر یہِ منصوبہٕ پوٚ اڈوتی۔ صرف گیہِ ڈوڈہ وزارژ ہنٛدس کاشرِس اندر ڈوگرِ بسکینٛن ہنٛدِ ذٔریعہٕ کینٛہہ ڈوگری لفظ شرٛ پِتھ۔ کشیرِ ہنٛدی اثر رسوٗخہٕ والی روٗدی ڈوگرن نِشہِ نوکری ژھانڈان، اڈِ گوٚو رمڈِ گوٚو ڈوگری بولان تہٕ بس یہِ حال روٗد ۱۸۴۶ ءٕ پیٹھہ ۱۸۸۵ ءٕ ہس تام۔ امہِ پتہٕ روٗدی وۄپر حاکم تہٕ کاشری پرٛی وِنۍ اُردو تہٕ انگریزی کران تہٕ یہِ سِلسِلہٕ چھُ ازتام چلان۔

کاشرِ زبانۍ ہنٛزِ یژھہِ بےٚ کسی منٛز اوس کینٛژو کاشرو سِوا سارِوے کھوتہٕ جادٕ تعلیم یافتہٕ طبقہٕ کاشرِس بےٚ ؤقری کران۔ نوکرشاہی ہنٛدِ فیضہٕ اَسی یم کاشر بوٗلِن ہتک زانان تہٕ توے روٗدی عوامِچ بول چال پننہِ آیہِ تھاونس منٛز عوامے باقی۔ مگر یمن روٗدنہٕ علاقہٕ وارٕین گژھن۔ یمہِ کنہِ نیاے کاشرِس علاقہٕ وار لہجہٕ۔ یمن منٛز کشتواڑک کاشرٕ تہٕ وادی ہنٛد کوٗشر سارِوے کھوتہٕ جادٕ نُمایاں چھُ۔

یمن دون علاقن ہنٛز زبانۍ ہنٛدِس ہیرِ پھیرس متعلق صحیح اندازٕ کرنہٕ خاطرٕ واتہٕ

اسہِ کشمیرُک تأریخ وُچھن ۔ یِیتہٕ اَسہِ یہ واقعہ لبان چھہِ زِ کاشُری رٕوٕ دی بحثیتِ قوم پٔنٕژہَن وُری ین جاۓ موغلن ہِندی حملہٕ رُکاوِتھ پٔنٕنۍ آزأدی قأیم تھاوان ۔ کشتوار رٕوٕد یعقوب شاہ ژٕک سٕندِس وقتس تام اتھ سیأسی ہوٕدٕ ہٕرِ نشہٕ وارِیہس حدس تام بِچھ ۔ ژٕکن ہِنٕدِ عہدٕ پییہ کاشرن پٔنٕنۍ آزأدی بچراونہٕ خأطرٕ پیر پانٕژالہِ اپارِ نوشہرہ تام فوجی چھاونی بناونہِ ۔ یِیتہٕ یِمو راجورٕی تہٕ پٕرٕ ژٕٕھ علاقس انٕد رکاشُر زبان واتناو ۔ یِیمکۍ آثار ازتہٕ حاجی بانٕڈے گامہٕ پیٹھٕ منٕڈی قصبس تام موجوٗد چھِہ ۔ مگر موغلن ہِنٕدِ یِنہٕ پتہٕ رٕوٕ دی کشتوار ہوی علاقہٕ فارسی زبأنۍ ہِندِ اثرٕ نشہٕ وارِیہس کالس بچِتھ ۔ تِتھے کٕنۍ اَسہِ یِم علاقہٕ بُوٗژہہ کالہِ سنسکرت اثرٕ نشہٕ تہٕ وارِیاہ بچیأمتۍ ۔ یِم علاقہٕ چھہِ مٔرٕ وہ پیٹھٕ کشتوار تامتھ چھکرِتھ تہٕ توے رٕوٕ دی یِمن علاقن انٕد رسانہِ زبأنۍ ہِندی کینٕہہ تِم ''آثار قدیمہ'' موجوٗد، یِمن سنان اکھ پوٗرٕ لِسأنی تحقیقاتُک مقالہٕ بنہِ ۔ اَسہِ نمو مِثالہِ پأٹھی صرف کینٕہہ اِشارٕ، یِم یِیمہِ ضمیمہٕ خأطرٕ کأفی چھہِ :۔

ا۔ کشتوارس انٕدر چھہِ وُنہٕ تہٕ کینٕہہ پرٕأنۍ لفظ یِم وونۍ کشیرِ انٕد رورتاونٕے چھہِنہٕ یِوان ۔ اما پوٗز پرٕانہِ وقتہٕ چھہِ یِم کشیرِ منٛز عام اَسہِ مٕتۍ ۔ مثلاً کوشُر معشوق، یُس دراصل عربی پیٹھٕ فارسی تہٕ فارسی پیٹھٕ کأشرِس انٕد رووتمُت چھُہ، کشتوأری چھہِ اتھ بدل ''لٔلی بان'' ونان ۔ یُس وادی منٛز خالے کأنٕسہِ وِیوٗ دچھُہ ۔ کأشرٕ چھُہ سنسکرت ''پُشپا'' أندرٕ ''پوش ٹٕلنۍ'' مُرکب مصدر بنومُت ۔ اتھ مُرکب مصدرس بدلہٕ چھہِ کشتوارس انٕد رمُفرٕد '' کوشُر مصدر ''ژُنُن'' چلان ۔ تِتھے کٕنۍ چھہِ بییہ تہٕ وارِیاہ کأشری مصدر، یِمن ہِنٛدی ابتدأیی مصدر بالکل بدل چھہِ اَسہِ مٕتۍ ۔ مثلاً ''پھٕٹراوُن'' بدل ''ٹھأنُن'' ۔ یِمن وُچھِتھ قیاس ییہ کرنہٕ زِ درٕاس علاقکۍ پأٹھی

آسن کشتوارس منز تہٕ وارِیاہ دردی عہدکی پھُٹہٕ پھرٲٹہٕ لفظ۔ یِمن منز کوشُر أزِ ئِک ''مول''، ''موج'' دردی ''مالہٕ''، ''آجہٕ''۔ کشتوارکی ''باجہٕ'' (مول) مالی (موج) بنیأمتی چھِ۔ تِتھے کِنی چھُ کشتوارُک ''بأنڈی وان'' کأشرِ (فارسی) قید خانہٕ بدل چلہٕ وُن رُؤ دمُت۔

۲۔ کٔشیرِ تہٕ کشتوارس اند رچھِ وارِیاہ تِتھی لفظ تہٕ، یِم شۆ دی کأشری أستھ تہٕ چھِ اکھأ کِس نِشہِ بالکُل الگ۔ یہِ ہیکوٕ ازٕ ئی تھے زِ دۆ یو منزٕ کُس لفظ چھُ گوڈٕ سانہِ زبأنی منز اوسمُت۔ مثلاً کوشُر ''گرٕیز'' کشتوأری ''کھرنگ''۔ لانزٕ (بینش) اہہ (سِٹِل) زِیُن (ژوڈٕ) ژۆٹ (منج)......رُہن (تھوم) اُنو (پینگہ) گوگجہِ (گوگل) بیترِ۔

۳۔ کٔشیرِ تہٕ کشتوارِ چھِ تِم تہٕ وارِیاہ لفظ، یِم تلفُظ کِنی ہِوی چھِ۔ اما پۆز مفہوٗم چھُکھ الگ الگ۔ مثلاً

(الف) کٔشیرِ منز چھُ ''ہاکھ'' اکھ خاص سبزی (ترکأری) کشتوارِ چھِ ماز وزٲے پرٕتھ سِنِس ''ہاکھ'' ونان۔

(ب) کٔشیرِ چھِ پچھِن تِمن وُڑٕنن جانٕہ ورن ونان، یِم شِکار چھِ کرنٕہ یوان۔ کشتوارِ چھِ پرٕتھ وُڑٕ نِس جانٕہ ورس ''پچھِن'' ونان۔

(ج) ''شیری ہتھ'' چھِ کٔشیرِ اند رتتھ کھٕبنٕہ چنس ونان یُس فاقہٕ پھُٹراوِ (خواہ سُہ لوٕ کٹ عید أسن یا بیٚہ کانہہ دوہ) کشتوارس اند رچھِ بجہِ عیدٕ ہٕندِ دوہٕ أکی سے جایہِ قوربان ماز کھٕبنس ''شیری ہتھ'' ونان۔

(د) کشتوارس اند رچھِ کلس ''ہیر'' ونان۔ حالانکہ وادی منز چھِ صرف کٹہٕ سٕندِس

کلہٕ ہےٚ یوت ''کلہٕ ہیر'' ڈبل ناوکران۔

۴۔ تِم لفظہٕ تہٕ چھِ واریاہ، ییمن ہُنٛد علاقہٕ وار مفہوٗم بالکُل بدلیامُت چھُ۔

(الف) کأشرِ ہ ''شُرِ'' بدل چھِ کشتوارس انٛدر ''بوٗکُت'' ونان۔ حالانکہِ ''بوٗکُت'' چھِ کٔشیرِ انٛدر صرف ہوٗنہِ بچہ ہےٚ یوت ونان۔

(ب) کوٗشُر ''ماز'' لفظ چھُ کشتوارس انٛدر ''سیٚنٛ''۔ حالانکہِ کٔشیرِ انٛدر چھِ پرٛتھ تتھ سبزیہِ تام سیٚنٛ ونان، یُس بتس سٟتۍ کھینہٕ ییہِ۔

(ج) کأشُر ''بُتھ'' چھُ کشتوأرۍ شونٛڈ۔ حالانکہِ کٔشیرِ منٛز چھُ صرف کأنٛسہِ نابکارس کُن ونہٕ یِوان زِ ''أمِس چھُنہٕ شونٛڈ ے!''

۵۔ کینژن لفظن چھُ حرفہٕ پھیرِ گوٗمُت۔ مثلاً کوٗشُر ''پشپُن'' کشتوأرۍ ''پپہٕ شُن''۔ کأشُر ''پرٛیڈوٗن''۔ کشتوأرۍ ''پرٛیشہٕ وٗن''۔ کأشُر ''پھیار''۔ یڈتہٕ ڈٔج کشتوأرۍ کھیال ڈڈتہٕ وٗج۔

[]۶۔ عام بول چالہِ انٛدر تہٕ چھُ واریاہ ہیرٕ پھیر گوٗمُت۔ مثلاً

کأشُر (الف) تٔمۍ کیاہ وٗن نَے؟ (ب) ''یہٕ چھُ سون'' (ج) ''ہیوٚر تھوکھ تہٕ بتھس'' چھِ کشتوارس انٛدر بالترتیب (الف) ''تٔمۍ کیاہ زِبَے نَے؟'' (ب) یہٕ تھِ اسُن (ج) ہُش تھوکھ تہٕ شونٛڈس، بٔنیاٚتۍ تہٕ کینژن لفظن چھُ اکھأ کِس وُلتہٕ فحش معنی تہِ درٛاامتۍ۔ (۷) عام پأٹھۍ چھےٚ مسلمانن مقابلہٕ کشتوأرۍ ہیٚنٛدٕ بوسانہِ پرٛانہِ زبأنۍ ہنٛز جان رأچھ کٔرمٕژ۔ ہیٚنٛدٕ بو چھےٚ پرٛأنۍ زبان چلہٕ وِنۍ تھأومٕژ تہٕ مسلمانو چھُ وادی ہنٛدٕ اثرٕ فارسی آمیز کوٗشُر پأنۍ رووُمُت۔ مثلاً کوٗشُر برٛقہٕ کشتوأرۍ جنٛدہ۔ ساتھاہ (گیریا) خوشہٕ وٗن (سوندر) شرٛارت (کرٛوٗد) زہر (وِہ) صُبحٕ ے (نہِ باگے) کمبل (چٔچرٕ) دوست (چوٹن) اسمان (تالم) واریاہ لفظ چھِ کأشرٕ

سراسر راوٕ ری ٲستی ۔ مگر کشتوٲری ہیندؠ چھِ یم وُنیُک تام رٕژھرٲوِتھ تھٲوی ٲستی ۔ مثلاً کوٗشُر کورِ ہٕنز کوٗر۔ کشتوٲری تیوٗڑی ۔ بستره (بسان) ٹوٗکر (ژھزل) یُلُنگ آسنہٕ سببہٕ چھِ کشتوارتہٕ بھدرواہ وُنیُک تام ہماچل پردیشہِ کِس سرحدس تام کاشرِ زبأنی شوٗدتھاوُنس منز واریاہِ اندٕ کامیاب رٗودی ٲستی بلکہِ اگر یِتہِ ونوزِ وادی ہٕندی بسکین چھِنہٕ گُریسہٕ بڑ وٕنہہ پننہٕ زبان پکناوِتھ ہیٚکی ٲستی ۔ تِتہِ چھُنہٕ اپُز ۔ اتھ چھُ بوٚڈ ڈٕہیوٚ وجہ یہِ زِ کاشری گٔیہِ نہٕ گُریسہٕ اپور بسنے زانہہ ۔ بلکہِ پزٕس کُن گژھتھ چھنہٕ کاشری کشیرِ نیبر بسن وبرٔھانی۔ دوم یُس کانٛژھا یِتہِ کبو غاٲیلو نِشہِ ژٕلِتھ پنجاب ووت تسٕندی شُری ہیٚکی نہٕ جاذٕ کالس تتہِ پننہٕ زبان چلہٕ وِنی تھٲوِتھ ۔ خال خالے آسن کشیرِ نیبر کینٛہہ تِم خاندان یِموٗ رزاق جوٗناوی أکِس کاشرِس باپأری ہٕندی پأٹھی سدأہمہِ ١٧ صدی پیٹھِ وُنیُستام زنسکاروٲتِتھ تہٕ پننہٕ زبان زِندٕ آسہِ تھٲوِمژ ۔ رزاق جوٗنہِ دوتھُل مُلہِ پیٹھ زنسکارس اندرٕ رزٕ [2] گام پدم تہٕ افتی ۔ یم کاشرِ زبانہٕ چھِ بولان۔

[1] علاقہٕ وادپھیر ۔ ٹاک زینگیری۔

نوٹ :۔ یِدوے وُنی کینٛہس چھےٚ کاشرِ زبأنی ہٕند بن بولن والین ہُنٛد تعداد شتہٕ وُہن ٢٦ ترٛہن ٣٠ لچھن درمیان وننہٕ یِوان، اماپوٚز ١٩٤٧ء یس اندریوسہٕ چھلہٕ چھانگر بچارن کاشر بن گٔیہِ، تتھ نظرِ تل تھٲوِتھ چھےٚ اتھ تعدادس اندر کھسہٕ وِس تہٕ مُمکن !

# کأشرِ نثرٕی لُکہٕ ادبُک خاکہٕ

## (الف)

(یہِ مانہِ پزٕتھ اکھاہ زِ کُنہِ قومُک ادب چھُنہٕ اکہِ نسلُک یا اکہِ طبقُک کارنامہٕ آسان۔ بلکہِ چھُ یہِ تمہِ پوٗرٕ قومُک اکھ سرٕ ؤ دسرمایہ یُس پیٖرِ پتہٕ پیٖرِ ہُران چھُ۔ یوٗت اُسی کُنہِ قومہِ کِس ادبی توارتخس پتھ پتھ پھیُر دِمو، تیٖوٗت چھُ اسہِ اتھ اندر اکھ خاص حصا بُتھِ یوان، یُس لکھنہٕ روٗستے لۆکو چھُ زٕبس آسان تھوومُت۔ اتھ حصس اندر چھِ امہِ قومکی خواب تہٕ خیال یکہٕ وٹہٕ رلہٕ مِلہٕ آسان۔ نثر اُسی تن یا نظم، اتھ اندر رچھِ یہنٛدِ لسنہٕ بسنکی اِشارٕ۔ یہنٛد بن ارمانن ہنٛدی نشانہٕ۔ تہٕ یہنٛدِ عام ذٕہنکی پرتو تتھِ کنٛی دونٛتھ آسان تھاونہٕ آمتی زِ امہِ ہٕیچ شکلے چھےٚ ادبہٕ کین باقی قسمن نِشہِ الگ آسان بنیمٕژ۔ یتھ سنان سنان امہِ قومچہِ ابتدأیی توارٖیخی ترقی یا زوالُک پتاہ تہِ چھُ لگان تہٕ امہِ کہِ اجتماعی شعوٗرُک خاکہٕ تہِ یوان دزٕینٛٹھی۔ ادبہٕ کِس اتھی حصس چھِ ''لُکہٕ ادب'' ونان۔ یُس دُنیہکین قریب قریب سارِنٕے قومن اندر اکہِ نتہٕ بیٖیہِ رنگہٕ موجوٗد چھُ روٗدمُت۔ بلکہِ چھےٚ یہِ حأرتس لایق کتھ زِ لُکہٕ ادبس اندر چھُ واریہن قومن ہُنٛد شعوٗرا کی نٔہج پوٚکمُت۔ وتہٕ اگرچہِ بیوٚن بیوٚن

ژارنہٕ آمژ چھےٚ ، اما پۆز مٔنزِل چھِ ہوی۔ توے چھےٚ عالمی لُکہٕ ادبس متعلق یِہ تام ونُنہٕ یِوان زِ لُکہٕ ادبس اندر چھُ اکھ عام انسان پٔزی پأٹھۍ سارِنے انسانن ہٕنزِ رلان تہٕ اکہِ سیٚدِ سادٕ سماجُک فرد یِوان لبنہٕ ۔ انسان چھُ تی ونان یِہ سونچان چھُ ۔ تی کران یِہ عام سماج منطقی زأوی جارن سننہٕ وژ أے وہندان آسہِ ۔ توے چھُنہٕ یِہ ضرٗری زِ امہِ سیٚدِ سادٕ سماجُک وہٕنڈُن تہٕ کاچھُن کیاہ آسہِ علمی لحاظہٕ تھدِ پایہ یا عقلی لحاظہٕ تعریفن لایق یا تنقیدی لحاظہٕ پایدار یا سنجید ۔ یِہ چھِ عوٲمی شعوٗرُک اکھ تیُتھ اجتمأعی پرتو آسان یُس پنہٕ نِس ماحولس اندر رتِتھے سجان چھُ ، یُتھ کانٛہہ تھوٚد تخلیقی کارنامہ تہذیبہٕ وأرِس طبقس اندر سجان چھُ ۔

(ب)

یِہ گوڈ کتھ نظرِ تل تھأوِتھ ییلہِ أسۍ کٔشیرِ ہُنٛد ''لوک ادب'' وُچھنہِ لگان چھِ ، اتہٕ چھےٚ اسہِ کینٛہہ خاص ذہنی تژ ایہِ لبنہٕ یِوان ۔ یِم سبٕٹھاہ کال گُزٕرِتھ تہٕ پھِرِ دوہ دوہ کھوتہٕ دوہ نوأنی روزٕ مژ ۔ یِمن تژ این منز چھےٚ ''باطنیت'' اکھ بُنیأدی تژ اے ۔ یِیمہِ موجوٗب سون لُکہٕ شعوٗر ظأہر کھوتہٕ بأطنس مُتی مُتی گۆمُت ۔ امہِ تژ ایہِ ہِنٛدی نشانہٕ چھِ تمہِ وقتہٕ پٮ۪ٹھِ موجوٗ درٗ دی مٔتی ییلہِ نہٕ سون کانٛہہ تأریخ لیکھنہٕ اوس آمُت ۔ مثالے نمو أسۍ اکہِ نٔندُن قِصہٕ یُس نفس مارنچ اکھ تھدِ پایچ تمثیل چھےٚ ۔ یِہ رٗز ہندو عہد ، بودھ عہد تہٕ اسلأمی عہد گامومٔنزی پیٚرِ پتہٕ پیٚرِ چلہٕ وِنی ...... ممکن چھُ زِ امِیُک تذکرٕ آسہِ ہے گوناڈہٕ سنٛزِ ڈلیلہٕ کتابہِ (برہت کتھا یہ) منز تہٕ آمُت ۔ تمہِ پتہٕ رٗد سنسکرت زبأنی ہِنٛدِس چلے جاوس اندر تہٕ اتھ ڈلیلہِ جادے بوبر ۔ تِکیا زِ اتھ اوس تتھ فلسفس سٟتی سبٕٹھاہ واٹھ لگان یُس کٔشیرِ امہِ عہدٕ پأدٕ کۆر ۔ اوٕ کِنی چھُنہٕ یِہ قیاس تہٕ

ناممکن زِ اسلام کٲشیرِ واتنہٕ برٛونٹھہ ما آسہِ ہے سأنی کأنسہِ سنسکرت شأعرن یا نثر نویسن تہٕ اتھ قصس فنی شکل دِژمٕژ ...... اسلأمی عہدس اندر آو اتھ قصس کأشر رۄپ دِنہٕ۔ گوڑلیوٚ کھ یہِ قصہٕ بہادُر گنین! پتہٕ کوٚر یہِ قصہٕ پرکاش بٹ کوریگامی کأشرِ بن شعرن اندر پیش۔ اَتھی وقتس نِکھ نِکھ کوٚر ............ یہِ قصہٕ رمضان بٹن ستن ژٕ ''لیٚجن'' اندر نظم۔ تس پتہٕ صمد میرن، احد زرگرن تہٕ محمد کھارن۔ شو فلسفہٕ پٹھ تصوفس تام یم یم رۄحأنی تژٲیہِ کأشرِ شعرٕ رن رچہِ تمو تمو مطأبق آے امہِ قصہٕ کِبن کردارن ہِنٛدی تصورات تہٕ شیرنہٕ۔ بلکہِ اگر پزٕ س کُن گژھو بہادُر گنینہِ وقتہٕ پیٹھٕ أزی کس وقتس تام آیہِ اتھ قصس تصوفہٕ منٛزی کڈان کڈان نہٕ صرف فنی بلکہِ معنوی ہیر پھیر تہٕ کرنہٕ۔ مگر پرٛتھ وِزِ آیہِ اَمِچ بأطنیت قأیم تھاونہٕ۔

امی تژٲیہِ ہِنٛدِ اثرٕ ژاو سأنس لوک ادبس اندر گرا دیو مالأیی عنصر تہٕ گرا فلسفہٕ۔ گرا جودتہٕ گراوہم پرستی۔ یمو اند وٕ کردار ژھانڈان ژھانڈان بنیا وسانہِ لوک ادبک واریاہ حصہٕ ''فوق الطبّعی''۔ (گراأ کس ڈٲلِیہِ منٛز چھُ اکھ کردار سأری ہے وُمرِ جوان روزان تہٕ بیٚیس ڈٲلِیہِ اندر رچھُ اکھ بُڈاہ سأری ہے وُمرِ عزرایلہٕ سنٛز تھپہِ نِشہِ بچان۔ أکس ڈٲلِیہِ اند رچھُ اکھ کردار مٕری مٕری زِنٛدٕ سپدان تہٕ بیٚیس اندر یاتہٕ عاصس کھٕسِتھ وُڑان نتہٕ کأنسہِ دیوٕ سنٛز ٹوٗپی کلس تھأوِتھ مجلسن منٛز رۄزِتھ تہٕ نہٕ کأنسہِ درٛیٚنٹھی یِوان) یِتھٕ بن ''مابعد الطبیعأتی'' عنوانن چھے سأنس اجتمأعی لا شعوٗرس ستی واریاہ واٹھ۔ تکیاز یم چھِ اجتمأعی لاشعوٗرٕ کی آرزوٗ، یم اجتمأعی خواب بٔنِتھ پیٚر پتہٕ پیٚر چھِ چلہٕ وِنی رۄدی ستی۔ لوک ادبس اندر یم اجتمأعی خواب چھِ، تمن منٛز چھِ کیٚنٛہہ خواب تِتھی تہٕ آسان، یمن الگ الگ طبقن اندر رپنہٕ آیہِ گژھِیہِ

چھُ تعبیر یِوان کرنہٕ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ اگر کُنہِ لُکہٕ ڈلیلہِ منز اکھ ان پرقُدرتی منظرن اندر اکھ زِندٕ روٗح چھُ تسلیم کران تہٕ اَتھی ذہنی کیفیژ چھُ اکھ پٔرۍ وُن فلسفہٕ بنأوِتھ پیش ہیٚکان کٔرِتھ۔ لُکہٕ ادبس اندر چھِ تِتھۍ زٕ ۲ معنے تھاون وٲلۍ ''خواب'' جاۓ تِتھۍ قومس اندر آسان۔ یُس بأطن پسند (Introvert) آسِہ۔ تہٕ کأشرۍ چھِ بحیثیتِ قوم ''بأطنیت پسند'' روٗدۍ متۍ۔ چنانچہ توے چھِ أسۍ وُچھان زِ اسلأمی عہدس تام ییتہٕ کُنہِ کانٛہہ بوٚڈ ناگاہ ( مثلاً نِلہٕ ناگ، شیشرم ناگ، کوسر ناگ ) یا کانٛہہ جان سرا ( مثلاً وولُر، مانسبل، تارسر، مارسر ) یا یکھُت بالا ( مثلاً ہرموکھ، مہادیو یا بھدروا ہُک کیلاش پربت ) یا کانٛہہ عجیب وُڈٕر ( مثلاً تختِ سلیمانی، ہاری پربت، دامُو در وُڈٕر بیترِ ) چھِ۔ تِتھ تِتھ ٲسۍ چھےٚ سانہٕ پرٛانہٕ اکھ نتہٕ بیاکھ قصہٕ لأگتھ تھووُمت۔ییمہِ خأطرٕ پرٛانہِ وقتہٕ ییٚتہٕ یوت کأفی اوس زِ ہندو دھرمن یا بودھ مذہبن اوس اتھ قصس بطورِ تمثیل اجازت دِتُمت۔ عامس کرٛشہ روٗزیہِ تمثیل اکھ علامت symbol تہٕ خاصن کرٛشہ اکھ شأعرانہٕ یا فلسفیانہٕ مِثال۔ تِتھن تصوراتن روٗدۍ کشیرِ ہندۍ قُدرتی مناظر حوصلہٕ بڑاوان۔ یوٚتام وارٕ وارٕ ژاو سأئنس لوک ادبس اندر وحدت الوجوٗدُک عقیدٕ، یُس آرِیأیی ذہنُک مرکزِ یوان چھُ माننہٕ۔ تہٕ یِم سأئنس نثرۍ لُکہٕ ادبس اندر روار یاہ وِہۍ گٔرۍ۔

مِثالے نموأسۍ قصہٕ ''نأگ رائے تہٕ ہی مال'' اتھ قصس اندر چھُ تمثیلہِ پأٹھۍ یِہ ونہٕ آمُت زِ ناگن تہٕ آرِین لُج سُنٛز پڑٕ سپدنہٕ۔ یِہ أس تمہِ زمانہٕ اکھ تاریخی ضرورت۔ اما پوٚز وُنہٕ اوس امہِ قومی مِلژارُک ترنیرٕ نۓ ییٚلہِ یِمن دون قومن ''ذات'' نہٕ سمنس پتھ سہٕ سیأسی مقصدٕ ے دژاونہٕ، ییمہِ خأطرٕ یِہ روٗمان تیار اوس

کرنہٕ آمُت ۔ اتھ ڈلیلہِ اند ریمہٕ یمہٕ کردار چھِ ، تمہٕ چھِ اکہِ انڈ تمہٕ زمانٕک ہندو تخیُل تہٕ ہندو رسم ورواج ہاوان تہٕ بیکہِ طرفہٕ اتھ ڈلیلہِ تتھ انڈس تام واتہٕ ناوان ۔ ییمیُک عقیدٕ صرف أکس ہیندِس گوٗژھ آسُن نہٕ زِ سارِنٕے کأشرٕ بن ۔ اما پوٗز یہِ کتھ چھےٚ ژٕبٕس تھاوُنٕ لایق زِ لوک ادب چھُ اکھ قومی سرمایہٕ آسان، ییتھ اندر مذہبی اختلافن پیٹھ نہٕ صرف یہِ زِ موٗژُ کری چھنہٕ پأدٕ گژھان بلکہِ چھُ سورُے قوم اتھ اکھ سُر دتہٕ ذأتی کارنامہٕ زأنتھ زِندٕ تھاوان۔

امہِ علاوٕ یاد تھاوُنٕ لایق کتھ چھےٚ زِ لُکھ چھنہٕ عقلہِ ہنٛزٕ تژ کرِ کُنہٕ قِصُک پلاٹ تولان ۔ بلکہِ اکہِ لاشعوٗری یا وجدأنی کیفیژٕ ہنٛدی پأٹھی بڑ وٕنہٕ کُن پکناوان ۔ خواہ تمہٕ کیفیژٕ ہنٛدِ شوقہٕ پیٚرتن کأنسہِ کردارس تل پاتال وٕسُن یا آسمانہٕ کُن بُسکپنن مدد منگُن ۔ بوزن وألِس گژھِ کُنہِ رنٛگہٕ ''ذہنی آسوٗدگی'' حاصِل سپدٕنی ۔ اتھ سِلسِلس اند رچھےٚ یہِ پزٕتھ کأنسہِ خبر زِ ڈُنٛھکوٕ سارِوٕ ے علموٕنٛز چھُ مذہبٕ یوت ''ذہنی آسوٗدگی'' ژھانڈنس کُن جاےٕ توجہ دِوان ۔ توٕے چھِ سانٛین پرٛانین (بلکہِ أزی کُن واریاہن کأشرٕ بن تہِ ) نِلہِ مت پرٛانہٕ کِنھٕ علاقأیی قِصوٕ ستی سُے وجدأنی سروٗر آمُت ، یُس أکس سائنس زانن وألِس عقلہِ ہنٛدِ زورٕ کأنسہِ نوٚ ایجاد اکرنہٕ وِزِ محسوس چھُ سپدان ۔

(ج)

پنٛداُہمہِ صدی منٛز ییٚلہِ کٔشیرِ اسلام ووت، سأنس لوک ادبس پیو ایرأنی ادبُک سوٗن اثر ۔ ییمہِ موجوٗب واریہو انڈ وامِیُک روٗخےٚ بدلیاوٕ ۔ اوٗت تام اگر مثألی عشقہٕ خأطرِ گبوٗن وألی یا ڈلیلہٕ گرِ ہی مال تہٕ نأگ راے یا لوٕلرِ تہٕ بوٚمبر

ورتاوان اٲسۍ ۔ووٚنۍ آے لیلیٰ مجنوٗن، شیرین فرہاد، زوٗن افتابہٕ، لوٚتہٕ پۆشِ، بُمبُر تہٕ یِمبرزَل ۔مقامی کردارومنٛزٕ ہُر یا وواریاہ کال گژھِتھ صرف حبہٕ خاتوٗنہِ ہُنٛد رومان ۔یُس حال حال تام گامن اندر راکھ مستقل سیاسی ژینہٕ وِنۍ دِوان روٗد زِ موغلو کِتھٕ کِنۍ کوٗر کشیرِ قبضہٕ تہٕ بنوٚوکھ سون مُلک غلام ۔موغلن پتہٕ پٹھانن، سِکن تہٕ ڈوگرن نِشہِ غلامی ژالی ژالی روٗد عام کاشرِن ہُنٛد ذہن وِلہِ وِلہِ تصوراتی دُنیاہ بناوان ۔ یتھ اندر آرزوٗ اٲسۍ جاے تہٕ ارادٕ کم ۔قیاس چھُ زِ اتھ دورس اندر گیہِ سائنس لوک ادبس اندر ''یکے خان'' ہشہِ ڈلیلہٕ تہِ پاد ۔یمن بوزان کاشرۍ بے سلاح گامی یہِ آرزوٗ کران روٗدی زِ تی چھِ زِ سہ تہِ آسیا کانٛہہ وقتاہ ییلہِ جنگی سامانہٕ روٚستے کوٗشُر قوم تازی بٹی کان گرِتھ پادشاہی لبہِ ۔

یِتھِن اڈٕ پھٹٕن آرزوٗن کوٚر فارسی فرآری ادبن زاٲیل مُلمع ۔یتھ تل لوک ادبک ''جناتی'' عنصر دوہ کھوتہٕ دوہ نوان گوٚو ۔چنانچہِ ازتہِ چھُ سائنس لکہٕ ادبس اندر پھِری پھِری یِوان ہاونہٕ زِ ونن منٛز چھےٚ پرۍ یہِ ''وُجارن منٛز دیو'' سُہلابی جاین نِش ''مٔشران'' شینہٕ مادانن اندر ''بھرم راہ چوک'' ژھوٹن پیٹھ ''ژھوٹہٕ یچھ'' بالن پیٹھ ''وِہاتھ'' رُدرٲژن منٛز ''ڈلفہٕ'' ۔المختصر گرومنٛز ژٔٹی تہٕ گرومنٛز نیرۍ ''۔تصرف دار پاسخ در۔ ڈٔخل پژاہ، ژھاے وِہی کران ۔یمو منٛز کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ چھُ گامہٕ ڈلیلن اندر ہیم بڑاوِتھ پن پٔنُن پارٹ کران ۔ فارسی ادبن بدلاوی سائنس کینٛہہ کردار تہِ ۔اگراوت تام سائنس لکہٕ ادبس اندر ہیلی کاپٹر سنٛز کام ''وُژھ پژنگ'' دِوان اوس ۔ووٚنۍ نیہِ کی تمہٕ سنٛز جاے ''آگر پچھنہِ'' بژ وٚنہہ اٲسۍ سوٗدٕ بیوٗرتہٕ بوٗدٕ بیوٗر شین٦ رتن روٗشتھ تمی وِزِ صلاح گرِتھ کتھ کران ییمہِ وِزِ کانٛسہِ مُسافرس وتھ

اُس آسان ہاوٕنۍ ۔ ووٚنۍ آے خوشکی پیٹھؠ حضرتِ خضرٕ تہٕ سمندرٕ منٛزی حضرت الیاسؔ وتہٕ ہاوِ کر تھاونہٕ ۔ اماپوٚز کردارن ہنٛز یہِ تبدیلی وُچھتھ تہٕ پیٚیہ اسہِ ماننٕ زِ سأنی پڑٲنۍ کیٛنہہ '' مابعد الطبعیاتی '' کردار روٗدؠ پنہٕ نے ڈٔنجہِ ، یمو اَندرٕ '' موج دٕوتھ '' سارِوٕے کھوتہٕ جاد اہم کردار روٗز ۔ چنانچہِ جبہٕ خاتوٗنہٕ ہنٛزن ستن لُنٛجن اندر چھِ قریباً سأری '' فوق البشری '' کامہِ موج دِوتھے کران ۔ حدچھُ تیوٚت واتان زِ ازتہٕ چھِنہٕ گامن ہنٛدؠ ڈٔلیلہٕ گُری یہِ مانہٕ نُس تیار زِ یوسف شاہ ژٔکن کیاہ چھُ جبہٕ خاتوٗنہٕ ستی نیتھر کوٚرمُت ۔ تِکیازِ تمہِ چھِ پوٗرٕ عقیدٕ سان ونان زِ یمہٕ دوٚنوٕے اُسی بأے بارٕنۍ ۔ یمو موج دِوٗژ اوس دود چیوٚمُت ۔ لہٰذا واتہٕ نہٕ یمن دون پانہٕ وٕنۍ نیتھر کرُن ۔ ووٚنۍ اگر یمن اُسی پرٕژھو زِ تیٚلہِ کیاہ ونو اُسی یہنٛدِس رومانس ۔ تتھ چھِ ڈٔلیلہٕ گُری کُنٛے جواب ونان زِ یہنٛد عشق اوس '' پاک عشق '' ۔ یتھ اند ررُوٗن آشنٛی بنٛنک سوالے چھُنہٕ پأدٕ گژھان ۔ یہنٛدِ تِتھی عقیدٕ تلہٕ چھُ فِکر تران زِ لُکہٕ ادبس تہٕ تأرٟخس ییٚلہِ پانہٕ وٕنۍ ٹکر ووٚتھ عام لُکھ چھِنہٕ تأریخُک تیوٚت پردٕ کران بلکہِ تِتھی تھپھ کران یہِ یمن نِشہِ روایت واتناوِ ۔

جبہٕ خاتوٗنہٕ ہنٛدِ ذاتہٕ ستی اگرچہِ کٔشیرِ ہنٛزِ موسیقی ستی ایرٲنۍ موسیقی رَلے یہِ ، ییٚمیُک اثر سأنِس منظوٗم لُکہٕ ادبس پیٹھ تہٕ پیو ۔ اماپوٚز جبہٕ خاتوٗنہٕ پتہٕ ییٚمی شخصن جبہٕ خاتوٗنہٕ ہنٛز '' ستھ لُنٛجہِ '' بناوِ ۔ تمہِ کوٚر اکھ تازٕ تجرُبہ یُس کأشرِ بن سبٹھاہ ویہٕ دُن گوٚو ۔ امہِ ڈٔلیلہِ پیٹھ گیہِ زیچھن داستانن اندر نثرِس ستی بأتھ انٛنہٕ تہٕ شروع ۔ چنانچہِ جبہٕ خاتوٗنہٕ ہنٛدِس نموٗنس پیٹھ آیہٕ وارِیاہ مقأمی ڈٔلیلہٕ بناونہٕ یمن منٛزٕ زِرامال ، جہأر ، تالوراز دأنی ، پنٛج تُل بہار یا پنٛج تل مہتاب ہِشہِ ڈٔلیلہٕ ییٚن ، یِم سانہِ داستان

گوبی ہٕنٛدی جان چیز ہِن مانٛنہٕ۔ یِمن ہٕتۍ ہٕتۍ اُنۍ سانٛیوٗ ڈٕلیلہٕ گرِبو وو پر زبانٛن ہٕنٛدی قِصہٕ تہٕ اُتھی ماڈلس پیٹھ۔ چنانچہ زہرا خاتوٗن، شاہ سیار، اللہ داد، لیلیٰ مجنوٗن تہٕ شیخ صنعاں ڈٕلیلن انٛدر رتہٕ چھِ اکی وقتہٕ نثر تہٕ نظم ژٕلتھ مِلتھ ڈٕلیلہٕ انٛدس تام واتناوان۔ اتھ رِوایژ وُلتہٕ آیہِ کینٛہہ وو پر منظوم مثنوی یِہ سراسر کاشرِس نثرس منٛز تارنہٕ (مثلاً قِصہٕ گُلِ صنوبر بیترِ) یِمن اصلس ہٕتۍ صرف ''پلاٹ'' یوتُے سُر درِوٗد۔ باقی لوٗ زِم بدلے یِہِ پانے۔

لوک ادبس انٛدر داستانن ہُنٛد غیر کشمیری ذخیرِ چھُ وارِیاہ انٛد وتھ ذخیرس ہٕتۍ سمان یُس حاتم تِلہٕ واُنۍ ہِنٛدِ دِماغہٕ اَنٛدرِ چھُ دژ اُمت۔ اگرچہ فارسی زبانۍ ہٕنٛدِس اثرس تل زبان، بیان تہٕ انٛد ازِ تخیّل تمہِ ادبہٕ نِشہِ الگ چھُ یُس پنٛد اَہمہِ صدی بژوٗہم اوس۔ اماپوٗز پیڑ ہِن چھُ پوٗز زِ کاشرِ بن تہٕ پرِاہِن کردارن منٛز روٗدی کینٛہہ کردار سُرِ دیمن منٛز تھدِ طبقہٕ اَنٛدرِ پادشاہ، پادشاہ باے، شہزادِ، وزیر، وزیر زادِ تہٕ وزیر باے۔ درمیانہٕ طبقہٕ اَنٛدرِ خوجہ، سوداگر تہٕ ملہٕ، وٕسِتھ طبقہٕ اَنٛدرِ مارِ واتُل، ژُرُنگ تہٕ کھوٚر تہٕ غآبی دُنیاہ اَنٛدرِ راتٔس، ڈآن، یچھ، موکل اکثر قِصن ہٕنٛدی بُنیادی اداکار روٗدی ہٕتۍ چھِ......

قِصو ودیکھ چھِ گامن منٛز ادبی تفریحہ کہِ خاطرِ ٹٔھ تہٕ (نثری شرٕ وکی یِمن انٛدر بوزن واُلی ہِنٛدِس دماغس اکہِ قِسمُک امتحان چھُ یِوان کرنہٕ۔ مگر تفریحی حصہٕ منٛز چھنے پژیژے یوت انعامہٕ...... کانٛہہ گاما...... آمُت تھاونہٕ۔ اگر کانٛہہ پژ بژھ تژ اون وول بوزن واُلِس گامہٕ پتہٕ گامہٕ محروم گرِتھ چھاُ گرس ساٗرِے گُشیرِ پانٛس گُن وٹہِ۔ یِہ مزاحیہ سِلسلہٕ چھُ بوزن واُلِس جبر اَماُنۍ راوان زِیہِ دُنیاہ چھُ محض کاوِ

پیٚنۍ وول۔ شورایئیٚہِ پٹھ ہورتام تہٕ پتولاکن نہٕ کُنہِ چیزس پایدٲری تہٕ نہٕ کائنسہِ انسانس۔ چنانچہ سائنس لوک ادبس لۍ رچھِ وارِیاہ لۍ پہیٚ قنوٗطیت پزیڈان۔ییمہِ موجوٗب ییٚہِ کسں عوامس اکھ مُعیّن منزل کھر کرنہٕ وزِ ذہن ٕکاہ "وتہٕ چھےٚ گژھان۔

تفریحی نثرس اند رچھُ اسہِ ٹھٹھہٕ بکرِ ہُنڈ تہٕ اکھ وسیع ذخیرٕ ہ و پیٹھی چلہٕ وُن روٗدمُت۔ یتھ اند رمزاح تہٕ فحش کلامی رلہِ ملہٕ پکناونہٕ آمژ چھےٚ۔ مگر مزاح ییلہِ حدٕ ہیرٕ ،سہٕ چھُ فحش کلامہٕ بنان۔ چنانچہ پہیٚ ونن گیہ سانہن بھانڈٕ پٲتھرن۔ ہتہٕ واد ؤری بڑ ونہہ اوس سون بھانڈٕ پٲتھر اَزی کہِ نشہِ وارِیاہ معیٲری۔ اماپوٚ زغلامی تہٕ عام جہالتہٕ سببہٕ ییم ییم سانٛی تاریخی پٲتھر تام اَسی (مثلاً ذٕرزٕ پٲتھر ) تمن روٗد پٲتھرُک کرٕ نژے یوت۔ باقی ساری لوٲ زِم کھییٚہ مسخری۔ یہ چھُ سائنس لوک ادبس اند ربوٚ ڈ ہیوٚ غاٲیلہٕ ،ییمہِ نشہِ اَسی چھِ یہ ہیچھان زِ ییلہِ غلامی ہنٛدِ سببہٕ ادبہٕ کِس کُنہِ حصس بےٚ ربطی حدٕ بڑ ونہہ گژھِ ،اتھ چھنہٕ صرف شکلےٚ یٲ ژراوان بلکہِ چھُ یہ ژمان پانے گلان۔ پانے یوتےٚ نہٕ بلکہِ پانس ستی بیٚین ادبی صنفن تہٕ بُتھ نہان۔ بھانڈٕ پٲتھرس یتھے زوال لوٗگ پنہِ ،یتیتھے بنیاوگامن اند ر ''لڑی شاہ '' مگرامہِ صنفکی ماہر روٗدی اوتھبن پیٹھ گنٛز راوُن سوٚمبے۔

اَخرس پیٹھ گژھِ اسہِ نثری لوک ادبس اند رگوڈٕ ''لوک'' لفظس کُن تہٕ وُچھن۔ لوٗکھ چھِ شہرن تہٕ گامن منز آسان۔ مگر لکہٕ ادٕ کی لوٗکھ گیہ سماجکی تم افراد ییم روایت پرست تہٕ قدامت پسند آسنہٕ موجوٗب پزٕ انہن ادبی چیزن کتابہِ بجایہِ پننہِ یادٕ ووٗ ترِ ستی زِندٕ تھاون۔ گٲمی چھِ کینٛژ وسماٲجی حالاتو موجوٗب فطری روایت پرست تہٕ قدامت پسند روٗدی متی تہٕ شہری پزٕتھ سیاٲسی یا سماٲجی ہیرٕ پھیرٕ پتہٕ نال پھرن واٲلی

۔یِمیٚک نتیجہِ عام پأٹھۍ ادبس پٮ۪ٹھ تہٕ چھُ پیوان ۔زبان، خیالات تہٕ انداز بدلنس ستی چھِنہٕ شہری کُنہ تہذیبی حملس رُکاوٕتھ ہیکان ۔توے چھُ شہرو مقابلہٕ گامن اندر لگہٕ ادیچ ''قدامت'' چلہٕ وِنی روٗزمٕژ ۔یِمن ہُند بوٚڈ ہیوٚ ذخیرٕ سانین محاورن، ضرب المثلن تہٕ کہاوژن منٛز موجوٗد چھُ ۔یم زٕندگی ہٕندین ہتہٕ واد تجرُبن ہٕنٛز عکأسی چھِ کران ۔یِمن منٛز صرف کہاوژن پیٹھۍ پیٹھۍ مُطالعہٕ کٔرِتھ سر جارج گرٛیرسن ہیوٚ محقق چھُ لکھان زِ ''دُنیہس اندر آسن کٔھے تم مُلک یِہنٛزن زبانن اندر یِژ گاٹہٕ جارچہِ کہاوژ آسن، یِژ کأشرِ زبأنی منٛز چھےٚ ۔''یِمن علاوٕ ادبی صنفن ہُندٕ یُس ذخیرا سانین پژہژن، ٹُکن تہٕ تلمیحن اندر چھُ، تمیُک رأچھ در چھِ پلالہٕ کرن وألی تہٕ یُدوے گأمی بأے چھِ روٗدی ستی ۔اماپوٚز زبأنی ہٕندِ فصاحتہٕ خأطرٕ چھِ یم چیز پٔرِتھ کأشُر بولن وألی ہٕندی مپر أثی جاداد ۔فرق چھےٚ صرف ورتاوٕچ ۔اکھ چھُ یِمن زبأنی زبأنی ورتاوان تہٕ بڑان تہٕ بیاکھ چھُ یِمن زبأنی پوچھر دِنک ذٔریعہٕ زٲنِتھ تمہِ آیہِ وِیوٚرتلان زِ تِسُند (نہٕ صرف نثر بلکہِ شعری) کلامہٕ تہٕ چھُ فنکأری ہُند نموٗنہٕ بٔنِتھ ورتاون وأ لِس ہمیشہِ زٕندٕ تھاوان ۔

راج کوٚر سکندرٕ تاجدارن تمُو کُنہ مال نیوٚ رأتم ستی
دِل دِتھ ژھونڈ دِ نیلہٕ مزارن اسہِ بزٕ وُنتھ اسہِ ہی گأمتی ٹکتی

ننٛدٕ ریٚش

ا۔ ڈٔرۍ یہِ وادن ژھأنٛڈ دِتھ لوٚب مےٚ اِمیُک صرف اکھ راوی......شاہ گنڈُک محمد کھار تہٕ یہِ چھُ ووٗ مےٚ ۱۹۶۲ہٕ یس اندر ''گاموٗنٛزی پھیری پھیری'' ناوی کتابہٕ منٛز ۔

# کأشرِ زبأنی ہنٛدی کینٛہہ تلمیح

ازتام اگرچہ کأشرِ زبأنی ہنٛزن ادبی صنفن متعلق کینٛہہ کتابہٕ لیکھنہٕ تہٕ چھےٚ آمٕژ۔ مثلاً (۱) نوولز صحٕبنٕز ''کأشرِ کہاوٕژ'' kashmiri sayings(۲) پنڈت آنند کولنٕز تہٕ مرحوم نوٗر محمدنی ''کأشری محاورٕ'' تہٕ (۳) شری سُدھرشن کاشکأری سٕنز ''ظرافتِ کشمیر'' The wit of Kashmir اماپوٚز یمن اندر چھنہٕ سہ ژأرکرنہٕ آمٕژ، یتھ أسی ''تحقیقأتی'' ژأرونہٕ ہو۔ محاورن، ضرب المثلن، کہاوٕژن تہٕ تلمیحن چھےٚ یکہٕ وٹہٕ سہ کھٕژرکرنہٕ آمٕژ۔ یتھ وُچھتھ حأرأنی چھےٚ سپدان زِ یِم ''ادبی اقوال'' جمع کرنہٕ پتہٕ کونہٕ چھُ جمع کرن والین یادروٗ دمُت زِ پتھس مواداس گژھِ موضوع پتہٕ موضوع شیرٕ ژأرتہٕ کرنہٕ ینٕی۔ امہِ اوٚ گرِتھوٚ گرِعلاوٕ چھےٚ نوولز صحٕبنٕز تہٕ کاشکأری صأبنٕز کتابہِ انگریزی پأٹھی لیکھنہٕ آمٕژ، یِمہِ موجوٗب ہتہٕ ۱۰۰منٛز کم ازکم نمتو ۹۰ ان پرِ کأشرٕ یمن ہُند ناوتام بوٗزمُت آسِہ نہٕ۔ پرٕی ہتوٕ دہو۱۰ فیصدی کأشرٕ أندرٕ گیہ نہٕ وُنیوٚ کتام أکس تہٕ یہ کل زِ اگرچہِ انگریزی زبأنی ہنٛدِ خأراتہٕ سانہِ زبأنی ہنٛدی کینٛہہ چیزٕ کٕشیرِ نبر تہٕ وأتی، اماپوٚز پانہٕ کأشری روٗ دی یِمو نِشہِ تہِ بےٚ خبر۔ ووٕنی وأتی سانہِ زبأنی ہنٛز ضرورت یوٚت تام زِ ووٕنی وِن نہٕ زانن والین بزٕونٛہہ کنہِ تِم کتابہٕ نکھٕ یمن لیکھنہٕ وِزِ صرف سوٚمبرٕنٛچ کأمے یأژ آسہِ

کرنہٕ آمژ۔ اَز چھِ سارِنے بجن زبانن ہِنٛدبن وٕکھرٕ وٕکھرٕ صنفن الگ الگ لُغت بناونہٕ آمتۍ تہٕ سانہِ زبٲنۍ اندر تہِ چھُ تیوٚت وُسجار زِ اگر ٲکھر پیٚیہِ کرنہٕ تہٕ سٲنۍ ''صنائع تہٕ ''بدائع'' ہیٚکن اکہِ بڑِ لُغتہٕ خٲطرٕ مواد مہیا کٔرِتھ۔ اتھ لُغتس کیاہ ترتیب یا شکل روزِ تہِ گٔیہِ بڑٕ وٕنہہ کُن لُغت بناون والین ہٕنٛز کٲم۔ وُنی کٕنٛبس نٕموٗ ٲسی یمو صنعتو منٛزٕ سارِوٕے کھوتہٕ کم وُسجارٕ واجِنٛز صنعت ''تلمیح''۔ یٚیمہِ اٚندرٕ کھٲرٕ منٛزٕ أکس موٚچھِ اکھ مقالہٕ ہیٚکہِ بٕنتھ۔

''تلمیح'' چھُ عربی لفظ، یٚیمِیُک لُغوی معنی چھُ ٹٔلۍ ٹارِ وُچھُن۔ مگر علمِ بیانس اندر چھُ امیُک اصطلاحی معنی لُغوی معنی کھوتہٕ جاڑ چلہٕ وُن رٕو دمُت۔ ییٚلہِ کُنہِ گُزریمتِس قصس کُن ژھوٚٹ اِشارٕ کٔرِتھ کتھ فِکرِ تارنہٕ پیٚیہِ۔ اتھ اشارتی طرزِ اظہارس چھِ تلمیح ونان۔ یہِ طرزِ اظہار چھُ درج گٲمتہِ تٲریخہٕ بڑٕ وٕنہہ عام کلامس منٛزٕ تٲریخ کٲم دِوان رٕو دمُت۔ بلکہِ اگر کتھِ وارٕ سنو، تلمیح چھُ انسانہٕ سِنٛدِس کلامس اندر تمہِ زمانہٕ ووتمُت ییٚلہِ نہٕ وُنہِ حرف تام ٲسۍ انسانن دٔریٚ یافت کٔری مٕتۍ۔ مگر انسٲنی تہذیب، خاص کر زبان بدلان بدلان چھِ واریاہ تلمیح تہِ زائید المعیاد گژھان تہٕ راوان۔ یِم یِم تلمیح ژھرٕ بٕٹہٕ ژھرٕٹھ دِوان کُنہِ زبٲنۍ اندر رٕو زِتھ چھِ گژھان، تِمن متعلق یہِ خیال کرُن چھُ غلط زِ تِم آسن تتھۍ معنیٚس منٛزٕ ''تاریخی'' یٚیمِیُک اند بوٚ رصحیح پٲٹھۍ کھرٕ کرنہٕ پیٚیہِ۔ تِم چھِ صرف یتھ حدس تام ''تاریخی'' زِ امہِ زبٲنۍ ہِنٛدبن بولن والیو منٛزٕ چھِ کٲنٛسہِ کٲنٛسہِ انسانن کُنہِ نتہٕ کُنہِ زمانہٕ یِم تلمیح ٹٔری مٕتۍ آسان تہٕ بس۔

زبٲنۍ اندر چھُ سُے یوت قِصہٕ تلمیحس اندر ژٕو مراونہٕ آمُت آسان یُس

لۆکن ہٕنٛدِس ذٔہنس پؠٹھ پأٹھۍ سنٛیامُت آسہِ تہٕ روزمرٕ کلامس اندر زیوٚ پیٚٹھ کھوٚتمُت آسہِ۔ بامے سٕہ أسۍ تن پٔزۍ پأٹھۍ لۆکو کُنہِ عہدٕ سوٚرمُت یا تصوٗرٕ پأٹھۍ کُنہِ افسانہٕ أندرٕ رُوبرِتھ چلہٕ وُن رۆدمُت۔ تو ے ہکو أسۍ وارؠہن ادبی صنائعن تہٕ یتھ حدس تام ''تاریخی'' ؤنِتھ زِیمن اندر رچھِ پن پننہِ طرزٕ پٹھ انِن ہٕنٛدی تجرُبہٕ ژھوٚ مراونہٕ آمِتۍ۔ اما پوٚز تلمیحس پچھےٚ یہِ خصوصیت زِ اتھ اندر چھُ مرن وألۍ سُنٛد ناو تہٕ تسُنٛد ''کارنامہٕ'' بِکہٕ وٹہٕ رٔلِتھ پکان۔ خواہ یہِ سرن وول أسۍ تن کانٛہہ تاریخی انسان یا کانٛہہ غیر تاریخی (مثلاً دیو مالأیی) کردار۔ یہِ ''کارنامہٕ'' أسۍ تن رُت یا پچھ، یتھُے سٕہ بوٗل چالہِ ہُنٛد اکھ جُزو بنیاو، سٕہ چھُ امہِ زبأنۍ ہٕنٛدِس تارٛیخس اندر پانے ''تاریخی'' بنان۔ بامے سرن وألۍ سٕنٛز سوانح کیاز زِ آسہِ نہٕ بالکُل نامعلوٗم۔ اتھ مقابلہٕ اگر کانٛہہ شخص عام تارٛیخس اندر پادشاہ تہٕ آسہِ مانٛنہٕ آمُت تہٕ تسٕنٛدِ کرتوٗتک کانٛہہ واقعہٕ پوٚزتہِ آسہِ، مگر زبأنۍ اندر آسہِ نہٕ سٕہ واقعہٕ تسٕنٛدِ حوالہِ سان چلہٕ وُن رۆدمُت، تتھ ونو نہٕ تلمیح۔ زنٛدٕ زبأنۍ ہٕنٛز اکھ خصوصیت پچھےٚ یہ تہِ زِ اتھ اندر رچھِ زمانہٕ پتھ زمانہٕ نٔوۍ نٔوۍ تلمیح وہ پدان۔ تِکیاز زِ انسأنۍ کارن چھُ پزتھ وِزِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ قصہٕ عام مُشاہدٕ نبر آسنہٕ سببہٕ عجیب باسان تہٕ یوٚ ہے چھُ تلمیحس اندر ژھوٚ مراونہٕ یوان۔ چنانچہ مے چھِ صرف پننہِ نہِ گامہِ کی قریباً ۲۱ تلمیح جمع کٔرۍ مِتۍ۔ یم عام سپدِتھ جان لگہٕ ہار ثأبت سپدن۔ مثالے نمہٕ بہٕ یمو منٛزٕ اکھ تلمیح ''رُسُل شیرُن پوٚٹ گرشُن'' روٗسُل شیرٕ نأوۍ اوس سانہِ گامہٕ اکھ سیٛوٗ دساد زمین دارا، یُس پنٛن پوٚٹ منٛڈ نہِ دٔریاوس پیٚٹھ گوٚو۔ مانٛڈ دِوان آسہٕ أمِس اتھ پٹِس دٔریاوس اندر زٕ تژے گرٛایہِ تراونہٕ۔ منٛڈن ٹٹھجہٕ نزدیک اوس آب بڈٕ تیز پکان دوٚیمہِ گرٛایہِ وِزِ نیوٚ روٗسُل شیرس اتھہ أندرٕ آبہٕ گرٛایہِ

پۆٹ۔ أمی کرٛ یاو پۆٹ رٹنس پٹھ سبٹھاہ زور، اما پوٗز یہِ نیٛو آوِ لنٛ تیٖوٗت دوٗر زِ یہِ آو
ئہ أمس اتھی۔ روٗسُل شیرٕ آواتھٕ ہاوان گرٕ۔ اتہِ ییٖلہِ أمس گرِ کھوٗبہٕ ژوپرٛ ؤژھ زِ
پۆٹ کتہٕ تھوٗوتھ، أمی وۆنُکھ ''سُہ ژاوسوُرے!'' یہِ چھےٚ پرٛتھ کأنٛسہِ خبر زِ ژادٕ رچھےٚ
منٛڈ نہِ وزِ مانڈِ اژان۔ تہٕ جادٕ کھوتہٕ جادٕ اوٗ ڈگز پنٕہ ہس تام والنہِ یِوان۔ مگر روٗسُل
شیرن وۆن زِ پۆٹ گوٚو تیٖوٗت مانڈِ وسان زِ تتھ روٗدنہٕ پۆتُس کینٛہہ باقی! تہٕ أتھی
خیالس وۆن تمی زِ ''سُہ ژاوسوُرے!'' چنانچہِ ازتہِ ییٖمس أکس کُنہِ کارس موٗلتہٕ
موٗژرے چھُ راوان تس چھِ سأنٛس علاقس اندر رونان ''أمس ہسا گوٚو واتھ کارس
رُسُل شیرُن پۆٹ!''

تلمیح أسِن کأنٛسہِ لوکٕٹس اِنسانہٕ سُند یا بڈِس پادشاہ سُند۔ پننہٕ مُلکُک یا وۆپر
دیشہِ پٹھٕ آمت، اپزٕ واقعہٕ یا تاریخی حقیقت، أمیُک مقصد چھُ ژھوٚٹی پأٹھی کُنہِ
سرٕ ئیتس واقعس کُن اِشارٕ کرتھ یہِ کتھ فکرِ تارٕنی زِ یہِ أزیُک کانٛہہ خاص کار چھُ
بیٖکہِ رنٛگہ پرٛانہِ زمانہِ کرنہٕ آمُت۔ تمہِ دوہٕ یُس نتیجہِ تتھ چھُ درٛ امُت سُے نتیجہِ چھُ أزی
کِس اتھ کارس تہِ نیرن وول۔ توے چھےٚ امریکہ کِس مشہوٗر مضموٗن نگار
آسبورنن d. osbourne سنٛز یہِ کتھ بالکُل صحیح زِ تلمیح چھِ ''تمن پدٕن ہنٛدی
نِشانہٕ یِمن پٹھ یکان أسی پننہٕ ئبن پرٛانبن ہنٛدٕ بن خیالن، حالن، گُمانن، وہمن،
رسمن رواجن تہٕ واقعہن پےٚ ہِسکو کڈتھ۔''

یوٚ تام سانہٕ زبأنی ہنٛدی محقق یِمن سارنے نشانن ہنٛدی پوٗرٕ پےٚ پتاہ کڈن
، تمہِ برٛ وٚنہہ واتہٕ اسہِ پن پننہِ مقدوٗرٕ موجوٗب اور کُن کل کرٕنی تہٕ پننہٕ والبن محققن
ہنٛز کأم سہل بناوٕنی۔ چنانچہِ امی نیتہٕ چھےٚ بونہ کنہِ کیٛژن تلمیحن ہنٛز وبرٛ ھنے کرنہٕ آمٕژ۔

یمن ہکن وٕنِٹھی پوٗٹھی ژور ۴ حصہٕ سپد تھ:۔

(الف) وۄ پردیشن ہنٛدی تلمیح

(ب) کاشُر بورِیوائیژ ومنٛز درٛاۓمتی تلمیح

(ج) مُتفرقہٕ تہٕ حال حالٕکی تلمیح

(د) کأشرِ تأریخٕکی تلمیح۔

نوٹ:۔ (تلمیح ہیکہِ کأشری پأٹھی مُذکر تہٕ مونث تہٕ یتھ)

## (الف) وۄ پردیشن ہنٛدی تلمیح

(۱) پِنٛدر راژُن سوز:۔

اِنٛدر راچھُ رِگ ویدُک بوٚڈ ہیوٚ دیوتا۔ یُسٕنٛد ''نغمۂ آسمانی'' گوڑ ہندو فلسفس اندر تہٕ پتہٕ کأشرِس تصوفس اندر رچھُ ووتمت۔ امہِ ''نغمک'' سوز چھُ اَکس خاص روٗحأنی حالس اندر سأٮ۪لکس سرِ گرٛھان۔ یێتہٕ لتس امہِ کہِ غأبی ترنُمہٕ ستی سُہ وجدأنی لذت چھُ یوان، یتھ مقابلہٕ دُنیہکی سأری نغمہٕ بے ہنٛگام شور وشر ہوی چھِ باسان۔ سأنی صوفی شاعر چھِ اتھ نغمس اموب ''سوزِ منصوٗر'' تصور کران۔ نتہٕ تتھ سوزس ہم نوا زانان۔ یُس سألِک چھُ'' سُلطانِ اذکار'' وظیفہٕ کماون وِزِ محسوٗس کران۔

پِنٛدر راژِ نے دربارِ نغمہٕ کران چھی پُرستانو (احمد بٹہٕ وأری)

(۲) نمروٗدٕنی دم:۔

حضرتِ عیسیٰ علیہ السلامس برٛونٹھہ ۲۳۰۰ ؤری اَس ''اَرنموٗ'' ناوی اَکھ پادشہن عراقس اندر اکہِ بجہِ سلطنتُک ہنٛز بُنیاد ترٛأومٕژ۔ اَتھی ناوس پتھ بنیا وامہِ خاندانک

لقب ''نموٗ''یُس عربی زبانٔی منز وأنتھ ''نمرٗوٗد''بنیاو۔ یِہنٛدِس قبیلس اوس ''عمیلوٗ''
ناو۔ تہٕ یِہنٛد بوٚڈ دیوٕ پوٗتُل اوس ''ننار'' تہٕ ''أر''شہر اوس یِہنٛز راز دأنی (وُچھو سرلیا
نارڈوولی سنٛز کتاب(Abraham , doudou 1935)

حضرتِ ابراہیمہٕ سنٛدِ وقتہٕ یُس نمرٗوٗد پادشاہ اوس، سُہ اوس پنٛنہِ پان زِندٕ ننار مانٛتھ
خدأیی ہُنٛد دعویٰ کران۔ أمِس تار یاو حضرتِ ابراہیمنٕ فِکرِ زِ ژٕ تہٕ چھُکھ اکھ بندٕ
خدا۔ مگر نمرٗوٗد آو وُٹھنہٕ۔ تٔمی دِتی حضرتِ ابراہیمس رنٛگہٕ رنٛگہٕ تکلیف۔ حضرتِ
ابراہیمؑ گوٚو گوڈٕ فلسطین تہٕ پتہٕ عرب۔ یِہنٛدِ نیرنہٕ پتہٕ آو عیلامی قبیلہٕ یلغار کٔرِتھ
تہٕ کوٚرُن نمرٗوٗد خدأیی ہٮ۪تھ تہٕ ''أر'' شہر ہٮ۪تھ فنا۔ اتھ قصس چھِ ازتام کم از کم اکتاہ جی
شتھ (۴۱۰۰) ؤری گژھان۔ اوٚت تام چھُ یہِ تأریخی واقعہٕ...... ڈلیلہٕ گربو
ہُرِ رأوی اتھ واقعس وار یاہ قصہٕ۔ یِمو منٛزٕ اکھ قصہٕ پتہٕ چھُ زِ نمرٗوٗد گول أکی لٮ۪گی مُہ
یُس نمرٗوٗدٕ سنٛزِ نستہٕ ژٕنجھن دوٚہن أنٛدرٕ رٔی أنٛدرٕ رٔی کوٚران رٗوٗد۔ دوٚیم قصہٕ بڑوٗ وُکھ
یہِ زِ نمرٗوٗدن دوٚپ حضرتِ ابراہیمس زِ اگر چون خدا آسمانس پٮ۪ٹھ تہٕ آسہِ، تتہٕ تہٕ
ہٮ۪کن یہِ اکہِ تیرٕ سٟتی والعیاذ باللہ سُہ گألِتھ۔ چنانچہ نمرٗوٗدن لوٚے اکھ تیر آسمانس۔
یہِ آو أکِس گاڈِ (یوسہٕ نیلِس نبس تلہٕ کنہِ تصور کٔری اتِس سمندرس منٛزٕ أس) گاڈِ
ہور پیاپےٚ ترٕ بن ۳ دوٚہن خوٗن۔ یِمہٕ سٟتی نمرٗوٗدٕ سنٛدی بےٚ عقل رعیت تس بطورِ خدا
تس پوٗزا لگی کرنہِ۔ ڈلیلہٕ گربو بڑرو دیہِ افسانہٕ بیٚیہ ہن تہٕ تٔم چھِ ازتہٕ گاڈٕ ہنٛدِ کلہٕ
أنٛدرٕ اکھ أڈِج ہاوان یتھ تیرِچ (کانٛج) شکل چھےٚ۔ تہٕ تِہنٛدی کٔنی چھُ یہِ سُے تیر،
یُس نمرٗوٗدن آسمان لوٚے۔ نمرٗوٗدٕ سنٛزِ أتھی خودسری تہٕ سرکشی پٮ۪ٹھ بنیاو کأشرِ تلمیح ''
نمرٗوٗدٕنی دم''۔

کہو چھُکھ دِوان نمرۄدِنی پاٹھی دم یورژےٚ ہوی مےٚ ہوی آے کم کم
پیٚتہٕ نو شدّاد حاتم طاے لولو۔ دَے مےٚ ژھانجام نو بگ نیہٕ لولو

یا

نمرۄدی دم دِتی کان لوٚین آسمانس تأے
رد کوٚر سنہٕ ذاتن گاڈِ خوٗن ہور تژہن دوہن تأے
دِل ژۄر نیٚوٚنم دِلبرن یأرِی دُز میأنی تن تأے

(۳) زُلیخایہ ہُنٛد خواب:۔

یوسف زلیخا چھےٚ حضرت نظامی گنجوی سٕنٛز مشہوٗر عشقیہ مثنوی۔ یتھ کأشرِس اندر گوڈٕ محموٗد گأمین تہٕ پتہٕ محی الدین مسکینن قصہٕ بہ قصہٕ منظوم ترجمہٕ کوٚر مُت چھُ۔ توراتہٕ کنٛن مورِخن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ حضرت یوسفؑ زاے ۱۹۰۶ قبل مسیح سنس اندر، یتھ وُنیٚو کتام ۳۸۷۲ ؤری گیہٕ۔ یوسفؑ اوس سدہے 17 وۄہوٚر، ییٚلہٕ سُہ پننہٕ نبٕ ووٚرِ بایو ''دُوتن'' جایہٕ کرٕ پرِس اندر ژُھن۔ اتہٕ کھول یہٕ قأفلہٕ والو تہٕ واتہٕ نوو کھ مصر۔ پیٚتہٕ امہٕ وقتہٕ اپھاپھِس Aphaphis نأوی بادشاہ اوس۔ أمی سٕندِ باڈی گاڈُک افسر (یابر روایتِ ابنِ عباس شاہی خزانُک افسر) اوس ''فوطیفار'' نأوی اکھ شخصا، یسٕنٛز آشینہٕ ''زُلیخا'' ناو اوس۔ أمی ہیوٚت حضرتِ یوسفؑ قأفلہٕ والین نِشہٕ مُلی۔ قریباً ژٕ بن ؤری ین رۄد سُہ أمی گرس منٛز۔ اۄت تام چھُ یہٕ تأریخی واقعہٕ۔ پتہٕ چھےٚ حقیقت زِ حضرتِ یوٗسفؑ اوس خوٗبصورتی منٛز جورٕ رۄس تہٕ أمِس پٹھ سپٕز زلیخا عاشق۔ مگر یہٕ رۄد پاک دامن، یتھ پٹھ أمِس اپٕز ہانٛژہٕ لاجکھ تہٕ یمن پیٚیہٕ أٹھ نوٚ ؤری جیل تہٕ کڈٕنی۔ ییٚلہٕ حضرتِ یوسفؑ ژٕ ہہ وۄہوٚر رہیوٚ وأتتھ جیلہٕ

دژاو، سہ بنیاو مالکِ مصر۔

مگر یتھ کتھِ چھُنہٕ تارٖیخ تأیِد کران زِ حضرتِ یوسفؑ کیاہ کوٚر فوطیفار مٔرِتھ زلیخایہِ ستی نیتھر۔ فارسی ادبی روایژتھ وویہِ قصہٕ کأشرِس منز کھرِ گٔرِتھ زِ یوسفؑ وُچھنہٕ برٛونہہ پٔتھے أسی زُلیخایہِ یوٗسفہٕ سٕندی خواب یوان۔ یوٚ تام سہٕ تس گرٕ ووت۔ مگر ییٚلہِ حضرتِ یوسفؑ پاک دامن روزنس پٔتھ ڈٔٹتھ روٗد، زلیخایہِ دژاونہٕ خوابس سُہ تعبیر یہِ سوکانچھان أس۔ بلکہِ سپُد تتھ وُلٹہٕ۔ تہٕ تمِس روٗد پٔنٕن حسرت پانٕسے نِش۔

[از تہٕ چھِ وارِیہن تحت الشعوٗری آرزُون یہاے وِنٕن گرٕ ھان تہٕ سرن وأرِلس چھُ ونِنہٕ یوان أمِس گیہِ زُلیخایہِ ہِنٛدی خواب۔

ژٕ یمہِ خوابے گیہِ زلیخا بیدار خواب ڈیوٗٹھُن آو یوسفؑ شہسوار

(۴) دُقیانوٗسی قصہٕ:۔

اصحابِ کہفن ہِنٛدِس قصس ستی ییٚمِس پادشاہ سُنٛد تذکِرٕ قرآنِ کریمس منز آمُت چھُ، کینٛہہ مُفسر چھِ ونان زِ أمی سے پادشہس چھُ دقیانوٗس ناو اوسمُت۔ یُس ۲۴۹ سنہ پٔتھٕ ژٕ بٕٛ ؤری ین حکمران اوس۔ مگر حال حالکہِ تحقیقاتہٕ مُطأبق چھُ اصحابِ کہفن ہِنٛدِ وقتُک حکمران اکھ روٗمی پادشاہ اوسمُت۔ ییٚمی عیسأیت فنا کرنس منز کانٛہہ واے کوٚر نہٕ۔ کأشرِ زبأنی روایژ منز چھُ دُقیانوٗسی وقت تیوٚت پرٛؤن زِ امہِ کھوتہٕ چھُ خالے کانٛہہ واقعہٕ جاہٕ پرٛؤن۔ حالانکہِ أمِس پادشاہ سُنٛد عہد گژھِ نہٕ سنہٕ اکھ عیسوی برٛونٛہہ آسُن۔ کأشرِس روزمرس منز ییٚلہِ کُنہ تتھ واقعس کُن اِشارٕ کرُن آسہِ، ییٚمیُک گوڈٕ نیُھر تأرٖیخس اندر راتھے ییہِ نہٕ اتھ چھِ کأشرِی ونان ''ہایہِ ہسا

گۅ ودُ قیا نوٗسی قصہٕ"۔ یہِ تلمیح تہِ چھےٚ فارسی زبانٕ پٮ۪ٹھٕ کٲشرِ واتٕمٕژ۔

(۵) رُستمنٕز داب:۔

فردوسی سٕنٛزِ مشہوٗر رزمیہ "شاہنامُک" ہیرو چھُ رُستم۔ یُس اکھ ساس اکھ ہتھ تہٕ ترٛ واہن (۱۱۱۳) ؤری ین ایرٲنی فوجہِ کہِ کمانڈر اِن چیف سٕندِ عہدُک علامتی ناو چھُ رٕژ دمُت۔ اَمی سُند اہرِ اوس ایرانہٕ أندی یِکی تیوٗت جاذِ زِ واریاہ لوٗکٕٹ لوٗکٕٹ کِٹھٕ راجہِ اَسی محض رُستمنہِ بہادری ہنٛزِ دٔلیلہ بوٗزِتھے ایرانس کُن باج بران ۔ یِتھہ کِنٕز اَسی لڑنہٕ بجایہِ رُستمنہِ رُعبہٕ دابہٕ ستی ایرانکی حکمران پننٕز مقبوٗضہٕ علاقہٕ بڑ راوان۔ یتھ پٮ۪ٹھ یہِ تلمیح کاشرِس ادبس اندر روٲژ۔

[]وہاب حاجنین چھُ فردوسی سٕندِس اتھ افسانوی جنگ نامس ۱۳۴۹۱ شعرن اندر ترجمہٕ کوٚرمُت۔ یُس اوٚ گرِتھوٚ گرِ تہٕ غلط ژٕ واٹہِ پتہٕ دہن[10] جلدن اندر چھپاونہٕ آمُت چھُ۔

(۶) تھاوسہٕ افراسیٲبی وٕنٛز:۔

اوستائی زبانٕ منٛز چھِ أمِس فرنگ رسین ونان تہٕ فردوسی چھُس افراسیاب ونان۔ یہِ چھُ تورانُک ہیبت ناک سپہ سالار۔ "شاہنامس" أندر ریم درجنہٕ واد جنگ بیان کرنہٕ آمتی چھِ، تِمو منٛزٕ چھُ اہم ترین جنگ افراسیابُن تہٕ شاہ ایران کیخسروُن جنگ۔ یتھ بیان کران فردوسین پننہِ رزم نگاری ہنٛز تھدِ کھوتہٕ تھٔز مِثال چھےٚ گرٕمٕژ پیش۔ افراسیابنہِ زیوٗ یُس جنگی پروپگنڈا اہاونہٕ آمُت چھُ، تتھ وُچھِتھ چھُ پرن واٲلس گُمان گژھان زِ تورٲنی فوج ہیکہِ نہٕ زانٛہہ تہِ شکس کھٮ۪تھ۔ اما پوٚز امہِ تھٔکنہٕ باوجوٗد چھُ تورٲنی فوجس زبردست شکس لگان۔ اتھ

زٕ پٹھِس قِصس چھُ چھاٗ کرِس یہِ اوٚہوٚ رنیران زِ یہِ کیٛنژھا افراسیابن پننہِ بہادُری ہٕنڈی دم اٗسی دِتی ٕمتی، تِتھی چھُ ناش گژھان ۔ تہٕ اٗسی تہِ چھِ یہِ تلمیح پھُٹہٕ وِنس پروپگنڈاہس پپٹھ بطورِ طنز ورتاوان۔

## (۷) حضرتِ سُلیمانہٕ سٕنزٕ واجہِ ہٕنڈِ کرٛانگُک قسم :۔

حضرتِ سلیمانؑ اوس ۹۶۵ ق۔م پپٹھ ۹۲۶ ق۔م تام پادشاہ۔ روایت چھےٚ زِ یمن ماتحت اٗسی نہ صرف اِنسان بٔلکہِ وُڑٕونی جانور تہٕ جِن تامتھ۔ پادشاہن چھےٚ ہمیشہِ پپٹھِ واجہِ کرٛانگس اندر مہر کھٔنتھ اٗسمٕژ۔ توے چھُ ''مہرہ شرف'' وننہٕ آمُت۔ گویا زِ پادشاہی ہٕنزٕ علامت چھےٚ تٔسنزٕ مُہر۔ پٔتی ممبن ۲۸۵۲ ؤری ین چھُ یہوٗدین، نصرانین تہٕ مسلمانن ہٕنزِ اتھ روایژ تیٛوٗت دزٕ بر آمُت زِ ایشیا کین اکثر مُلکن اندر رچھُ یہِ لُکہٕ عقیدٕ بنٛامُت زِ سأری جِن چھِ ازتہِ ''مُہرِ سلیمانی'' ماتحت، یتھ اِسمِ اعظم کھٔنتھ اوس۔ چنانچہِ لُکہٕ عقیدس اندر رچھِ یہِ کتھ عام زِ سارِوے جِنو چھُ حضرتِ سلیمانہٕ سٕنزٕ واجہِ ہٕنڈِ کرٛانگُک قسم سارِوے قسمو کھوتہٕ دوٗرتہٕ مُقدس مونمُت۔ توے یٔیلہِ کأنسہِ تصرُف گژھان چھُ تصرُف کڈن وول چھُ جنس کڈنہٕ وِزِ یہوے قسم کھیٛاوان۔ تہٕ یہِ قسم کھٔتھے چھُ تصرُف نیران تہٕ کھوٚژمُت اِنسان یِیہِ پٔنٕنی حواس لبان۔ ( تصرُف گژھُن کیاہ گوٚو یہِ چھُ اکھ الگ موضوع)۔

ازیٔیلہِ کأنٛسری لوٗکھ چھِ کأنسہِ غأصبس گرِ یا کُشیرِ منٛزٕ دکہِ دِتھ نبر کڈان تہٕ نیران نیران چھِس طنزاًونان ''تلہِ سایتہِ دفع گژھنس پپٹھ کھبتہٕ حضرتِ سلیمانؑ صأبنہِ واجہِ ہٕنڈِ کرٛانگُک قسم!'' یعنے پتہِ نیرتہٕ تتھ کنٛ یتھ دُبارٕ یور پکھنہٕ۔''

## (۸) شدادُن باغ:۔

قیاس چھُ زِ از بڑ وٗنہہ کم از کم ستووُہ شتھ ۲۷۰۰ وُری اوس جنوٗبی عربس اندر عمان پٮ۪ٹھ حضرموت تام تھ اکھ بڑٕ پایِہ پرجاتہٕ بُتھی پھیُر قوماہ، یتھ قوم عاد اُسی ونان۔ عربی لُکہٕ ادبس اندر رچھُ یہِ قوم تیٚوٚت پرٛانہِ زمانٕک مانٕنہٕ آمُت زِ از تہِ چھِ تم کُنہ دُقیانوٗسی ٕقصس '' عادٕے'' ونان تہٕ آثارِ قدیمہ اَندرٕ کُنہِ چیزس '' عادیات'' مانان۔ اتھ سرکش قومس سٮ۪زٕ وتہِ لاگنہٕ خاطرٕ اوس آمُت حضرتِ ہوٗد (اگر اُسی مسٹر جیمز آر ویلسٹڈ (James R Wellested) ہِندِس اثری تحقیقاتس پڑھ کروتیٚلہِ چھُ ۱۸۳۷ ءِ یس اندر ''حصن غراب'' ناوٕ جایہِ حضرتِ ہوٗدٕ سنٛز قبر تہِ لبنہٕ آمٕژ) مگر اَمہِ قومن کٔر خدأیی قانوٗنٕچ مسلسل مخالفت تہٕ آخرس گوٚو یہِ قوم سراسر تباہ۔

یہِ قوم چھُ انجیٖنٔری اندر رسیٛٹھاہ بڑٕ وٗنہہ اوسمُت تہٕ یہندٕ بو پادشاہ ہو اَندرٕ اوس شدٓاد '' ساروٕے کھوتہٕ جادٕ باجبروٗت۔ دپان اَمہِ اوس پنٕنہِ خدأیی ہاونہٕ خاطرٕ مُلکِ شامس منٛز یا یمن علاقس منٛز اکھ نقلی جنت تہِ بنوومُت۔ یتھ اند رُونہِ شدادس اکھ کھور ژانہٕ نے اوس زِ عزرایلن کوٚڈ اَمِس درواز ہکیٚپے پٮ۪ٹھ زُو۔ تہٕ اَمِس رُوٗد یہِ باغ چھاونٕک ارمانٕے۔ یتھ کٔنی رُوٗدتس پنُن شاہکار تعمیر ...... باغِ شداد...... چھاوٕنے (تفصیلہٕ خاطرٕ وُچھو امیر شاہ کریری سُند سامنامہٕ) از یس اَکس پننہِ اتھٕک تھدِ کھوتہٕ تھوٚد کارنامہٕ چھاونہٕ بڑٕوٚنہے موت ییہِ تس چھِ ونان اَمِس ہساگوٚو شدادُن باغ۔

معاوضہٕ جنت باغ بنوو شدادن تٔے
حوٗرو بدل تُمہِ ساز کوٚرنے انہٕری شبن تٔے

لتھ ژأنی نہٕ اندر جان کوٗڈنس عِزراپلن تأے

(۹) نستہٕ ژٔٹ چھےٚ نژان:۔

''رامائینس'' اندر چھےٚ سرٗپ نکھا نأوِ اکھ زنانہٕ کردار۔ یوٗسہٕ راونہٕ ہنٛزٕ بینہٕ چھےٚ أسمژ۔ دپان أمِ کریاوسری رام چندرس پھساونس پٮ۪ٹھ سٮ۪ٹھاہ زور۔ مگر رام چندررٗ دأمِ ہِنٛد بوٗنٛھر ونشہِ بچھ۔ یٮ۪لہِ یہِ توتہٕ بدٗمستی کرنہِ لٔج، تہٕ أمِس آیہٕ نس ژٹنہٕ۔ یہِ وأژ أتھی حالس اندر بأیِس نِشہِ لنکایہ تہٕ پٮ۪نٛنِس ہأوِتھ ژھٔنن پھرِتھ پھبرن رام چندر جیس۔ یہٕوے واقعہٕ بنیاو نیا یُک گوڈ۔ یتھ پٮ۪ٹھ والمیک جین سنسکرت پأٹھی تہٕ تُلسی داس جین ہِندی پأٹھی مشہوٗر رزمیہ ''رامایَن'' لیچھ۔ یِمکی موٗختصر ترجمہٕ کأشری پأٹھی تہٕ چھِ کرنہٕ آمتی۔ (پرکاش کولن مطبوعہ رامایَن، نیلہٕ کنٹھ شرمابنیہٕ آنندرام ترسلُ سُنٛد غیر مطبوعہ کأشر رامایَن)

سرٗپ نکھا چھِہ سُہ نستہٕ ژٔٹ زنانہٕ یِسنٛدِ اورِ یوروناوٗنی پٮ۪ٹھ راوَنس تہٕ رام چندر جیس درمیان نیاے وُزیاو۔ از یٮ۪لہِ کانٛہہ نیاے ووتھن وول آسہِ، أسی چھِ ونان...... ''خبر کیاہ سپدِ نستہٕ ژٔٹ چھےٚ نژان!''۔

(۱۰) یہٕوے بخ نصر ہیوٗ:۔

یہِ اوس شیمہِ صدی قبل مسیح اندر عراقُک اکھ خوٗنخوار پادشاہ۔ أمِ کوٗر ۵۸۷ قبل مسیح یِس اندر فلسطینس پٮ۪ٹھ حملہٕ تہٕ کوٗرُن ہیکلِ سلیمأنی وُجارٕ۔ یہٕوٗدی قومس کوٗرُن کترِ بتر۔ تہٕ یُس کانٛہہ بچاو، سُہ کوٗرُن ذلیل وخوار۔ بخت نصرٕ ہنٛزِ أتھی خوٗن ریزی پٮ۪ٹھ رٗد عام ذہنس اندر خوٗن خوأری ہُنٛد مجسمہٕ بُخ نصر۔ فارسی ادبہٕ کہِ اثرٕ بژ وُنہہ اوس یہِ خیال تِمن یہٕود بن ہِنٛدِ دستہٕ یورو وُتمت، یِم بقولِ البرٗنی ئُوی

۹ صدی عیسوی تام کٲشیر یوان گرٕھان آسٕ۔ فلسطینچہ امہ تبأہی پتہٕ ۴۸ ؤری گٔژھتھ ییلہٕ ایرأنی بادشاہ خُسروَن، بُخ نصری خاندانُک پایہٕ تخت "بابُل" زیٛون، تٔمی کوٚڑ حُکم زِ یم چھلہٕ چھانگرِ یہوٗدی زِندٕ ے چھِ، تم گژھن یِیہٕ فلسطینس اندر بسنہٕ۔

کٲشرِس تأرِخس اندر چھُ اتھ مقابلہٕ "یوٚہے نلسان ہیوٚ تلمیح بُخ نصرس بڑونہہ قریباً ستھ ہتھ ؤری ووہد یاُمت۔

(۱۱) فرہادُسند تالہِ ٹوٗنگ:۔

یہِ تلمیح چھُ حضرتِ نظامی گنجوی سٕنزِ مشہوٗر مثنوی "شیرین خُسروٗ" پٹھ کٲشرِ زبأنی اندر روأژمٕژ۔ "شیرین خُسروٗ" چھےٚ کٲشرِس اندر حاجی محی الدین مِسکینن تأرِمٕژ۔ خُسرو پرویز اوس ۵۹۰ ء پٹھہ ۶۲۸ ء ہس تام ایرانُک ساسأنی شہنشاہ۔ أمِی سٕنزِ عہدِ اوس فرہاد نأوی اکھ عاشقاہ شیرین نأوی أکِس زنانہِ فریفتہٕ گوٚمُت۔ شیرینہِ پٹھ اوس بڑونہے خُسروٗن ٹور پیوٚمُت۔ اما پوٚز فرہادَس اوس کھانَدرٕ اقرارس شیرینہِ یہِ شرط تھووُمُت زِ اگر فرہاد کوہِ "بےستوٗن" ژٕٹِتھ دودٕ کول کھنہٕ تہٕ تس گرِ واتناوِ۔ سُہ کرِ اقرارِ وصل۔ فرہادن موٗن یہِ شرط تہٕ لوٚگ کوٚہ پڑاٹنہٕ۔ مُدتس کنہٕ ژٹان ژٹان ییلہٕ ووٚتی تس کہٕ حصہٕ ژٹُن اوس تس آیہٕ اکھ مال ذات زنانہ (یس پٹھ کوٗشر بیاکھ تلمیح "فرہاد بڈ" بنیاُمت چھُ) یہِ اپزٕ خبر ہتھ سوٗ زنہٕ زِ شیرین کیاہ موٗیہٕ ۔ بےٚ فُرصتی منٛز ووٚن أمی زِ کوٚتِھ سٕنزِ زندگیہٕ روٗدنہٕ ووٚتی کانٛہہ حسرتہٕ تُلُن پننہٕ نےٚ ٹوٗنگ تہٕ لوٚیُن پننہٕ نِس کلس تہٕ موٗد پاک عاشقی منٛزٕ ے۔ شیرین نیہٕ ایرانکی پادشاہ خُسرو پرویزن۔

کأشرِ عشقیہ شأعری اندر چھُ فرہادسُند عشقیہ قِصَک تہٕ ٹوٗنگہٕ ستی پان گالنُک
واقعہ قریباًپرٛتھ شأعرن یاد پوٗمُت تہٕ عام روزمرس اندر چھےٚ یہِ تلمیح تمہِ وِزِ ورتاونہٕ
یِوان ییٚلہِ کأنسہِ دھوکس منٛز پھٔسِتھ پنہٕ نے اتھہِ تیٚتھ وشفا گرٛ ژھِ، ییتھ نہٕ موٗتکیٚ
پأٹھی کانٛہہ علاج سپدِتھ ہیٚکہِ۔

(۱۲) سیف اللہ ملکُن سفر:۔

''گُلِ بکاولی'' چھےٚ اُردو زبأنی ہنٛز اکھ مشہوٗر عشقیہ مثنوی۔ یہِ چھےٚ دیا شنٛکر نسیمن لیٚچھمٕژ۔ اما پوٗز کأشرِ زبأنی اندر چھُ اتھ واریاہ ہیرِ پھیرِ کرنہٕ آمُت۔ اتھ مثنوی چھُ اسلام آبادٕ کرِ لسہٕ خان صأبن تہٕ صفاپورٕ کِ نعمہٕ پرے صأبن الگ الگ (قِصہٕ بہ قِصہٕ) منظوٗم ترجمہٕ کوٗرمُت۔

(خان صأبُن ترجمہٕ چھُ چھاپ گوٚمُت تہٕ پرے صأبُن ترجمہٕ چھُ وُنہٕ چھاپ گرٛژھنَے) خان صأبنہِ مثنوی ہُنٛد ہیروتہٕ ہیروٲین چھِ سیف اللہ ملک تہٕ گُلِ بقاولی۔ ملک صأبس چھُ پنٕن معشوق ژھانڈ ان ژھانڈ ان تیٚوٚت کرٛ یوٗٹھ سفر تُلُن پیوٚمُت زِ خالے کانٛہہ مجأزی عاشق ہیٚکہِ سُہ سفر برداشت کٔرِتھ۔ پوٗرٕ کتاب چھےٚ سفرٕ کیوٚ مُہموٕ ستی ٹیٚتھ۔ أتھی پتھ چھُ زِ ژٔھس سفرس بیان کرنہٕ وِزِ ونہٕ یِوان زِ کأشرٕ بن پوٚ آزأدی ژھانڈ ان ژھانڈ ان سیف اللہ ملکُن سفر تُلُن۔

(۱۳) شیخ صنہٕ ہنٛز بأش:۔

شیخ صنعا اوس اکھ تھدِ پایک، عأِلم۔ لیس أکِس ہینٛز یانہٕ پتھ دِل لوٚگ۔ عشق اندس واتناونہٕ خأطرِ تھوٚوس امہِ تیٚتھ سخ شرط، ییتھ نہٕ کانٛہہ جأہِل مسلمان تہٕ مانہِ ادا کانٛہہ عأِلم۔ دوٚپ نس بہٕ سپدِ تیٚلی چأنی ییٚلہِ میانہِ باپتھ سور رچھکھ۔ شیخ

صنعہٕ موں یہِ شرط تامتھ تہٕ لۄگ سورر چھنہٕ۔

کانٛہہ جان یا ناکارٕ مقصد حاصل کرنہٕ خاطرٕ اگر کاشرِس ترٛنٛژھ کانٛہہ کامہ کرٕنی پێیہِ یتھنہٕ تسُنٛد ضمیر، مذہب یا اخلاق اجازت دِیہِ ہے تس چھُ یِوان ونہٕ اٗمِس ''ہساگیہِ شیخ صنعہٕ ہنٛز بأش!''

یہِ لوٚکٹ مثنوی چھےٚ فارسی پێٹھٕ محمود گامی یَن کاشرِس منٛز تأرمٕژ تہٕ یہِ چھےٚ چھاپ تہِ گمٕژ۔

(۱۴) شیخ چلِہ سٕنٛز تلہٕ مٹھ:۔

یہِ تلمیح چھُ اُردو زبأنی پێٹھٕ کٔشیرِ وأژمٕژ، (حالانکہِ عربی ادبس منٛز چھُ یۄہے قصہٕ بێیہِ اکہِ نۄوی یہِ بیان کرنہٕ آمُت) شیخ چلی اوس تصوراتی دُنیہس اندر پٔنُن مستقبل وُچھان۔ تہٕ أتھی حالس اندر رسونٛچان زِ شانہٕ پێٹھٕک تلہٕ مٹھ (بہ روایت عربی بڑ وٚنہہ کنٛیُک دوہٕ ژۄڈ۔) کِنٛتھ کأژاہ آمدنی ییم تہٕ تتھ آمدنی کأژاہ برکت بنِم۔ اتھ آمدنی پێٹھٕ دولت منٛد بٔنِتھ کتھٕ کنہٕ کرِ شوٚٹھأ کِس خوجہِ کورِ (بقولِ عربی حجاجہِ سٕنٛزِ کورِ) سٕتی نیتھر یِس اکھ نیٚچُو تہٕ زیٚوِ۔ یِس تربیت دِوان دِوان گنہٕ وِزِ کنہٕ مُرن تہِ کرٕنی پێیہِ...... (بہ روایت عرب یِس آشنہِ سێز راونہٕ خاطرٕ لتھ تہِ لایٕنٛز پێیہِ) اگر سُہ نیٚچُو نافرمان ہیُو گژھِم تہٕ بہ لایس یتھٕ کٕنٛز چپاتھ ''یتھٕ کنہٕ'' ونأنی وہرووِکھ أتھ۔ تس پیو تلہٕ مٹھ شانہٕ پێٹھٕ پتھر (بہ روایت عرب۔ دوہٕ ژۄڈِس آیہٕ لتھ تہٕ گۄوڈٕلِہ) کاشرِ چھِ قیأسی سرمایہِ دأرِی ہِنٛدِس غلط اندازس پأنٕے شِنٛیأیی کرنہٕ وِزِ یہِ تلمیح ورتاوان۔

(۱۵) نِلہٕ راژن پلو...... یانٛلہٕ گرٛشھن:۔

نل دمینتی چھےٚ اکھ مشہوٗر عشقیہ مثنوی۔ یتھ لکھمن جوٗ بُلبُل ناگامی کاشری پاٗٹھی ترجمہٕ کوٚرمُت چھُ۔ نَل اوس راجہ تہٕ دمینتی اَس اَمی سٕنز آشینی۔ نَل اوس زاٗری تہٕ اَمی ہاٗر پنٕنی ساٗرے دولت پننس باٗیس پُشکرس ستی زار گِندان۔ یوٚ تام چھاٗ کرس اَمس تہٕ اَمی سٕنزِ آشنہِ صرف اکھ پلو روٗد تہٕ راج تاج راٗوِتھ دژاے یم زٕ باٗژیوہے اکھ پلو ہیتھ گرٕ بار ترٛاٗوِتھ۔ امہٕ پلوٕ منزٕ تہٕ ژوٗل اکھ حصہٕ ہیتھ۔ وتہٕ منزٕ ے اکھ جانور، پتھ روٗدمُت یہ اوٗڈ پلوہٕ لوٚگ نلس تہٕ نہٕ تسٕنزِ آشنہِ۔ ییلہِ کاٗنسہِ ساٗرے ٹھینٹھ میٹھ راوان پٔتم چیز تام راوِاَمس چھِہ ونان ''گوس ہسا نلہٕ رازُن پلو'' اَتھی ستی چھُ ''نلہٕ گرٛھُن'' بدحواس گرٛھنس پیٹھ ورتاونہٕ یوان۔ نِکیٲ زِ زارس اندر ساٗرے سلطنت راونہٕ وِزِ یوسہٕ بدحواٗسی نلس گییہِ، سُہ چھےٚ ازتہٕ وارِہن سیاٗسی لیڈرن گرٛھان تہٕ تِم چھِہ پزی پاٗٹھی نلہٕ گرٛھان۔ (نَل اوس نشاد دیشُک راجہ۔ یہ چھُ مہابھارتُک اکھ ضِمنی حصہٕ۔ گوڈٕ اوٚن یہِ قصہٕ فیضی ین فارسی زباٗنی منز)

(۱۶) سُدامُن کوٚم بوٚس:۔

سُدام اوس کرشن جیُن لوکچاٗرک یار۔ کرشن جی گوٚو تھدان تہٕ سُدام غریب روزان۔ اکہِ دوہہ وٗن سُدامنہٕ آشنہِ سُدامس ژٕ گرٛھ تہٕ کرشن جی مہاراجس نِشہِ۔ دیوٗتس ماپیٛہِ چون آدٕ ننگ سرٛ یہہ ژبس۔ سُدامن تُل کوٚم بوٚ ساہ تہٕ نیوٗن کرشن جیس نِشہِ۔ تیمی یہ نہایت لولہٕ سان قبوٗل کوٚرتہٕ ستی کوٚرُن سُدام تہٕ رَج۔ کاٗنسہِ بڈس اِنسانس نِشہِ نہایت حقیر تحفہٕ ننہٕ وِزِ چھےٚ یہ تلمیح ورتاونہٕ یِوان۔

(ب) زباٗنی رِیوایژن ہٕندی تلمیح:۔

اتھ چھِ زِ حصہِ (۱) باناوتہِ (۲) بےناو۔

باناو:۔

(۱) مایاراءمنز نوش:۔ اُمس نوشہِ اوس عادت زِ ییٚلہِ کھٔمن چینگ وقت واتہِ ہے تُمی وِزِ اُس یہِ رُشتھ بیہان۔

(۲) خوجہِ موءمنز ٹھوٗل:۔ یہِ اوس رۄپیہِ ہوان کاہ کاہ ٹھوٗل تہِ کنان باہ باہ۔ لہٰذا اوسُس شوٗشس تہِ پوٗشی پیوان۔

(۳) عاءلمنز دانٛدِ ہوٗر:۔ یہِ اوس مِسکینپاہ اکھ۔ اکہِ ؤرِ یہِ ژوٗٹ ووٹ گرِتھ ییٚلہِ اُمی اکھ دانٛد ہیوٚت۔ یہِ اوسُس لوکُٹ تہِ سمیاس نہِ کاٗنسہِ ستی اُمی سُندنکھ۔ دۄیمہِ ؤرِ یہِ کٔڈن یہِ دانٛد تہِ ہیوٚتُن تھدِ نکھِ نوٚو دانٛد۔ اماپوٚز یہِ اوس تیوٚت کاڈل زِ ہمسایِن ہنٛدِ بن دانٛدن ستی سمیاونہِ اُمس تہِ نکھ۔ یوٚ تام دۄیمہِ ؤرِ یہِ اُمس ستی کاٗنسہِ بأج وٹھ گرنہِ تہِ دۄیمہِ ؤرِ یہِ تہِ رُوٗد اُمی سُند زمین غأر آباد۔ (بیٚاکھ روایت چھِ زِ ییٚلہِ عالمن دانٛدِ ہوٗر (مُلی ہیٚرِ تیٚلہِ دزِ اے تم دۄنوٚے دانٛد بیہوال) نادأنی یا مسکینی ہنٛدِ وجہ کنی ییٚلہِ نہِ کاٗنسہِ تِچھ پیچھ گرِتھ کُنہِ کارس اتھِ کھور لگان چھُ۔ ییٚلہِ کاٗنسہِ رادس زیٹھان تہِ ہونٛزس ژھوٹان روزِ یا ییٚلہِ کاٗنسہِ اُکس کارس اصلاح کران کران بیٚیس کارس تہِ پرِ وِنی ناو گژھِ، تس چھِ ونان اُمس ہساچھُ کارگری گری عاءلمنز دانٛدِ ہوٗر گژھان۔

(۴) آگر بٹنز گاو:۔ آگر بٹس اوس آلو ژھ۔ تہِ یہِ زانہِ ہے نہِ زانہہ تہِ پننہِ گووگاسہِ یا کوٚم اُنی ہژ۔ یہِ بچأر اُس گرِ پتہِ گرِ یڈ بساونہِ اژان۔ تتھی گرس اژِ ہے، اتیکِ بسن وأ لی اُسی ژۄ ڈ وأ لتھ اُمس چاوان۔ تتھِ کنہِ دہن گرن دہہ

تھپہ گاسہ کھبتھ اُسی اُمس دہن جاین لُکھ چاوان۔ تہٕ گرٕ وٲتتھ آسہٕ اُمی سٕنٛزٕ بہٕ بالکُل خوشک آسان گاٗمژٕ۔

▯ اُتھی تلمیحس مُتواٗزی چھُ "بڈٕی شہُن گُر" تہِ اُمس تہٕ اوس نہٕ پتُن ماٗلِک بڈٕی شاہ تہِ پزٕژھان۔ ہرٕ ہرٕ پھیرنہٕ موجوٗب اوس سورے گام اُمس بور ساران۔ اماپوٗز ماٗلکس اوس اُمی سٕنٛدِ بارسأرہُنٛد ارمانٕے روزان۔

(۵) نعمہٕ پرٕتٕنی کھٔری پھُلَے:۔ ازبرٕ وٕنہہٕ وٕری ہتھاہ[۱۰۰] اوس سأنِس علاقس منٛز نعمہٕ پرے ناٗوی اکھ شخصا روزان ییٚمی سرینگرٕ اُکِس باپأرِس تِلہٕ گوگلس پیٹھ اکھ بوٚڈ رقم وۄزُم ہیوٚت۔ شہر باشس اوس ییٚتے یوت عِلم زِ تِلہٕ گوگلس چھےٚ لیٚدر پھُلَے آسان۔ نعمہٕ پرین وول یہِ باپأری وۄلرٕ سوٚتھس پیٹھ۔ اوٚت واتہٕ ناٗوِتھ ہوونس سوتھِ دۄرِ رۄولرٕ چ کھٔری پھُلَے۔ شہر باشن زون زِ یوٚہس چھُ وانا دِتھ تِلہٕ گوگُل بنٲمُت تہٕ تُمی دِژٕ نعمہٕ پرِس بیٚیہِ کینٛہہ روپیہِ تہٕ۔ کینٛہہ کال گژھِتھ ییٚلہِ کھٔری پھُلَے سوریے یہِ نعمہٕ پرین وول شٔہری باپأری بیٚیہِ تتھی جایہِ تہٕ دوٚپنس "وُچھ حض! تتھ تِلہٕ گوگلس کیاہ کوٚر رُسہلا بن"۔ شہر باشن وُچھ پزٕتھ انٛدٕ آبٕے آب تہٕ امی حیلہٕ بچاو نعمہٕ پرے اکہِ وٕری یہِ خاطرِ شٔہری باپأری سٕنٛزٕ وُگرایہِ نِشہِ۔ ازتہِ چھِ کُنہِ کُنہِ وقتہٕ جعل سازلۆکھ تتھے کُنہِ سرمایہِ دارن آسمانٕی تارکھہ ہاٗوِتھ یا کھٔری پھُلَے ہاٗوِتھ پژٕ پزارِ ہنٛز سبیل کڈان۔

▯(۶) شنکرٕ نٕی مکرٕژ:۔ یہِ مکرٕژ چھےٚ وُنہِ تہِ وچیٚارِ جامع مسجدِ ہنٛزٕ ڈیڈِ انٛدر بنٛد۔ نہٕ ہلان تہٕ نہٕ ڈلان۔ ییٚلہِ کانٛہہ انسان کُنہِ کارس اکی آیہِ پتہٕ روزِ، اُمس چھِ ونان یہِ ہسا گوٚ واتھ کارس شنکرٕ نٕی مکرٕژ ہیوٚ اگادِ!

(۷) بھگہٕ شُہن دفتر :۔ بھگہٕ شاہ چھُ کوٚستام پنجأبی کھٔتری اوسمت۔ یمی کٲشیرِ وٲتِتھ نوٚ اند ازٕ بہی کھاتہٕ لکھنُک طریقہٕ رٲیج کوٚر۔ اوٚت تام (بلکہِ گامہٕ وانِن نِش از تام) چھُ بہی کھاتہٕ تہٕ روزنامچہ لکھنُک سِرٕ پأٹھی پرٛونُے طریقہٕ جأری روٗدمُت۔ وونی ییٚلہِ بھگہٕ شُہن پنٕن بہی کھاتہٕ ژوٗلِس پتہٕ مُژرأوِتھ تھووتہٕ کُنمُت چیز ژٕون پأنژن بہی کھاتن تارُن ہیٚوت۔ کأشرین وانِن آو یہ طریقہٕ عجیب بوزنہٕ۔ تہٕ أتھی پتہٕ بنوٗو کھاورِ یور کاغذ وہرأوِتھ حساب تھاونس ''بھگہٕ شُہن دفتر''، تلمیح............

(۸) مُسہٕ خانُن گُستوٗر :۔ کُستام مُسہٕ خانس چھُ پنٕنِس شُربن ہنٛدِ کھوتہٕ پنٕن گُستوٗر ٹوٹھ اوسمُت۔ کُستوٗری ہنٛدِ خأطرٕ مُلدِ تیار کرنس پتہٕ ژھنیٛ أمی پنٕنی شُری تامتھ بیٚون کڈِتھ۔ گاٹلو پرٛژھُس۔ اہنُہ یارٕ یہ مون زِ ژے چھے گُستوٗر ٹوٗٹھ۔ مگر توتہِ ماوتہٕ ژے أمی ہنٛدِ خأطرٕ خانہٕ وُجأری کرٕنی۔ مُسہٕ خانن ووٚنُکھ۔ ''کوٹھ کرِ خانہٕ وُجأری۔ اماپوٚز کستوٗرِس گژھِ نہٕ تکلیف واتُن!''

اتھ بیٚقِل ٹاٹھِنیارس پتہٕ چلِتھ اگر کانٛہہ شخص کأنسہِ ناچیز معشوقہٕ ہنٛدِ خأطرٕ گرٕ بارفنا کرِہٕ تس چھے مُسہٕ خانہٕ نِس گُستوٗرِس سٟتی مُشابہت دِنہٕ یوان۔

(۹) مِسکین شُہن استان :۔ یہ تلمیح چھُ تمہٕ وِزِ ورتاونہٕ یوان ییٚلہِ کانٛہہ ہِبری ٹھبابہٕ ہاوِتہٕ أندرٕ آسہِ کھوکھر۔ قِصہٕ چھُ یہ زِ انگریزن ہنٛدِ ابتدأیی وقتہٕ آو ہِبرٕ پتہٕ اکھ شخصا سرینگرس اندر رٕسنہٕ۔ پنٕن ناو ووٚنُن مسکین شاہ۔ أمی کوٚر ریٚتی نیٛتھرٕ تہٕ أمی ہنٛز تھُل مُل چھے وُنہٕ تہٕ موجوٗد۔ مرن وقتہٕ ووٚنُن حأضرن گُن ییٚتہٕ گری زبونہٕ تھٕی دفن۔ مے ہِین یور کینٛہہ پٔژھی تِمے وُڑراونم۔'' یتھے یہ موٚد تہٕ تام آے

کیٛنہہ پادٕری تہٕ لوٗ ڈُکھ مسکین شاہ تابوٗتس تہٕ وُڑرووٗ کھ عیسائی طریقہٕ تہٕ بنووہس سرکاری لاگتس پٹھ استان۔ امہِ وزِ گوٚ ولوٗکن پتاہ زِیہِ اوس مسلمان لاٛ گتھ کرِستانی جاسوٗس۔ پتہٕ گُس یہِ ہے اتھ ''استانس'' پٹھ۔ از چھُ یہِ ''استان'' وارِ وارٕ وبسر یوومُت۔

(۱۰) خضرکوٹن لِکھ:۔ خضرکوٹ اوس گرٕورہ ( کھُیہِ ہامہِ ) گامس اندر بسان۔ ونن وول چھُ ونان زِ خضرکوٹس اوس پٔنن ناوتہٕ دہن [10] وُہن [20] تام گرٕ ٹھد لکھٕنی ٹگان۔ کاروباراوُسس واریہن گامن چھکرِتھ۔ یہِ اوس کاغذ بدل گرا دارِ ہنگس تہٕ گرالورِ ٹکرس اورِ یور آمدنی تہٕ خرچ درج کران۔ تہٕ اکثر اوس آمدنی بدلہٕ خرچ تہٕ خرچہ بدلہٕ آمدنی ہنٛدِس طرفس رِکھٕ دی دی حساب تھاوان تہٕ ییٛلہِ کانٛسہِ حساب آسہِ ہس کرُن، تتہِ اوس گرِہہ گز پھیرِ نیران۔

ازییٛلہِ کانٛہہ مُنشی یتھے حساب تھاوِ، تس چھِ طنزاً ونان اٛمس نِش ہسا گوٚ وخضرکوٹن لِکھ تہِ کتھاہ!

بیا کھ روایت چھےٚ زِ لیکہِ لِکھ ژارنس تہِ چھِ خضرکوٹنی لِکھ ونان۔

(۱۱) مُسس تیا کِپسے !:۔ دپان پتھ کالہِ اوس اکھ شخصا، یُسنٛد دوست مُسہٕ ناوٕ بیا کھ شخصا اوس۔ ییٛلہِ اٛمس شخصس واریاہ قرض کھوٚت، یہِ آو مُسن نِش تہٕ وٗننس...... ''یارابہٕ چھُس قرضدار وچورمُت۔ مےٚ ونتہٕ کانٛہہ تدبیر اہ، ییٛمہِ ستی بہٕ وُگرایہٕ نِشہِ بچہ ہا۔'' مُسن وٗنس ژٕ لاگ گرٕ انگل۔ تہٕ یورِ یُس کانٛہہ ژھایہِ کیٛنژھا وٗنی اورِ وُنس کِپس۔ کِپس۔ کِپس!'' قرضدارن گژھِ پانٛے نبضن تسلی تہٕ ژٕ بچکھ تِہنٛزٕ وُگرایہِ نِشہِ تہٕ بےٚ وُقری نِشہِ۔ چنانچہ اٛمی شخصن گرٕ اتھی عمل تہٕ اٛمی لوگ اوٗر

أستھ موٚت ۔ییٚلہِ پڑتھ کتھِ یہِ رۄ دکپس کپسے ونان، سارِنے توٚ رِفکرِ زِیہِ چھُ نلہٕ گوٚمُت ۔

دپان یہِ شخص دارِ ہے مُسّن تہٕ کم جاۂ رقم ۔ مُسّن ییٚلہِ أمِس وۄن ''ہیومے کیاہ زِ چھُکھنہٕ پنُن رقم دِوان؟ یہِ وۄتھُس یورٕ ''کپس ۔کپس ۔کپس !'' مُسّن کھوٚت شرٛارت تہٕ وۄننس ہَیو مُسس تیا کپسے !''أمی وۄنُس چانگہِ لاَ گتھ سے پنُن جواب ''کپس ۔کپس ۔کپس ۔'' تہٕ أتھی واقعہس پیٹھ بنے یہِ تلمیح

(۱۲) لوگ تھمہٕ سا شعبان منڈیال :۔ کشتوارس نزدیک أکِس گامس (سگدی باٹا ) منز اوس شعبان منڈیال ناوی اکھ تھپل اِنسان اوسان ۔یس متعلق ونہٕ چھُ یِوان زِ سُہ اوس وتہٕ گٹن دۄہلہِ لوٗ ٹان ۔اگر کانہہ بُتھ پھِرٕ ہس تہٕ تس اوس بندوق ہاوِتھ رُعب کران ،یوٚ تام أمی سُند اعلانیہ لوٗ ٹ کشتوار علاقس اندر چاپہِ جاپہِ ''مشہوٗر'' گوٚ و ۔چنانچہِ از تہٕ چھُ کشتوارس اندر تس شخصس کُن یُس دوہلہِ ٹھگی کرِ یہِ تلمیح ورتاونہٕ یِوان ۔

(٦) ونان ملہٕ لسنہٕ کنہٕ درِ :۔ اکھ روایت چھےٚ زِ یہِ ملہٕ لوٚس اوس پڑنہٕ وقتہٕ کتہٕ تام بسان تہٕ بیاکھ روایت یہِ زِ یہِ اوس کمے کال بڑ وۄنہہ شرٛاکہٕ وارِ (تحصیل بارہ مولہ ) بسان ۔قریباً شیٹھ وۄ ہوٚ رگِ ہتھ تہٕ اوس نہٕ یہِ زانہہ کأنسہِ ہُند مانان ۔ نہٕ اوس زانہہ نماز پران نہٕ اوسُس کأنسہِ ہنز بےٚ وأری ہتی اثر گژھان ۔ یورٕ دپہٕ ہوس کینہہ ،اور روزِ ہے ژھوپہ گرِتھ ۔یوٚ تام لوٗکھ لگی ونہٕ زِ ملہٕ لسّن بدل ہسا چھِ أسی زنتہٕ أمی سنزِ لرٕ ہنز کنہٕ درِ ونان تہٕ توے چھُنہٕ اور زانہہ تہٕ کُنہِ کتھِ واد کران ۔ دپان بُڈِتھ گوٚ وِ یہِ اکھ دوہ درویش آیہِ سنگرٕ ناوی گامس اندر یُس شپّرنارو او علاقس

مٔنز چھُ ۔تہٕ اتہِ وۄنُس تاجہِ ناؤوِ اکِہ زنانہِ زِکوٹھِ چھُنہٕ شُر زبوان مےٚ کرتہٕ دُعا۔ ملہٕ اَلُسی کوٚڈچنٛدٕ أنٛد رٕ میٛرِ داناتہٕ دِیتٕنس ۔تہٕ دۄ پنٛس اگر نیچوٚ زآےتہٕ مےٚ وأتِی زِ شرٔ اکِہ وورا کھ دانٛد بطورِ نیاز ہیتھ ۔خدایہِ سُنٛد کرُن زِ تاجہِ زاو نیچوٚ تہٕ أمِی اۄن پنٛنہٕ نِس خاندارس ستی ملہٕ اَلِسس اکھ دانٛد تہِ ۔اۄ تام اوسنہٕ ملہٕ لوٚس درویش ناوس پیٹھ مشہوٗر گوٚمُت تہٕ امہِ دوہہ پیٹھِ اَلِج لۄکن شرٔ اکِہ وورکُن لمہٕ ۔وارِہن اوسنہٕ نیاز دِتھ حاجت نیران تہٕ تِم أسی پتہٕ پننہٕ نِس بےٚ فأیِد نیازس ''کنہٕ ڈٔر'' ونان۔

[]-چنانچہ ووٚنی لوگ یہِ لفظ ملہٕ اَلِسس دویہِ انٛدٕ برابر پننہِ۔ کتھ نہٕ بوزنس پیٹھ مکانٛچ ''کنہٕ ڈٔر'' تہٕ چٕھٹ پینٛس پیٹھ عام کنہٕ ڈٔر۔ تہٕ یمہٕ نِے دۄن معنیَن انٛدر چھےٚ کأشرِس انٛدر یہِ تلمیح چلہٕ وِنی روٗزمٕژ۔

(۱۴) حُسنِ غمخوار :۔ یہِ مرکّب چھُ شاید فارسی زبأنی پیٹھِ کأشرِ زبأنی منٛز ووتمُت۔ حسَن اوس سبٹھاہ حساس تہٕ ہٹہٕ مٹہٕ لۄکن ہنٛد بن غمن ہُنٛد شریک سپدان ۔اکِہ دوہہ گوٚو أمِس جادَے بُتھ الونٛد۔ کمی تام پرٛژھُس ...... کیاہ سا از کیاہ چھُکھ ژٕ جادے پریشان؟'' دۄپنس ''مےٚ ہساوُچھُ اکھ کھوٚٹ گر ......تہٕ توے چھُس غمگین''۔دۄیمی پرٛژھُس تہٕ ژےٚ کیٛازِ ہیوٚتُتھ غم؟''حسنن وۄنُس ...... ''اہن سا یُس اکھا أمِس گرِس کھسہِ، تس چھُ أمِس زٕہن چارُن۔ زِہن دری نہٕ گری ہنزِ تھرِ پیٹھ، یوٚ تام نہٕ دُنٛج آسہس۔ دُمجہِ ہنٛدِ خأطرٕ چھُ لوٚٹ ضروٗری چیز۔ مگر یہِ گر چھُ کھوٚٹ۔ لہٰذا یُس أمِس کھچہِ گرِس کھسہِ سُہ پیٛیہِ ضروٗر پتھر تہٕ پھٹہٕ نس تان۔ توے چھُس بہٕ غمگین!''

ازیُس کأژھا گُنہِ تِھی ہےٚ وقوعس پیٹھ بےٚقل پأٹھی اتھِ ماوٕ موٗرِتس چھُ

وننہٕ یِوان...... ''لوگ تھسا ئلۍ حُسنِ غمخوار''۔

(۱۵) مادھوئلہٕ وٕنۍ شوٗنٹھ ہن :۔ مادھو بلو چھُ اکھ مُفت خوارا اوسمُت ۔ تیٚمۍ چنٛدس اندر رٲچھمٕژ شوٗنٹھ اُس امہِ غرضہٕ تھاوِمٕژ زِ یتھ گرس سہٕ جان سیٚین دُپچھِ ہے، توٚت وأتتھ اوس سولہرِ اند ررنن والین ونان...... ''شوٗنٹھ چھوٚتہٕ اوٚمٕژ اتھ سِنس؟'' یِی ونان ونان اوس شوٗنٹھ پھٔچ کڈان تہٕ دِوان سِنس دٔرِتھ۔ یُتھ زن کالچین امۍ حیلہٕ پنٛہٕندِس سِنس شریک روزِ ہے!

کُنہِ کارس اندر رتھٕ کُنہِ شریک روزنس چھِ ونان...... ''گرتھسا مادھو بلوٕنۍ شوٗنٹھ ہن!''

زبأنی رِوایژن ہنٛدی تلمیح:۔ (بے ناو)

(۱) والہٕ گربن ہنٛز کوٕکر:۔ والہٕ گُری طأیفہٕ چھُ سرینگرس اندر اکھ مِسکین طبقہٕ اوسمُت ۔ اُکی والہٕ گُری گرن ہیٚژ اکہِ دوہہ اکھ کوٕکر۔ یِمن اُس نہٕ خبر زِ کوٕکر چھےٚ اُکِس دوہس اکُے ٹھوٗل تراوِتھ ہبکان۔ دوٗیمہِ دوہہ ییٚلہِ کوکرِ اکھ ٹھوٗل ترٛوو، یِمہِ لٔگی دوہہ کُنہِ ژون پھرن کوکرِ ٹھوٗل وُچھنہِ۔ یوٚ تام تس بچارِ ٹھلہٕ بانےٚ وٕستھ آو۔ از چھُ یِوان وننہٕ زِ فلأنی تنظیمن ہسا گرحکوٗمتس والہٕ گربن ہنٛز کوٕکر۔

(۲) ہٕری سہٕ گُری ہنٛز گگر:۔ ایرانی اثرٕ یم واز وانٛکی گردِش کأشر بوٚچھ، تمو علاوٕ چھِ درجنہٕ واد کھبنہٕ چبنہٕ چیز تہٕ یم اُتھی اثرٕ پٔریٚ ہنٛدِس وقتس اندر کٲشیرِ رأئج گیہ۔ یِموٕ ے منٛزٕ چھےٚ ہٕری سہٕ تہٕ اکھ نعمت۔ ہٕری سہٕ گُرِس چھُ قریباً پوٗرِ راتس ہٕری سہٕ دیگہٕ پاک دِیُن پیوان۔ دپان پتھ کالہِ گیہٕ اُکِس ہٕری سہٕ گُرِس بے خبری

وِزِ دیگہِ منٛز گگر۔ صبحس ییلہِ أمۍ ہٕنٛدِس وانس پیٹھ واریاہ گرٛاکھ ہٕرۍ سۭہ کھیٚنہِ پیٹھۍ، أمۍ ژُل گوڈنِیُک اکھ چوٚنچاہ تہٕ ترٛوُن پنہٕ نِس بانس انٛدر تہٕ تمہِ پتہٕ لوٚگ باقی گرٛاکن ہٕرۍ سۭہ بأگراونہِ۔ سأری ییلہِ کھیٚنہِ لگۍ تہٕ ہٕرۍ سۭہ گوٚر تہٕ لوٚگ ژوچہِ ہٕتۍ ہٕرۍ سۭہ کھیٚنہِ۔ مگر یُتھے پٕنٛز کنٛز ناٹہِ پھٕلِس دٕنٛد لوٚگُن اتہِ باسے لیس جتھ ہِش ......

''ناٹہِ پھوٚل'' رسٕے أسہٕ منٛزٕ کڈِتھ چھُ وُچھان زِیہِ اوس ناٹہِ پھلہِ بدلہٕ گگرِ دٕنٛد دِوان۔ مگر زوُنن زِ اگر شوٚٹھن مجلِسہِ منٛز امِیُک تذکرٕ کوٚر، مے ژلن سأری گرٛاکھ تہٕ دوٚ بارٕ پیہِ نہٕ یور کانٛہہ ہٕرۍ سۭہ کھیٚنہِ۔ أمۍ ژھنٛز گگر رسٕے ییٚہ منٛز تہٕ لوٚگ مٕزسان موٚگُر ہٕرۍ سۭہ کھیٚنہِ۔ یوٚ تام سأری گرٛاکھ دِژا ے۔

یِی چھُ از واریہن لوٚکن گرٛھان۔ تِمن چھےٚ شرمہِ کنِتھ رٹہِ موردار کھیوٚن پیوان مگر باوتھ چھکھ نہٕ بنان کرٕنۍ۔ تِکیازِ تمہِ باوٕ ژہٕتۍ ژلنکھ گرٛاکھ۔

▯(۳) گوٚری بایہِ ہُنٛد گن :۔ حال حال تام اوس کأشرٕ بن واریہن گوٚری باین کنواجہِ ہوٚرتیوٚت وزنی آسان زِ تِمن آسہٕ کنہٕ پھرٕ قریباً ژور[۴] آنٛچہِ زیٹھیامرٕ آسان۔ گُنہِ کنِتھ غأرضروری طوٗل دِنہٕ وِزِ چھِ اتھ مُشأہدس پیٹھ ونہٕ یِوان...... ''لوگ تھسا گوٚری بایہِ ہُنٛد کن!''

(۴) مٕلِک ژوٚنٛٹھی گرٛھنٕ :۔ یمہ'' مٕلِک'' چھِ کھُیہِ ہامہِ بسان أسۍ ہٕتۍ۔ دپان ییلہِ یم شِکار کرنہِ جنگل کھٕتۍ، یموتٕلۍ روٗزیانہٕ بدل ژوٚنٛٹھی سیر پوٚنشہِ پانس ہٕتۍ۔ بالس کھسان لُجِھ بو چھِ تہٕ بیٹھۍ أکِس کُلِس تل تہٕ زِلِھ سأری ژوٚنٛٹھی تہٕ کھیٚیکھ۔ ژوٚنٛٹھی دبل ترٛأوِکھ أکِتھ گُن ڈیرٕ گٕرِتھ تہٕ سفر کرنہٕ برٛونٛہہ کوٚرُکھ اتھ دبلہٕ ڈیرِس پیٹھ پیشاب۔

شکارژھانڈان لۆگ یمن پۆرِ دوہہ۔لوکٹو ڈِگرو ییلہِ شکار کرتھ یم تمی وتہِ واپس آے ییمہِ وتہِ بالس أسی کھٔتی متی ۔یمہِ وأتی تتھی جایہِ ییٹین یہند بن ژوٗشٹن ہنٛدی دبل أسی۔اتھن کوٗڈکھ تھکھ۔أکی بوچھِ ہتی ٹل اکھ ژوٗنٛٹھی دبلاہ تہٕ لوٗگ کھوان کھوان وننہِ...... ''یتھ دبلس اوس نہٕ سون پیشاب پہمت۔''وبیکی ٹل بیا کھ دبلاتہٕ وٗنُن...... ''یتہِ چھُ پاکھے تہٕ گوٗو کھوان''۔یوٗ تام یمو بوچھِ ہتو یم ساری ژوٗنٛٹھی دبل پیِ ونان وٗرکاوٕی۔

أتھی پٹھ بنٛیاو تلمیح۔ییلہِ مجبوٗری سببہِ انسان پنہٕ نی اتھ ناپاک کوٗرمت چیز پاک زأنتھ کھیٚیہِ،أمس چھِ ونان ''أمس ہساگیہِ مٔلک ژوٗنٛٹھی!''

(۵) کوٗنتہِ کٹھ (کوٗنتہِ وارِ چ چارپاے):۔ یہِ چھےٚ کشتوار دوٗرأٹھ میل اکھ علاقہٕ،یتھ ''کوٗنتہِ وأر'' ونان چھِ۔اتیٚکی لۆکھ چھِ أسی متی تتھی بیقل، یتھ مرازس اندر روٗتل ہأمہِ تہٕ کمرازس اندر صٔدرِ کوٗٹہٕ چھِ أسی متی۔یمو ترٛہنہٕ ژیو جاین ہنٛد بولۆکو چھُ پننہِ وقتہٕ پادشاہس اکھ روپے مالیہِ ہرٛش۔مگر یہِ رأوٕ کھاڈوتی۔ شاہی محلس اندر روأنتھ دِتھ یمن راشن تہٕ اکھ ژونگ۔مگر یم روٗدی فاقےٚ تِلکیاز یمو وٗن زِ کوٗٹھن دِتھ نہٕ دان زِ وراونہٕ خأطرٕ تنٛبٕگل!

کوٗنتہِ وارِ کین دِژ کھ مُقدمہٕ سنٛدِ خأطرٕ چارپاے۔أمی دوٗپ باقین رفیقن گن تہٕ تُہی تہِ تھاوِیوٗ یتھ چارپایہِ پٹھ اکھا کھ زنگ،یُتھ مےٚ متعلق یہِ وناوٕنی کرنہٕ ییہِ نہٕ زِ بےٚ یوت کیاہ شوٗنگُس چارپایہِ پٹھ تہٕ تُہی شوٗنگیوٗ پتھر۔موقدمہٕ سُنٛد یہِ مشورٕ مأنتھ دژ ایہِ یمن سارِنےٚ چار بن پنٛز رات۔

کشتوارس اندر چھِ ازتہِ آسأیشہِ بدل عذاب ٹُلنس پٹھ ونان...... ''گیہِ سا

کوٚنٛہٕ کٔڑ۔'' تہٕ گوٚو ژٕ تہٕ چھُکھ سہ کوٚنٛہٕ وارِ علاقہٕ کِبن روزن والِبن ہٕنٛدی پأٹھی چار پایہٕ پٔٹھ اکھ زنگ تھأوِتھ عزت لبنہٕ خأطرٕ پانس اِذادِوان؟

(٦) کھارٕ کور ہٕنٛز سُل :۔ وننہٕ چھُ یوان زِ یہٕ کھارٕ کوٗر چھےٚ شیخ نوٗرالدین ولیؒ سٕنٛز مشہوٗر مُرید ''شامہٕ بی بی'' آسمٕژ۔ دپان ییٚلہٕ حضرتِ شیخنؒ اَمِس پرٛژھ۔ ''مول کتہٕ چھےٚ تہٕ سہ کرِیہٕ گرٕ؟'' امہٕ دوٗپُس ''سہ چھُ جنگل گوٚمُت ۔اگر سُل گرٕن تہٕ گژھبس ژیر۔ تہٕ اگر ژیر لوٗگُن تہٕ گژھبس سُل !'' حضرت شیخنؒ پرٛژھُس۔ ''تہٕ کیاہ گوٚو؟'' شامہٕ بی بی دوٗپُس ۔سہ چھُ گوٚمُت ژٕنہٕ کرنہٕ۔اگر ژٕنہٕ زألِتھ تٕمی تٕم پوٗرٕ پأٹھی ژھیتہٕ کرٕ،تس لگہٕ جاے وقت،مگر تِتھے زنبس نہٕ وٚتی ژٕنہٕ تہٕ واتہٕ سیٚوٗ دٕے گرٕ۔اگر تٕمی ژٕنہٕ زألِتھ وُتاوٕلی گرٕ تہٕ اڈٕلیچ ژھیتہٕ گمٕژ ژٕنہٕ تٕجن ،تٕم زنبس اڈٕ وتی تہٕ لگبس تٕم دُبارٕ ژھیتہٕ کرنس جاے وقت !''

(ج) مُتفرقہٕ تہٕ حال حالُکی تلمیح :۔

(ا) سلام شٕہن سو چھ:۔ سرینگرس اندر رچھےٚ ہر ہمیشہٕ ہِنٛز سختی آسمٕژ ۔کینٛہہ غلہٕ دار آسی تٔتی چھِ عام شہرِ ین ہُنٛد خوٗن چوان تہٕ حکوٗمت چھےٚ روٗزمٕژ یاتہٕ تماشہٕ وُچھان نتہٕ غلہٕ دارن ستی اَٹ کران۔یوٚ تام سہ وق ووت ییٚلہٕ شالی سٹور محکمہٕ بنٛیاو۔

غلہٕ کسأ لی ہٕنٛدِ اکہٕ وقتہٕ اوس سلام شاہ نقشبندی اسسٹنٹ گورنر، تِہٕمس غلہٕ دارن تدارُک کرنٕچ کأم مٔتہٕ تھأوِکھ۔ سلام شٕہن کوٚر غلہٕ دارن تِہِنٛز نسکھ ،یُس تٕمن پیٚرِ پتہٕ پیٚر ژنٛبس روزِ۔اڈبن کأسِن دأر، أڈی کڈِن أٹ أٹ ،کینٛہہ لٔدِن جیل ،کینٛژن دیأوِن ژوٗ تِس پٔٹھ کمٕچ ۔موختصر یس اَکس غلہٕ دارس نٕشہٕ یُس

ذخیراوس، سُہ کڈِنوُون۔ یہمہِ ستی وتو پیٹھی غلہٕ مُہیا گوٚو۔ نرخ گوٚو تیٚوت بون یؠُت تہٕ لُکن گُمانے اوس۔ ذخیرِ والی گئے رُسواتہٕ عامس ژٔول دزاگ۔ تہٕ أتھی غلہِ ارزٲنی پیٹھ روٗد "سلام شُہن سوچھ" کٲشرِ زبٲنی اندر چلہٕ وُن۔

(۲) أمر دہٕنی گوٗلی:۔ أمر دہٕن اوس اسلام آبادس اندر اکھ وثاٲیِق نویس۔ یُس اسامِبن پٹن اپزٕ اثرٕ ورسوخ ہاوِتھ پانس کُن رٹان اوس۔ أمی ہٕندی ٹرچھِ تیتی جاے، یِمن اکھ لوٚکٹ موٚکٹ کتاب بنہِ۔ مگر یِمو منز چھُ اکھ ٹرِ جادٕ ے زیٚو کھوٚتمُت۔

أمر دہٕنن بیانہٕ چھُ زِ یؠلہِ اسلام آباد مارشل لاگوٚو، جلوٗسن پھُٹراونہٕ خاطرٕ کرِ سرکٲری فوجن أنتھِ روٗس گولہِ خرچ۔ أتھی گولہِ گٹہٕ کارس منز پھسیاوشوٗٹھ۔ مےٚ تُج اکہِ کوچہِ منزی ٹکھ۔ تہٕ تام لاے أکی سپہٕ ہن مےٚ کُن گوٗلی۔ بہٕ ژاس أکِس مکانس منز تہٕ گوٗلی تہِ لُج اوٚری اژنہِ۔ بہٕ کھوٚتُس گوڈٕ دوٗیمس تہٕ پتہٕ ترٕیمس پوٚہرس تہٕ گوٗلی تہٕ لُج مےٚ پتے ہیرِ ہیرِ کھسنہِ۔ ترٕیمس پوٚہرس وأنتھ تہِ یؠلہِ مےٚ وُچھ زِ گوٗلی چھےٚ کوٗٹھس پتے، مےٚ تُج دارِ کنی ووٚٹھ تہٕ ترٕ أوم بون۔ گولہِ تہِ کوٚر بون کُن آے۔ مگر ترٕیمہِ پوٚہرٕ بون وسان وسأنی ژاس بہٕ یپہٕ دوٗیمہِ پوٚہرچہِ دارِ کنی یپہٕ مکانس اندر۔ تہٕ گوٗلی یپہٕ ترٕیمہِ پوٚہرٕ پیٹھ سیٚودُے زمینس پیٹھ تہٕ کوٗٹھ بچاو!

امی گولہِ ہٕندی پأٹھی یؠلہِ کانٛہہ چیز انسانس پتہٕ لگِتھ چھِ "أمر دہٕنی گوٗلی تلمیح ژٕتس پاوان"

(۳) جُمہٕ نیا یکنی شأہی:۔ جُمہٕ نیا یکؔ اوس أکِس مرأزی گامس منز حال حالے تام زِنٛدٕ۔ یہِ اوس بڈٕ زِنٛدٕ دِل انسان۔ گُزارٕ کنی اوس سفید

پوش۔ اما پوٗز پننہٕ نقلی شان تھٲز تھاونہٕ خاطرٕ اَسی اَمی کینٛہہ تِتھی چیز ( مثلاً سماوار، دسترخوان بیترِ ) عامس آیتن تھاوی مِتی۔ زِیوٗت یوٗت یِم چیز نِنہٕ اَسی یِو ان، تِتہٕ تِتہٕ اَسی لُکھ جُمہ نِیایہِ کِنہِ فیاٗضی ہٕنٛدی تعریف کران۔ گرِ اوس جُمہٕ نِیا یِک ٹھبا بس پپٹھے چلان۔ ازیٖلہِ کانٛہہ پننہٕ سفید پوٗشی ژوٗرِتھاوِتھ ہٕبری ٹیپ ٹاپہٕ سِتی دُنیاداٗری ہاوِتس چھِ وَنان یہِ ساپھُ جُمہ نِیایہِ کِنہٕ شاہی کران"۔

(۴) نبہٕ میرُن انہر :۔ نبہٕ میر چھُ قیاساً کوٗستام ظاٗلم ذیلدار اوسمُت۔ تیٚمہ پننہِ وقتہٕ پٔنُن ذیل رشوتہٕ، لوٗٹہٕ، بٔبگارِتہٕ دغل دوٗزی سِتی وُ جارٕ کوٗرمُت اوس۔ "انہر" چھُ یتھ محاورس اندر برابر تی معنی تھاوان، یہِ اُردو پاٹھی" اندھیر نگری" مُرکب تھاوان چھُ۔ چنانچہ حکوٗمتُک کار بار چلاونس اندر ییٚلہِ ہُش مُش ورتاونہٕ ییٚہ تہٕ یہاٗے سیاسی یا انتظاٗمی ناہِپناٗیی وُچھِتھ چھُ نبہٕ میرُن انہر یاد پیوان۔ (ذیلداٗری عہدٕ چھُ لارن صحبنہٕ وقتہٕ پیٹھٕ بنیامُت۔ لہٰذا تھوو اسہِ یہِ تلمیح حال حالہٕ کِبن تلمیحن اندر)

(۵) نِظہٕ پیرٕنی پالسی :۔ "نِظہٕ پیر" چھُ ازتہٕ زِنٛدٕ۔ کشمیر ریڈیوٗس پیٹھ چھُ اَمی سِنٛزِ "پالسی" ہٕنٛدی درجن وادنموٗنہٕ نشر کرنہٕ آمتی۔ یہِ "پالسی" چھنہٕ کُنٛھس ہٕنٛس چاٗرِس فِکرِ تران، برابر یتھہٕ کِنہٕ کانٛہہ پرٛوٗن خوجا یا اَزِیُک لیڈر اپننہٕ بے وقوفی "پالسی" ناوتھاوِتھ نکتہٕ چینی نِشہٕ بچنُک حیلہٕ چھُ پاٗدٕ کران۔ تِتھے کِنہٕ چھُ نِظہٕ پیر سماٗجی مسلن پیٹھ پٔنُن مخصوص انداز بیان ورتاوِتھ کُنٛھس فِکرِ تاران زِ ژٕ کیاہ زانکھ احمقہٕ نِظہٕ پیرٕنی پالسی کیاہ چھےٚ؟ یہِ بوزاٗنی چھُ کُنٛھ تِتھے کِنہٕ اَچھ ٹوٗتھ نِظہٕ صابٕنہٕ "عقل تہٕ عظمت مانان" یتھہٕ کِنہٕ واریاہ کاٗشری کاٗنسہِ سیاسی لیڈرٕ سِنٛزِ نابکاٗری سرٕ کرِتھ تہٕ چھِ لیڈر صابٕنہٕ لیڈری ڈٔنجہِ تھاونہٕ خاطرٕ تتھ "نابکاٗری" پالسی ناو کران تہٕ لیڈر

صأبس لورِ دستار گنڈ ان !۔

## حاجتکو تلمیح

### (۱) احسن صأبنۍ ناو:۔

احسن صأب اوس اکھ سبٹھاہ سیۅ دساد حاجتک بسن وول۔ سبٹھاہ مسکین تہٕ سُہلابہٕ لدبُڑ۔ یہِ اوس کُنہِ وقتہٕ پأنۍ پانس ستۍ کتھ کران۔ لۆکھ أسۍ ژۆ رِژۆ رِأمۍ سنزِ امی خود کلأمی منز ٹُھا ٹُھا ژبتس تھاوان۔ اکہِ دۄہ اوس احسن صأب پأنۍ پانس ونان ''ناو گرِ ہا'' اما پۆز نہٕ چھِ کلی تہٕ نہٕ چھےٚ پچہٕ!'' کمی تام بوزن وألۍ پرٛژھُس احسن صأبا ناوِ کُس ترٛیم چیز چھُ لگان، یُس ژےٚ تیار کۆرمُت چھی!'' احسن صأب گۆوزن نیندرِ بیدار۔ مگر جواب تۆ کُس نہٕ کینہہ۔ از ییلہِ کأنسہِ خاندرس یا کُنہِ بیٚیس کامہِ ہتہِ چیز منز کانہہ چیز تہِ موجوٗد آسہِ نہٕ، تس چھِ ونان...... ''أمِس ہساچھِ اتھ کارس گمژ احسن صأبنہِ ناوِ ہنز ونن!'' یعنے سِوا ے تصور چھُنہٕ أمِس کانہہ مأدی ذریعہ!۔

### (۲) سونہٕ شالُن پروپگینڈا:۔

۱۹۴۷ ءپتہٕ کرےیہِ واریہو لیڈر صأبو کۆشش زِ حاجتچہِ حلقہٕ کمیٹی منز گژھی کینہہ اِنسان ہوی ممبر ہنٛنۍ۔ اما پۆز تمن رۆ دیہِ ارمانے نتیجہ دژ اویہِ زِ یتہٕ کُنہِ کانہہ وۆلا، چورا، اۆ پا، ٹھگا یا نابکاراسانہِ گامہ اوس، سُہ آو ممبر بناونہٕ۔ یمن منز سونہٕ شالہِ تہِ اکھ ممبر اوس۔ ممبر صأبو أسۍ لیڈر صأبن ہندِ مُشکد اردہانہٕ أندرٕ واریاہ انگریزی لفظ مثلاً ففتھ کالمی، اینٹی ایجنٹ، پروپگیڈا بیترِ بۆزی ستۍ۔ یمن ہُند معنے کأنسہِ

ممبرس معلوٗم اوس نہٕ۔ نہٕ اوس کانٛہہ ممبر اگامہٕ کُس کانٛسہٕ پٕرٛی وٕنس نِشہٕ یٔمِن ہُنٛد معنے پٕرٛژھان۔ تِکیازِ تمہِ ٲسۍ یِیہِ ہے یِہ ممبرنٛچہِ ماجہِ ہُنٛد بوزنہٕ۔ أتھۍ شرمہٕ کٔتھِس اندر کوٚر حلقہٕ کمیٹی فأصلہٕ زِ فلأنۍ گٔلی اشسٹنٹ گرٛژھہِ فوراً نوکری نِشہٕ برطرف کرنہٕ یُن۔ تِکیازِ سُہ چھُ پرٛوپگیڈا کران۔ تہٕ آوکٔلی محکمُک ڈایریکٹر حاجٔن اتھ مُقدِمس تحقیقات کرنہِ۔ حلقہٕ صدر ژوٗل پانہٕ شہرتہٕ تُسنٛد سیأسی بب روٗدگپن ژھانڈنہِ تہٕ بیاٚ ٹُک سوٗرے بور پیوٚ بجاأرِس سونہٕ شالس پیٹھ۔ لیس یِہ اوس نہٕ پتہٕ ہے زِ پرٛوپگیڈا کیاہ گوٚو!

ڈاریکٹر:۔ ون ساشالہ صأبا، ملبری اشٹنڈس کیازِ چھُوٗتھ خلاف؟

سونہٕ شالہٕ:۔ جناب یِہ چھُ کران پرٛوپگیڈا۔

ڈاریکٹر:۔ خوٚب! کیاہ پرٛوپگیڈا چھُ کران؟

سونہٕ شالہ: جناب پرٛوپگیڈا چھُ کران۔ پرٛوپگیڈا اتمہِ کھوتہٕ کیاہ جُرم؟

ڈاریکٹرِ:۔ نساکس خلاف؟ کیاہ پرٛوپگیڈا؟ أخر پرٛوپگیڈا اہس چھا کینٛہہ معنے تہِ کِنہٕ نہٕ۔

سونہٕ شالہِ:۔ جناب نہٕ چھےٚ مےٚ نہٕ سأنس حلقہٕ صدرس خبر معنی کیاہ گوٚو تہٕ وانے کیاہ گوٚو۔ اسہِ کوٚر ریزیوٚلیوٗشن زِ چون أشٹنڈ چھُ پرٛوپگیڈا کران تہٕ بس...... اتھ کیاہ چھُ پٕرٛژھن تہِ کیاہ گوٚو تہٕ ہُہ کیاہ گوٚو۔ پرٛوپگیڈا گوٚو پرٛوپگیڈا۔ یِیلہِ نہٕ ژےٚ ہِوس حاأکمس أمیُک معنی پتاہ چھُ، مےٚ ان پرس کیاہ آسہِ خبر؟

ڈایریکٹرن ترٛ وواسُن تہٕ کوٚرُن کیس دأخلِ دفتر۔

یٔمہِ وِزِ کانٛہہ شخص کانٛہہ کتھ زانہٕ وزأ ے پرٛ پرٛ کرِ، تس چھِ أسۍ ونان "اٗمس ہسا

چھُ گوٗمُت سوٚنہٕ شائن پروپگیڑا‘‘

## (۳) گنہٕ یٖن پوڈر

پتھ کالہِ اوس حأجنہٕ گنےٚ نأوِی اکھ اوٚ پا، یِس ہمسایہٕ تٔژ نأوِی اکھ کھوٚرا اوس بسان۔ دوٚنوٚے اُسی پانٔژن پانٔژن دہن دہن روپیَن ہُنٛد وانیٚوت کران تہٕ دوٚنوٚنی اوس آرزوٗ لوٗکھ وٕنن ناسہِ دانا۔ اکہِ دوہہ وٚوٗن گنہٕ یٖن تٔژس ژٕے ماخبر بڈِبن مُہنٛوبن کیا زِ چھُ تالہِ مس گلان؟‘‘ تٔژن دوٚپُس شاید آسکھ جاد سوٗنچنہٕ سببہٕ کلس مس گلان‘‘۔ گنہٕ یٖن یُتھے یہِ اِشارہٕ بوٗز، تمہِ دوٚپ تٔژس ’’اِدساگرمےٚ تہٕ مس گلہِ، مےٚ تہٕ مانٛن لگھ تیٚلہِ یہِ چھُ حأکمن ہیوٗ گاٹٕل‘‘۔ تٔژن دوٚپُس ’’کیا زِ نہٕ؟‘‘ یہِ بوٗزِتھ تٔژ ووٚگنہٕ یٖن زِیوٗٹھ ووٚش تہٕ ووٚنُن تٔژ کھٔرِس ’’مگر سہٕ مس کتھہٕ کنہٕ گلہِ مےٚ؟‘‘ تٔژن اوس حال حالےٚ ’’بال صفا پوڈر‘‘ وانس کٔنُن اوٚنمُت۔ گنہٕ یٖن ووٚش بوزأنی گوٚو سہٕ وانس پیٚٹھ تہٕ اوٚنُن یہِ پوڈر تہٕ دِتُن گنہٕ یِس۔ تیمہِ یہِ پوڈر وُچھِتھ زنتہٕ خزانہٕ لوٚب تہٕ لوٚگ سہٕ بار بار کلس یہِ پوڈر متھنہِ۔ تہٕ چھأکرس تنیاو لس واریاہ مس۔ لُکھ لگی اُمی سِنٛدِ کلُک یہِ حالہِ بدوٗ وُچھِتھ اسنہٕ زِ یہِ بیقل کتھہٕ کنی بنہِ مس گالنہٕ ستی گاٹٕل۔ مگر زمانٛن ہووو سوپرُک اکھ وأنی لیڈر تہٕ بیٚلہِ ڈگری وژأے ہنگہٕ منگہٕ گاٹٕل بنیاو تمِس تہٕ گنہٕ یِس آونکھ برابر تہٕ توٚے بنووُ تمی لیڈر صأبن پنٛن جانشین۔ گنےٚ یُس تٔژ کھٔرِس پیٚٹھ بڈِس وزیرس تام ووٚڈ نوٚنےٚ روٗ زِتھ ہاوان روٗد زِکوٚٹھس چھےٚ سیأسی مسلن سٕنٛزی یا سوٗنچنہٕ سببہٕ مس نیرتھ ژوٚلمُت نہٕ زِ بال صفا پوڈرِ ستی۔ سانہِ علاقہٕ کِہن واریہن بتہٕ سازندرن آوُسہٕ واریہس کالس پٔزی پأٹھی سبٕتھاہ

بۆ ڈسیاست دان لبنہٕ۔

یہِ تلمیح چھُ تس أ پس پٹھ ورتاونہٕ یِوان یُس گنہٕ تِہنز پاٹھِر ''گاٹہٕ جار لبہِ!''

(۴) نبہٕ خوجُن ختن ہأج مہراز:۔

یہِ اوس اکھ ویۆٹھ نادانا، یلِس صرف لۆکن ہِنٛدِس چنٛدس کُن نظر أس۔ پانہٕ زانہِ ہے نہٕ کأنسہِ ہیوٚن دِیُن، اما پۆز لۆکن اوس ونان زِ یہِ چھُس بیٚمہِ پایُک لیڈر زِ مےٚ ستی زان تھاوِنی چھوٗبڈ دولت۔ أتھی عہدس اندر رٛبہنو وأمی پٔنُن نیچُو تہٕ قہوٕپیالا پیالا چاوٕناوِتھ کوٚرُن لۆکن نِشہِ جان رقم وصول۔ یہِ رقم موکلاوِتھ بیٚلہِ دۆیِم وٕری تہٕ آو، خوجن گری بیٚیہِ قہوٕ سماوار پوٚنشہِ تہٕ بُلاوِنی دُبارٕ لۆکھ ''دعوٕژ'' پٹھ۔ لۆکھ لگی کنہٕ پھسراے کرنہِ زِ خوجس ہے اکُے نیچُو چھُ تہٕ تس آیہِ پرُس ختن حال کرنہٕ۔ از کس چھُ تس ختنہٕ۔ یہأے کتھ کران کران بیٚلہِ لۆکھ خوجہ سُنٛد گرٕ ژاے اتہِ چھِ وُچھان سُے پرُسک کوٚٹ بیٚیہِ ختن ہأج مہراز بناوِتھ۔ لۆکو پرٛژھس اہنہٕ یارٕ أمِس ہے اسہِ پرُس ہیوٚن دِیُن کوٚرتہٕ از کتھ پٹھ پورتھن ژےٚ یہِ دُبارٕ؟'' نبہٕ خوجن دۆپکھ ...... ہتا یارٕ نفسِنی ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹھ۔ یہِ چھُس ہتہٕ کنی تہٕ عوامس پیٹھے تہٕ ہُتھ کنہِ تہِ۔ وونی تھأوی تومیانہِ بدلہِ میأنس ہتھ قہوس عزت تہٕ رِففتھ کالمی لۆکن مۆتہٕ وٕنی توزِ کوٚٹھن چھُ بیٚیہِ نیچُو بیٚہہ نو ومت۔''

ازیٚلہِ کانْہہ أکِس ہےٚ تقریبس دۆیہِ پھِرِ ہیوٚن دِیُن ہیٚیہِ ...... تس چھُ یِوٚ ہے تلمیح لاگنہٕ یِوان۔

(۵) جبار بانٕی ہینٛد وٚنٛد رأچھ:۔

جبار بابہٕ ناوی اوس سانہِ گامہٕ اکھ جان بُڈا۔ أمی أسی ہینٛدٕ وٚنٛد پوکھرُوی

ہِتی۔ تہٕ یامتھ ہیٚنٛدٕ وٲنٛد ذرابڈٕ گیہِ یہِ رۄٚ دیمن پانہٕ رٲچھ۔ یُسےٚ وتہٕ گتھاپٲرکی اوس پکان تس اوس جبار بابہٕ ہیٚنٛدٕ وٲنٛد ژۄٚ رزاَنتھ بوٲری کران۔ ہیٚنٛدٕ وٲنٛد پالیزٕ منٛز باگ أکس چارپایہٕ پٮ۪ٹھ ییٚلہِ یہِ دوہ وادن وتہٕ پکہٕ ونٛن ہانٛژھ لوٗگ لاگنہِ تہٕ پنٕنٛز بہادُری تہٕ شب بیداری تھکہٕ ناونہِ۔ کینٛژٕ وجوانوکوٗ رمشورٕ زِ جبار بابُن چوٗنٹ کِتھ کِنی پیہِ بنٛد کرنہٕ۔ چنانچہِ امی رٲژ گیہِ ہیٚنٛدٕ وٲنٛد پالیزس انٛدر ژور جوان تہٕ لوتہٕ لوتہٕ ٹُلکھ جبار بابہٕ چارپاے ہٮ۪تھ تہٕ واتہٕ نوٗ کھ مسجدِ کنوارِ نکھ بٲنٛگی سنٛزِ جایہِ۔ پانہٕ دزاے واپس تہٕ ییٚتیاہ ہیٚنٛدٕ وٲنٛد خوش گٲکھ تیٚتیاہ کھیٚیکھ۔

صُبحس ییٚلہِ بٲنٛگی بانٛگ ہیرٕ دِنہٕ، اَمس آیہِ نہٕ انہِ گٹہِ منٛزی پانس نکھ چار پاے لبنہٕ۔ جبار بابہٕ گوٚو چارپایہٕ پٮ۪ٹھ نبسنگاہ پٲٹھی تھوٚو دوٗتھتھ تہٕ لوٗگ بٲنٛگس ونہٕ ……"ہے ولاکسوٚ چھُکھ ہیٚنٛدٕ وٲنٛدن منٛز بانٛگ پران"۔ بٲنٛگس گوٚو وپزاہیوٗ تہٕ ژٕٹن بانٛگ تہٕ گوس نکھ تہٕ دوٗ پٮ۪س۔ "ژٕ ما چھُکھ پاگل ژٕ کتہِ یور ژٕ چھُہکھ موردٕ سنٛدِ پٲٹھی مشیدِ نشہِ واتہٕ نو ومُت۔" ییٚلہِ جبار بابس ہوش آو، سُہ لوٗگ اتھہِ موٚرنہٕ۔ تِکیاز اَوت تام اوس ہیٚنٛدٕ وٲنٛد ژۄٚ روتس بستہِ نوٗن دِتمُت۔ تہٕ تمہِ دوہہ پٮ۪ٹھہ اوس نہٕ سُہ پننہٕ بہادُری ہنٛدی زانہہ تہٕ دم دِوان۔

ازلیس أکس گنہِ چیزس رٲچھ کران کرأنی پننٛز دُشمن وُڑاون، تس چھِ ونان اَمس ہسا گیہِ جبار بابنٛی ہیٚنٛدٕ وٲنٛد رٲچھ!"

□

## کأشرِ تأرِیخکی تلمیح

□

□یہِ چھُ اکھ تیٚتھ موضوع، ییٚتھ سنان سنان اکھ لوکٹ موٚکٹ کتاب

بنہٕ ۔ کتھ ژھوٚٹراونہٕ خاطرِ نموٗ اَسی پرٛتھ تأریخی عہدٕ منٛز زِ یاتزٛ ے مِثالہٕ یِمہٕ یِمہٕ مقالہٕ خاطرِ کأفی ییٚن مانٛنہٕ :۔

## ہندو عہدٕ کیٚن زٕ ۲ تلمیح

(۱) یوٗ ہے نلسان ہیوٗ :۔

راجہ نَل سیین اوس ۱۴۵۰ اکألی سنس منٛز (۱۶۲۷ قبل مسیح) کشیٖرِ ہِنٛدِس تختس پٮ۪ٹھ بیوٚٹھمُت ۔ یہ روٗ دکشیٖرِ پأنٛژہن ؤری ین حکومت کران تہٕ أمی کوٚر رسہٕ ظُلم زِ اکہِ رِوایژٕ موجوٗب چھُ أمی سِنٛدِ ظُلمہِ قریباً اکھ لچھ لُکہٕ موٗمتی ۔ دپان أمی سِنٛدِس محل خانس لوٗگ نار تہٕ تتھی اند ردوٗ دیتہٕ ۔ خوٗن ریزی تہٕ ظُلمس کُن لیس شخصس نلسانہٕ سُنٛد ہیوٗ "شوق" آسہِ تس چھِ ونان "یہ چھُ یہوے نلسان ہیوٗ" ۔

(۲) دانادت فصل :۔

راجہِ دینادت بیوٚٹھ ۱۳۱ ۵ بکرمی منٛز کشیٖرِ ہِنٛدِس تختس پٮ۪ٹھ (تاریخ حسن) یہ چھُ سٮ۪ٹھاہ نیک راجہِ اوسمُت تہٕ أمی سِنٛدِ وقتہٕ چھِ عام رعیّت سٮ۪ٹھاہ بجا آسمٕتی ۔ فصل تہٕ بأقی پأداوار چھُ تیوٗت جاےٕ بنیامُت زِ از تام چھِ کأشرِ "دانادت فصل" تلمیح کہِ ذٔریعہٕ أمِس راجہِ سُنٛد ناو یاد تھأوِتھ ۔ دانادت فصل گوٚو تِتھ فصلاہ، یِمہِ جاےٕ ڈورِ نِشہٕ وومیدٕ ے آسہِ نہٕ ۔

(۱) کأشرِ بن مُسلمان حُکمرانن ہِنٛدِ وقتکی تلمیح

(۱) تأزی بٹ کان گرٛ ھن :۔

تأزی بھٹ اوس بڈشاہ صأبنہِ وقتہٕ اکھ سٮ۪ٹھاہ غریب اِنسان اوس۔ تیٚمی نہٕ اوس تیوٗت پوٚر مُت زِ عہدٕ لبہِ ہے، نہٕ اوس تیوٗت رسوٗخہٕ وول زِ کانُہہ پرٛژھِ ہس۔

دیان أمۍ أس لوکچارس منز ِگنداں ِگندأنی تیٖر چلاوُن ہیٚو چھمُت۔ بڈشاہ صائبس اوس اکہِ دوہہ فوجی کمانڈرن ہنٛزِ ''تیٖر اندأزی'' امتحان کرُن۔ سارِوے فوجی کمانڈرو ییٚلہِ نِشانس پیٛٹھ تیٖر لأیتھ ہیٚو کنہٕ تہٕ تماشہٕ وُچھن والیو أندرٕ درٛاو تأزی بھٹ ژھینہٕ مژن زچن منز نِشانہٕ پادنہٕ۔ مأہر کمانڈرن زٕٹ کرنہٕ خاطرٕ دِیُت بڈشاہ صأبن أمِس تیٖر چلاونُک اجازت۔ خدایہِ سُند کرُن زِ تأزیِ بٹن ییٚتھے کمانہِ منز تیٖر ترٛ وو، یہِ پیٚو سیٚودُے نِشانس پیٛٹھ پادشاہ گوٚ وخوش تہٕ کمانڈر خجل۔ امی وقتہٕ آو تأزی بٹس بوٚڈ ہیٚو فوجی عہد دِنہٕ۔ تہٕ پتہٕ بنیاو یہِ سارِوے کھوتہٕ جاذٕ اقتدارٕ وول۔ ازتہِ ییس ہنگہٕ منگہٕ کُنہِ کامہِ سٕزٕ رچھ گژھان، تس چھِ ونان أمِس گوٚو'' تأزی بٹی کان''

(۲) مےٚ تہٕ حأج بأنڈ ییٚن گرناو:۔

ییٚلہِ مرزاحیدرن کٲشیرِ ۱۵۴۵ء ہس منز عارضی قبضہٕ کوٚر أمی وول ابراہیم شاہ تختہٕ پیٛٹھ تہٕ تھوُن نازُک شاہ ناوی اکھ کوشُر بادشاہ تختس پیٛٹھ ہیٚو ہے میٛزٕ موٗتھُن ہیٚو۔ حکومتُک سورُے کارٕ وہار اوس مرزا حیدر کران تہٕ کٲشیرِ أسِن ترٛے حصہٕ گرِی مِتی۔ اکھ پانس رٕژھ، بیا کھ ابدال ماگرے ییس رٕژھ تہٕ بیا کھ ریگی ژکس رٕژھ۔ نازُک شاہ اوس کأشرین ''خودموختأری'' ہادنہٕ خاطرٕ تختس پیٛٹھ زولہٕ کران۔ عام لوٗکن موغلن ہُند رُعب داب ہیٚہ ناونہٕ خاطرٕ أسی مرزاحیدرن ییٚہ کینٛہہ رسوٗخہٕ وألی کأشرِی تہِ پانس ستی رلأوی مِتی۔ یِمن منز اوس خواجہ حأج بانڈے تہِ اکھ شخصاہ۔ ڈل سألس نیرنہٕ وِزِ أسی مغل افسر ہأنزن بگارِ نوان تہٕ غالباً اوس موغلو حأج بانڈ ییس ہأنزٕ بگارِ ہُند انتظام ذِمہٕ تھوومُت۔ تہٕ توے ییٚلہِ کانٛہہ ہأنزٕ بگارِ پتہٕ

واپس اوس یِوان سُہ اوس بٔبگارِ ہٕنٛز مَنٛزٕ چھ چھلنہٕ خاطرٕ ونان۔ ''مے تہٕ حائَج
بانٛڈ ین کٔرناو'' یعنے زِ کوٗٹھ اوس نہٕ بٔبگارِ بلکہٕ کوٗٹھ اوس موغلن ہٕنٛدِس بتہٕ سازندرس
ستیٚ ڈل سائلس گوٚمُت!۔

(۳) ہاوتم سا کچھم خائنی:۔

مرزا حیدرنٛ ییٚلہِ کٔشیرِ پیٹھ سبٹھاہ سخ ظُلم کوٚر تہٕ کأشرِ سپدٕ سبٹھاہ بے ہمت۔ کأشرِ بن ہُنٛد پادشاہ نازُک شاہ اوس زنتہٕ اکھ لورِ دستارا۔ امہِ وقتہٕ آو کھکھ قبیلُک سردار کچھم خان رازویرِ طرفہٕ مغل فوجس پیٹھ حملہٕ کٔرِتھ۔ سُہ وُچھتھ گیہِ کأشرِ تھوٚد ووٚتھتھ تہٕ کٔرِکھ موغلن خلاف بغاوت تہٕ درجنہٕ وادلڑایو پتہٕ آو مرزا حیدر سُنٛد پھُٹہٕ پھرٕ اٹہٕ فوج واتھورِ چہٕ لڑایہِ منٛز مرزا حیدر ہتھ ختم کرنہٕ۔ اگرچہ امہِ وقتہٕ موغل گالنس انٛدر رچھُ کأشرِ بو کچھم خانہٕ سٕنٛدِ کھوتہٕ سبٹھاہ کمال ہوومُت۔ اما پوٚز کچھم خانہٕ سٕنٛدِ حملہٕ ستیٚ اوس عام کأشرِ بن موغلن پیٹھ حملہٕ کرنُک حوصلہٕ بڑیامُت۔
یتھ تأریخی واقعہس ژٕنبس تھاونہٕ خاطرٕ اُسیٚ ازتہٕ چھِ تمہِ وِزِ ''ہاوتم سا کچھم خائنی'' ونان ییٚلہِ کأنٛسہٕ آسہِ فِکر تارُن زِ چانہِ چونٛچہِ گلہٕ ونہٕ ستیٚ نساووت کاراندس بلکہٕ پیٚو ویٚبین لؤکن تہٕ اتھ کامہِ اندس واتناونس پیٹھ زور لڑاوُن۔

مغل عہدِکٕ زٕ ۲ تلمیح

(۱) کچھلی خان بٔنن:۔

قلیچ خان اوس کٔشیرِ منٛز ۱۵۸۷ؔ پیٹھہٕ ۱۵۹۰ؔ تام موغلن ہُنٛد ترٛیم گورنر (صوبے دار) اُمیٚ سٕنٛدِس وقتس تام اُسیٚ کأشرِ حُریت پسند موغلن ہٕنٛدِس تسلطس خلاف شبن ۶ وٕرِی ین گرا مُنظّم تہٕ گراگُریلا جنٛگ لڑان روٗدیمٕتیٚ۔ مگر قلیچ خان سپُد

کأشرِ بن لیڈرن اندر پھاس تہٕ اونس منز کامیاب تہٕ اَمی لڑآوی کأشرِ بن ستی کأشری تہٕ اتھ خوٗن ریزی کوٗرُن ''امن بحال کرُن ناو'' یم یم کأشری لیڈر توتہٕ موغلن خلاف روٗدی ، تم آے اکہِ اکہِ بےٚ دردی سان فنا کرنہٕ ۔ مظلوٗم کأشرو تٔج صوبے دارس ریٚشہ تہٕ کوٚرہس ''کیچلی خان'' ناو۔ اَمس پتہٕ یُس کانٛہہ غدار لیڈر راہ کأشرِ بن ماران مارأنی یہِ ونہِ زِ سہٕ چھُ امن بحال کران تس چھِ ونان یہِ ہسا بنیاو کیچلی خان۔

(۲) آغر خانٕن ہوٚس:۔

محمد شاہنہِ وقتہٕ ییٚلہِ موغل سلطنت سوٗر اوس لوٚگمت ، اَمی ہِندِ وقتہٕ آے کشیرِ باہ ۱۲ گورنر وارِ پتہٕ وارِ مقرر کرنہٕ ۔ اَتھی وقتس اندر آو کشیرِ اکھ نایب صوبیدار آغر خان ۔ یہِ اوس اکھ تھپل ، اَکِس وُری یس اندر یپأری یپأری اَمس اتھ پئیل ، تپأری تپأری روٗدیہِ ٹیکس وصول کران ۔ اَتھی تھپہٕ تھارِ اندر دپان ییٚلہِ اَمی اَکِس کأشرِس دوٗپ زِ ژےٚ کونہٕ چھےٚ ہٕسی ٹیکس ادا گرمژ ، تٔمی دوٗپُس جناب کشیرِ منز چھُنہٕ اکھ ہوٚس تہٕ تہٕ بہٕ کتھ دِمہٕ ٹیکس ۔ آغر خانن دوٗپُس ۔ گوٚوٕ چھکھ یوٗت گستاخ زِ سأنس تخمینس تہِ چھکھ ءٹھ کڈان ۔ لہٰذا چھی ژےٚ اتھ گستأخی ہِندِ جُرمانہٕ خأطرٕ برابر سےٚ ٹیکس ادا کرُن یُس اسہِ لوگمُت چھی ۔ تہٕ اَتھی واقعس پیٹھ بنیاو یہِ تلمیح ۔ ازیس اَکِس تتھ چیزس ٹیکس ادا کرُن پییہِ یُس نہٕ تمِس آسی ، سہٕ چھُ ونان ''مےٚ ہسا گوٚو آغر خانٕن ہوٚس''۔

## پٹھان عہدٕکی زٕ ۲ تلمیح

(۱) مرزا رضہٕ ہُنٛ گاڈٕ آرٕ:۔

مرزا رضا نأوی چھُ اوسمُت پٹھان عہدس اندر اکھ شہر باشاہ۔ یس کنھ تام جُرمس پیٹھ یہ سزا دِنہٕ آوزِ یہِ گژھِ سأری سےٚ شہرس گاڑ آرٕ نألی ژھنتھ اُڈی اُڈی کڈنہٕ یُن۔ چنانچہ یی آو کرنہٕ۔ شامس بأگی ییلہِ یہِ اُتھی حالس اندر پانس بڑ وٚنہہ بڑ وٚنہہ ڈنڈ ؤرٕ واین والبوٚ گرٕ واتہٕ نوو، اُمی کوٚڈ گردِنہِ منزٕ گاڑ آرٕ تہٕ ژاوِیہِ ہتھ گرٕ۔ سرکأری اہل کار ووٚدوٚ پُس "یہِ گاڑ آرٕ چھُ سرکأری مال تہٕ یہِ کر واپس۔" مگر اُمی دِتُکھ ٹاکارٕ جواب تہٕ دوٚپنکھ کیاہ پیٚرٕ رُسوأیی ہتھ تہِ اگر شوٚٹھس گاڑ سِیُن بنہٕ نہٕ تیٚلہِ اَے گوٚوِیہِ سراسر "تاون" تہٕ ژاوگرٕ۔ تہٕ ازچھِ اُتھی معنیس منز "بےٚ شرمہٕ سنزٕ مُج" تہِ ورتاونہٕ یِوان۔ مطلب چھُ رُسوأیی ہُند معاوضہٕ وُٹن!

(۲) عظیم خانٕنی چٹھ:۔

عظیم خان اوس ۱۸۱۹ء تام شُہن ۶ ؤری ین کشیرِ ہُند پٹھان گورنر۔ اُمی ییٚمےٚ "دھر" حکومتکی مألک تھأوی تمے گیٚہِ اُمس خلاف۔ پیر بل دھر ژوٚل پنُن نیچوٚ راجہِ کاک ہتھ کشیرِ سِکہٕ راج انِنہِ۔ اُمی سُند عیال (زنانہٕ تہٕ نوش) آیہِ قُدٕ جوٚ گوجوأری ہِنٛدِ گرٕ ژوٚرِتھاوناونہٕ۔ عظیم خانس ییٚلہِ پتاہ لوٚگ زِ ذوالفقار ملک تہٕ کامران ملکہ ہِنٛدِ مدٕ ستی چھُ پیر بل دھر دِوسرٕ کنی ییٚتہٕ ژوٚلمُت۔ تمی اوٚن داسہٕ کاک ہرکارتہٕ دوٚپنس۔ "یوٚ تام نہٕ پیر بل دھر سُند عیال ہاوکھ، توٚت تام چھی پرٕتھ دوہ اکھ ساس روپیہِ جرمانہٕ ادا کرُن۔" تہٕ اُتھی جرمانس تھوولُکو چٹھ ناو۔ نَوٚ دوہ گژھِتھ ییٚلہِ پیر بل دھر ہِنٛدی زامتٕری (تِلک چند مُنشی ین) پیر بل دھرُن عیال قُدٕ جوٚنہِ گرِ کڈنوو۔ تہٕ دھر صابنہِ آشنہِ کھوٚشیر گڈ کھسان کھسأنی ناوِ منز زہر تہٕ موٚیہِ۔ اُمی ہِنٛز نوش آیہِ کابُل سوزنہٕ۔ کیٚمےٚ کالا گژھِتھ ییٚلہِ عظیم خان کابُل گوٚو تمی سوٚز

پانس بڑ وٚنہہ اکھ رٮ۪تھ سہز رام دھر نقدِ جنسہٕ اکھ کرور روپیہ ہٮ۪تھ کابُل یُس اُمی کٔشیرِ رٕوٗ زِتھ جُرمانو تہٕ ٹیکسو ستی وصول اوس کۆرمُت ۔ تہٕ اَتھی تھپہ تھارِ پٮ۪ٹھ چھُ یہ تلمیح بنٛیامُت ۔ (سِکو ییلہِ ییٚتہٕ قبضہٕ کۆر، یہنٛدی گورنر دیوان موتی رامن واتہٕ نووہِر بل دھر جیل ییٚتہٕ بیمار گژھتھ سہ بڑیاو)

## سِکہٕ عہدکی ۲ زٕ تلمیح

▯

(۱) کھوکھہٕ ہاآ ۔ ے :۔

سِکہٕ راجس ییلہِ کٔشیرِ اندر رٮ۪تم دوہہ آے ۔ نظامِ حکومت سپُد درہم برہم ۔ گھکھ تہٕ بھنمبوقبیلو ہیوٚت کٔشیرِ دوہلہِ لوٗٹھ کرُن ۔ یہ سِلسِلہٕ رٕوٗ دگلاب سنگھنس وقس تہٕ کیٚنژس کالس چلہٕ وُن ۔ مال وجادادراوٕ ٹنک اوس سہلے ۔ گھوٗکھ اُسی کاشُر بن شُر بن تام وتوپٮ۪ٹھ اغوا کران ۔ تہٕ اَتھی شری لوٗٹس پٮ۪ٹھ تھووکاشُر بو مالبو ماجو پنٕنہٕ نبن شُر بن گرِ نبر نیرنس پٮ۪ٹھ بیم تھاونہٕ خاطرِ یہ تلمیح جأری ۔ یتھ بوٗزِتھ شُری اُسی گرے روزان ۔

(۲) لوگ تھمہٕ سا شِترا سا :۔

سِکہٕ عہدس تہٕ ابتدأیی ڈوٗگرِ عہدس اندر اوس خانٛدرن پٮ۪ٹھ سرکأری ٹیکس دِیُن پیوان ۔ خانٛدرٹیکس وصول کرنہٕ خاطرِ اوس ''شِترا شاہ'' ناوی بدلحاظہٕ کارنٛدٕ آسان ۔ لوٗکھ اُسی سبٹھاہ مسکین تہٕ اتھ ٹیکس ستی اوس شِترا شاہ پنٕنۍ وٕٹھ تہٕ کران ۔ اگر کانٛسہٕ شِترا شاہس ''خدمت'' کرنۍ روزِ ہے، سہ اوس نہٕ مہرینہٕ ڈولہِ

منز کھسنَے دِوان ۔اُمی ہنٛدی ہے رذالتس پیٛٹھ چھُ ''ہِشتر اشاہ لاگُن''، تلمیح بنیامُت ۔وہاب حاجنی چھُ اتھ ٹیکسس متعلق لیکھان ۔

تتھ زمانس منز مُسلمان کرِ ہے یُد ییٚنہٕ وول
سائری ہے ؤری لیس پریشان اوس آسان گوٚبرٕ مول
قسطہٕ قسطہٕ اوس ہوران ظالمن رکژ ہ چیٚٹہٕ دیار
اوس درشادی مُقرر پرٕتھ اُکس تفصیل دار

ڈوٛگرٕ عہدٕکی زٕ۲ تلمیح

(۱) تژ ووتھمہٕ ساسوٕ:۔

کٔشیرِ اند رچھُ ہندو عہدٕ پیٛٹھٕ بیگاری چلہٕ ونی روٗزمٕژ۔اما پوٚز سِکہٕ عہدس تہٕ ڈوٛگرٕ عہدس اند رووت یہِ ذلیل سِلسِلہٕ انتہاہس۔اگرچہ ۱۹۲۰ ءٕ پیٛٹھٕ آو کاغذن اند ریہِ سِلسِلہٕ پھُٹراونہٕ مگر واقعہٕ چھُ زِ حال حال تام اُس بیگاری عملاً موجوٗد۔

گُلاب سنگھنہِ وقتہٕ لیس کأنسہِ کأشرِس صبحس بیگارِ اوس آسان نیرُن تس اُسی نہٕ ڈوٛگرٕ حاکم یا ہنٛدی ماتحت شیٚچھ سوزان۔بٔلکہِ اُسی راتلے تیٚنٛدِس آنگنس اند راکھ زِیوٗٹھ ڈنٛڈٕ ووٚدٕنی تھاوان۔یتھ صُبحاے وُچھتھ محکوٗم کأشرِس اوس پانے فِکرِ تران زِ از چھُ کوٚتس بیگارِ گژھُن۔اُتھی ڈنٛڈس اُسی لوٗکھ ''سوٕ'' ونان۔از اگر کانٛہہ کأنسہِ اِشارٕ پأٹھی آگاہ کرِ زِ تژے چھے فلأنی چیٚژ دِنی سُہ چھس ونان ''تژ ووتھمہٕ ساسوٕ!''

(۲) ٔبدری ناٗھنی اُدرٕے مُہر:۔

دیوان ٲدری ناتھ اوس مہاراجہ رنبیر سنگھنہِ وقتہٕ کٔشیرِ ہُند وزیرِ اعظم ۔ یہِ اوس رشوت کھنبس منٛز تیوٗت یلہٕ گوٚمُت زِ اگر از أکِس فریقس نِشہِ رشوت حاصِل کٔرِتھ تس کانٛہہ عہد یا عطیہِ دِیہِ ہے، پگاہ اوس أمی سٔندِس مُخالِف فریقس نِشہِ رشوت حاصِل کٔرِتھ یوٚکِس حُکمس بالکُل وُلٹہٕ بیٛاکھ حُکم کڈان ۔ نتیجہِ سپُد یی زِ ساٗری ہِیے سرکاٗری مشینری ووٗتھ پھکھ تہٕ أمی سٔندِ بن ییمن اکھا أکِس خلاف حُکمن پیٹھ آو ونہٕ زِ وُنہِ چھےٚ أمِس اکِہ حُکمچ میل أدرٕ ے آسان زِ اتھ خلاف چھُ بیٛاکھ حُکم کڈان ۔ از یِیلہِ کانٛہہ حاکِم تتھی مُتضاد احکام کڈِتھ چھِ ونان ۔ ’’أمی سُند حکم بوٗزی تو ٲدری نا تھنیٛ أدرٕ ے مُہر ۔‘‘

## سانٛین بزرگن ہٕندی تڑے تلمیح

(۱) رُمہٕ ریٛشُن آے:۔

... ریٛشی سِلسِلس اندر چھُ رُمہٕ ریُشن پاٗنٛژِم ریُش یِوان مانہٕ:

| | |
|---|---|
| اوّل ریٛشی احمد ریٛشی | دوٚیِم حضرتِ اُویس آو |
| ترٛیِم ریٛشی ذلقار ریٛشی[۱] | ژوٗرِم حضرتِ پلاس آو |
| پاٗنٛژِم ریٛشی رُمہٕ ریٛشی | شیٚیِم میر میران آو |
| سٔتِمِس کوٚرہم ہِش ناوشی | یہٕ کُس ریٛشی تہٕ مےٚ کیاہ ناو؟ |

۱۔ بیٛاکھ روایت زنکار، زلکار یا ذُوالّلقاء

روایت چھےٚ زِ رُمہٕ ریٛشس بنیہٕ یہِ حیاتِ ابدی ۔ زیچھِ وُمرِ ہٕندِ دُعا خاطرٕ چھِ یہِ تلمیح ورتاونہٕ یِوان ۔ (رُمہٕ ریٛشنۍ زیارت چھےٚ راموہ گامس منٛز ۔ کینٛہہ چھِ ونان رُمہٕ رِیُش گوٚو حضرتِ خضرؑ)

(۲) للہِ ہُنٛد نِلہٕ وٕٹھ:۔

لل دید چھےٚ غالباً ۱۳۳۵ؔ ءِ یس منٛز زامٕژ تہٕ ۱۴۰۰ؔ ءِ ژی یس منٛز سورگہٕ واس گٲمٕژ۔ بدخواہ ہش اُس اُمی سٕندِس بتہٕ بانس اندر کٔنی (نِلہٕ وٕٹھ) تھاوِتھ اُمس بتہٕ پھیکھاہ اکھ شیران۔ مگر لل اُس نہٕ اُچھ باوتھ کٲنسہٕ نِشہِ کران۔ یوٚ تام یارٕ بل واجنین نِشہِ اُمس پوٚ بےٚ اختیاری منٛز وٕنن زِمیانہٕ گرٕیُد وٕے۔

ہوٗنٛڈ مارٕتن رٕنہٕ کٕھ ؎ للہِ نِلہٕ وٕٹھ ژٕلہِ نہٕ زانٛہہ

اُتھی واقعہس پیٹھ بنیا وانتہاٲیی ژبڈ کرنس تہٕ ژھوپہٕ گرِتھ ستم ژٕلنس پیٹھ یہِ تلمیح۔

(۳) بٲبس میر صٲبُن پھوکھ:۔

بابس میر صٲبُن استان چھُ سوپورٕ۔ اتہِ چھےٚ یہِ روایت ژٕرتھ گٔمژ زِ سوپرس یوسہٕ آسمٲنی بلاے پیہِ بالخصوص نار ہیٚیہٕ، تتھ چھُ بٲطنی پٲٹھی گوڈٕ بابس میر صٲبس منظوٗری دِنی آسان۔ اُتھی نارٕ برات کڈنس پیٹھِ چھِ لُکھ ونان ’’یتھ نارس چھُ بابس میر صٲبُن پھوکھ‘‘ اِزتہِ ییٚلہِ کٲنٛسہٕ کانٛہہ بلاے وٚوبرن وِزِتوٗری گُن آش روزِ پیٚتہِ یہِ بلاے آمٕژ آسہِ، تِمس چھِ ونان ...... ’’ہتا یارٕ ژٕ کیاہ چھُکھ اُمس نِشہِ ژھانٛڈان، اتھ بلایہِ ہے چھُ بٲبس میر صٲبنے پھوکھ!‘‘

---

ل نوٹ:۔ تاریخی تلمیحن اندر رہکبن تم وارِیاہ تلمیح تہِ یتھ، ییمن ہنٛز ابتداتہٕ محلِ وقوع ژٕنہٕ لبنےٚ چھِ۔ مثلاً تھنہٕ سُلہٕ، صُبور وسوٗاُسی، اسمال پیٹھ کھاو، ولی ہٕڈ، کٔریم نبہٕ دور وغیرہ۔ اتھ وسیع موضوعس علاوٕ چھِ ازتہِ وارِیاہ تم روایتی تلمیح کٔشیر اندر رٕژتھ دوہہ ورتاونہٕ یوان۔ ییمن شرح لیکھنٕچ ضرورت چھِ۔ مثلاً فتح متٔین بتہٕ، جمل بائٕنی حرکت، حبہٕ متٔنی دسمتھ، کھکھر میٚرن ہیٚور، وداسہٕ کاکٔنی گاسہٕ ناو۔ یکر چھانٛی کوٚ کر بچہ برن، آخون صأبنی زردی وغیرہ۔

# کأشرِ ثقافتکی کینٛہہ تاریخی نِشانہٕ

بُتراَژہٕنٛد بن تہن سنن والین ہُنٛد وُنن تہٕ چھُ یتھ کتھ تائیدکران زِ از بژ وٕنٛہہ ساسہٕ وادٕری پتھٕ سأنۍ کٔشیر اکھ بوٚڈ سراَس اوٚس۔ یتھ سانہٕ پژانہٕ ستی سر ناو اوس تھووُمت۔ یہِ سراوس پرٛتھ طرفہٕ تھدیو بالو وٕلتھ تہٕ اگراتھ زمانس اندر انسان شکلہِ کأنٛہہ منوشاستی سرِ کبن بٔٹھن یا بیٚتہٕ کبن بالہٕ کژ بون پیٹھ بسان تہٕ آسہٕ ہے۔ تِسٕنٛد زمانہٕ چھُ تیٚوت پرٛ ؤن تہٕ تِسٕنٛدی تأریخی حالات چھِ تیتی تأریخہٕ بژ وٕنٛہہ زِ جادِ کھوتہٕ جادِ ہسکو اَسۍ یہِ قیاس کٔرِتھ زِ سُہ آسہِ ہے وُنہِ محض ونو اَسۍ زندگی گزاران۔ سٔتی سر گوٚ وہوٚ کھ؟ تہٕ کٔشیرِ ہنٛز وادی کر بنیہٕ بسنس لایق؟ یِمن دون سوالن قیاسی جواب ژھانڈان ژھانڈان تہٕ چھُ ساسہٕ وادٕری ین ہُنٛد پھیرِ پیوان۔ بیٚتہٕ بستی لگنگ سارِوے کھوتہٕ کم وقت چھُ مسٹر ای، ہملٹنن (E. Hamiltion) ژورساس (۴۰۰۰) وٕری مقرر کوٚرمُت۔ اتھ زمانس رلہٕ وُن چھُ راج ترنگنی ہُنٛد مترجم جے۔سی دت ہاوان زِ گونندا وّلہٕ سِنٛدِ پیٹھٕ کلہنس تام چھِ ۳۵۹۶ وٕری گزرٕمتۍ۔ییلہِ ۴۲۴۹ کأنٛلی سنہ اوس۔

ارضیأتی شہادتو پیٹھٕ چھےٚ پیٚتہٕ ہن مانہٕ آمژ زِ ییلہِ کھادِنی یارِ اورِ یور کوہ پھوٚٹ ستی سرٕکس آبس دژ ایہِ بون لمنس وتھ...... یِمیٚک موجوٗد نِشانہٕ دریاے جہلم چھُ...... عقیدہ والیو چھےٚ کوہ ژٕنٛج کأم کشپ ریٚشِس منسوٗب کٔرمژ۔ (یتھ

عقیدس پٹھ وادی چھےٚ آدنہٕ پٹھے ریٖش وأر مانںہٕ آمٕژ!) دیو مالاًیی قصہٕ ہنہٕ مانن والین چھُ برٕبر Bernier ہِوی محقِق ونان زِ بُنلی علاقہٕ آسنہٕ موجوٗب چھُ کوہ وبسر ژامُت تہٕ ستی سرُک آب درٛامُت۔ یمن یمن سنبر جاہن تو تہِ آب روٗد، تم چھِ پیٚتکی سر۔ یمو سرو منٛزٕ ہندوعقیدٕ موجُب أزی کس سرینگرس أنٛدی پٔکی بوٚ ڈٖھیوٚ سر چھُ اوسمُت۔ یتھ اندر جلد ہوادیو بسان اوس۔ یہِ موراشیو جی سنٛزِ آشنہِ (پاروتی) کِنہٕ ویشنوجین بأے بلبھدرن۔ یہِ فأصلہٕ کرُن چھُ یژھِ پژھِ والین تام۔ اسہِ چھُنہٕ وُنیکتام کشپ ریٖشُن سنٛزٕ صحیح زان تہِ۔ پرٛانین کتابن ہنٛدِ رکارڈٕ موجُب چھِ ترٛے کشپ ریٖشی أسی ہٕتی۔ مسٹر ہملٹن نہِ ونںہٕ موجوٗب اگر أسی یمو ترٛیو منٛزٕ کشپ ولدمٔرچی سٕہ ریٖشُ مانون، یُس نِلہٕ مت پرُانہٕ چہِ روایژٕ مطأبق پیٚتی بسنہِ لوٚگ۔ تو تہِ چھےٚ بیا کھ اکھ پھیرٕ واجینٛ کتھ روزان:۔ اگر اکہِ طرفہٕ دیو مالأیی روایژٕ موجوٗب نِلہٕ ناگ چھُ کشپ ریٖشُن نیچوٗ (ییمہِ کِنہِ سٕہ ییٚتہِ کین ناگن ہُنٛد جدِ اعلیٰ پیہِ مانںہٕ) تہٕ بیکہِ طرفہٕ چھُ تسنٛدِس آریأیی نسلس کھُر یِوان۔ ستی چھُنہٕ یہِ کتھ تہِ ننان زِ نِلہٕ ناگن لیس ژٔنٛدر دیوٚ برہمنس ییٚتہِ مستقل پأٹھی آریہِ قوم بساونٕک وظیفہٕ نِلہٕ مت پرُانس اٹھرٕ ریٚت۔ تمِس برٛ وٕنہہ کرأسی ییٚتہِ ناگ تہٕ پشاچ بسنہِ لگی ہٕتی تہٕ پانہٕ وأنی دوٗرے ہٕتی۔ نہٕ چھُ وُنیکتام پانہٕ نِلہٕ مت پرُانس متعلق یہِ قضیہِ طے آمُت کرنہٕ زِ موجوٗدٕ نِلہٕ مت پرُان چھا نِلہٕ ناگن عطا کوٚرمُت، کِنہٕ وِیاس جین "ویسمپیانہٕ" نأوی أکی شاگردن جنمیجیا نأوی أکس راجس نِش بیان کوٚرمُت۔ امہِ علاوٕ چھُ اکہِ طرفہٕ نِلہٕ مت پرُان گٔشیرِ ہنٛزٕ سوگوڈنٛچ کتاب یوان مانںہٕ، یوسہٕ عقیدت منٛدن نِش کرشن جی نہِ وقتہٕ برٛ ونہہ چھےٚ ییٚتہِ أسمٕژ۔ (وُچھِو تاریخِ کشمیر

صفہٕ ۵۸ بامزٕ ے ) تہٕ بیٚکہِ طرفہٕ چھِ امیٚکۍ ایڈیٹر پروفیسر کانجی لال تہٕ پروفیسرزاڈو امیُک تأریخ تصنیف سُتم صدی عیسوی مقرر کران ۔ یِژھن قیأسی کتھن سُنتھ چھےٚ صرف زٕ کتھہٕ سرِ کھر گژھان ۔ اوّل یہِ زِ آرین ہِنٛدِ ییٚتہٕ بسنہٕ برٛونٛہہ أسی ییٚتہٕ ناگ تہٕ پِشاچ ( تہٕ پِشاچن ہنٛزٕ ے گژھِ یکشا نساد ہ تہٕ کرتام ) قوم بسان أسی ہٕتی ۔ تہٕ (۲) ناگن تہٕ پِشاچن أس پانہٕ وأنۍ ترٛشہٕ ہے نسلی موٚژ کری ، یِژھ آریہ یور وأتتھ یِمن ترٛ ہنٛزٕ فریقن تہٕ خاص کرِتھ آرِین تہٕ پِشاچن چلہٕ وٕنۍ رۄٗز ۔

ناگ أسیا بقولِ سی ، ایف اولڈہم سورج بنسی خاندانکۍ سپوٗت ۔ کِنہٕ بقول جیمز فرگوسن توٗ رأنی نسلکۍ خانہ بدوش ۔ گوڑ گوڑ آسہٕ یِم بجیرہ رومہٕ پیٹھ ژٕلی ہتیٚن آسٹرکی قبیلکۍ حصہٕ ۔ کِنہٕ کوہِ ہمالیس جنوٗبہٕ طرفہٕ ابتدأیی بسکینہٕ ۔ یِم أسی آریا حملہٕ آوروو یور واتناوی ہٕتی کِنہٕ یِموٚ آسہٕ پانے ییٚتہٕ نوآبادیہِ بناوِمژٕ ؟ یِمن سارِنے سوالن ہُنٛد کانٛہہ اکھ حتمی جواب چھُ قریب قریب ناممکن ۔ تمام قیأسی ، دیومالأیی ، تأریخی تہٕ نسلی انداز وپہٕ تہٕ چھُ صرف یوٗت ہن کھرِ گوٚمت زِ ناگ أسی نہٕ آریہ ۔ تِم أسی کٲشیرِ ہِنٛدی ابتدأیی بسن وألی تہٕ تہنٛدی سے تہذیبس پیٹھ کھٔرٛ کٲشیرِ ہِنٛدِ تہذیچ پُرن ۔ ہوٗبہوٗ ہتہِ کِنہٕ پِشاچن ہنٛزٕ زبأنی سأنی أزِچ کأشر زبان چھےٚ بنیامژٕ ۔

امہِ تمہید پتہٕ وُچھو أسی یِمن رأوی ہتیٚن دون قبیلن ہِنٛدِ تہذیبی اثرٕ مژٕ کوتاہ حصہٕ چھُ تأریخی دورومژٕ ی یران یِران روومُت ۔ حال حالے چھِ ونیوہ گاہکۍ شری اقبال ناتھن ''شیرازہ'' رسالس اندر ( اگست ۱۹۶۵ء ) ''ناگن ہنٛز ژھأر ...... بٹہٕ شاسترو منٛز'' نأوی اکھ بڈٕ جان مضموٗن چھپوومُت ۔ یتھ اندر رتمو ہوومُت چھُ زِ ییٚتہٕ کبو ناگو منٛزٕ أسی أٹھی قبیلہٕ تھٔدی یِوان مانٛنہٕ ۔ یِمن اوس پزٕتھ أکِس اکھ اکھ ''کل ناگ'' یا

وٹنڈُک دیوتا۔ یِم اُسی گوڑ گوڑ اُٹھن جاین بسان، یِیتہٕ خاص خاص ناگہٕ پوکھرِ آسہٕ:۔ (۱) انت کولہٕ ناگ۔ اسلام آباد (۲) تِکھشک کولہٕ ناگ، زیونہٕ (۳) ''واسکی'':۔ یُسند ناگ (دیومالأیی روایژ موجوٗب) رہتہٕ کالہٕ کُبن شبن رتبن کوٹڈ قاضی گُنڈ تہٕ ونڈہٕ کُبن شبن رتبن ڈینگہ گامس اندر چھ (۴) ''پرم'' پانژر ہیرِ پُہن کانے متس ناگس نِشہٕ (۵) ''مہاپدم'' وولرسرس اُندی پکی سمبل بونہٕ کنہٕ چھِ واسی کُدلس تام اَکس سنہٕ گُنڈ ازتہٕ مہاپدم ناو۔ (حاجنی) (۷) ''شنکھ پال'' یِیمہٕ ناوُک ناگ چھُ بانہالہٕ سڑکہٕ پیٹھ وِیسہٕ بون پُہن اَکس داں ڈلس منز'' یتھ اُندی پکی از پالہ پور گام چھُ (کھویہٕ پامہ تہٕ چھےٚ امہٕ ناوٕ اکھ خوشنما جاے تہٕ ناگہٕ پوکھر ......(حاجنی) (۸) ''کُلِک'' یِیچ جاے وُنہٕ کھر چھنہٕ گمژ۔ یِمن اُٹھن کل ناگن علاوٕ تہٕ چھےٚ واریاہ جایہٕ ناگ قبیلن کُن منسوٗب۔ یِمن منز قابلِ ذِکر چھےٚ شیپش ناگ، نِلہٕ ناگ، ایِلِ تہٕ کرکوٹ (یِمن دون ہٕنْدی ناگ آکہٕ پتھرِ تہٕ ونپوہ گامس منز چھِ) اقبال ناتھن دوٗپ چھُ ''ناگ'' لفظ اوس نہٕ گوڑ گوڑ سنسکرتس منز آبہٕ پوکھر بن ونہٕ یوان۔ مگر پتہٕ بنیاویہٕ کأشُر لفظ آبہٕ پوکھر بن ہٕندِ باپتھ۔ ناگ اُسی پھٕکی دارئرف سِنز پوٗزاکران تہٕ آرِین تہٕ آیہٕ یہٕ پوٗزاویہٕ وِنی لبنہٕ۔ ناگ قبیلہٕ اُسی مختلف آبہٕ پوکھر بن پیٹھ بسان تہٕ آریو بڑووآبہٕ پوکھر بن ہُند تقدُس یِیتہٕ پیٹھ ہورتام۔ بودھ مذہبہٕ کِہ ابتدا پیٹھ کاہن ہٕندِ وقتس تام آو ناگ قبیلن تہٕ آبہٕ پوکھر بن اُندی اندی تیوٗت دیومالأیی زال وہراونہٕ زِیہٕ وبڑھنے کرٕنی گٔیہِ ناممکن زِ ناگ چھا کأشری انسان اُسی ہتی، کِنہٕ غیر مادی (روٗحأنی) رأچھدریا موکل۔ چنانچہٕ ''جیوتس شاسترن منز چھُ پرتھ وٕری یہٕ کِس موکلس (ورش پتیس)

ہستی اکھ ناگ یُس ہے بطورِ وزیر آسان۔ اَٹھو خاندانو منز اَسی یِم انوارِ پتھ انوارِ وزیر (قسمت......حاجنیٖ) بنان۔'' تہٕ یتھۍ کٔنۍ چھِ ناگ کاشرِ ہِن ہینٛدٕ ہِن ہٕنٛدِ جیوتشہِ موجوٗب ازتہِ تِہنٛدِس قسمتس بناوٕنس یا بگراوٕنس منز حصہٕ دار۔ تہٕ اَتھی ذٔہنی نٔہج پٮ۪ٹھ چھُ مانٕنہِ یِوان زِ ''واسکی'' ناگ (سرف) چھُ شُمبھوٗ بھگوانس نالی۔ شیش ناگہٕ ہٕنٛدِس کلس پٮ۪ٹھ چھِ ستھ پاتال (بٔلکہِ چھُ شیش ناگ زندگی ہُنٛد آگُر تہِ) وِشنو بھگوان چھُ اننت ناگس پٮ۪ٹھ نیٚنٛدٕ رتھ اَوتھ (بٔلکہِ چھُ پانہٕ وِشنو بھگوان شیش ناگ بٔنتھ تہِ یِوان۔) اننت ناگہٕ چھُ وُنہِ تہِ ''اننتہٕ چودش دوہہ دِوَے لگان۔'' امہِ دوہہ چھُ گور'' اننتھ'' ہٮ۪تھ یِوان۔ تہٕ بٔٹنہِ چھےٚ سہٕ ''اننتھ'' کنس الونٛدٕ تھاوان۔ یہِ چھُ آسان پننہِ داون ہُنٛد یہوے سٔرف ہیوٗ۔ تہٕ واریاہ بٔٹنہِ چھےٚ سونہٕ سُنٛد ''اننتھ'' گران تہٕ دوہے نالی تھاوان۔'' بٔلکہِ چھُ کینٛژن محققن ہُنٛد یہِ تہِ وُنُن زِ سٔرفہٕ آرِج کٔرتھ بٹہٕ ژھوگ یا بٔٹنہِ پوٚ ژہُنٛد سٔرفہٕ کلہٕ ہیوٗ پھوٚنگ تہٕ کاشرِ زبانی ہُنٛد سنسکرتی لفظ'' آیستان'' (سٔرفہٕ سنٛز پاک جاے) تہِ چھےٚ آریو ناگ تہذیبہٕ اَنٛدرے پانٛی راوی ہتی۔ مسترای، موٗرہ سنٛدِ تحقیقاتہٕ مُطابق چھُ ''سٔرف'' دیومالایی زبانی منز ''علامتِ لافانیت'' مانٕنہِ آمُت۔ تہٕ مہابھارتن چھُ درجنہٕ واد تمثیلی قصو ہستی سٔرفن (ناگن) ہُنٛد تقدس آریایی دینیاتک مستقل عقیدٕ بنومُت۔ چنانچہٕ یتھ کتھِ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ پنٛڈت انکار کٔرِتھ زِ'' حال حال تام اوس پزٕ انبن بٹہٕ گرن انٛدر اکھ کولہٕ ناگ تصور کرنہِ یِوان۔ تِیمس پٮ۪ٹھ رٔژِ دِزاوس بھوگ تھاونہٕ یِوان۔'' یِم ناگ گوڈٕ گوڈٕ آرین کشیرِ منز مقابلہٕ اَسی تیٚمے بناوی آریو'' دیوتا'' چنانچہ کلہن پنٛڈت تام چھِ ونان زِ'' کشیر چھُ سُہ مُلک، یتھ نِلہٕ، سنکھاتہٕ پدمانٛاوی ناگ چھِ راچھ در۔'' بقولِ

اقبال ناتھ "تہٕر اَسِن پراپُن کرُن یا بھگوانس پوٗزا کرٕنۍ ، ناگ چھِ اکھ نتہٕ بیٚکھ طریقہٕ بٹن ژنٛبس پیوان تھاوٕنۍ ...... تہٕ تِمن چھُ پرٛتھ دوہ موردن ترٛیلِش دِنہٕ وِزِ ناگاترٛی پنٛتام پرُن پیوان...... دُنیاہ بدلیاو مگر شاستر چھِ تِمےٚ تہٕ بھوگ تہٕ چھُ وُنہِ چلہٕ وُن۔"

ناگن ہِنٛدِ امہِ مذہبی اثرُک بیاکھ نتیجہِ چھُ یہِ نیران زِ کأشرۍ چھِ اموب دیو مالأیی وراثت رٕژھراونس منٛز سبٹھاہ شدید روٗدۍ ہتۍ ۔ یوٗت کأنٛسہِ انسانہٕ سُنٛد زمانہٕ پیٚتہٕ پژانان چھُ تیٚوٗت چھےٚ تسنٛز مأدیَت ژمان گژھان تہٕ سُہ چھُ اکھ تصوراتی ہیّت یا روٗحأنۍ وجوٗد لبان ۔ ناگن ہِنٛز یِژھ عقیدت منٛدی وُچھِتھ چھِ اَسی اِشارٕ لبان زِ "ناگو چھُ سانٛہِن پژانٛہِن واریاہِ رنٛگہٕ اتھِ روٗٹ کوٚر مُت ۔ مثلاً یموٚ ہیچھِ نأوۍ تِم کوٗنگ نوٗ راوُن ۔ ناگو ہاوِ سانٛہِن پژانٛہِن ترٛ امہٕ کانٛہہٕ بیترِ ۔" یِتہٕ چھُ ممکن زِ پشاچن مغلوٗب کرنس منٛز تہٕ ماآسہِ ناگو آرِین ہِتۍ اتھواس کوٚر مُت ۔ یتھ معاوضہٕ یِہُنٛد ناو ہیٚنٛدۍ ہِنٛزِ پوٗزایہِ منٛز تہٕ تہٕ بڈٛہن دوہن انٛدر تہٕ یاد تھاونہٕ آو ۔ یِہٕنٛدہ طاقتور تہٕکھشک ، قبیلُک کبیر نأوۍ زِیٹھ آو آریأیی دیو مالأیی علمس انٛدر انٛدرازنہِ دربارُک خزانچی تام تصور کرنہٕ ۔ یِہٕنٛدہ حُکمران کرکوٹ خاندانہٕ کہِ ناوٕ چھُ وُنہِ تہٕ بنارسس انٛدر رمنٛدر موجوٗد ۔ نِلہٕ مت پُرانہٕ موجوٗب اَسی کم از کم ۵۲۷ ناگ یِہٕنٛز پوٗزا کشیرِ کرنہٕ اَس یِوان ۔ از تہٕ چھِ عقیدٕ وألۍ ہیٚنٛدۍ گوڈٕ شین پینہٕ وِزِ نِلہٕ ناگس تہٕ بأدرتبس منٛز ورن پنٛچمی بُڈِس دوہس پیٹھ سارِنٕے ناگن ہِنٛز پوٗزا کران ۔

ناگ اگرچہ آریأیی نسل اَسی نہٕ ، اما پوٚز بھگوت گیتایہِ منٛز تام اوس یِہٕنٛزِ ذأژ ہُنٛد بجر مانہٕ آمُت ۔ پیٚتہِ بھگوانن اوس وٕنمُت ...... "بہٕ چھُس ناگو منٛز انت ۔" ممکن چھُ زِ بھگوت گیتایہِ ہِنٛدۍ أمۍ اِشارن مادیُت نہٕ آرِین ہِنٛدِس نسلی

برتری ہِندِس خبطس کینژس کالس کٔشیرِ انٛد رووتلِنہٕ۔ مگر یتھے یمن ہُنٛد ثقافتی مِلہٕ ژار سیأسی ہوڈِ ہُر بن منز ولنہٕ آو تتھے لوٚگ آرِین ذات پاتک پڑون مرضہٕ ہیٚیہ کولہٕ کڈنہٕ۔ یمیُک نتیجہ یہِ دژاو زِ تمے ناگ آے کٔشیرِ اَنٛدرٕ ژٕلراونہٕ یا گالنہٕ یا جبراً آریأیی تہذیب رٹناونہٕ یمن ہِندِ بن احساس یادتھاونہٕ خأطرٕ یہُند ناوُنہٕ تہٕ مذہبی رسوٗمن منز چلہٕ وُن چھُ تھاونہٕ آمُت۔

ہی مال، نأگ رائے المیہ چھُ اسہِ تمثیلی انداز س انٛد رٹینہٕ وٕنی دِوان زِ آرِین تہٕ ناگن ہِندِس سیأسی مِلژارس گیہِ محض آرِین ہنٛز ذات پات عقیدٕ ستی چھلہٕ۔ امہِ عہدٕ پتہٕ ''نگر'' یا ہیٚیہ کُنہِ علاقس کُن ژٕلتھ یم یم ناگ کٔشیرِ بسان روٗدی، تمن ہنٛز سیأسی بیدأری متعلق چھُ صرف اکھ روایتی قصہٕ روٗزِتھ گوٚمت زِ کرکوٹ خاندانک بأنی دُرلبھ وردھن (۶۰۰ پیٹھہٕ ۶۳۶ تام) اوس مُلہٕ تلہٕ ناگ شہزادٕ۔ سُہ بنیاو کٔشیرِ ہُنٛد راجہ محض یمہِ وجہ موجوٗب زِ تیسنٛدِس ہُہرس (راجہ بلادتیں) اُس یہِ وومید زِ انٛگ لکھاوٕ پنٛنہِ کورِ اُکس وٕستھ ذأژ ہِنٛدِس (غیر آریأیی) اِنسانس پُشرِتھ بنہِ نہٕ تِہنٛز تھٕل مُل کٔشیرِ ہنٛز حکمران خاندان۔ حالانکہ تأرِیخن ہوو زِ اُمی ''کم ذات'' خاندانن کٔرتھٕ ذأژ آریو کھوتہٕ جان تہٕ جادٕ شاہانہٕ طریقہٕ کٔشیرِ حکوٗمت۔ ممکن چھُ زِ یمن کأشرن از ناگ نأگی یا کلہٕ ناگ قبیلن ہِندی پھٹہٕ پھرٕ اٹہٕ باقی ناوٕ کرٕ امہِ بدل چلہٕ وُنی چھِ روٗدی متی، تم ما آسن ناگ قومہٕ کی یادگار۔

ناگن ہِندی ابتدأیی ہم عصر تہٕ آرِین بزونہہ ہم وطن اُسی پشاچ۔ اگرچہ بقولِ جارج گریرسن پشاچ تہٕ آریہ اکی وطنہٕ غالباً (ایرانہٕ) پیٹھے ہندوستان کُن دژاتی اُسی، اما پوٚز پشاچن روٗز آرِین ستی آدنہٕ پیٹھے نسلی موٗژُکری۔ کٔشیرِ اکھ

أکِس سمکھتھ رٗودی آریہ یمن اچھوٗت ہوی زانان ۔ مگر یوٚ تام پشاچن ہنٛدِ تہذیبی
اثرُک تعلق چھُ، یِہنٛز بڈٕ ہش یادگار چھےٚ کأشر زبان ۔ یتھ پٔتھ ازتام درجٕہ واد
زبانن ہنٛدی پیوٚند کھسان رٗودی تہٕ یوسہٕ آرِین پیٚیہ مجبوٗر اَپأنی راوٕنۍ ۔

پشاچن متعلق اگر یہ مفروٗضہٕ مانٕنہٕ ییہ زِ ییٚتہٕ کٔنہ بیٚیہ دون ابتدأیی قبیلن ( یِمن ہیٚنٛدی ناو نِسادہ تہٕ کِرتا أسی ) سٟتی ( یا یِمن وزٕ أسے ) چھُ بُرزٕ ہوم تہُنٛد تہذیبی مرکز اوسمت ۔ تمہِ پتہٕ تہٕ چھِنہٕ یہ کتھ ثابت گژھان زِ تِمن کیاہ آوسأری سے کٔشیرِ حکومت کرنٕک زانُہہ تہٕ موقعہ دِنہٕ ۔ ڈی۔ اےچ گورڈن صٲحبُن وُنُن چھُ زِ بُرزٕ ہامکی بسکینہٕ چھِ لگ بھگ ۱۲۰۰ قبل مسیح زمانس منٛز اوٗت وأتی متی ۔ مگر یوٚ تام کٔشیرِ بساونُک مسلہٕ چھُ، پشاچ چھِ ابتدأیی ناگ عہدٕ پٔتھ سأری سے کٔشیرِ وِلہٕ وِلہٕ نو آبادیہ بناوان رٗودی متی ۔ تہٕ یِہنٛد تعداد چھُ ناگن تہٕ آرین مقابلہٕ سٕبٹھاہ جاہ اوسمت تہٕ اوے چھےٚ یِہنٛزے زبان عوأمی زبان بنیامٕژ ۔ قیاس چھُ یِ زِ آریو آسہٕ پشاچن نِشے ماز کھیوٚن ہیوٚ چھُمت ۔ ماز کھیٚنس مذہبی جواز پأدٕ کرنہٕ خأطرٕ چھُ کأشرو پنڈتو ''لوگاکھش سمرتی'' لیچھمٕژ ۔ یِمہِ موجوٗب پیٚتکی برہمن مستقل ماز کھاو بنیاے (یتھ پٔتھ بھارتی ویشنوی برہمن کأشربن برہمنن ہنٛدٕ کران ''پشاچ'' یعنے ماز کھاو تہٕ گٔنٛزران رٗودی !) ممکن چھُ زِ آریو آسن یہِ پام ہنٛنہٕ بڑوٗنہہ بیٚیہ تہٕ واریاہ لسنٕکی بسنٕکی اطوار یا عقیدٕ پشاچن نِشے ہیچھمٕتی ۔ یِمہٕ مقأمی رنگٕہ موجوٗب کأشربن پنڈتن تہٕ بھارتی برہمنن شوٗراتری ہنٛدِ تأریخہٕ پٔتھ شوٗ فلسفہِ کِس اندس تام واریہن ذہنی تژاین اندر رٔنٛز فرق پأدٕ گیہ ۔ اما پوٚز امہِ تہذیبی لین دینٛگ چھُ خال خالے گٔنہ جایہ تذکِرٕ کرنہٕ آمُت بلکہِ پشاچن علاوٕ یِم زٕ قوم نِسادہ تہٕ کِرتا ( نیم تبّتی ) ناوی چھِ أسی

ہِتی، تِمن ہُنٛد تفصیلی تذ کِرٕ تہٕ چھُنہٕ کرنہٕ آمُت۔ کلہن پنڈت چھِ صرف یِتےٚ یوت لِکھان زِ نسادہ اُسی ہانٛز کارکران تہٕ کرتا اُسی شکٲری۔ ممکن چھُ زِ کرتا ما آسہٕ ہن ژھانٛژھی کارکران، یِہمہٕ وجہ وُنیُستام پہنٛز تھُل مُل عامہٕ نِشہٕ بالکُل الگ چھےٚ روٗز مژ۔ پشاچن ہِنٛز پڑھ بیٚیس غیر آریٲئی قبیلک تہٕ کُنہِ کُنہِ جایہٕ تذ کِرٕ۔ یِمن ''یکشا'' ونان اُسی۔ غالباً چھِ کٲشرِ زبٲنۍ ہِنٛدی ''یچھ'' لفظ یِہُنٛدُے یادگار۔ ''یچھ'' گوٚ وناکارٕ ہیم ناک، بدتہٕ ناپسند۔ کٲشرِ زبٲنۍ اندر چھُ ''یچھ'' لفظ اَکِس موہوٗم حیوانہٕ ہِنٛدِ خٲطرٕ تہٕ یوان۔ یَس متعلق لُکہٕ ادبس اندر رونہٕ آمُت چھُ زِ یہٕ چھُ راتلہِ ڈایہ کرٕ یکہٕ دِوان تہٕ یُس اکھا اُمِس وُچھِ یا اُمی ہِنٛدِ کلہٕ پٮ۪ٹھ ٹوٗپ نِیہ، سہٕ چھُ بڑ ہار وول بنان۔ ممکن چھُ زِ ''یکشا'' قومچ اِنفرادیت ختم کرنہٕ پتہٕ آسہٕ آریو یہٕ موہوٗم حیوان تِتھے پٲٹھۍ تِہنٛدِ ناوٕ اکھ دِل تسلی (consolation prize) ہیوٚ تھوومُت، یِتھٕ کِنۍ ناگ ذٲژہُنٛد کیپر چھُ تھاونہٕ آمُت۔ توے چھُ آریٲئی دیومالایہِ منٛز ''یچھ'' زمینس منٛز تہٕ کیٚہ آسمانس پٮ۪ٹھ دولت سوزنکی تصورٲتی موکل مانہٕ آمٕتی ؎[1]

یِمن ابتدٲئی قومن پتہٕ ییِلہٕ آریہ کشیرِ وٲتی، یِموٚ اَنۍ پانس سٟتی پنُن تہذیب وتمدن، پنُن مذہب تہٕ طرزِ فکر۔ ممکن چھُ زِ کٲشر بن بٹن ہُنٛد سنہٕ ما آسہِ پہنٛدِ ییٚتہٕ بسنک ابتدٲئی تٲریخ یُس ۷۶ ۔۳۰۷۵ قبل مسیح پٮ۪ٹھ چھُ شروع گژھان۔ امہِ سنہٕ پتہٕ الہٕ پلہٕ ساڑھ ترٛے ہتھ وری گژھتھ چھےٚ پرانین تٲرٟخن اندر یہِ کتھ تہٕ آمژ زِ راجہ سُندر سین نہٕ وقتہٕ ۲۷۳۵ ق۔م پٮ۪ٹھ ۲۶۹۴ ق۔م تام) آو وادی اندر سہٕ خوف ناک بُنٛیُل، یِہمہٕ سٟتی شہر سندمت نگر وٕسِتھ گوٚ و۔ تہٕ ییٚتین از جھیلِ وُلر چھُ۔ (ییٚتہٕ چھےٚ اکھ لُکہٕ ادبچ روایت زِ ییٚتین بڈ شاہ صٲبن وُلرس اندر

لانٛک بناوٕمژ چھےٚ، تتی چھُ امہِ شہرُک مرکزی عبادت گاہ اوسمُت ) راجہ سُندر سین

چھُ پانڈو خاندانُک پٔتم حُکمران اوسمُت۔ اَمی خاندانن چھُ پننہِ عہدِ فنِ تعمیرِ تیوٚت

بڑوٚنہہ واتنوومُت زِ کٔشیرِ ہِنٛدِس لُکہِ ادبس اندر چھُ ازتہٕ وارِیاہن تمن تعمیرن تہٕ

"پانڈوژولہِ" ونہٕ یِوان، یم امہِ خاندانہٕ پتہٕ ہتہٕ وادوٚری گرٛہتھ بناونہٕ آے

۔پانڈون پتہٕ چھُ کٔشیرِ ہُنٛد تاریخ وارِیاہس حدس تام مسلسل روزان۔تہٕ آریہ چھِہ

کھشتری ذاژ پیٚنٛچ حکمرانی ذِمہٕ تھاوان۔آریوٚ کٔشیرِ بڈ ہوی ترٛے چیز......

ہندو دھرم، سنسکرت زبان تہٕ فلسفہِ۔یمن ہُنٛد ثقافتی اثر وُنیکتام چلہٕ وُن چھُ

روٚدمُت۔یِہِندِ واش کڈنہٕ بڑوٚنہہ چھُ تمن دون تحریکن ہُنٛد حوالہِ دِین ضروٚری،

یمن متعلق سانی پژانی مورخ یاتہٕ کُلہٕ پیٚٹھے چھِ کتھ کھوٚوان، نتہٕ سرسری تذکرٕ کرٕتھ

ژھوپہ کران۔یمہٕ زٕ ثقافتی تحریکہٕ چھےٚ یہوٚدین تہٕ بودھن ہِنٛدی ڈٔسی کٔشیرِ ہتہٕ واد

وٚری ین پھاپھلیامٕژ تہٕ کاشرِس تہذیبس اثر ترٛاوان روٚزمٕژ۔

## یہوٚدی یعنے (بنی اسرائیلی) اثر

۱۹۵۲ ہس منٛز چھپوولاہور (پاکستان) پیٹھ خواجہ نذیر احمد صابن پنٕنہِ

معرکہ آرا کتاب Jesus in Heaven on Earth (یسوع مسیح عرضی

جنتس اندر) یتھ اندر رکینہہ تھدِ پایکی انکشاف کرنہٕ چھِ آمتی۔امیُک تحقیقاتی

استدلال چھُ تیٚتھ زوردار زِ معموٗلی فروعی اختلافوٚ سواہیکہِ خالے کانٛہہ پرن وول

امہِ کِس مرکزی موضوعس سٍتی اختلاف تھاوِتھ۔موضوع چھُ یہِ زِ ییلہِ شہنشاہِ مصر

فرعونٛس نِشہِ بنی اسرائیل پننہِ نِس رہبرس (حضرت موسیٰؑ) سٍتی مصرٕ نبر

دڑاے، یم اَسی باہ ۱۲ قبیلہٕ (یِہنٛز کُل نفری اکہِ روایژ مطابق ۲۷ ساس اَس)

وادئ سینا پٹھ بڑ وٕنہہ پکتھ رأوٕیمن وتھ تہٕ توے وأتی یموٚ منز صرف زٕ قبیلہٕ فلسطین تہٕ باقٕی روگردان دٕہن ۱۰ قبیلن آوٕ یہ سزا دِنہٕ زِ ژٕ تجہن ۴۰ ؤرِی ین رٕو دِ یم مشرقس کُن پکان پکان حالہِ حأران ...... شامس، عراقس، ایرانس تہٕ افغأنستانس اندر پڑاو پتہٕ پڑاو گروپ لیڈرن ماتحت اکھ اکھ کھیٚجاہ تژاوان تہٕ بساوان۔ باقٕی رٕو دی بڑ وٕنہہ بڑ وٕنہہ لمان، یوٚ تام تہنٛز پٕتم جماعت (یمن ہتی پانہٕ حضرت موسیٰؑ أسی) کشیرِ منز کھوٚ یہ ہوٚم وأژ۔ یہ اوس کشیرہ بقولِ مورخ اپچ۔ اپچ وِلسن راجہ نیلسانہ سُند وقت۔ تہٕ کشیرِ أنٛدرے سمکھ حضرتِ موٚسہسؑ حضرتِ خضرؑ۔ یم رٕو دی یکہٕ وٹہٕ پکان یوٚ تام شأدی پور نشہٕ یم اکھ اکِس نشہِ الگ گیہ ...... حضرت موسیٰؑ آے اتہٕ پٹھ ییٚہ پٕنٛنی جایہ۔ نبو Nebu نأوی بالسِ پٹھ۔ ییٚتہٕ تِمو حضرتِ عیسیٰ علیہ السلامس بڑ وٕنہہ ۲۷۲ ؤری انتقال کوٚر۔ اتھ کوہ تھنٛگِس ہتی چھُ از ''بُوٹ'' نأوی گام، ییٚتِکی باشنٛدٕ صرف ییٚتے یوت ؤنتھ چھِ ہبکان زِ ''یہ چھُ مُسہٕ صأبُن استان''۔ اگرچہ یہ مقبرٕ چھُ محض وُ جارٕ۔ اما یوٚز امیُک محلِ وقوع چھُ بالکُل سُے، ییٚتھ متعلق ونُنہٕ چھُ آمُت زِ حضرت موسیٰؑ چھِ اتی آسٕوِ۔

حضرتِ موٚسہسؑ پتہٕ تژ واہ شتھ ؤری گژھتھ ییٚلہِ حضرت عیسیٰؑ ییٚتھ دُنیاہس آے، یمو فرموو اکثر پنٛنہٕ نبن ژاٹن کُن زِ ''بہٕ چھُس تِمن بنی اسرایلی قبیلن کُن سوزنہٕ آمُت، یمن یہوٚ دی تأرتخس اندر ''چھکرنہٕ آمٕتی قبیلہٕ'' یا ''بنی اسرایلن ہنٛدی رأوی متی تِپر'' چھُ ونُنہٕ آمُت۔ چنانچہ حضرت عیسیٰؑ دژ اے یمن تبلیغ کرنہٕ، یوٚ تام چھیکرس تِم تہٕ کشیرِ وأتی۔ ییٚتہٕ تِمو پانس بڑ وٕنہہ وأتی متِن یہوٚ دبن انجیلہِ ہُنٛد خدأیی پأغام واتہٕ نوو۔ یمن پتہٕ تہِ رٕو دی ہتہٕ وادٕ ؤری ین یہوٚ دی کشیرِ یوان

گژھان، یتھ پانہٕ البرؤنی ہیُو عالم مورخ شاہد چھُ......

یہِ چھُ سُہ تأریخی انکشافا، یتھ ءستی یہوٗ دبن، نصرانین تہٕ مسلمانن بیک وقت دلچسپی چھےٚ تہٕ یتھ پتھ ہتہٕ وادٕ رکہ ین ہٕندبن روایتی قِصن ءستی اختلاف تہٕ ہیکہِ سپدِتھ۔ اما پوٗز امہِ اختلافُک مذہبی پہلو أ کتھ کُن ترأ وِتھ ییلہِ غأر جانٕبدار روٗزِتھ صرف تِمن تأریخی شہادٕژن سنہٕ پیہِ یِمن منٛز یہِ ثأبت کرنہٕ آمُت چھُ زِ یہوٗ خانہ بدوش یہوٗ دیو کوتاہ سوٗن اثر چھُ سأنس ثقافتس تہٕ فِکرِ ہِنٛدِس طرزس تہٕ وومُت، پرن وألس چھُنہٕ اکثر جاین خواجہ صأبس ءستی اتفاق کرنس کانٛہہ چارٕ لگان۔

یہوٗ دبن ہِنٛدِ یوروا تنہٕ وِزِیُس آریأیی اثر سانہِ عام زندگی روٗ ٹمُت اوس، تتھ ءستی اوس یہوٗ دی کلچرس ہنگہٕ منگہٕ واریاہ واٹھ لگان۔ مثلاً دونہٕ وِنی قومن ہِنٛدِ ذات پاتُک عقیدٕ۔ اکِنُک یہِ عقیدٕ زِ برہمن چھُ برہما سِنٛدِ أسہٕ منٛزٕ درٛامُت تہٕ بیٚکِنُک یہِ عقیدٕ زِ یہوٗ دی چھُ خدایہِ سُنٛد ژورمُت قوم۔ دونوے قوم أسی خانہ بدوش مگر تر دماغ دونوے أسی پنہٕنٛز ''انفرادیت'' قأیم تھاونہٕ خاطرٕ اکہِ طرفہٕ تعصبہٕ ءستی برِتھ تہٕ بیکہِ طرفہٕ پانس وزأ ے باقی سارِنٕے قومن پانس ءستھ ذأ ژ ہِنٛدی انسان زانان۔ یژھوے ذہنی ترادو موجوٗب رلیاوِیمن اکھأ کس ءستی نکھ تہٕ یِمن ہِنٛدِ پانہٕ وٕنی فسادُک یا موٗ ژُکری ہُنٛد چھُنہٕ کُنہِ جایہِ تذکرٕ کرنہٕ آمُت۔ ییٚتھِین چھےٚ یہِ کتھ تہٕ یاد تھاوٕنی لایق زِ از ۱۹۶۶ ءِ لیس مقابلہٕ چھُ یہوٗ دبن ہُنٛد قومی سنہٕ ۵۷۲۶ یُس کأشر بن آرین ہِنٛدِ کالی سنہٕ بژونہہ قریباً ۶۸۴ ؤری تہٕ حضرت موٗسہٰؑ بژونہہ ۲۳۸۷ ؤری چھُ شروع گژھان۔ یمہِ ءستی ننان چھُ زِ یِمن دون قومن ہٕنٛز روایتی قدامت پسندی چھِ قریب قریب اکی عہدٕ شروع گمٕژ...... یہِ چھےٚ

عجیب کتھ زِ یہوٗدبن تہٕ کأشرٕبن ہنٛدی کینٛہہ روایتی وہم تہٕ یہوٗدبن تہٕ کأشرٕبن پنڈتن ہنٛدی کینٛہہ روایتی بٔڈی دوہ تام چھِ پانہٕ وٕنی سمان۔ مثلاً یہوٗدی تہٕ مسلمان چھِ قبرٕ پیٹھ بڑٕ مجہٕ گُلی رُوان تہٕ بقولِ خواجہ صأب اسی نہٕ حال حال تام کأشرٕ بٹہٕ (شِگہِ موٗجوٗب) بڑٕ مجہٕ گُلی نکھی تہٕ پکان۔ کھیر بھوأنی ہُنٛد مالہٕ چھُ یہوٗدبن ہنٛدِس مشہوٗر بٔڑِس دوہس Feast of Tabernacles (یتھ عید الظّلہ چھُ ناو) ستی رلان۔ یوٗت وأتتھ تھأوی یہوٗدی نو آباد کاروو ارٕیہن جاین تمے ناو، یم یہنٛدِس تارٕیخس اندر مشہوٗر آسہٕ۔ مثلاً صحرائے بابل، چاہ ہاروت ماروت، تختِ سلیمان بیترٕ۔ یم وُنہٕ تہٕ چلان چھے۔ بلکہٕ چھے یتہٕ اکھ حقیقت زِ کٔشیرِ اندر چھِ ازتہٕ واریاہ گام، یہنٛدی ناو صرف تمن بُستین ستی چھُ رلان۔ یم تمہٕ زمانہٕ کس مشرق وسطیٰ علاقس منٛز آسہٕ تہٕ یمن منٛز تمہٕ وقتہٕ کبن یہوٗدبن آوجا واوس۔ کأشرٕبن واریہن قبیلن ہنٛزٕ کرامہٕ چھے عبرأنی زبأنی ہنٛدی ناو (اسمِ علم) یم یہوٗدی گروپ لیڈرن ہنٛدی ناو ازتہٕ "کتاب الخروج" کتابہٕ منٛزسرٕ کھرٕ کرنہٕ ین۔ کأشرٕ زبأنی اندر چھِ درجنہٕ وادٕ تتھی لفظ ازتہٕ ورتاونہٕ یوان یہنٛد لغوی پیرٕ ووتٕرٕ صرف عبرأنی زبأنی اندرٕ ے یوت لبنہٕ ییہٕ۔ کٔشیرِ ہنٛدی واریاہ معاشری رسوٗم، عادت بلکہٕ پرٛانہٕ عہدٕکی لباس تام چھُ کأشرٕبن تہٕ یہوٗدبن پانہٕ وأنی سمان۔ دونوٗنی قومن ہنٛزن کوربن چھُ اکہِ خاص طرزٕ ژھوگ تہٕ زنانن اکہِ خاص گنٛڈ وانکہٕ آسان۔ لگہٕ ادبس اندرٕ چکلہٕ گرِتھ زنانہٕ رؤف تہٕ تجارتس اندر کھأرہُنٛد وزن (خریار بمعنی خردار) چھُ بقولِ خواجہ صأب یہوٗدی عہد چہٕ یادگار۔ اگرچہٕ خواجہ صأبنس تحقیقاتس اندر رگنہٕ گنہٕ جایہٕ کانٛہہ کتھ عجیب ہش تہٕ چھِ باسان۔ مثلاً یہٕ زِ (۱) کأشرٕ تہٕ یہوٗدی یأتی چھِ

ۂنتھ ئنٛز شونٛگان ۔ (۲) دونوٚنی ہنٛد بن شُر بن چھےٚ کھٔر آسان ۔ (۳) دونوے چھ تعویز پرست تہٕ دونوے چھنہٕ غدوٗ دکھوان وغیرہ وغیرہ۔ مگر یہ آسہ کانٛہہ انجان پرن وولُے، یُس خواجہ صابنِس اصل موضوعس سراسر غلط مانہِ ۔ گُنہٕ بالکُل نا معلوٗم واقعس تأریخی رنٛگ دِنہٕ وِزِ تہٕ چھُ خواجہ صأب تِتھ کنہٕ مقأمی روایت تأریخی شہادت تہٕ تنقیدی طرز پانہٕ وأنٛی رلاوان زِ پرن وألِس چھُ متھ گژھان زِ یہوٗ دبن ہنٛدِ تہذیبکی چھِ بێیہِ تہٕ واریاہ نشانہٕ، یِمن کُن خواجہ صأبس نظر چھنہٕ پیمٕژ۔ مثلاً ییلہِ یہٕ نبو بالہِ دامنس نِشہِ گنٛدربَل گامس نکھہٕ ووتُس ،مےٚ گوٚو خیال زِ ممکن چھُ زِ ازبرٕ ونٛہہ ۳۲ شتھ وٕری ما آسہِ ہے اتھ گامس ''خضربَل''! ناوا وسُمت تِکیاز زِ حضرتِ موسیٰؑ أسی حضرت خضرؑ ژھانٛڈنے وادیے سینا پیٹھ مشرق کُن دژاٗمتی ۔تہٕ چھکرس اتھ جایہِ وأتی ٕمتی ۔قیاس چھُ یہِ زِ تِمن سمکھہ اتی حضرت خضر علیہ السلام۔ کٔشیرِ ہنٛدی اکثر تِم گام، یِمن ہنٛدِس ناوس ستی ''بل'' چھُ یِوان ، چھِ یہوٗ دبن ہنٛدے وقتہٕ آباد کرنہٕ آمتی (عبرانی ئٕل بنیاوکوٗشر بل) ''خضر بل'' (یعنی سہٕ ناگ یتھین حضرت خضر علیہ السلام بیوٗٹھ ) آسہِ یِمہِ وجہِ موجوٗب ''گُنٛز ربل'' بنیامُت۔ تِکیازِ یہِ گام چھُ وادی ہنٛدِس أرِکس انٛدس پیٹھ ،یێتہِ واریاہہِ پھرِ چنٛگی تہٕ آسہٕ مژٕ چھےٚ ۔یتھ پیٹھ اتھ خضر بل بجایہِ ''گُنٛزربل'' ناو پیوٚو ۔یتہِ چھُ ممکن زِ تژاگ بل آسہِ ہے توراہ بل یُس وادی ہنٛدِس انٛدس پیٹھ یہوٗ دبن ہنٛز گوڈنیچ بستی آسہِ ہے تہٕ یتھ نیک شگوٗنہٕ موجوٗب توراتہٕ رِکس ناوس پیٹھ ناوآسہِ ہے۔ یتہٕ آسبس کٔشیرٕ ہنٛدی واریاہ تژاگ وُچھِتھ لوٗکو ''تژاگہٕ بل'' ناوکوٚرمُت ۔ناوٕ بدلی چھُ پانہٕ نبو باٗلس تہٕ سپٕز مژٕ ۔اتیکی ان پرلوٗکھ چھِ اتھ نوٗبال تہٕ ونان ۔ابتدأیی ناو Nebu

"نبو Nebu بنہٕ یٖمہٕ وجہہ موجوٗب تہٕ ئو بال ...... تکیاز اتھ کوٚہس پٮ۪ٹھ چھہِ
نبوٗ" ناوٕ پوش کھسان ۔ ابتدأیی عبرأنی تأریخک "نبوٗ" بنیاونٔو پوشہِ موجوٗب
نبوٗ بال ۔ مقبرس نش وأتتھ چھُ جھیلِ وولرک سورے شمال تہٕ مغرب زینہٕ گیر
کس مغربی اندس تام نظرِ یوان ۔ یٮ۪تہٕ ابتدأیی یہوٗدی بستیہٕ آسہٕ مژٕ چھےٚ ۔ تکیاز
وادیٔ ہندس أتھی اندس اوسنہٕ آر یو قبضہٕ کوٚرمُت ۔ بالہٕ کر یون پٮ۪ٹھ آسہٕ اتھ
زمانس منز صرف کُنہ کُنہ جایہٕ دردٕ بستیہٕ چھکرِتھ تہٕ بس ! مقبرس عین مقابلہٕ شمال
طرفہٕ چھُ زاگ بلچ گلچ ( درّہ ) شروع سپدان ۔ یُس پرٛانہِ وقتہٕ پٮ۪ٹھ کُشیرِ شمالہٕ
طرفہٕ نبر نیرنچ کُنی اہم وتھ چھےٚ أسمٕژ ۔ یپأری یہوٗدی نو آباد کارو کُشیرِ ہندس
تجارتس پٮ۪ٹھ جان قبضہٕ آسہٕ ہے کوٚرمُت ۔ اتھ پوٚرٕ علاقس یٮ۪لہٕ نوسرٕ تحقیقات کرنہٕ
یِیہٕ ، وومید چھِ زِ وٹلب پٮ۪ٹھ ماژن ناوٕ کوہ تالہٕ تام گرٛھن واریاہ تمہ انکشاف یمہٕ
بڈٕ اہمیت تھاون ۔ فی الحال یٮ۪لہٕ أسی جغرافیأیی قیاسو علاوٕ أزی کس کأشرس اجتمأعی
لاشعوٗرس تہٕ سنو ، أسی وُچھوزِ بنی اسرائیلی نشانہٕ چھِ وُنہٕ تہٕ موجوٗد ۔ یمن منز تھٕہندی
کینٛہہ ناکارٕ چیز تہٕ کأشرٮ۪ن وراثتس اندر آمتی چھِ ۔ مثلاً سیأسی انتشار پسندی ، زر
پرستی ، قبیلہٕ وار تعصب وغیرہ ......

یہٕ مون زِ خواجہ صأبنس تحقیقاتس چھُ وُنہٕ واریاہن جاین دٕج لاگنچ
گُنجأیش ۔ اماپوٚز یہٕ چھےٚ اکھ حقیقت زِ اسہِ پٮ۪ن خواجہ صأب نہٕ کینٛہہ اہم کتھہٕ توٚت
تام مانٛنہِ ، یوٚتام مکمل تردیدی شہادت قأیم گرٛھہِ ۔ یمن واریاہن کتھن اندر چھےٚ
کینٛہہ بڈٕ اہم ۔ مثلاً (ا) یہٕ زِ زینہٕ شاہ صأبنس استانس اندر یُس عصاے شریف
چھُ تہٕ یٖمہٕ کہِ روٗحأنی اثرُک اعتقاد ہتہٕ وادٕ ورٕ یو پٮ۪ٹھ کأشرٮ۪ن مسلمانن تہٕ

(زیارت کرنہٕ پتہٕ ) پانہٕ خواجہ صأبس تہٕ سپُد ، سُے ما آسہِ مشہوٗر عالم عصاے موٗسیٰؑ ۔ یا ( ۲ ) شأدی پوٗری نِش کوٗر حضرت موٗسہنؑ تہٕ حضرت خضرنؑ پتٔم مُلاقات ، تیٚیچ یادگار اتھِنگ سہ استان روٗد ، تیٚیچ یژھ تہٕ پژھ از صرف کأشر بٹن ( دون ڈریاون ہِنٛدِ سنگھم آسنہِ سببہ ) چھےٚ ۔ اکھ اکِس ستی ہِشر کِتھ تہٕ باقی واقعہٕ اگر کأنسہِ دوٗر راز کار تہٕ لبنہٕ یِن تمِیُک مطلب گوٚ ونہٕ یہِ زِ یِتہٕ چھِ زندگی یا ذہنی تژ این پٔتھ کیاہ چھُنہٕ کانْہہ بنی اسرائیلی اثر ۔ یِژس کُن گرٕھتھ چھُ گژھ بن ہِنٛدِ لسنہٕ بسنہٕ پٔتھٕ سانِہن وارِہن ثقافتی نشانن تام یہِ کتاب پرِتھ ٹاکارٕ پأٹھی ثأبت گژھان زِ کأشر بن ہِنٛدِس أزی کِس چلنس ، اطوارن ، کرتوتن ، عقیدن تہٕ تمدنی لوٗ زمن اندر چھُ اکھِ نتہٕ بیکہِ ترایہِ بنی اسرائیلی اثر از تام چلہٕ وُن روٗدمُت ۔ اے کاش یہِ قوم آسہِ ہے نہٕ حضرت موسیٰ علیہ السلامس پتہٕ غضبِ خدا ئیک شکار سپُدمُت ! ( تفصیلہٕ خأطرٕ وُچھوٗ اصل کتاب )

بودھ اثر :۔

اکھ روایت چھےٚ یِتہٕ زِ پانہٕ مہاتما بُدھ آے کٔشیر ( وُچھو چارلس ایلیٹ سٕنز کتاب ہندوازم اینڈ بودھ اِزم ) اکثر مورخن ہُنٛد وُنن چھُ زِ مہاتما بُدھ سُنٛد خاص رفیق آننده سُنٛد چیلہٕ مجھنٛن ٹِکا آو کٔشیرِ منٛز بودھ مذہب پھٔہلاونہٕ ۔ تہٕ تژیم تأریخی شہادت چھےٚ زِ اشوکٔ اعظم آو پانہٕ دوٚیہِ پھِرِ امی غرضہٕ کٔشیرِ ۔ ہیوٗن سانگن وُنن چھُ زِ اشوکن أنی پانژھ ساس بھکشو پانس سٟتی تہٕ بسأوِن کٔشیرِ ۔ تہٕ تمی تھأو سأری کٔشیرِ بودھ سنگھا خأطرٕ وقف کٔرِتھ ۔ اگر سمیٚک توٚ ستو" کتابہٕ ہُنٛد یہِ اطلاع پوٚت وانِہن ہُنٛد خیال پیٚیہِ مانُنہٕ زِ مہاتما بُدھن اوس کٔشیرِ باپتھ پانہٕ فرمومُت زِ کٔشیر

چھےٚ (Land of meditation) ارضِ تفکر تہٕ مذہبی زندگی گزارنک مُلک۔" تیلہٕ پیٚیہٕ اسہِ پتہٕ مائن زِ بودھ مذہبہٕ کس پیغمبرس اوس بکشف یہٕ یقین زِ تسُند مذہب نِو تہٕ پھولہِ کشیرِ منٛز ے۔

از ہیکہِ نہٕ یتھ کتھِ کانْہہ انکار کرِتھ زِ بھارتی بودھ مذہبس (ہنیان عقیدس) مقابلہٕ یوسہٕ شکل مہایان بودھ مذہبن رٔٹ۔ تتھ اند رچھُ کاشرِ ذہانتُک واریاہ دخل۔ کاشری شوٚمتن تہٕ کاشری تخیلن ترٛ وو ابتدٲیی بودھ مذہبس تیٚوت سوٚن اثر زِ اتھ بدلے یہٕ کینْہہ بُنیٲدی عقیدِ۔ کاشرٚن ہنٛدِ اثرٕ ژاو بودھ مذہبس اند رخدایہٕ سُند عقیدِ۔ (یُس برٛ ونْہہ کُن مستقل پوٚتلی پٕز ا یہِ تام ووت)......اتھ عقیدس بودھ تشکیکی فلسفس مِلہٕ ون کرِتھ زاے ہنیانا فِرقس واریاہ شاخ، یمن منٛز ناگ ارجنن مدھیا میکا (درمیٲنی وتھ) جاہٕ مقبوٗل روٗز۔ اسنگھن تہٕ وُسہ بھندوٚن ترٛ اَو پیٚیہٕ اکہٕ فرٕچ بُنیاد۔ یمٕیک اند واریاہس حدس تام ویدانت فلسفس ستی سمان اوس۔ امہِ فرقُک بُنیٲدی عقیدِ اوس "سارٕے ماٚدی کاینات چھےٚ مایا تہٕ محض خیالُک پرتو" یتھے کنہِ نیاو بیا کھ فرقہٕ "ویبھاسا" بودھ بھکشو بُدھ ورمن دزٛ اوامی فرقُک تبلیغ کرنہِ چیٖن۔ ییٚتہٕ تمہِ ۳۹-۴۳۷ءٕ اندر "مہاویبھاسا" کتابہِ ہُند چیٖنی ترجمہٕ کوٚر۔ بیا کھ بھکشو رتنہ چنا اوس "وینایا" فِرقُک عقیدت مند یہٕ ووت ۶۹۳ءٕ منٛز چیٖنس اندر۔ أمی کوٚر ستن سنسکرت کتابن ہُند چیٖنی زبانْی منٛز ترجمہٕ۔ دھرم متر بھکشوون (وفات ۴۴۲ءٕ) کرٕ "بودھ دھیانا" فرٕچہ باہ ۱۲ کتابہٕ چیٖنی زبانْی اند رترجمہٕ۔

ییٚلہِ راجہ کنشکن گورٕ (پرٛس وہ) ہنٛدِ ونہٕ کشیرِ اند رکُنڈل ون (یا کونتلین) جایہِ بودھن ہُند عالمی کانفرنس بلوو۔ اتھ اند ررٕو دی قریباً شبن رتن پنٛداہ شتھ

عالم تہٕ فاضل مہایانا فرقکۍ عقیدٕ وبڑھناوان ۔ تہٕ یمن منز اوس خاص تعداد کأشرِ بن محققن ہُنٛد ۔ یہنٛدۍ پیشوا أسۍ وسوامترا ۔ اشوگھوش تہٕ ناگ ارجن ہوۍ عالمِ ۔ یہنٛدِ فیضہٕ سٟتۍ نصفہٕ کھوتہٕ جادٕ ایشیأیی مُلکن ہتہٕ واد ؤری ین رۄحأنی سرؤر حأصل گۄو ۔ اگرچہٕ امہِ کانفرنسکۍ فأصلہٕ واتناوۍ کأشرِ بوتہٕ باقی مندوبو واریاہن مُلکن منز ...... خاص کر کوشانَن عہدس اندر یہنٛز حکوٗمت سندھ پٹھ ختن تام ؤہرتھ أس ...... اما پوٚز زۄنٛگتام چھنہٕ تمہٕ تژ امہٕ پٔٹھ اتھ آمتۍ یمن پٹھ امہِ کونسلچ سارٕ ے کاروأیی تہٕ فأصلہٕ درج أسۍ کرنہٕ آمتۍ ۔ تہٕ یمن متعلق کوشانَن عہدس اندر یہٕ سرکأری حکم اوس زِ یمن گرٛھن نہٕ کٔشیرِ نبر ییٚنہٕ کُنہٕ جایہٕ ڈالنہٕ یِنۍ ۔ ممکن چھُ زِ سٟتۍ مہِ صدی تام ما آسہٕ ہن یمن فأصلن ہنٛدۍ عام نقل ییٚنہٕ کٔبن بودھ وِہارن منز موجوٗد ۔ یمو منزٕ جیند روہار جادٕ مشہوٗر اوس تہٕ ییٚتہٕ ہیٚوٗن سانگ قریباً دون ؤری ین بودھ فلسفُک مطالعہٕ رۄد کران ۔

امہٕ بودھ کونسلچ اکھ بڈٕ ہش یادگار کأم أس سنسکرت زبأنۍ پأنۍ راونس متعلق ۔ اوٚ تام أسۍ بودھ عالم برہمنن ہنٛدِ عداوتہٕ سنسکرت زبأنۍ تہٕ اکہٕ حسابہٕ رۄشتھ ہوۍ تہٕ تمہ أسۍ پالی یا مقأمی زبانہٕ ورتاوان ۔ ییٚلہِ امہِ کونسلچ کاروأیی آیہٕ سنسکرت زبأنۍ منز تہٕ درج کرنہٕ ۔ امِیُک نتیجہٕ دژ اوٚیہٕ زِ کأشرِ بو عالمو لیچھِ بودھ مذہبس پٹھ سنسکرت زبأنۍ اندر تہٕ واریاہ کتابہٕ ۔ تہٕ یوٚت یوٚت کأشرۍ بودھ مُبلغ وأتۍ ، تتہٕ تتہٕ کوٚرُکھ پانہٕ یمن کتابن ووٚپرٕ زبانن اندر ترجمہٕ تہٕ أنِکھ تتھکۍ لۄکھ بودھ مذہبس کُن ۔ خاص کر کوٚر کأشرِ بو بھکشوو چینس تبتس تہٕ وسطی ایشیا کٔبن مُلکن اندر بودھ دھرمُک پرچار ۔ تہٕ ییٚتہِ چھُ بقولِ شری بامزٕ ے ونُنہٕ یِوان زِ گونا ورمن ناوۍ

کأشرؠ مُبلغن کوٚر ۴۱۳ ہس منز جاوا تام بودھ مذہبٕک تبلیغ ۔ یُس یُس کأشُر بھکشو مہایانا فرقہٕ کہِ یٚیمہِ یٚیمہِ فردی جمأژ ہُند قأیِل اوس، سہ لوٚگ سُے خیال بڑ وٕنہہ بڑ وٕنہہ پکناونہٕ ۔ ۴۰۵ ہس منز ووت ''ساکیا شری بھدراہ'' ناوٕ وی بھکشو تبت ، یٚیتہٕ تمی سنسکرت زبأنؠ منز بودھ مذہبس پیٹھ ستھ ۷ کتابہٕ لیچھہٕ ۔ تہٕ بٔیہ کوٚرُن واریاہن تمن کتابن تبّتی ترجمہٕ ، یم تمی پانس ستی آسہٕ تجمژ ۔ چینس اندر بودھ مذہب واتناونس متعلق آوٕ ونی موختصر اِشارٕ کرنہٕ ۔ یمن علاوٕ تہٕ چھُ سنگھ بوتی ناوٕ وی بیکھ أکی کأشرؠ بھکشو وَن بودھ سنسکرت کتابہٕ (وینایا پتا کا) چینی ترجمہٕ کوٚرمُت ۔ یمن علاوٕ چھےٚ عام رائے زِ چینس اندر بودھ مذہب واتناونس اندر چھُ کُمار جیوتہٕ تِسندؠ زٕ کأشرؠ رفیق (نسأتہٕ وملکھشن) جاہٕ ناما ورٕ ۇ دیٚتی ۔ أمِس علاوٕ اوس شیام بھٹ ناوٕ وی بیا کھا کھ بھکشو، یٚیمی تبتس اندر جادٕ ے شہرت لٔب ۔ وننہٕ چھُ یِوان زِ أمی بنوو تبّتی زبأنؠ ہُند رسم الخط ۔ أمی تہٕ تھأوی ترجمٕچ کأم جأری تہٕ أمی سُند یہِ کارنامہٕ چھُ وُنہِ زِندٕ ے زِ چینی کمیونسٹن تل لگتھ تہٕ چھُ تبت ازتہِ بودھن ہُند مرکزماننہٕ یِوان ۔ مذہبی کامہِ علاوٕ آسہِ یِہندؠ ذٕسی تہذیبی لین دین تہٕ جان پأٹھؠ سپدٕ مُت ۔

تأریخ چھےٚ شاہد زِ ژٕہمہِ صدی تام رُوٕ دی کأشرؠ بھکشو ایشیأیی مُلکن منز یِیتٕک علم خاص کر دینیات تہٕ فلسفہٕ واتناوان ۔ درحقیقت واد سنسکرت کتابو منز چھےٚ اکثر ازیاتہٕ ترجمہٕ شکلے زِندٕ ، نتہٕ سراسر راوِمژ ۔ راوِمژن کتابن اندر چھُ تژٕ بن ہُند تذکرٕ ضروٗری ۔ (۱) گوناڈاسنژ ''برہت کتھا'' یُس یقیناً تمہِ وقتہٕ کُس کأشرِس اندر أسمژ چھُےٚ ۔ تہٕ یٚیمکی کینٛہہ حصہ سنسکرت شأعر وتہٕ عألمو خاص کر کھیشمندرن ''برہت کتھامنجری''، منزتہٕ سوم دیون ''کتھا سرت ساگر'' ناوٕ وی ضخیم کتابہٕ ہنز سنسکرت زبأنؠ

اندر رتأرِتھ زِنٛدِ تھأو۔ (۲) مشہوٗر بودھ فقیہہ ناگ سین سٕنٛز ''ملندہ پانٛہہ'' یُس غالباً کأشرِ پأٹھۍ اُس تہٕ یمکۍ ترجمہٕ ازتہٕ بودھ دُنیہس فیض واتناوان چھُ۔ (۳) ''پنٛج تنترا'' یتھ متعلق مسٹر ہرٹل چھُ ونان زِ یہٕ اُسمُت چھےٚ کشیرِ اندر ے لیکھنہٕ آمُت۔ امِیُک مصنف گُتام ویشنوشرما تہٕ چھُ قیاس کرنہٕ آمُت۔ کأشر بوٚ بھکشوو واتہٕ نأوۍ یہٕ کتاب ایران۔ ییٚتہٕ اتھ پہلوی زبأنۍ اندر برزوین ترجمہٕ کوٚر۔ اتھ ترجمس کوٚر عبداللہ ابنِ المقفعن عربی ترجمہٕ......کلیلہ ودمنہ......ازنہٕ چھُ اصل سنسکرت کُنہٕ تہٕ نہٕ ابتدأیی پہلوی ترجمہٕ۔ بلکہٕ چھُ دُنیہس یہٕ ادبی شاہکار عربی پأٹھۍ اتھِ آمُت۔

اَکِھۍ کنۍ اُس کوشان عہد پتہٕ ییٚتکۍ حکمران وِزیرِ بودھ دھرمکۍ قأیل بنان تہٕ یتھ کنۍ اُسۍ کأشرۍ بھکشو وو پر مُلکن وأتِتھ تیٚتھ حکوٗمت سنبھالان: شیام بھٹ ووت تبت تہٕ بنیاوتیُک وزیر۔ برمکی خاندان ووت بلخ ییٚتہٕ گوڈٕ یہٕ خاندان ''نووِہار'' نأوۍ عبادت گاہُک مُجاورِ اعلیٰ روٗدتہٕ کینٛہہ کالا گژھتھ ییلہٕ مسلمانو بلخ فتح کوٚرتہٕ اَمۍ خاندانن تہٕ پوٚر کلمہٕ تہٕ یحییٰ برمکی تہٕ تُسنٛد نیچو جعفر برمکی بنیاے ہاروٗن رشید سٕنٛدۍ وزیرِ اعظم۔ یِہنٛدِس اَتھس منٛز وسطی ایشیا پیٹھٕ افریقہ تام کرورٕ وادانسانن ہُنٛد قضا وقدر اوس۔ کأشرۍ شہزادٕ رتنہ چنٛدا ہن تژٲوشاہی تہٕ دژا و بھکشو بٔنِتھ چین۔ کچا سلطنٕژ ہِنٛدۍ شہزادٕ کُمار جیوا ہن تژٲوشاہی تہٕ ووت کشیرِ منٛز بودھ مذہبکۍ اسرار ہیچھنہٕ۔ کشیرِ پیٹھٕ دوٗردراز مُلکن ہِنٛدِ امہٕ آوٕ جاوٕ سٕتۍ آسہِ تمہٕ وقتہٕ وارِیاہ تہذیبی لین دین روٗدمُت۔ یمیُک ریکارڈ موجوٗد چھنہٕ روٗدمُت۔ مگر تاثُرات چھِ باقی۔ مثلاً ازتہٕ چھُ پامیر پیٹھٕ جاپان تام عام بودھن عقیدٕ زِ کشیر چھےٚ یِہنٛدِ مذہبُک مرکز۔ ازتہٕ چھُ کشیرِ اندر بودھ اہمسا ہُک یہٕ اثر زِ اکثر مُسلمان تام چھِ کوکرس کھش کرنہٕ وِزِ

بیا کھ کانہہ کھش کرن وول ماہر ژھانڈ ان ۔ تکیازِ تم چھنہٕ پانہٕ کھش کرُن ژ رِتھ ہبکان ۔ سائنس تصوفس تہٕ ادبس منز تہِ چھُ ''دُنیا چھُ کاوِ ہینز وول یے'' ہی خیال بودھ ''وِگنن واد'' Vignanwad فرقس ستۍ رلان ۔ یہ تہِ چھُنہٕ ناممکن زِ بزٕ وٕنہہ کالہِ آسہِ ہے کٲشرِ ہُند آرٹ خاص کر سنگ ترٲشی تہٕ کٲشرِ ہُند فنِ تعمیر خاص کر مہاراج کنِج ِکس دوٚنٹس ہشہِ عمارژ بودھن ہندِ اثرے وٕلِتھ ۔ بودھ عہدس اندر ِرے وٲژ بودھ عالمن ہندِ اتھہِ سٲنی کٲشر زبان علمی معیارس تام تہٕ اتھ اندر آیہِ کتابہٕ لِکھنہٕ ۔ یِمو منزٕ (قیاس چھُ زِ) جادِ کتابہٕ آسہٕ ہن بودھ تخیّل یوتے پیش کران ۔ از اگرچہِ وادی منز بودھ دھرمن ہندی اکثر کارنامہٕ بلکہِ پانہٕ بودھ تام قریب قریب نابوٗد چھِ ۔ اما پوٗز از تہِ چھُ مہایانا بودھن ِکرٕ ٹھ کٲشیر بودھی ستوہ استھان ۔ ہتھ ِکنۍ بٹن تہٕ مسلمانن ریٚش وٲریاپٕر وٲرچھےٚ ۔

## آریٲیی اثر

بودھن زوال انہٕ نس پتھ آسہٕ ییتہِ واریاہ تحریکہٕ اکی وقتہٕ چلان ۔ یمن منز زٕ تحریکہٕ جادِ کامیاب روزٕ ۔ سرکٲری سطحس پتھ حکمران طبقہٕ تہٕ علمی سطحس پتھ کٲشر بن پنڈتن ہُند شیو فلسفہٕ ۔ دون مذہبن ہنز یہِ کشمکش روٗز اکہِ حسابہٕ گُہ مہِ صدی عیسوی تام چلہٕ وٕنۍ ۔ اُٹھمہِ تہٕ نومہِ صدی اندر ریٚلہِ کٲشر شیومت کماس ووت یہِ اوس آریٲیی کلچرُک انتہا تہٕ بودھن ہندِ زوالک ابتدایُس الہ پلہٕ ژون ہتن وٕری ین چلہٕ وُن روٗ دتہٕ چھیکرس پییہ بودھن ہار مانٕنۍ ۔ بودھن ہُند زور کم کرنہٕ پتہٕ آیاے برہمنن زٕ تزٕ ے ہتھ وٕری پٔتن کلچر پھاپھلاونس وقت ۔ مگر سیاسی ہودٕ ہُر بوکوٗر ہندو سماج ژھوٕ ژ ۔ یمہٕ ستۍ رینچن شاہ نہِ اسلام قبوٗل کرنہٕ بزٕ وٕنہےٚ اوس

کٲشِرٕ ہندو راج دوٚہن ہُنٛد مہمان بنیامُت.............

▯ آریٲئی تہذیبک گوڈنیُک عطیہ چھُ شیومت۔ یِمکۍ قایٖل اگر چہ کٲشِرٕ اندر صرف ۶۰۔۵۰ ساس کٲشرۍ بٹہٕ چھِ۔ اماپوٚز امِیُک تہذیبی اثر چھُ کم از کم پیٚتہٕ کہن ژُوٚہ ۲۴ فیصدی تہٕ کٲشِرٕ نبر کروڑ بدبن ہینٛد بن پیمُت۔

''کٲشِرٕ اندر شیو مذہبُک عروٗج'' چھُ پانہٕ اکھ سہٕ موضوع۔ یتھ پٹھ کٲشرِ بو سنسکرت عالمن ہنٛد عہدٕ پٹھٕ اَزی کہن نبرِ مبن نقادن تام درجنہٕ واد کتابہٕ لکھنہٕ چھےٚ آمژٕ۔ انسان چھُ حارٲن سپدان زِ کٲشِرٕ ہِوِس لوکٹِس مُلکس اندر کٲژاہ ذہانت چھےٚ اَسمژٕ۔ یِمیُک سرٕ یِہہ ہتہٕ وادٕرۍ ین چلہٕ وُن چھُ روٗدمُت۔ امِیُک دیومالٲیی عُنصر الگ تھاوِتھ تہٕ چھےٚ ووٗنی یہ کتھ مانہٕ آمژٕ زِ کٲشِرٕ منٛز بسن والین آرین ہنٛز ''عقلیت'' چھےٚ شیو متہٕ نشِے وُزیامژٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ چھےٚ اَمِچ بُنیاد تہٕ توحیدٕ کِس عقیدس پٹھ اَسمژٕ۔ اَتھی عقیدس اَندی اَندی ییٚیہ واریاہ فلسفہٕ یمن اندر اَدویت سکول سارِوے کھوتہٕ جاذِ وِیہ وُن روٗد۔ اتھ مقابلہٕ اوس مقامی فلسفہٕ ''شنویت'' تہٕ پننہٕ اندٕ واریاہ بڑٕوٚنہہ پوٚکمُت۔ یِمکۍ نٔی نُمایندٕ سدیوجیوتی، ہراسپتی تہٕ شنکر آنند اَسی۔ مگر ابھنیو گُپت ہنٛدِ فلسفیانہٕ فِقہٕ پتہٕ روٗدنہٕ یہ سکوٗل جاذٕ کامیاب۔ کاشرِس شیومتس یوسہٕ اَخری شکل دِنہٕ آیہٕ تتھ چھِ ونان ترکہ شاستر۔ یُس نہٕ صرف بھارتی فلسفس اندر بلکہِ عالمی تخیّلس منٛز کاشرٕبن ہنٛدِ فلسفیانہٕ شعوٗرُک نوٚن اضافہٕ مانہٕ چھُ یِوان۔

یُدوے شیومتس اندر قدمہٕ پتہٕ قدمہٕ تجسیمی عقیدٕکی پرتوتہٕ چھِ رلاونہٕ آمتۍ۔ اماپوٚز تجزیٲتی اصولن پٹھ امِچ وبڑھنے کرنہٕ وِزِ چھُ فِکرِ تران زِ امِکۍ تثلیثی عناصر

( شیو، شکتی، اُو ) چھِ فلسفس اندر غیر ثنویت ( بے دۄ گنیار ) غیر ثنویت معہ ثنویت ( بے دۄ گنیار تہٕ دۄ گنیار ) تہٕ عین ثنویت ( بالکل دۄ گنیار ) اختیار کران۔ ترِنٛکہ فلسفچ بُنیاد چھےٚ رۄحانی تجرٕ بن پٮ۪ٹھ، یِمن ہِنٛدِ ذریعہ سالِک صاحبِ اِلہام چھُ بنان۔ ہندونیم دیومالٲیی زبٲنۍ منٛز چھُ بر روایتہٕ بامزٕ ے صاب ونٕنہٕ یوان زِ یِیلہِ فلسفکۍ ۶۴ دبستان نابۄد گٔے۔ شیوجیٚس آو مظلوٗم انسانٔتیس پٮ۪ٹھ رحم۔ سُہ آو سری کنٹھ بٔنتھ کیلاش بالس پٮ۪ٹھ، یِیتہِ تٔمۍ وُرواسہ ناوۍ اَکس بزرگس انسانن صحیح علم واتناوُنُک حُکم کوٚر۔ وُرواسن گٔری پننہِ منہٕ کہِ زورٕ ترٛے نٮ۪چوِی پأدٕ، یِموٚ منٛزٕ اکس (یُس ترِیمبک ناو اوس ) وُرواسن وحدانیت پسند فلسفُک علم عطا کوٚر۔" تاریخی عہدس اندر رٕچھُ وسہ گُپت امہِ فلسفُک صاحبِ الہام بزرگ مانٕنہٕ یوان۔ کٔشیرِ اندر اَسی اتھ عام پأٹھۍ ترٛے شاخ ( اگما، سپندا، پرٕتہ بِجنا ) درٛاٮ۪ہِ۔ یِمن عہدہ پتہٕ عہدہ دینیأتی تہٕ فلسفیانہٕ زٕنٛگ حصہٕ گٔیہِ۔ ( یِہے ونن چھےٚ قریب قریب پرٕتھ تتھ دینیاتی فرقس گُمرٕ یتھ اکِہ انٛدٕ تھد بن عالمن تہٕ بیٚکہِ انٛدٕ ان پرٕ عامس تھٕھ کرٕنی پٮ۪یہِ ) کٔشیرِ منٛز پیوٚ اتھ فلسفس امہِ اندرۄنی دُوعملی علاوٕ بودھن ہِنٛدِس تشکیلی فلسفس تہٕ وشنوی دینیاتس ستۍ تہِ مقابلہٕ کرُن۔ یہ اَس امہِ فلسفچ خوش نصیبی زِ وسہ گُپتس پتہٕ بنےیہ اتھ پرٕتھ عہدہ وِدٛیاساگر کأشری عالم بڑٕ وٕنہٕ پکناون والۍ، یِمن منٛز گلتا پرٕ ویمنا بھٹ، پرج خوجوٗ نا، اُتپل اچاریہ، ابھنیو گُپت تہٕ کھشیم راج جادٕ قابلِ ذِکر چھِ۔ یِموٚ ترِنٛکہ فلسفہِ اندٕ س واتہٕ نوو۔ اکثر اوس ترِنٛکہ فلسفہِ کیٚن ترٛ بن دبستانن اندر اکھ نمایندٕ دینیاتی تہٕ بیاکھ فلسفیانہٕ وضاحت کران۔ ( مثلاً پریتابجنا شاسترن ہُنٛد مذہبی مُفسّر اوس گوڑٕ گلتا پتہٕ بھاسکر۔ سوماننداوس اِمیُک مُفکّر ) تہٕ چھکرس رۄد پریتابجنا

دبستان کٲشیرِ منٛز ابھینو گُپت ہِنٛد خاص راے ترٛیکہ فلسفُک نقطہ عروٗج۔ ترٛیکہ فلسفس چھُ یہِ امتیاز حاصِل زِ یہِ چھُ سہ ویدن، اُپنشِدن ازلی تہٕ ناقابلِ تنسیخ مانہِ نس پتھ زور دِوان تہٕ نہ دُنیاہس محض مایا تسلیم کران۔ بلکہ چھُ ابھینو گُپت گوڈٕ تجرُبہٕ، پتہٕ عقل تہٕ تمہِ پتہٕ اِلہامی کتابہِ ہُنٛد درجہ تھاوان۔ تس نِش چھُ عالمِ ظہوٗر اکھ حقیقت۔ تِکیاز اِمیُک آگر چھُ حقیقت الحقائق (پرمیشور) یتھ آتمن، چت یا شِیو تہٕ ونہٕ پیہِ۔ یتھ نہٕ ہیکہِ کانٛہہ مادی شکل بنِتھ تہٕ نہ چھُ تتھ سون تصورِ زمان ومکان وٲلتھ ہیکان۔ امی باطنی حقیقتُک اکھ تخلیقی پرتو (شکتی) چھُ سون مادی کائنات۔ نٲوِ مہِ صدی پتہٕ روٗدی کٲشیرِ ہِنٛدی اکثر حکمران امی فلسفکی عقیدت منٛد۔ امہِ کِنہٕ عقیدت منٛد حکمرانن اندر چھِ ابتدأیی زمانس اندر پرورسین تہٕ پتہٕ رانا دتیہ۔ دُرلبھ وردھن تہٕ للتادتیہ جاے قابلِ ذِکر۔ کانٛہہ کانٛہہ راجہ اوس بیک وقت شیومتُک قایِل آستھ تہٕ ویشنوی عقید تھاوان۔ مثلاً اونتی ورمن، یُس عُمرِ شیوداس اوس تہٕ مرن وِزِ وُنُن کوٚتھ چھُ ویشنوی۔ حکمرانن ہنٛز مذہبی رنگارنٛگی اٚس کُنہِ وقتہٕ اکھا کس خلاف تیٚز تیز گرٛھان زِ تِتھی کٲشیر اندر رُیتہِ مذہبی رواداری اکھ مسلمہ آصوٗل چھےٚ روٗزمٕژ، گیہِ واریاہ تِم تہٕ حکمران پاد، یِمو پننہِ نبن مخالفن تشدُدُک انتہا کوٚر تہٕ مندر لُٹاوِ۔ کیٚژن حکمرانن پننہِ پٔنُن اقتدار قایم تھاونہٕ خاطرِ بقولِ پی، این کے بامزے ''پانہٕ بُت پرست آسِتھ تہٕ دیوی دیوتاہن ہِنٛدی پوٗتلی گالِتھ روپیہ بناونہٕ۔'' یِمیُک نتیجہ یہِ دراو زِ شیو فلسفہٕ روٗد کتابن اندر تہٕ عملہِ کوٚ ومنٛجہٕ نتہٕ ژھےٚ یہِ کیٚژن رسمن منٛز تہٕ بس۔ تاریخ چھُ شاہد زِ حکمرانن تہٕ رعیتن ہنٛزٕ امی فرقہٕ بندی تہٕ سیٲسی افراتفری ہِنٛدِ وجہ اوس کٲشیرِ ہِنٛدِس عام نظامس، اسلام پننہٕ برٛونٛہہ واریاہ کالُک سوسُر ژامُت۔

یوٗ تام آرین ہنزِ دینی زبانٕی یعنے سنسکرتس تعلق چھُ ـ یہِ چھےٚ اکھ مانٕی ہٕز کتھ زِ کاشر بن عالمن تہٕ شاعرن ہُند یُس حصہٕ اتھ اند رچھُ، تتھ چھنہٕ حال حال تام بھارتی وِدھیا ساگر مُقابلہٕ کٔرِتھ ہیکِہٕ متی ـ بلکہٕ اگر أسی شری پی، این پُشپہ سٕنز رائے مانو، سنسکرت شاعری ہنٛدِس فنس منٛز چھُ کٔشیرِ ہُند ۸۵ فی صد حصہٕ ـ (وُچھو ’’سنسکرت ادب کی نشو دنما‘‘ مطبوعہ رسالہ گُلریز‘‘ مارچ ۱۹۵۳ء) پُشپ صابنہٕ رایہٕ مطأبق چھُ سنسکرت شاعری ہنٛدی بُنیأدی عناصر مثلاً طرزِ نگارش (رِیت) اِشاریت (دھون) جذباتی لذت (رس) امتیازِ اظہار (وکرو کھشی) موزونیت تہٕ مناسبت (اوچیتیہ) تہٕ بیٚیہٕ وارِیاہن شعری نظرِیَن اند ریٚتہٕ کٔو سنسکرت شاعروتہٕ أدیبو تمہٕ تنقیدی تہٕ فن کارانہٕ یاد گار ترٛاوِمٕژ ـ یِمن وژأے سنسکرت ادب چھُ زٕھوٚژ روزان ـ اگر چہ درجنہٕ واد شاعرن ہُند کلامہٕ (بلکہٕ ناو تامتھ!) چھِ سأنیٚو پرٛانیٚو راوِ رِی متی ـ توتہِ یہِ کینٛژھا سنسکرت سرمایہٕ دُنیا ہکیو غأیلو نشے بچیامُت چھُ، سُہ چھُ تیوٚت تھدِ پایہٕ زِ أسی ہکو تتھ پیٹھ ازتہِ فخر کٔرِتھ ـ پرٛانہِ عہدِ ییٚلہِ وٕلبھ دیون تہٕ شری ورن ’’سبھا شتاولی‘‘ ناوی ییٚتہِ کِبن سنسکرت شاعرن ہنٛدی زٕ دیوان جمع کٔری، یِمن منٛز أسی بالترتیب ۳۶۰ تہٕ ۳۸۰ شاعرن ہنٛدِ کلامکی نموٗنہٕ تھاونہٕ آمٕتی ـ

پنڈت کلہنہٕ سنٛدِ ونہٕ موجوٗب چھُ ییٚتیُک گوڈنیُک سنسکرت شاعر ’’کنڈک‘‘ ناوی اوسمُت ـ یُس راجہ تونجین سنٛدِ وقتہٕ تریمہِ صدی بکرمی منٛز اوس ـ دوٚیم شاعر اوس بھرتر میٹھ یمی سُند سرپرست ماتری گُپت اوس ـ ماتری گُپت اوس وِکرمادتیہ سنٛدِ طرفہٕ کٔشیرِ ہُند وایسرائے تہٕ پننہٕ وقتُک مُلک الشعراء ـ بلکہ چھُ ڈاکٹر بوداجی تہٕ شری پچھمی دھرہ سنٛدِ ونہٕ موجوٗب یوٗہے مشہوٗر کالی داس اوس مُت ـ کأشرٕ پوٚت

وانوٕ سنسکرت شأعروٲس یہِ روایت چلہٕ وٕنی تھاوٕمژ زِ اگر ادبہٕ نبر تہٕ کُنہٕ علمی موضوعس پیٹھ لکھُن آسہِ ہے تہٕ اوس نظمس اندرٕ ے لکھنہٕ یوان ۔ مثلاً تاریخ، مذہب، آیوروید فلسفہٕ، گرامر، تصوف وغیرہ وغیرہ۔ چنانچہ توأریخی شأعری اندر چھِ کلہن، جون راج، شری دھر، پراجیہ بھٹ، سشک، ڈرامأیی شأعری اندر بھاس، بلہن تہٕ ہرش۔ مذہبی شأعری منز منکھ، شیوسوامی، اُت پل دیوتہٕ جے رتھ ۔خألص شأعری منز میٹھ، جاہن، بھلٹ شتک، بلہن تہٕ داموٗ درگپت ۔فلسفیانہٕ شأعری منز ابھینہ گُپت تہٕ بییہٕ درجنہٕ وادعألِم۔ الغرض کٲشیرِ منز ٲسی اکھ ساس وٕری علاوٕ سأری عام تہٕ خاص سنسکرت زبأنی مُتی مُتی گمتی ۔ عام لُوکو منزٕ او بھٹ، مُکل بھٹ ، بھٹ قوت، اریک، مایک تہٕ شنکلک پیٹھ جیا پیڈ، مُکتا پیڈ، رینادتیہ، ہرش تہٕ اونتی ورمن ہوبن مہاراجن تام اوس سنسکرت شأعری کُن سُہ لگاو تہٕ عشق ۔ییمکی اکثر یادگار رأوِتھ تہٕ یہِ کتھ کھرٕ چھے گژھان زِ سنسکرت ادبس ہٹھ چھُ کأشرٕ بن ہُنٛد اکھ لازوال احسان، ییژ ہن تہٕ چھُ شُکر زِ ہتہٕ واد شأعر رأوِتھ تہٕ......ییمن منز کینٛہہ مُکتا کُن تہٕ آنند وِردھن ہوی مأنی متی عألِم تہٕ ٲسی ...... بچے یہِ کینٛہہ ہرفن مولا فنکار تہٕ عألِم (مثلاً کھیمندر تہٕ ممّت) ییم نہٕ سراسر گال کھاتس گییہٕ۔

شأعری ہندِس اتھ شوقس وُچھِتھ یہِ نتیجہ کڈُن چھُنہٕ صحیح زِ سنسکرت نثر کیاہ اوس بییہٕ سراسر نابوٗد۔ ممکن چھُ زِ کلہنس بزٕ ونٛہہ ٲسی کاہ تاریخی کتابہٕ ییمو منزٕ ٲمی راج ترنگنی ہندِ خأطرٕ مواد کوٗڈ، آسہٕ ہن نہٕ سراسر نظمس اندر۔ چنانچہ سوم دیوٕنی کتھا سرت ساگر وُچھِتھ چھُ محسوٗس سپدان زِ سنسکرت نثر اوسنہٕ کأشرٕ بو بالکل ترٛ وومُت ۔اماپوٗز امیکی چھِ سبٹھاہ کم ادبی نموٗنہٕ ریژھراونہٕ آمتی ۔

سنسکرت زبأنی أسی اکھ طرفہٕ ہتہٕ وادٕ ورٕ ین سرکأری سرپرستی حاصل تہٕ بیٚکہِ طرفہٕ عألمن ہُند قلم فِدا۔ عاچ زبان أس کأشر۔ یوسہٕ سنسکرتس مُقابلہٕ سٮ۪ٹھاہ کم ظرف أس۔ توے رٕو زسأنی زبان سنسکرتہٕ أندرٕ رٮ۪ووسہٕ چارتہٕ گوبرژھانڈان۔ تیٚیچ نِشان دہی ازتہٕ ہیٚکہِ سپدتھ۔ تہٕ پٔزِس کُن گرِھتھ چھُ سأنِس ثقافتی تأریخس اندرٕ ریٚہ کتھ یادتھاوِنی لایق زِ سنسکرت زبأنی ہُند چھُ کأشرِ زبأنی پٮ۪ٹھ سٮ۪ٹھاہ بوٚڈ احسان!

## اسلامُک اثر

ژودأہمہِ صدی اندرٕ ییٚتھٕ ہندوحکوٗمژ زوال آو، کٔشیرِ ووت اسلام۔ تیٚمہِ پیٚتہٕ کٔس ثقافتس پٮ۪ٹھ انٛدٕ نوٚوٕے اثرترٛووتہٕ نوبرٕ دیٚت۔ اگرچہ پیٚتہٕ اکھ تأریخی واقعہٕ چھُ زِ امہِ صدی برٛونٛہہ أسی مُسلمان یوروأتی متی۔ یِمن منٛز حمیم بن سامس متعلق یہِ تام چھُ وننہٕ یوان زِ تمی أس محمد بن قاسمہٕ سٕندِ سندھ فتح کرنہٕ پتے کٔشیرِ اندرٕ رگوڈٕ نیچ مسجد تعمیر کرٕمٕژ۔ تہٕ بیٚیہِ أسی بیٚیتہٕ کیٚہہ ہینٛدی راجو محموٗد غزنوی سٕندِ وقتہٕ پتے کأشرِس فوجس اندرٕ مُسلمان لأگی متی۔ بالخصوص ہرش دیو (۱۰۳۹۔۱۱۰۱) سٕندِ وقتہٕ۔ مگر پوٚز گوٚو یہِ زِ یِمن نوآبادکارو ہٕندِ ذٔرۍ اوسنہٕ بیٚیتہٕ تیٚوٗت جاذٕ ثقافتی اثر پیٚنُک امکان۔ یوٗت مسلمانن ہنٛز حکومت قأیم سپدنہٕ پتہٕ تأریخن ہوو۔ (حالانکہِ کلہن نہٕ لیکھنہٕ موجوٗب چھُ بُت شکنی سببہٕ ہرشتہٕ نیم مسلمان!)

حضرت عبدالرحمان بلبل صأبنہِ تبلیغہٕ ستی ییٚلہِ رِنچن شہن اسلام قبوٗل کوٚر۔ امی وقتہٕ پٮ۪ٹھ لگی بیٚیتہِ مسلمان بارسس ینہِ۔ سلطان صدرالدین رِنچن شہس پتہٕ اگرچہ کوٹہٕ رانہِ تہٕ ادھون دیون ہندو اقتدار قأیم تھاونہٕ خأطرٕ کأفی کوٗشش کرے یہِ۔ اماپوٚز شہمیرس مقابلہٕ چلٕو نہٕ یِمن کینٛہہ۔ شہمیری تہٕ ژک خاندان

بنے یہِ عملاً کأشری ۔ اگرچہ شہمیر اوس سوات علاقُک تہٕ غازی ژُکن بُڈی بب بوڑہٕ علاقُک ۔ یِموپأنی روو کأشر طرزِ معاشرت تہٕ تمدُن تہٕ کأشر زبان تہٕ ثقافت[5] یِیمہِ موجوٗب یِمن ہُند عہد کأشرِ بن ہُنٛدُ ے عہدِ حکوٗمت چھُ مانہٕ یِوان ۔ یِمن پتہٕ آے ۱۵۸۶ء اندر مُغل ۱۷۵۳ء اندر پٹھان ۱۸۱۹ء اندر سِکھ تہٕ ۱۸۴۶ء اندر ڈوٗگرٕ ۔ سأنس سیاستس اندر رچھُ یہِ اکھ عجیب واقعہ زِ یوٗت جاہٕ کأشرِ بن پنٕنی قومیت تہٕ خود مختأری قأیم تھاونس پٹھ اِصرار روٗدمُت چھُ ۔ تیوٗت چھُ سأنس تأرِ تخس اندر پرٛتھ عہدِ یہِ المیہ نظرِ گژھان زِ کأشری امیر و وزیر چھِ وو پر حکمرانن ژھانڈنہِ درٛاہمتی ۔ ہندو عہدس تہٕ سپدِ یی تہٕ مغل، پٹھان تہٕ سِکھ تہٕ آے تتھے کنی کٔشیرِ پٹھاوٗلی کرنہٕ ۔ اماپوٗز بچارو ڈوٗگرو کڈی نقد پوٗنسہٕ تہٕ ہیرٕ کھ کٔشیر مٔلی ۔ تہٕ پٔہنز پانژہٕ ستتھ ۷۵ لچھ (نانک شأہی) روٗپیہِ چھنہٕ اکِہ حسابہٕ وُنہِ تہٕ نکھٕ وژہٕ مرٕ!

سلطان شمس الدین شہمیری ہِندِ وقتہٕ پٹھٕ پٹھانن ہِندِس عہدس تام (۱۳۳۹۔ ۱۸۱۹ء) اگرچہ وارِیاہ پھِرٕ سیأسی نیٛاے چلہٕ وِنی روٗدی ۔ اماپوٗز عام کأشرِس تہذیبس اندر روٗد ایرانی ثقافتُک اثر چلہٕ وُن تہٕ یِتہٕ کِنہٕ اولیاہن، شأعرن تہٕ فنکارن ہِندِ خأرا تہٕ گوٚ ویٛتِیک معاشرٕ تیوٗت بدلان بدلان زِ کٔشیر بنے یہِ پٔزی پأٹھی ''ایرانِ صغیر'' ۔ ایراہٕکی ثقافتی نِشانہٕ روٗدی کأشرِس شعوٗرس اندر رتیٖتی سٔنی موٗل دِتھ زِ ڈوٗگرٕ عہدس اندر ییم یِم مغربی تہذیبکی پرتو کٔشیرِ پییہِ ۔ تِم گٔیہ نہٕ ایرانی اثرن مقابلہٕ عامس منز تیٖتی مقبوٗل ۔ تِکیازِ مسلمانن ہُند عہد آو تمہِ وِزِ بارسس یِیلہِ کأشرِ بن ہُند ذہن پرٛانہِ نظامہٕ نِش تیوٗت تنگ اوس آمُت زِ پرٛتھ کانہہ ثقافتی اضافہٕ اوس یِوان یوٗ اأنی لوٗکن شرٛپان ۔ امہِ وقتہٕ اوس بقولِ اوتار کشن رہبر'' اکھ

پرٛؤن نظام دم ہاران تہٕ نوٚ و زمانہٕ زنم لبان ۔ پرٛؤن زمانہٕ اوس یِمے پرٛان ہی ترٛ اوان تہٕ اکھ نوٚ و تہذیب اوس پننٕہ مؤل ڈرراوان ۔ تہٕ مُسلم کلچرُک صحت مند تہٕ پایدار اثر اوس پننہٕ وتھ ہاوان ۔'' ہتہٕ وادؤرکہ ین أسی سادات ایران ( بالخصوص میر سید علی ہمدانیؒ ، ) ایشانِ کشمیر ( بالخصوص نوٗرالدین نورانیؒ ) حکمران طبقہٕ ( بالخصوص بڈٕ شاہ صأب ) تہٕ فارسی زبان تہٕ ادب عوأمی شعوٗرس اکہِ انٛدٕ نوِ تہٕ ویہِ وٕنی انقلابکہ وتہٕ ہاوِ کر بٔنِتھ بے شوٗنکی پأٹھی پھانٛپھلاوان ۔ نٔوس تہٕ پرٛأنس انداز فکرس انٛدر اوس نہٕ صرف مذہب بدلاوُنے یوت یِوان ۔ بلکہِ چھُ تاریخ شأہِد زِ وازٕ وانہٕ کبوٗ گردِشو پیٹھٕ نشاط باغہٕ کس حُسنس تہٕ ہارِ پربتٕ قلعہٕ کس جلالس تام یِم یِم زندگی ہنٛدی شعبہٕ چھِ تِمن منز آونوبر ، تھزر ، بجر ، سلیقہ تہٕ وقار ۔ اتھ ثقافتی انقلابس رٕ دلل دیدٕ ہُنٛد تہٕ شیٚخ نورالدین نوٗرانیؒ سُنٛد اخلاقہٕ تہٕ معرفتہٕ بوٚ رُت کلامہٕ زنتہٕ آبِ حیاتٕچ کأم دِوان تہٕ فارسی ادبٕچ شیرینی سگ دِوان ۔

کٲشرِ ہُنٛد نرگن فلسفہٕ تہٕ عجمی تصوف گٔیہٕ تِتھٕ کٕنی رلہِ مِلہٕ زِ کٲشرِ انٛدر رنیاوا اکھ نوٚ و سلسلہٕ عرفان ...... سلسلہ ریشیہ ...... حبہ خاتوٗنہ ہٕنٛدِ دستہٕ گٔیہ ایرانی تہٕ کٲشر موسیقی تِتھٕ کٕنی اکھأکس ستی مدغم زِ اگر أسی اتھ الگ دبستان موسیقی تہٕ ناو کرو تتہٕ چھُنہٕ ناجأیز ۔ أزی کٕہن کٲشرِ ہُنٛد عام لُسُن بسُن أسِن یا عادات واطوار ، ادبی مذاق أسِن یا توٚ ہمات ۔ دستکأری انٛد رقألین بأفی أسِن یا پیپر مأشی ، ڈٕوٗن ہچہ کأم أسِن یا سوزن کأری ، ریشم سأزی أسِن یا سنگترأشی تمدنی زندگی منز فنِ باغبأنی أسِن یا فنِ تعمیر ۔ المختصر زِندگی ہٕنٛدِس یتھ شعبس پیٹھ أسی از نظر ترٛ اوو ۔ اتہٕ ہِن اسہٕ ایرانی یا توٗرانی پرتو نتہٕ اسلأمی اثرات لبنہٕ ۔ یتھ انٛد رمرزا حیدرٕ ہِنٛدس باورچی نغز خانہٕ سُنٛد

تام حصہٕ چھُ۔ یِم کٲشیرِ ہنٛز شال باف ہونرعرٕ جس واتہٕ نو و۔ مسلمان عہدِ حکوٗمتس منٛز آیہِ موٗکلبن ہنٛدی پوٚند تامتھ ایرانہٕ تہٕ افغالستانہ پٲٹھ یورانناونہٕ۔ یِمن ہنٛدی موٗ اَسی کھوان چھِ۔ کٲشرِس دماغس گوٚو ایرانی تہذیبک سٕہ پوٚند زِ از ییلہِ اَسی ژودأہمہِ صدی برٛونٛہہ عہدٕ کی تہذیبی نشانہٕ ژھانڈ و، اَسی وُچھو زِ یِم یِم نِشانہٕ ییتھ مقالس اندر رہاونہٕ آے تِموعلاوٕ چھِ صرف کینٛہہ لُکہٕ ادبکی تصور، کینٛہہ رسم ورواج، کینٛہہ سمأجی اطوار تہٕ ییٚہِ شیٚے ۶ فیصدی غأر مُسلمن ہُند مذہب یوتےٚ کم جاہٕ پرٛانہِ ڈٲنجہِ روٗزِتھ۔ تِتیٚ مہٕ پھیوٚر کأشرِ زندگی ہنٛدِس پرٛتھ شعبس اندر ایرآنی رنٛگ ییتھ اندر رہنٛدی تہٕ مسلمان ہوی شریک روٗدی۔

فارسی زبأنی آیہِ سرکأری سرپرستی باگہٕ تہٕ کأشری گیہِ اتھ پتھ شیدا۔ ییٚمیُک نتیجہ یہِ دژاو زِ ییتھِ کنہِ سانوٚ سنسکرت شاعروپنہٕ نوٚ علمی تہٕ ادبی شاہکار وٕستی بھارتس اہرٕ ییٚہہ نو و، تیتھے کنہِ کوٚر سانوٚ فارسی شاعرو تہٕ عألمو قریباً پانٛژن ہتن وٕری ین فارسی زبأنی اندر سٕہ سرمایہِ تیار زِ ایرانس پوٚ مأنٕن زِ کٲشیر چھےٚ فارسی سُخن وری اندر تہِ ایرانِ صغیر۔

یُدوے ڈاکٹر محی الدین صوفی ہنٛدِ وننہٕ موجوٗب اَسی کٲشیرِ منٛز ۲۴۳ فارسی شأعر (مُغلن برٛونٛہہ ۱۷۔ مُغلن تہٕ پٹھانن ہنٛدِ عہدِ ۱۹۳۔ سِکھن تہٕ ڈوٗگرن ہنٛدِ وقتہٕ ۳۳) اماپوٚزیہِ چھُ قطعاً ممکن زِ اتھ شمارس نبر تہِ آسن واریاہ سُخن ور۔ یِمو منٛز واریاہن شأعرن ہنٛدی صرف ناوٕ ے یأتی چھِ روٗدی ٕمتی تہٕ ادبی کارنامہٕ رأو ی ٕمتی۔ واریاہ علمی تہٕ ادبی کارنامہٕ چھِ تِمن قدرِ شناس وأرِشن یاقأبضن نِشہِ روٗدی ٕمتی۔ یِمو پہنٛدی مُصنف تام راہٕ رأوی۔ بلکہِ چھےٚ کینٛہہ ترٛیشہِ کتابہ تہٕ روزٕمرٛہ، یِمن بیک

وقت اکہِ علاوٕ مصنف چھِ قیاس کرنہٕ یِوان ۔ یتھ مقالس اندر چھنہٕ پیٚٹھ گُنجائیش زِ تِمن ہنٛزٕ وادعالمن تہٕ شاعرن ہُنٛد فنی تبصرٕ پیٚیہِ کرنہٕ یِہنٛدی قلمی فیضہٕ ستی فارسی زبان ۱۸۸۵ء ہس تام کٲشرِ ہنٛز سرکاری زبان روٗز ۔ البتہ عام روایتن پیٚٹھ پژھ کرِتھ چھِ کاشرٕ بن صاحبِ دیوان شاعرن اندر حضرت یعقوب صرفیؒ، حضرت بابا داوٗد خاکیؒ، اکمل الدین بدخشی اکملؔ، نامیؔ، مظہریؔ، ذہنیؔ، اوجیؔ، فصیحیؔ، فہمیؔ، فطرتیؔ، مشتریؔ، بدیعیؔ، فروغیؔ، فانیؔ، بیہقیؔ، غنیؔ، استغناؔ، جویاؔ، گویاؔ، نافعؔ، مغنیؔ، فائقؔ، ساطعؔ، مُشتاقؔ، نُصرتؔ، یکتاؔ، صہباؔ، ہادیؔ، حیاؔ، آذریؔ، رائجؔ، شعریؔ، محویؔ، کبیریؔ تسکینؔ، بہاؔ، توفیقؔ، ہمتؔ، یکتاؔ، فاخرؔ، ناظمؔ، مُقبلؔ، مُلا فصیحیؔ، محمد صالحؔ، مرزا داراب، جویاؔ، کامران گویاؔ، حاجی اسلم سالمؔ، مُلا بینشؔ، حاجی حیدر، محمد اشرف یکتاؔ، عبدالغفور ناؔمی، خواجہ حبیب اللہ حبیؔ، شاہ زوریؔ، محمد معروفؔ، مُلا عشقیؔ، عطا اللہ بہا، مُلا محموٗد والا، مرزا مُجرمؔ، اسداللہ نحویؔ تہٕ شیوا بیترِ یِوان ۔ حالانکہِ یِمو منٛزٕ اکھ وایاہ تِم بزرگ تہٕ (مثلاً صرفیؒ، اکمل، خاکی بیترِ) یِمن ہنٛدی علمی کارنامہٕ، ادبی کارناموٗ تہٕ تھٔدی اَسی ۔ تِتھِنے ہرفن مولا بزرگن منٛز چھِ یِوان مُلا احمدؔ، نوٗر اللہ دیوانی، مُلا حبیب اللہ شہید، خواجہ حسن کول، خواجہ عبداللہ غازیؔ وغیرہ ۔ خالص تأریخ نویسی منٛز اَسی قاضی حمید، محمد اعظم، حیدر ملک، سعد اللہ، عبدالوہاب نوٗریؔ تہٕ محی الدین مسکین ۔ یِمن منٛز سِکھ جیونہِ عہدِ کی تِم شیٚے مشاہیر کشمیر تہٕ چھِ یِوان ۔ یِہنٛز منظوم ثقافتی تاریخ سیاسی انقلابو موجوٗب اڈلیچی روٗز ۔ فارسی عہدس اندر اٲس وُہ پر شاعرن تہٕ کٲشرِ کُنٛے رزٕ لُجمٕ ۔ طغرا مشہدی، گلشنی شیرازی، علی اکبر ہراتی، رحمت اللہ بُخاروی تہٕ بیٚیہٕ وارِیاہ شاعر (مثلاً میر علی ایرانی، مُلا اشرف ویریؔ، نوٗرالدین

شارق وغیرہ) لگِہ پیٚتی بسنہٕ تہٕ غیر کشمیری انداز فکر تہٕ ادبی رِوایژ پھاپھلاونہٕ۔ پیٚتکی
سأری سخن شناس لگی ایرانی مذاق پأنی راونہٕ۔ یِیمِیُک نتیجہِ یہِ دژاو زِ کأشرِ بو پنڈِتو تہٕ
کٔری فارسی ادبس اندر رموٗلی اضافہٕ۔ یِمو شاعرو منٛز جاۂ مشہوٗر شری ور، ژندرہ بھان
بچھمی رام سرؤر، آنند رام کارِہلو، بھوانی داس کاچرو، دھیارام کاچرو، ست رام بقایا،
آفتاب بھان، روپہ بھوانی تہٕ کیلاش دھر اُسی۔ اتھ اثر پزیری اندر چھنہٕ صرف
مشہوٗر ایشیا شیخ یعقوب صرفیؒ ہنٛز گونا گون تصانیف یا ژےسون قابلِ فخر وِرثہٕ
روٗ دمُت۔ بلکہِ اتھ عہدس اندر رچھِ لالہ ملک شہید ہوی گُمنام شأعر تہٕ پننہٕ انٛدٕ قابلِ
داد۔ (ملک صأبن اُس ''سوانح غوث العظمؒ'' نأوی ۱۰۰ ابأتھ لیکھی متی۔ یِمو منٛزٕ
پرتھ بأتہٕ منٛزٕ حضرت شاہِ جیلانہٕ سُندٕ زینہٕ تأریخ تہٕ تأریخ وصال نیران اوس!) سأنی
کینٛہہ شأعر چھِ فارسی ادبہٕ کیٚن مخصوص صِنفن اندر صاحبِ طرزِ سخن ورتہٕ مانہٕ
یِوان۔ مثلاً منظوٗم سوانح نگأری منٛز حسن قاریؒ، ہجو گوٗیی منٛز محمد کاظم تہٕ اسد اللہ
شگوٗن، عأرفانہٕ مثنوی اکمل الدین بدخشیؒ۔ رزمیہ نگأری منٛز حمید اللہ اسلام آبادی
بیتر۔ سُخن وری ہنٛز یہِ روایت چھِ از تام چلہٕ وِنی روٗزمٕژ۔ حالانکہ پٔتی موشیتو ۸۰
ؤری یو پیٚتھ نہٕ چھےٚ فارسی زبأنی سرکأری سرپرستی حأصِل نہٕ چھےٚ پزأنی پأٹھی یہِ
زبان گرٕ گرٕ پرناونہٕ یِوان۔ مولانا حیرتؔ، شمس الدین غمگینؔ، مبارک شاہ فطرتؔ،
محمد طیب شاہ غضنفرؔ تہٕ محمد امین داراب چھِ یِیمہِ کتھِ ہنٛدی زندٕ گواہ زِ سأنِس ثقافتس
اندر چھُ فارسی ادبُک روٗح شرٛ وِہمُت۔ یِیمہِ موجوٗب سأنِس روزمرٕ کأشرِس اندر
کم از کم ترٛہہ ۳۰ فیصد لفظ فارسی (تہٕ امہِ کے ذریعہ عربی) زبأنی اَندرٕ چھِ وأتی
متی۔ نہ صرف چھِ سانہِ کأشرِ زبأنی فارسی لفظ وؤزِم تُلی متی۔ بلکہ چھِ کأشرِس ادبس

اندر فارسی نموٗنسے پێٹھ واریاہ اصناف سُخن وُزنیاۓ متۍ۔ یتہٕ چھےٚ اکھ حقیقت زِ فارسی آمیز کاٗشرِس مقابلہٕ کرے یہِ کاٗشرِ بوٚ سنسکرت آمیز کاٗشر چلہٕ وُن تھاونچ جذباتی کوٗشش۔ مگر یہِ کوٚنڈرے کھۄژنہٕ پیٚتہِ! تہٕ کُنہٕ مُلکہٕ کِس ثقافتی تاریخس اندر رچھےٚ زبانۍ تہٕ ادبچ یہِ اثر پزیری اہم ترین درجہ تھاوان.........

چھیکرس چھُ روزان ساںہٕ زندگی ہُنداکھ شعبہٕ......سیاست......یتھ اندر کاٗشرِ بن پژتھ عہدِ پرٛونی ناوچھےٚ روٗزمژ۔ ساسہٕ وادوٚرۍ ین درجہٕ وادنظاموٚمنزٕ نیٚرِتھ تہٕ رود سون سیاسی شعوٗر یاحدِ کھوتہٕ جاد تیز۔ یمہٕ ستۍ خانہٕ جنگی سون مُستقل پیشہٕ بنیا و یاحدِ کھوتہٕ جاد خودغرض۔ یمہٕ ستۍ ووپرن ہنزٕ حُکمرانی شاباش شاباش کرنس پیٹھ اسہٕ فتح متبٔن بتاگوٚو۔ امہٕ سیاسی بے راہ روی ہندی چھِ واریاہ وجوٗہات، یموٚمنزٕ کینٛہہ خاص وجہ یم چھِ: (۱) سون مُلک چھُ رقبہٕ کِنۍ لوکُٹ تہٕ ییٚلہِ اچھ خودمختاری قایم آیہٕ تھاونہٕ تیٚلہِ توٚگ نہٕ ساںہٕن نادان تہٕ عیش پرست حکمرانن محدوٗد وسیلن اندر گزار کرُن۔ اقتصادی بدحالی ژلراونہٕ خاطرٕ ییٚلہِ کاٗشرِ بوٚ انٛدی پٔکی علاقہٕ فتح کوٚر، یِم لُکھ پننہِ کھوتہٕ جاد مُفلس تہٕ کاٗشرِ بن کیاہ دِہن۔ (۲) ییٚلہِ ییٚلہِ کاٗشرِ بوٚ امیر ووزیرو سیاسی مجبوٗری موجوٗب یا ذاتی اقتدار قایم تھاونہٕ موجوٗب نیٚبرِم حکمران کٔشیرِ واتہٕ ناوِی، کیٚہ کال گژھِتھ گوٚو تِمن پتاہ زِ وو پرچھُ کٔشیر چھاونہٕ نہٕ زِ دعوت دِنہٕ والین پلالہٕ کرنہٕ آمت۔ (۳) ییٚلہِ ییٚلہِ اورے کانٛہہ غاصب کٔشیرِ منٛگلاونہٕ آو، تس نِش نہٕ اوس کاٗشرِ بن یہِ توقع زِ ئسہٕ کرِ کانٛہہ سو چھ، نہٕ یہِ بزانتھ زِ ئسہٕ تژاو۔ توٚت تام کٔشیر قبضہٕ یوٚت تام نہٕ تٔسنٛد مرکز چھلہٕ چھانگر گژھِ۔ ژوٗرِم اہم وجہ، یُس ییٚتہٕ چھِ سیاسی پریشانی ہُند باعث روٗدمُت چھُ، چھُ یہِ زِ کٔشیر چھُ

ساسہ وادٕ ری ین ہِنٛدِ ثقافتی ارتقاء موجوٗب پٔنُن اکھ خاص تہذیب تہٕ تمدُن ۔ پٔنُن تاریخ تہٕ پٔنُن اکھ انٛد ازِ فِکر ۔ پٔنٕنۍ زبان تہٕ پٔنُن ادب، یِمن ہِنٛز حد بندی اگرچہ گُریس، ٹِٹوال، چناری، پونچھ، راجوری، پٔتٕھی ٹاپ، بھدرواہ، زنسکار تہٕ دژ اس کٔبن سرحدی مقامن انٛدرٕ ے چھُ محدوٗد ۔ اما پوٗز اتھ خِطس چھےٚ اکھ مخصوص اِنفرادیت ۔ یتھ ستی کاشرین اکھ جذبأتی لگاو چھُ ۔ أکِس لوکٕٹس مگر ذہین قومس یِیٚلہِ اکہِ طرفہٕ پٔنٕنۍ قومیت زِنٛدٕ تھاوٕنک اکھ جذبأتی جوش آسہِ تہٕ بیکہِ طرفہٕ مأدی وسیلن ہِنٛزِ کمی موجوٗب ہمسایٔن ہُنٛد محتاج تہٕ روزُن پیٚیہِ ۔ اتھ قومس چھےٚ پیٚر در پیٚر ذہنی نا آسوٗدگی روزان ۔ ییٚمیُک عام نتیجہِ یہِ چھُ نیران زِ اتھ چھُ معأشی بحران تہٕ سیأسی انتشار بیک وقت چلہٕ وِنۍ روزان ۔ یِمن ژونہٕ وِنۍ صوٗرژن ہِنٛدِ سببہٕ گوٚو کأشرین انٛدر احساسِ کمتری پأدٕ ییٚمیُک نتیجہِ یہِ دژاو زِ اسہِ رووخود اعتمأدی ہُنٛد جوہر تہٕ اسہِ کوٚرپنہٕ ژھوٚزِ چالاؔ کی سیاست ناو۔ اگر نہٕ سأنِس سیأسی شعوٗرس یہِ غأیلہِ آمُت آسہِ ہے، تیٚلہِ آسہِ ہے سأنۍ ثقافت تمام منزلو نیر تھ انسأنی تہذیبہٕ خأطرِ اکھ نموٗنہٕ پیش کران ۔ تِکیازِ کٔشیر چھےٚ شاید کُنُے سہٕ مُلک، ییٚتہٕ قریب قریب دُنیاہکٕبن سارِنے تھدبن کلچرن ہِنٛدی پرتو وأتی تہٕ لوٗکو کٔری جذب ۔ امہِ ارتقأیی سِلسِلک انٛد چھُ کأشرین ہِنٛدِ شرافتِ نفس ۔ چنانچہِ کٔشیرِ ہُنٛد تاریخ چھُ گواہ زِ یِیٚلہِ بقولِ شون برگ ''کأشرین ستی سہٕ سلوٗک تہٕ کرنہٕ آو، یُس نہٕ فرعونَن یہوٗدین ستی تہٕ کوٚر مُت آسہِ ۔'' یا یِیٚلہِ ''دُنیاہس منٛز کُنہِ مُلکس انٛدر انسانہٕ سِنٛز حالت تیوٗت حسرت ناک منظر پیش چھنہٕ کران یوٗت کأشری چھِ کران روٗدی متہِ ۔'' تیٚلہِ تہٕ روٗد کأشر سخت جان انسان پنٕنہِ تھزِ ثقافتہٕ کہِ خأراتہٕ تمہِ زمانٕکی خواب وُچھان، یتھ

اندر تسنز شرافت پزٕ رپزٕ راوِ تہٕ شیطانس دکہٕ دِیہٕ۔ یہاۓ شرافت وُچھتھ پیو مُغلن ہنزِ غلامی تل لگنہٕ وِزِ تہٕ ابوالفضلس لبکھن زِ ''یُد وے کٲشیر چھے آبٲدی گنز تہٕ روپیہٕ نایاب، اما پوٚز خالی چھُ یمن منز کانہہ ژوٚریا و بچھ وُن۔'' مُغلو پتہٕ یِیلہٕ کٲشرن ہنزِ شرافژ باپار کرنہٕ آو، سائنی ثقافتن روٚٹ سہٕ رنگ یتھ ڈیشتھ وار یہو وہ پرٕ قلمکارو کٲشرن متعلق تمہ پچھ کتھ لیچھ، یم نہٕ کٲشرو بحثیتِ قوم سرِ مزٔ ے آسہٕ!



فُٹ نوٹ:۔

۱ کٲلی داسنہٕ سنزِ ''میگھ دُوت'' ناوِ نظمہِ اندر چھُ یکھش (ہیرو) کیبر اسُند اکھ مُلازِم گنز راونہٕ آمت۔

۲ خدایہٕ کرو تو یہٕ زمینہٕ کہِ اکہِ انزٕ پیٹھٕ بییس اندس تام سارِنے قومن اندر چھلہٕ چھانگر۔ (کتاب اِستثناء باب ۲۸ آیہ ۶۴)۔

۳ یتھہٕ کنزٕ اتھی گامس بالکل مقابلہٕ شمالہٕ طرفہٕ ''دھرم ہوم'' گامس ناو بگزِ یاو۔ کٲشرِ اندر چھُ یہِ گام دردن ہنز گوڈنچہ بُستی آسنہٕ سببہٕ ''درد ہوم'' او سمُت۔ یتھ ہندو عہدس اندر ''دھرم ہوم'' ناو کرنہٕ آو۔

۴ اتھ زمانس منزٕ اوس افغانستان تہٕ کٲشیر ...... تمہِ وقتُک گندھارا...... اکُے خطہٕ یا صوبہٕ مانہٕ یِوان۔ گندھارُک اٰخری راجہ اوس ترلوچن، یُس محمود غزنوی سِندِ خوفہٕ کٲشیرٕ ژلِتھ آو۔ ژود اٰہمہِ صدی اندر ییلہِ سُلطان سکندرن گندھارس پیٹھ حملہٕ کوٚر۔ اُمی کوٚر امی صوبہٕ منزٕ او بھند پورچہ شہزادِ ستی نیتھٕ رلیس بڈشاہ زاو۔

۵ یمو تھو وکٲشرِ زبانی ہُند شاردا رسم الخط تام چلہٕ وُنے بلکہ چھُ بامزٕ ے صاًب یہِ تام ونان زِ مسلم عہد منزٕ تہٕ روٚز سنسکرت زبان قریباً ہتس وُری یس سرکٲری زبان۔

# کٲشِرِ پیٹھ مُغلن ہُنٛد حملہٕ تہٕ قبضہٕ
# (یعنی کٲشِرِ ہٕنٛزِ غلامی ہُنٛد ابتداء)

عام کٲشُر بن چھنہٕ وُنہِ خبر زِ کٲشیر زینان کوتاہ جلیکھ چھُ موغلو مور مُت۔ نہ چھُ سانٮ۪ن پٔرِ وِنٮ۪ن فارسی یا سنسکرت پرنس کُن کل، یُتھ زن عام نے توتہٕ تہِ ہیکہٕ ہن زأنِتھ زِ کٲشیرِ کوتاہ چھُ پنٕنی آزأدی قایم تھاوِنہٕ باپتھ لوٗ ڈُمت۔ ۱۵۸۶ء عیسوی پیٹھہٕ نہٕ چھُ کٲشری پأٹھی کانٛہہ توأریخاہ لیکھنہٕ آمُت۔ یِتھ بوزان بوزان ان پرزانہٕ ہن اسہِ کُمو وجہو موجوٗب رأو آزأدی۔ جاےٚ کھوتہٕ جاےٚ چھِ اسہِ یِژِ خبر زِ کٲشیرِ أسی کرتامتھ کٲشری مسلمان حکمران، یِمن منٛز ژک خاندان پُتم حکمران طبقہٕ اوس۔ ممکن اوس یِژ ہن تام تہِ آسہِ ہے نہٕ یاد۔ اماپوٚز ژکن مخالفت تہٕ وقاحت کرنہٕ خٲطرِ رُوٗد کٲشیرِ منٛز پیٚرن ہُنٛد اکھ طبقاہ چلہٕ وُن، یِمن صرف یِتے یوت پتاہ چھُ زِ ژک أسی حضرت شیخ حمزہ مخدوٗمؒ سٕنٛدی مخٲلف۔ اگر یِم ان پر پر تأریخ پرہن، یِمن ترِ ہے فِکرِ زِ اوّل أسی نہٕ سأری حکمران ژک حضرتِ شیخؒ سٕنٛدی مُخٲلف کینٛہہ۔ دۆیم ژکن اندر اگر کینٛہہ عأب تہِ أسی، اماپوٚز یِمن اوس تیوٗت حُب الوطن زِ موغل أسی تِمن وُچھِتھ نوز دِوان۔ ترٛیم چھنہٕ سانٮ۪ن وارِیہن پیٚرن یہِ خبر زِ یِیمہِ وقتہٕ ایشان صأب (شیخ یعقوب صرفیؒ) تہٕ دیٖد بابہٕ صأب (حضرت بابا داوٗد خاکیؒ) اکبر پادشہس کٲشیرِ پیٹھ حملہٕ کرنہٕ خٲطرِ دِلہِ (دہلی) گیہٕ، تمہٕ برٛونٛہہ أسی موغلو پانٛژ ہن

ؤرِی ین کٔشیر زیننہٕ خٲطرٕ حملہٕ کٔری مٕتؠ۔ بیٚیہ اوس تمہِ وقتہٕ اکبر پادشٲہس ژون پانٛژن ؤرِی ین ہُنٛد مذہب اسلام ترٛٲوِتھ پننہٕ نٔے اکھ دیسی دھرما ''دینِ الٰہی'' ناوس پیٹھ رٲئج کوٚرمُت، یہ چھُنہٕ صرف سانین پٔرِ وِنین ہنٛزِ ہے یٲژ جہالت بلکہ سٲنی مورخ تہِ چھِ موغل شہنشاہ اکبرس ''جلال الدین محمد'' ناوس مٮ۪ٹھی کران رٕودی مٕتؠ۔ حالانکہ اکبرؔس اوس نہٕ سُہ دپنہٕ یِمہٕ ''جلال'' سانین تٲریخ لکھن والین دُژیوٚت چھُ کران رٕو دمُت۔

یِہے عام غلط فہمیہ وُچھِتھ پوٚمے خیال زِ یتھ مضموٗنس اندر کرٕ بہٕ ژھوٚٹ پاٚٹھی موغل حملن ہُنٛد اکھ خاکہٕ پیش۔ یتھ وُچھِتھ سٲنی عام پٔرِ وِنی یہ زانن زِ امہِ عہدچہ کٲژاہ شوٗبہٕ دارر بوایژ چھےٚ وُنہٕ تہٕ سانہٕ سیاسٹک حصہٕ روزمژ تہٕ أسی کوتاہ چھِ پننہٕ مُلکہٕ کہٕ تٲریخہٕ نِشہٕ بے خبر تہٕ امہِ بے خبری ہنٛد بو بدنتیجوٕ ستی کٲژاہ یِروِنی ناوچھےٚ سٲنِس قومس گمژ۔

قِصہٕ چھُ یہ زِ یِلہٕ سُلطان حسنؔ شاہ ۱۴۸۴ء ؤرِی یہ موٗد، کٲشرِن امیرن ؤزیرن گیہ زِ وتہٕ ...... یہ مرض رٕو دکٔشیرِ وُنیوٚ کتام چلہٕ وُن۔ اکہِ کھٮ۪چہِ کوٚر محمد شاہ پسند تہٕ بیکہِ کھٮ۪چہِ فتاح شاہ۔ شہمیری خاندانٔس اندر رٕودیہ نیاے اکہِ نتہٕ بیکہٕ وجہ أخرس تام چلہٕ وُن۔ چنانچہ محمد شاہن بیٚہنو وُکھ پانٛژ پھرِ تختس تہٕ فتاح شاہ ترٛیہ پھرِ۔ امیروزیر أسی گراأ ِکس تختہٕ پیٹھ والان تہٕ بیٚیِس کھالان۔ گراپانہٕ وٲنی معاہد کران تہٕ پھٹراوان۔ لۆکھ أسی اتھ خانہٕ جنگی منٛز پہنہٕ آمتی۔ کٔشیرِ اوس پادشہن تہٕ امیرن ہنٛدِ دستہٕ زنتہٕ شکسن نال وؤلمُت۔ أتھی وقتس اندر رووت یور شمس الدینؔ عراقی۔ یسنٛدِ تبلیغہٕ ستی حکمران طبقس منٛز سیأسی ہوٕ دِہربو علاوٕ شیعہ سُنی اعتقادن

پٹھ لڑایہِ ووژِہ۔ لۆکھ گیہِ تیتی یلہٕ زِ ییلہِ محمد شاہ دۆیمہِ لٹہِ بادشاہ اوس، شیعہ سُنی فرقہٕ بندی پٹھ سبزِ خان پورِ ساںٛبن حکمرانن اندر اکھ خۆن ریز لڑاۓ ییتھ اندر بقولِ حسن شاہ مورخ سداہ شتھ ۱۷۰۰ کاںٛشری مارنہٕ آے۔ کاںٛشرِس تارٖیخس اندر رۆدیہِ ناسۆر حال حالے تام پرٛیڈۆن۔ تکیازِ امی عہدہٕ پٹھ لگی ساںٛنی مذہبی ''رہنما'' تِمن فروعی کتھن پتہٕ، ییمن ہیچھنہٕ وژاۓ تہٕ کاںٛشری مُسلمان روزٕ ہن۔

سلطان فتاح شاہ ییلہِ ترٛیمہِ پھِرِ تختس بیوٗٹھ، امیرو، وزیرو کری کشیرِ ژور حصہٕ۔ ییمن منز پادشاہس کیٛتھ تہٕ اکھ حصہٕ تھووٗکھ۔ باقی ترٛے حصہٕ رٹی ترٛیو لیڈرو۔ تہندی ناو اٲسی ملک کاجی ژک، جہانگیر پڈٕر تہٕ شنکر رینہٕ۔ حکومتس منز دژایہِ یہِ باںٛج وٕٹھ تہِ نحس تہٕ کشیرِ ہنز خارجی پالیسی گیہِ امہِ عہدہٕ پتہٕ ناکام۔

محمد شاہ یُس تختہٕ پٹھ والنہٕ اوس آمُت، ووت دِلہِ (دہلی) مدد ژھانڈان ژھانڈان۔ امہِ وقتہٕ اوس سکندر شاہ لودھی ہندوستانک شہنشاہ لَس آیہ نہٕ پرٛژھ زِ کشیرِ چھاپیرٛ دُنہٕ ۂژھِمژ زِ معزۆل بادشاہ آو کوٹھس نِشہِ جنگی مدد ژھانڈنہِ۔ چنانچہِ ونن واٲلی چھِ ونان زِ تمی سۆزی ترٛہہ ساس فوجی محمد شاہس ستی کشیرِ۔ ہنری کِنی محمد شاہس مدد کرنہٕ خاطرِ اٲندری کِنی کشیر پانہٕ ژاپنہٕ باپتھ۔ از چھُ اسہِ فکرِ تران زِ محمد شاہن یوسہٕ روایت تمہِ وقتہٕ کھرِ کر، سو رۆز پتہٕ ہتہٕ وادٕری ین چلہٕ ونی۔ اسہِ منزٕ ییلہِ کانٛہہ پادشاہا یا لیڈراہ کشیر ہارِتھ رۆد۔ سُہ گوٚو کُنی ٹِکہِ دِلہِ تہٕ اوٗنُن عوام بجر اونہٕ خاطرِ دِلہِ پٹھ فوج!

مورخ چھِ لیکھان زِ لودھی فوج ووت راجوری تام۔ تہٕ فتاح شاہ پادشاہ سٕندی امیر وزیر لگی ژوکھرِ کرنہٕ تہٕ پادشاہس دکہٕ دِنہٕ۔ ملک جہانگیر، شنکر رینہٕ،

کاجی ژَک، تہٕ نُصرت رینہ (یِم فتاح شٲہنی بٔڈی ہوی نواب آسی) وژاے محمد شاہس نِرآلہٕ وِنہِ (سانیو مُلکی لیڈروچھےٚ یہ روایت وُنہِ تہٕ قٲیم تھاوِمژ!)

اِوِکنی پیوٚنہِ محمد شاہس سوٗرے لودھی فوج کٔشیرِ ولتہٕ ناوٕن۔ فتاح شٲہنی دربٲری پانس کُن یوان آوتس دارِ کِنی اَنُن۔ محمد شاہن اوٚن کم جاہ لودھی فوج پانس سٟتی تہٕ فتاح شاہ ژوٗل نوشہرہ یٟتہٕ سُہ کیہہ کال گٔژھتھ زن تہٕ اکھ بچارا موٚد۔ کاجی ژَک بنیوو وزیرِ اعظم تہٕ سُہ گوٚو لودھی فوجس راجوری پیٹھ دِلہٕ کُن دِکہٕ دِنہِ۔

پٔژس کُن گٔژھتھ اوس کاشر بو امیرو وزیرو منٛز ملک کاجی ژَکے یوت اکھ سُہ مُدبّر لیڈر یسٕنزن رگن اندر ''کشمیریت'' آس۔ باقی امیرو تہٕ وزیرو منٛز آسی اکثر صرف پننہِ اقتدارِ خٲطرِ حالِ حٲران۔ چنانچہ یِتہِ کیوٚ ژورو لیڈرو (ملک علی، ابدال ملک، ریگی ژَک تہٕ لوہر ماگرے) کرٲٹ تہٕ نیکھ کاجی ژکس پرایم منسٹری۔ کاجی ملک ووت اتھن پھوکھ دِوان نوشہرہ۔ یٟتہٕ اُٹھن رٹن زنتہٕ اکھ پناہ گزین روٗد۔

امہِ پتہٕ کیہہ کال گٔژھتھ یٟلہِ لودھی خاندانس بابر شہنشاہن شکست دیُت تہٕ موغلن ہنٛز حکومت گیہِ شروع۔ موغل سلطنت ہندوستانہٕ کِس مشرقس تہٕ جنوٗبس کُن زیٹھر اوٚنہِ بڑوٚنہہ پیوٚ بابر پادشہس کٔشیرِ نِنگلاونک ظون۔ تمی سوٗز اکھ بوٚڈ فوج کوچک بیگ ازبکی تہٕ شیخ علی ترکی ہنٛز کمانہِ تل کٔشیر زینہٕ خٲطرِ۔ یٟلہِ یہِ فوج نوشہرہ ووت اتہِ اوس کاجی ژَک اکھ ریفیوجی۔ مگر تمی سوٗمبرٲوِی اپارِ یپارِ واریاہ سِپاہ تہٕ گوٚڈ نیچ لڑٲے لٔج آتی۔ حسین خان تہٕ غازی خان ناوِی کاجی ژکہٕ نیوٚ دوٚیو نیچیو کڈ موغل فوجس گرد۔ موغلن ہنٛزن کلہٕ کھاپر بن گیہِ ڈیر۔ کمانڈرژٕ لِکھ اتھن پھوکھ دِوان۔ تہٕ کٔشیر بچیہ موغلن ہنٛدِ گوٚڈنِکہِ حملہٕ نِشہِ...... افسوٗس چھُ زِ سٲنی

اکثر تأریخ آیہ امہِ ؤری یہِ پتہٕ۔ بلکہِ موغل قبضہٕ گژھنہٕ پتہٕ......لکھنہٕ ییمہِ وجہ موجوٗب حکمران طبقن اسہِ نِشہِ تِمن لڑاین ہُنُد پوٗر تفصیل واتہٕ ناونہٕ دِتے نہٕ۔ یمن منز کأشرو موغلن شکست چھُ دِیتمُت۔ موغلن دکہِ دِتھ آو کاجی ژَک کٔشیرِ۔ اُمِس آو شاندار استقبال کرنہٕ۔ محمد شاہ پادشہن بنوو یہِ پنُن خاص مصاحب۔ مگر وُنہِ اوس نہٕ یہِ یارانہٕ ڈٔنجہِ بہأنی، ییٚلہِ کأشرو امیرو، وزیرو سٕہ فسادا ٹُل ییمہِ موجوٗب محمد شہس پوٚز وٕہتھ ژُلن تہٕ کأشرِس تختس پیٹھ آو سلطان ابراہیم بیہہ ناونہٕ۔ اُمِس بچارس اوس پنہٕ نے آلُژھ تہٕ پادشاہی کیاہ کرِ ہے۔ بٔڈ لورِ دستارا تختس پیٹھ تھأوِتھ اُسی امیر و وزیر کٔشیرِ جأگیر دأرِ یاہ کران، ییمہِ وجہ کٔشیرِ اُس دہن رأوہِرٕ گاو تہٕ کہن اُس نہٕ اتھِ یوان۔

ہُپأری اوس موغلن تیلأنی۔ تِم اُسی اتھن ژٕلی ہوٗان زِ کیاہ کٔشیر ہیوٚ لوٗٹ مُلک تہٕ دِیا تاتاری بہدُ ورن شکس۔ تِم اُسی کُنہِ ہیتس پژ ارأنی ییٚلہِ نوشہرہ پیٹھ علی رینہ تہٕ ریگی ژَک نأوی دو یو خط لدامیر و پننہِ طرفہٕ ابراہیم ماگرے کوٚ ڈ بابر شہنشاہس نِشہِ مدد منگنہٕ۔ ماگرے صأبس آیہِ مُہر چھلہٕ کرنہٕ تہٕ اُمِس ستی آے وُہ ساس (۲۰۰۰۰ ) موغل فوج سلطان ابراہیم ہٹاونہٕ خأطرٕ کٔشیرِ سوزنہٕ۔ یہِ فوج ووت نار ژاپان ژاپان بانِگل پرگنس منز......ہِری ـکِنی کأشر بن خانہٕ جنگی نِشہِ بچاونہٕ تہٕ أندری ـکِنی کٔشیر پانس کُن وٹنہِ۔ کأشرو کرِ یاو پنٕنی ـکِنی سبٹھاہ کمال تہٕ ہتہٕ واد موغل سِپاہ گاجیکھ۔ اماپوٚز یہِندِ بن کمانڈرن اُس جأگیر دارو پنٕنی ذہنیت شرٔ وٕ پرأوہِرٕ تہٕ یم اگرچہِ أکی ہے کمانڈس تل اُسی۔ یہِندی دِل اُسی چھلہٕ چھانگرِ تہٕ یہِند کمانڈ اوس اوٚگرِ تھوٚ گرِ۔ نتیجہِ سپُد یہِ زِ اتھ جنگس اندر موٗدی واریاہ کأشری کمانڈر۔ ییمہِ

موجوٗب عام فوجُک حوصلہٕ ؔگریوو۔ تہٕ کاشُرۍ کھوٚشکس تہٕ دولت ژٔک تہٕ کاجی ژٔک ژٔلی اتھن پھوکھ دِوان ۔ تہٕ موغلو کوٚر قتلِ عام شروع۔ لۆکھ کیاہ فوج گالان گالان ووت موغل فوج سری نگر، ییٚتہِ ابراہیم شاہ اکھ موٗنتھُن ہیوٚ اوس۔ یہِ اوس ۹۳۶ ہجری یِک منحوٗس ؤری۔ ییمہِ ؤری یہِ موغلو بزورِ شمشیر کٔشیر زیٚنٕ تہٕ محمد شاہ تختس بیہنو و۔ موغلو کٔری کٔشیرِ ژور حصہٕ تہٕ دِتکھ ژون نوابن...... ملک ابدال، لوہر ماگرے، ریگی ژٔک تہٕ علی رینہ ہس۔ پننہِ مرضی ہنٛدی نواب ژاٚرِتھ تہٕ کٔشیرِ تیتھ کنہٕ تقسیم کٔرِتھ، یُتھ بزٕ ونہہ کُن پوٚرٕ قبضہٕ کرنس منٛز جاہ تھانتھ ییہِ نہٕ، دزاے موغل پنُن اہرِ بیہناوِتھ واپس۔

وُنہِ اوس نہٕ ؤری تہِ گوٚمُت زِ بابرٕ سُنٛد بوے مرزا کامران دزاوبٲے ہنٛدِ اجازتہٕ کٔشیرِ پیٹھ حملہٕ کرنہٕ۔ ٲمی تُلی ترٛہ ساس (۳۰۰۰۰) سپاہ ستی تہٕ ووت نوشہرہ۔ اتہِ پیٹھٕ آے مرزا مُجرم (یا محرم) بیگ تا شلقی تہٕ شیخ علی ازبکی کٔشیرِ موغل فوجکی کمانڈر مقرر کرنہٕ۔

کاشُرین توٚر رووٕنی فِکرِ زِ موغلن چھُ بدل اِرادٕ۔ تہٕ تمن ستی آو فریب کرنہٕ۔ شاید اوس یہِ گوڈنیُک وقت ییلہِ کاشُرۍ پننہٕ سارۍ اختلاف ٲکِتھ کُن تراٛوی۔ تہٕ تم دزاے بحیثیتِ قوم حملہٕ آورن یلغار کٔرِتھ۔ عام کیاہ خاص گٔیہ ٲکی ہیے جھنڈس تل جمع۔ کاجی ژٔک آو گھکھر علاقہٕ منٛزٕ کاشُرین ستی شانہٕ بہ شانہٕ موغلن ہُنٛد مقابلہٕ کرنہٕ۔ فوجی نظام آو تمہِ ڈنجہِ چلاونہٕ زِ موغلن توٚرنہٕ اتھٕ واجن گامس تام وٲتِتھ تہِ فِکرِ زِ کٔشیرِ منٛز کیاہ سپدِ کانہہ خاص مقابلہٕ۔ اتھٕ واجنہٕ گٔیہ فوج اکھٲ کس مقابلہٕ تہٕ کُل کٔشیر آیہِ بہ یکدم موغلن خلاف ژٔستھ۔ موغلن ہنٛدِس تارٕخس اندر

چھُنہٕ یُتھ شِکس لِکھنَے آمُت، یُتھ اتھٕ واجنہٕ تِمن کھیوٚن پیوٚ۔ مُجرم بیگ تہٕ شیخ علی لگی کأشرٕ ن زارٕ پارٕ کرِتھ صلح کرنس پیٹھ آمادٕ کرنہِ۔ کأشر بوٚیِیلہِ بأنٛگل لڑایہِ ہٕنز پوٚرٕ ژٕکھر کٕڈ تہٕ تِمو مون موغلن ستی صلح کرُن۔ خانقاہ معلیٰ آو اکھ عہد نامہٕ لِکھنہٕ، ییٚمیُک لُبِ لُباب اوس موغلن موچھِ وٕٹھ ژُلن تہٕ مٔند چھنس تنہٕ نہٕ کرنہٕ خأطرٕ مرزا کامرانہٕ ہِنٛدِ ناوٕ کینٛہہ تحفہٕ وتحایف ''بجایہِ نظرانہٕ'' پانس ستی نِنۍ۔ دولت ژٕک تہٕ ابدال ماگرے گٔیہِ پکھلی تام یِمن دکہٕ دِنہٕ۔

ہورُکن دڑاے موغل تہٕ یِپارٕ لگی کٔشیرِ ہِنٛدی امیروزیراکھأ کِس تِچھنہٕ جنگہٕ دوہن یُس اتفاق اوس، سُہ لوٚگ چھلہِ چھلہِ گژھنہِ۔ تہٕ کٔشیرِ آیہِ بڈٕ ونٛہی موٚ ژورو بجایہِ ووٚنۍ پانٛژ حصہٕ کرنہِ۔ پأنٛژِم بوگ دڑاو کاجی ژٕکنہٕ خأطرٕ۔ نظامِ حکومت گوٚ وِینٛہہ پژٕ اَنی پأٹھی چھلہٕ چھانگرِ۔ عامس کُن نہٕ اوس پادشہس توجہ تہٕ نہٕ نوابن۔ صرف اوس پارٹی بأزی ہُنٛد دور دورٕ تہٕ پادشاہ اوس نوابن ہِنٛدِس اتھس اندر زنتہٕ کٹھ پُتلی، یُس تِم اورٕ یورٕ نژناوان أسۍ۔

مرزا کامرانن لوٚگ موغلن ہِنٛدِس شکسس پیٹھ اتھٕ ژاپنہِ۔ مگر امہِ وقتہٕ اوس نہٕ موغل فوج ییٚہِ کٔشیرِ پیٹھ حملہِ کرنس پیٹھ موکُل۔ قیاس چھُ زِ مرزا کامرانن یا بابر پادشاہنے ووتہٕ لوو پنٛن رشتہٕ دار امیر کاشغر (سلطان محمد سعید خان) کٔشیرِ پیٹھ حملہٕ کرنہٕ خأطرٕ۔ نتہٕ اوس نہٕ اوٚت تام رِتچن شاہنہِ وقتہٕ پیٹھٕ تبتہٕ وتہٕ کانٛہہ حملہٕ آور یور آمُت۔

امیر کاشغر روٚد تبت زینان تہٕ پنٕہٕ نِس نیٚچوِس سُنٛد نیٚچُو ...... مرزا حیدر سوٚزُن ۱۴ اساس پٔتھری تہٕ ۷ ساس شہسوار فوج ہیتھ کٔشیرِ لُرٕ پار کرنہِ۔ امہِ وِزِ اوس محمد شاہ کٔشیرِ ہُنٛد پادشاہ پأنٛژِمہِ پھِرِ بناونہٕ آمُت۔ کأشرٕ ن اوس مرزا حیدرس

مقابلہٕ کرنٕک طاقت اماپۆز یِمن گُس کرِ ہے مُنظم۔ علاقہٕ وارناٚظم اٚسی اکھاٚ کس کھنبس پتہٕ لگِتھ۔ یِموٚ تِھُے بۆ ز زِلار طرفہٕ آیہِ بلاے وُتھِتھ، یِمو دِنٕ زٔٹ تہٕ ژٔلی۔ ژٔلنس انٛدر رۄ دیِمن اتفاق! توے گیہِ ہانٛجک قلعس انٛدر قریباً ساری جمع۔ لۄکو کریو وپننہِ طرفہٕ سخ مقابلہٕ مگر بے ربط فوج اگر سبٹھاہ بۆ ڈ تہِ آسہِ، سُہ چھُ پۆتُس شِکس کھوان تہٕ یِہنٛدی حملہٕ چھِ حملہٕ دٕل بنان تہٕ ختم گژھان۔ کاشغری رۄ دی بڑ وٕنہہ بڑ وٕنہہ پکان تہٕ کٔشیرِ لتہٕ موٚنڈ کران۔ سرینگرس پیٹھ قبضہٕ لٔبِتھ دژاے کاشغری مرازٕ گُن۔ صحراے بابل ناوی اکس جایہِ سپُد کاٚشر بے سرفوج کاشغرین بیٚیہِ مقابلہٕ۔ مگر کاٚشرٕ بن اٚس پننہٕ نوٚلیڈر روُنہٕ واٚجمٕژ تہٕ تِمہٕ کپاٚری گژہٕ ہن کامیاب۔ شُراہ شتھ (۱۶۰۰) سِپاہ گاٚلِتھ لگی کاٚشری ژٔلنہِ۔ کاشغری فوج دوریوو یِمن پتہٕ تہٕ دِپان ہتہٕ واد کاٚشری پھاٹہٕ وِکھ لِدٕ رٕ دٕری یاوس انٛدر رٔشِمن رٔتن کٔشیرِ تاراج کران کران تہِ تھوو کاشغری فوجن محمد شاہ کاٚشرٕ بن ہاونہٕ خاٚطرٕ تختس پیٹھ۔ امہِ ستی چھُ یہِ قیاس یِوان کرنہٕ زِ امہِ وِزِ اٚسی تِم صرف حکومت کرنہٕ بجایہِ موغل اہرِ یٚہناونہِ آٔمتی۔ لۄکو یٚیلہِ یِہنٛد ظُلم وتشدد حدٕ بڑ وٕنہہ نیران ڈیوٚٹھ، تِم گیہِ بیٚیہِ کاجی ژکس اٚنٛدی اٚنٛدی جمع۔ گوریلا جنگ لۄگ تیزٕنہِ۔ یٚیمہِ ستی کاشغری فوجس ذرا فکرِ توٚر زِ کاٚشری گیہِ نہٕ رام چنانچہِ درجنہٕ واد حملو پتہٕ لگی تِم صُلح کرنہِ۔ یہِ چھُ یاد تھاونس لایق زِ یٚیلہِ کاٚشرٕ بن ستی کاٚنسہِ حملہٕ آورن صُلح ہیوٚت کرُن، کٔشیرِ ہنٛدی "تحفہٕ تحایف" اٚسی گوڈِ یوان درج کرنہٕ۔ مرزا حیدرٕ سنٛدٕ بن تحفہ تحایفن منٛز آیہِ محمد شٲہنی کوٗرتہِ تھاونہٕ، یِس مرزا اسکندر شاہ ولدِ سعید شٲہس ستی نیتھٕر آو کرنہٕ۔ لۄٹ کھسوٚٹ وٕٚتھ دژاے کاشغری کٔشیرِ منٛزٕ تِمہِ وقتہٕ یٚیلہِ فصل وٕنٕک وقت اوس قریب قریب ختم گوٚمُت۔

زمیندار أسی نہٕ اۆت تام نبر ہبکان نیرِتھ تہٕ وَوٕہن کیاہ؟ چنانچہ بۆل آوژ پرک وَوٕنہٕ، یُس نہٕ ہرُ دتام پۆزحتہٕ سپُد۔ نتیجہٕ دژاو یلی زِ کشیر ووتھ سہٕ دژاگ، یتھ اندر بقولِ حسن شاہ مورخ...... ''مالو کھئیہٕ پننٕ نچوی تامتھ۔'' تہٕ زِ حصہٕ آبادی گیہٕ اتھ دورس منز فنا۔ محمد شاہ گو وسبٹھاہ پشیمان تہٕ پریشان تہٕ مۆد اتھ ہاوان۔ ۱۵۳۷ء۔ ۹۴۴ ھ لیس منز۔ أمی سندِس جانشینس پتھ تہٕ رؤزٕ امیرن وزیرن ہنز لڑأے چلٕہٕ وٕنی۔ شمس الدین بنوو کیٛژن رتن پادشاہ۔ یہٕ بچار مۆد پنٕہٕ نی قضاہ۔ تہٕ کاجی ژکن بنوو پنن زامتُر اسماعیل شاہ کشیرِ ہُند پادشاہ۔ کشیرِ آے ترٛ بن ''حاکمن'' ہنٛدِ خاطرِ ترٛ ے حصہٕ کرنہٕ۔ پادشاہس اکھ، کاجی ژکس اکھ تہٕ سید ابراہیمس اکھ۔ اۆت تام اوس نہٕ کاجی ژک فرقہٕ بندی کران۔ وونی لۆگ سُہ نہٕ وانہٕ شیعہ فرقٕچ طرفدأری کرنہٕ۔ تہٕ أمی سندین مخالفن بنیو وہِتھ تہٕ تموتُل أکتھ کنی کشیرِ اندر فتنہٕ فساد تہٕ پتھ کنی گیہٕ ابدال ماگرے تہٕ ریگی ژک دِلِہ (دہلی) کُن فریاد کرنہٕ۔ اگرچہٕ امہِ وقتہٕ اوس ہمایوں زُو بچاونہٕ خاطرِ شیر شاہ سوٗری سندِ خوفہٕ ژلان۔ توتہٕ دژاو مرزا حیدر لاہورٕ پتھ کشیرِ حملہٕ کرنہٕ۔ یپأری مۆد اسماعیل شاہ تہٕ کاجی ژکن بنوو أمی سُند نیچُو ابراہیم شاہ پادشاہ۔ کشیرِ ہُند انتظام اوس تیۆت پرٕونہٕ ناوِ گوٗمت زِ یُتھے مرزا حیدرن کشیرِ کُن بُتھ کۆر سید ابراہیم تہٕ کاجی ژک ژٔلی نوشہرہ۔ تہٕ مرزا حیدر ژاو ۲۰ رجب ۹۴۷ ھ لیس اندر کشیرِ۔ أمِس سِتی اوس خواجہ حاجی بانڈے، لیس موغلن سِتی بڈٕ ژھیہِ لچہٕ واتھ اوس، ابراہیم شاہ وولُکھ تختہٕ پتھ تہٕ أمی سنز جایہٕ تھوو کھلورِ دستار اکھ نازُک شاہ ولد فتح شاہ۔ مرزا حیدرن بأگرأو کشیر ترٛ بن حصن اندر۔ پانس اکھ حصہٕ، ابدال ماگریس اکھ حصہٕ تہٕ ریگی ژکس بیاکھ حصہٕ۔ یہٕ کتھ

چھےٚ یادتھاوِنۍ لایق زِاتھ حصہٕ بٹاےٚی منز آونہٕ ''پادشاہس'' کرٕتھ کانٛہہ حصہٕ تھاونہٕ ۔ییمہِ سۭتۍ صاف چھُ ننان زِ امہِ وِزِ اوس موغلن پوٗر پتاہ زِ کشیرِ منز چھُ تِمن کھُلہٕ ڈُلہٕ راج کرُن ۔تہٕ پانس سۭتۍ تِمے تِمے کاشُری تھاوِنۍ ،ییم موغل راجس ''ظلِ الٰہی'' زانن ۔توے یُتھے ییمہٕ نٕے دٕہن ابدال ماگرے موٗد ۔مرزا حیدرن تھوو فوراً تسُندُے نیٚچو حسینن ماگرے تسُند جانشین جاگیردار۔کشیرِ موٗل دِنہٕ خاطرٕ لوٗگ مرزا حیدر رعیتن خاص کرٕ ہینٛدٕ بٕن سۭتۍ جان سلوٗک ورتاونہِ مگر حکوٗمتس نِشہٕ الگ تھاونہٕ ۔کاجی ژٔکَ یُس نہٕ زانٛہہ تہٕ موغلن ایمان انان اوس نہٕ وو پرن کشیرِ ہُنٛد ''محافظ'' مانان اوس ۔گوٚو کشیرِ ہُنٛد حال وُچھِتھ شیر شاہ سوٗری سُنٛد امداد ژھانٛڈنہٕ خاطرٕ مجبوٗر ۔مگر شیر شہس اوس امہِ وقتہٕ ہندوستانس اندر موغلن ہُنٛد نظام وُڈاونہٕ خاطرٕ سوٗرُے فوج آوُر گوٚمُت ۔امہِ وجہ موجوٗب ہیوٚک نہٕ سُہ پانٛژ وسا سو سِپاہو علاوٕ کشیرِ سوٗزِتھ ۔کاجی ژٔکن زون یہِ فوج تہِ غنیمت تہٕ شیر شاہس پنٛنۍ داغ ہاوِتھ ییٚہٕ پننہٕ ہینٛزٕ نیٚتھر دِتھ دزاو کاجی ژٔکَ حسینن خان شیروانی تہٕ عادل خانن ہتھ مرزا حیدرس کشیرِ منز کڈناونہِ ۔گوڈٕ ووٚتھ نار، پتہٕ گیرٕ ڈارتہٕ اُخرس پٔتھ وہہٕ تھورٕ لڑان لڑان سپدی چھیکرس یہِ فوج پسپا۔تہٕ کاجی ژٔک ،سید ابراہیم تہٕ دولت ژٔک ژٕلی اتھن پھوکھ دِوان ژیرٕ ہاروتہٕ کٔنۍ پژٕ ونٛژٕ تھ ۔ییمن لڑاین اندر تہٕ چھُ ممکن زِ کُنہٕ کُنہٕ جایہِ آسہٕ ہن عام کاشُری کاجی ژٔکس سۭتۍ رلے متۍ ۔لہٰذا آو مرزا حیدرس ہتھ ۔سُہ لوٗگ ووٗنۍ موغل بُتھ ہاونہِ تہٕ کاجی ژٔکہٕ نِبن طرفدارن ہاتھ پھٔٹراونہِ تہٕ شیعہ سُنی فساد ٹلہٕ ناوِتھ کاشُر بٕن چھلہِ چھانٛگر کرنہِ ۔دِلہٕ ہنٛز پالیسی اُس یی روٗزمٕژ زِ کاشُر بٕن گرٕتھ کاشُر بٕن ہنٛدِ اتھے پرٕوِنۍ ناو کرٕنۍ ۔مرزا حیدر روٗک اُتھی پالیسی پٔتھ

۔گوڑ رؤٹُن ریگی ژٕک پانس ءستٕ تہٕ تُجن راکھ باگے۔ پتہٕ ژٕلرووُن ریگی ژٕک تہٕ رٕٹِن حیدرریٖنہ تہٕ حسین ماگرے پانس ءستٕ۔ حاجی بانڈٕ ے اوس بڑ وٕنہے موغلن ہُنٛد ''نمک حلال'' مدّاح۔ شکس کھبتھ کریوو ریگی ژٕکن کاجی ژٕکس ءستٕ صلح تہٕ کریوکھ مرزا حیدرس ءستٕ گلمرگہِ طرفہٕ پتٕم حملہٕ۔ اما پوٚز موغلو یٮ۪ہِ شب خوٗن کٔرتھ ہتہٕ وادکائشرٕ گالٕ، یم دونوے گیہٕ پامال۔ کاجی ژٕک ژٕول۔ تھنہٕ جایہٕ وٲتتھ موٗد ملیریایہٕ ستٕ کشیرِ ہُنٛد یہِ مُجاہد۔ افسوٗس چھُ زِ اسہِ چھنہٕ پننہِ تارٕیخ پرٕ ہن تہٕ مالے روٗزِ مژ زِ ٲمِس بوٚہدوٚرٕ ءسنٛز قبر تہٕ ژھانڈٕ ہو! مرزا حیدرٕن شرارت تیزیو امہِ پتہٕ جاےٚ ہن تہٕ تٔمۍ ءسنٛدبو بتہٕ سازندرو کٔرۍ شیعہ فرقس خلاف تم تم کارِبد، ییٚہنٛد یاد وٗترِ ءستٕ ہتہٕ واد وٲرٕ ین شیعہ سُنی موٗژ کری چلہٕ وٕنی روٗز۔ مِثالہِ خاطرِ چھِ زٕ واقعہٕ کافی زِ یٮ۪لہِ ٲمۍ پرسپوریٚگ رسوٗخہٕ وول شِنگلی ریٚشی روٗٹ ٲمۍ سُنٛد کلہٕ دٕگہٕ نووُن موہلہِ ءستٕ تہٕ زوٗلن گٕہس منٛز۔ یُتھ ٲمۍ سُنٛد نِشانے کُنہِ جایہٕ روزِنہٕ۔ شمس الدین عراقی سُنٛد نیچُو میر دانیال انہٕ نووُن اسکردو پیٹھ وٲرٕ یس جیل تھاوِتھ مارٕ نووُن۔ ''فتویٰ'' حاصِل کٔرتھ۔ یٮ۪لہِ سُنّیت ہاوٕ ہاوٕ مرزا حیدر حدٕ بڑ وٕنہٕ دژاو نازٕک شاہ بچارس پوٚ یاد زِ کوٚتھ چھُ کشیرِ ہُنٛد لورِ دستار پادشاہ۔ حاجی بانڈٕ ے تہٕ لوٚگ زانِنہٕ زِ کوٚتھ چھُ کشیرِ غلام بناونہٕ خاطرِ اکھ باعث۔ عبدی ریٖنہ بیترِ تہٕ لگی ہُشیار سپدنہٕ۔ تہٕ عوامس (یمن بیگارِ سوا موغل فوج اوس نہٕ پرژھان) گیہٕ موغلن ہنٛز نفرت تہٕ لگی موغلن خلاف منظّم سپدنہٕ۔ کیچم خان ناوٕ کھکھ قبیلُک سردار تہٕ آو موغلن خلاف وٕتھِتھ۔ پرٕتھ طرفہٕ لوٚگ ناروُزنہٕ۔ فتح شاہ دژاو تہٕ ژھٕٹُن اندرکوٚٹس اندر مرزا حیدرُن شاہی محل زالِتھ۔ علاقائی مغل کمانڈرن پیٹھ آو حملہٕ کرنہٕ تہٕ مارنہٕ۔ تیتس

اندر مُلا قاسم، کشتوارِ ژلان ژلان یوٗسف مرزاتہٕ پکھلی پٹھٕ ژلان ژلان...... ملا عبداللہ سمرقندی آے گالنہٕ۔ مرزا حیدرن کریو وسبٹھاہ زور۔ درجنہٕ وادلڑ ایہِ لڑتھ تہٕ چوٗلُس نہٕ کینٛہہ۔ کٲشرِ ہنٛدی داہ وٕری دژ اے تس فتنہٕ فسادن منٛز تہٕ پوٗتُس روٗ دی تس نِش اٲٹھ شتھ رِسالہٕ فوج، یُس کٲشرو واہ تھوٗرِ ختم کوٗر۔ اٲتھی جنگس منٛز آو مرزا حیدر تہِ مارنہٕ۔ اٲمی اٲسی کٲشرن تیتھ تُتہٕ وٲلی کٔری ٲتی۔ زِ اگر نہٕ سید محمد بیہقی منٛزٕ پیہن۔ اٲمِس دِہن نہٕ کٲشری مظلوٗم لوٗکھ قبرِ سوٗنب تہِ جاے۔ توٗ تہٕ آو یہِ مٔرتھ پانٛژٕ دوٗہی دفن کرنہٕ۔ بڈ شاہ گُنبدس ٲتی آو اٲمی سُند مقبرِ سنگین بناونہٕ۔ یتھ نہٕ اٲمِس لوٗکھ قبرِ اند رکئڈتھ ہوٗنبن اتھِ کھیٛاوٕ ناون۔ اٲمی ہنٛدی رشتہٕ دار آے کاشغر سوزنہٕ تہٕ عبدی رینہ بنیو وناژک شاہ پادشاہ سُند وزیرِ اعظم۔

یہِ اوس کٲشرن کیٛتھ بیاکھ موقعہٕ اکھ اٲکس ٲتی رٕلتھ میلتھ روزنک تہٕ پانہٕ وٲنی مِلژار ورتاونک۔ مگر یئتہِ چھنہٕ زانٛہہ تہِ سیاسی برادری جاہِ کال روٗزتھ ہیچمٕژ۔ چنانچہٕ موغلن ہُنٛد داہ ووٗہر ظالمانہٕ قبضہٕ یتھے ختم گوٚو، عبدی رینہ لوٗگ ژکن ٲتی بد سلوٗکی ورتاونہِ۔ حالانکہ موغل گالنس لٔد راٲسی یم سارِنے بڑ وٗنہہ بڑ وٗنہہ کلہٕ چھٲلتھ نیران۔ یہِ اوس سُہ وقت ، ییٚمہِ وقتہٕ سوری خاندانک سلیم شاہ اوس دِلہِ ہُنٛد شہنشاہ۔ تہٕ موغلن ہُنٛد جاہ وحشم اوس ہندوستانہٕ موکلیومُت۔ ووٗنی موکلیوٗ کٲشرِ منٛز تہِ۔

سلیم شاہن یتھے بوٗزِ کٲشرو گالی موغل تہٕ ووٗنی چھِ تم پانہٕ وٲنی زچہٕ ژٹان تس تنٛبلے یہِ اٲچھ تہٕ سوٗزن جیٚمی وتہِ ہیبت خان نیازی اکھ بارٕ فوج ہیتھ کٲشرِ پیٹھ حملہٕ کرنہِ۔ دولت ژک اوس شاہی دربارٕ نبر۔ مگر یوہے دژاو ووپر فوجس مقابلہٕ ۔ پادشاہن سوٗزی شمس ملک تہٕ نجی ملک اٲمِس مدتہٕ خاطرٕ۔ مگر تمو کوٗشش کنس تہٕ

دولت ژکس ءستی رلے یہِ نہٕ۔ دولت ژک اوس زانان زِیم خودغرض کوسہٕ احمقی چھِ کران ۔ اما پۆزتس اوس سارِوے کھوتہٕ جاۓ حُب الوطن۔ تمۍ کوٚر اکھ بارٕ فوج بانہالہِ طرفہٕ تیار۔ تہٕ ہیبت خانن فوج یتھے اۆت ووت تہٕ تتھ آو کترِ بتر کرنہٕ۔ مورخ چھِ لیکھان زِ ہیبت خانن فوجہِ منزٕ بچے یہِ صرف ترٚے کمانڈر، باقی یاژلی یا گلی۔ امہِ وقتہٕ ہووبیٚہ اکہِ پھرِ کأشر بوزِأسی چھِ دِلہٕ ہندِ فوجہِ کھوتہٕ جان لڑن وألی۔

سۆری فوجس شکس دِتھ آو دولت ژک ''دولت خان'' ئِتھ سرینگر۔ عبدی رینہ ہٹوٗن تہٕ نازک شاہ ژھٕٹن تختہٕ پیٹھٕ وألتھ۔ اسماعیل شاہ ثانی بنوٗن پادشاہ تہٕ پانہٕ بنیو وزیرِ اعظم۔

وُنہٕ اوس سُہ کرسی کھسأنی تہٕ سُہ لۆگ تی کرنہٕ، یہِ سانو امیر و وزیرو چھُ ہمیشہِ کوٚر مُت۔ تہٕ گوٚ ولۆکن اُکہٕ ہے جھنڈس تل سۆمبراونہٕ بجایہِ مخألفن انتقام ہیوٚن۔ یہِ کیٚنژھا مرزا حیدرن شیعہ فرقس ءستی ورتو مُت اوس، تی لۆگ اسماعیل سُنی فرقس ءستی ودِنہٕ۔ وُنہٕ اوس اُمۍ ہندِ بن کارن ہُندسو یہِ بیٚول زبوأنی ییلہِ دولت ژکس گیہِ پنہٕ نِسے خاندانس ءستی موٚژ کری۔ غازی ژک ولدِ کاجی ژک گوٚ وأمس یۆت مخألف زِ أمس کڈ ناوبن زِندہٕ ہے اُچھ۔ یتے یوت نہٕ بلکہِ اسماعیل شاہ آو تختہٕ پیٹھٕ والنہٕ تہٕ حبیب شاہ کھالنہٕ۔ یہِ اوس ۹۶۱ھ ۱۵۵۴ء۔ وُری کھنڈ گژھتھ نیوٗکھ حبیب شہس برسرِ دربار تاج تہٕ تھووٗکھ غازی ژک ہندِس کلس پیٹھ۔ تہٕ اُتھی واقہس ءستی سپُد شہمیری خاندانُک اقتدار تہٕ دویہ ہتہٕ تہٕ شُراہہِ وُہری ختم۔ غازی ژک اوس حبیب شاہن ماجہِ بُڑی بب تہٕ۔

ژک خاندان گراونہٕ خأطرِ دژاو عبدی رینہ سُند نیچوٚ شمس رینہ دِلہٕ گن۔

امہِ وقتہٕ اوس ہمایوٗن بڑیوومُت ۔ اماپوٚز ماتمس منٛز آسِتھ تہٕ اوس مغل دربار ہمیشہِ یتھ کتھِ پژار اٲنی روٗزِتھ زِ کشیرِ ہٕندی ''لیڈر'' کرواتن دِلہِ ہُند سایہِ ژھانڈنہِ ۔ اورٕ پہوان یورٕ پہوان آو مرزا ابوالمعالی موغل فوج ہیتھ ۔ ہاٮ۪نز ویرٕ سپُد کاشرِس تہٕ موغل فوجس مقابلہٕ ۔ دونوے طرفو گلی ژورساس (۴۰۰۰) سپاہ ۔ کاشر بوڈٕ سداہ شتھ جنگی قیدی، یِمن منٛز شمس رینہ تہٕ اوس ۔ یِم ساری جنگی قیدی ژھِنکھ گاٮ۪لتھ ۔ شمس ینہٕ ژُھنکھ پھہِ موغلو کھوٗسہٕ شکس تیچ ہیٚہ تمن وار یاہس کالس پھہان روٗز ۔

کاش کاشرین حکمران ترِہے امہِ وِزِ تہِ فکرِ زِ سانہِ نا اتفاقی ستی کتھہ کنہِ چھُ یوان سانہِ آزادی پیٹھ وو پرن چھاپہ مارنک موقعہٕ اتھِ ۔ غازی ژک یتھے موغلن شکس دِتھ پژی پاٚٹھی غازی بنیاو، تَس تہِ کھوٚت نشہٕ ۔ یتھ اند رتس ہوش روٗدنہِ ۔ تہٕ اٚتھی نشس اندر ژُھن تمی حضرت شیخ حمزہ مخدوٗمؒ سرینگرٕ پیٹھٕ برٕ وجلا وطن کرِتھ تہٕ ستی کرِن بیٚیہِ کینٛژن بُزرگن ستی بدسلوٗکی ۔ یتھِ وے کاروستی گیہِ اکثرن اٚمی ستیٛز نفرت ۔ تہٕ لگی کاشری خانہٕ جنگی کرن ۔ مخالفت گیہِ گنان تہٕ حاجی بانڈے ، یوسف ژک تہٕ ناجی ژک دژاے مرزا حیدرٕ سندس بابرس قرا بہادرس فوجی امداد منگنہِ ۔ موغلن اوس ہاٮ۪نز ویرٕ ہٕندی شکسن کاشرین ہُند سٕہ عداوت نوٚ ورومُت ، یُس تمن بےٚ قرار کران اوس ۔ قرا بہادرس پہوستی مرزا حیدرُن انجام تہِ یاد تہٕ دژاو انیکھ فوجاہ ہیتھ کشیرِ قصاص ہینہِ ۔

کاشر بو یتھے بوٚز زِ موغل لگی کشیرِ حملہٕ کرنہِ ، یمہِ لگی غازی ژکس اٚندی اٚندی سمنہِ ۔ اِنسان چھُ راوان زِ قریباً پرٛتھ موغل حملہٕ وِزِ آسی کاشری ''لیڈر'' دِلہِ والنِن بُلاوان ۔ تہٕ یتھے موغل فوج کشیرِ اژان اوس ، بیٚیکی اکثر لیڈر آسی پنٛنی ہر پچہِ تل

تھأوِتھ مقابلہٕ کرنہٕ خاطرٕ اکی تڑ ایہٕ پکان ۔ غازی خانس خلاف یوسہٕ عام نفرت
اُس، سوٚ گیہٕ لۄکن مُشتھ تہٕ پرٕتھ طرفہٕ آیہٕ موغلن خلاف سِلاح سامانہٕ گنٛڈِتھ ۔
بہرام گلہٕ ناوٕی جایہٕ سپٕز لڑاے ۔ یتھ انٛدر موغلن حسبِ معموٗل شکس کھیوٚن پیو ۔
غازی خان بنیو وپہِ بڑٕ ؤنہِ رہٕ ہیۆ قومی رہنماتہٕ ہیرو ۔ اما پۆز کیٚہہ کال گژھتھ
لۄگ تس اُچھن ہُنٛد گاش ژھو کنہٕ تہٕ تسنٛز جایہٕ آو تسنٛدُ رے بوے حسین شاہ ژک ۔
پٕزِس کُن گژھتھ تھوو غازی خانن پننہٕ نِس مائلی سُنٛد ریکارڈ قائیم ۔ نوشہرس انٛدر پناہ
گزین اُسِتھ اوس اُمی لو کچارس انٛدر موغلن تِتھے شکس دِیتمُت، یُتھ پادشاہ بٕنِتھ
دِیُتنکھ ۔ اما پۆز سائنٛز مورخ چھنہٕ یِمن دون مائلی پُتھرن از تام موغلن بار بار شکس
دِنس پیٹھ سہ رُتبہٕ دِوان یُس یِہُنٛد حق اوس!

حسین شاہنہِ وقتہٕ از موو اکبر پادشاہن بیاکھ سامرأ جی حربہٕ ۔ سوٚ گیہٕ جاسوٗسی
۔ مرزا مُقیم ناوٕی آو موغل سفیر کشیرِ ۔ یُس یِتہٕ وِزِوزِ ''مفتی اعظم'' تہٕ لۄگ بننہٕ ۔ پننہٕ
ژۄ رِژۄ رِفتوٰی سازی ستی مارِ ناوٕی تمہِ زِ مشہوٗر سُنی مفتی...... مولوی الماس تہٕ مُلا فیروز
۔ امہِ ستی ووٚتھ یِتہٕ سہ نیایا، یِمہِ موجوٗب سُنی فرقک اکھ وفد اکبر پادشاہس نِشہِ
فریاد کران گوٚو ۔ مرزا مُقیمس اُس زڈ دڑ امژ ۔ لہٰذا کاشرٕن ہمدردی ہاونہٕ
خاطرِ بُلووسہ اکبرن دِلہِ تہٕ ژھنُن دِلہِ وانتاوِتھ گالِتھ ۔ حسین شاہن سوٗزی تحفہٕ
تحائیف موغل شہنشاہس ۔ مگر تمی کٔری یِم چیز واپس ۔ یِمن ''تحفن'' منٛز اُس حسین
شہن اکبر پادشاہس ستی نکاح کرنہٕ خاطرِ پنٕنی کوٗرتہٕ سوٗزمژ ۔ (یہٕ چھنہٕ مولوٗم یِتہٕ
آیا واپس کرنہٕ کِنہٕ نہٕ!) یُتھ زن عام لۄکھ تس بڈٕ صاف دِل مانن ۔ ہُپاری اُسی
کاشرٕ امیر، وزیر اکھ اُکس ذلیل کرنس پتہٕ لگی متی ۔ اُندرٕ کیاہ وِنبرٕ پانس مخالف

ڈیشتھ گۄو حسین شاہ سٮ۪ٹھاہ پریشان تہٕ تٔمۍ دِژ تختس دست بردأری۔ تہٕ بیوٚٹھ زیٛنہٕ پۄرِ عبادت کرنہِ ۔ أمِس پتہٕ آو علی شاہ ژک سٕنڈ عہدٕ اکبر پادشہنۍ زٕ "سفیر" قاضی صدرالدین مولانا عشقی۔ یمو سُلطان علی شاہ نہِ باوزِ شہزادہ سلیمس ستۍ نکاح پوٚر۔ أشنأیی سپدِتھ أس علی شاہس کورِ ہُنٛد وأرِث آسنہٕ سببہٕ گردن بون تہٕ أتھی شرافتس ناجأیز فأیدٕ تُلان کوٚر موغلو کشیرِ انٛدر خطبس انٛدر موغل پادشاہن ہُنٛد ناو تہِ جأری۔ یہٕ اوس اکہٕ حسابہٕ عام لۄکن نشہِ یِمہِ کتھِ ہُنٛد ثبوٗت زِ کشیرِ پٮ۪ٹھ چھُ موغلن ہُنٛد "مذہبی سایہِ"......یتھ سایس تل علی شاہ مرانی موغلو جاے ہیٚر رٔٹۍ۔

علی شاہ نہِ عہدِ رلیٖو و باغی امیرن، وزیرن ستۍ گرا شہیر ی خاندانک زُرتہٕ گرا شہزادہ یوسف شاہ یِمہِ موجوٗب أمِس تہِ رٕو دآرام کرنک تمنّا۔ تہٕ نوٚن وٕری ین حکوٗمتک کلہٕ دود ژألِتھ پیو یہٕ گرِ پٮ۪ٹھ پتھر تہٕ مۄد۔ أمِس پتہٕ آو أمۍ سُنٛد نیچوٗ یوٗسف شاہ ژک ۱۵۷۹ء سنس منز کشیرِ ہُنٛد پادشاہ۔

یوٗسف شاہس متعلق یہٕ کینٛژھا سانیٚو تأریخ لکھن والیٚو لیٚوکھمُت چھُ، تتھ انٛدر چھِ أمۍ سٕنٛدی صفت پٮ۪ٹھی پٮ۪ٹھی بیان کرنہٕ آمٕتۍ ۔ تہٕ أمۍ سٕنٛدین عأبن پٮ۪ٹھ تفصیل لکھنہٕ آمٕت ۔ یتھے پأٹھۍ چھِنہٕ أمِس تہٕ موغلن مقابلہٕ کران سانین مورخن یادرٕو دمُت زِ ظأیلم کُس اوس تہٕ مظلوٗم کُس ۔ یِتۍ یوت نہٕ بلکہٕ اکبر پادشاہ سٕنٛدی رنگین کارنامہٕ چھِنہٕ ہاونٕے آمٕتۍ تہٕ یوسف شہُن عشق تہٕ نغمہٕ چھِ ٹٲرِس کھالنہٕ آمٕتۍ ۔ نہٕ چھُ یِمہٕ وأیُہک شرح آمُت لکھنہٕ زِ یوسف شہس دھوکہٕ دِتھ تہٕ کشیرِ قبضہٕ کٔرِتھ کیاہ رووٲسہٕ تہٕ کیاہ زِیوٗن تہٕ نہٕ یہٕ باونہٕ آمُت زِ یس حبہٕ خوتوٗنہٕ ہٕنٛدِس عشقس پٮ۪ٹھ یوسف شاہ بدنام کرنہٕ آمُت چھُ، سوے کیٛاہ زِ بنےیہٕ کأشر بن کرٕتھ"

لگہٕ ادبس'' منز ہیر ویَن ؟ امہٕ انز آنی ہُنٛد بۄڈ ہیوٚ وجہ چھُ یہِ زِ سانہٕ اکثر مورخو چھُنہٕ تأریخ لکھان لکھان تہٕ یہِ نتیجہٕ کوٚڈمُت زِ ہتھ عأب أسِتھ تہٕ اوس یوسف شاہ کأشُر تہٕ ساس صِفتہٕ أسِتھ تہٕ اوس موغل شہنشاہ اکھ فاتح ،یُس کأشرِن رعیتہٕ بدل غلام اوس زانان تہٕ غلام اوس بناوان ۔ سانِہ مورخن چھُ اکبر آمُت ''جلال الدین'' تہٕ یوسف شاہ نابکارِ محض لبنہٕ ۔ حالانکہِ امہِ وِزِ اوس اکبر دینی نقطہٕ نگاہ کِنۍ مُرتد تہٕ یوسف شاہ شیعہ أسِتھ تہٕ مسلمان تہٕ کٔشیرِ ہُنٛد رأچھدر ۔ بۄڈ ہیوٚ افسوس چھُ یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ زِ اکہِ طرفہٕ اگر سانِہ مورخن چَک خاندان محض یٔمہِ وجہ موٗجوب ناپسنٛد چھُ زِ تِم أسۍ شیعہ فرقس سۭتۍ تعلق تھاوان ۔ تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھُنہٕ تِمن تِم موغل گورنر زنتہٕ یادٕ ے رۄدی مِتۍ ، یِمو پانہٕ شیعہ أسۍ تہٕ یِمو ییٚتہٕ ژکُن مقابلہٕ موغل سامراج قأیم تھاونہٕ خأطرِ ہتھ گنہٕ ظلم کوٚر ( مثلاً اعتقاد خانٛ بیترِ ) یوسف شاہ یتھے تختس بِیُٹھ ، تِتھے لٔج محمد بٹس تہٕ ابدال بٹس وزیرِ اعظم بنہٕ نس پٮ۪ٹھ پانہٕ وأنۍ ٹھول ۔ ابدال بٹ اوس ژۄکھرِ کرِتھ محمد بٹس امہٕ عہدٕ پٮ۪ٹھٕ والُن یژھان ۔ أکتھ کِنۍ زیٹھیو امیرن ، وزیرن یِہُنٛد نیاے بِیِتھ کِنۍ لۄگ پادشاہ ''عیشِ یوسف شأہی'' کرنہِ ۔ سید مبارک بیہقی اوس پادشاہس تہٕ امیرن وزیرن رسا مسا پأٹھی پکنٛچ تہٕ اتھ واس تھاوٕنچ کوٗشش کران ۔ اما پوٗز ژھیکرس پیوٚ یوسف شاہس ژۄوداہ رٮ۪تھ حکوٗمت کٔرِتھ تھے دست بردار سپدُن تہٕ امیرو وزیرو بنوو سید مبارک بیہقی کٔشیرِ ہُنٛد بادشاہ ۔ اتھ یارانس دژاے صرف شےٚ رٮ۪تھ تہٕ امیر وزیر لگی بیٚیہِ یوسف شہس گارنہٕ ۔ یُسے ابدال بٹ یوسف شاہس اوس یٔمہِ موجوٗب مخالفت کران زِ تمی کیازِ تھوو محمد بٹ وزیرِ اعظم ، سُے لۄگ یوسف شہس لول برنہٕ تہٕ جنگ کرناونہٕ ۔ مگر یہِ چال بأزی تہٕ

ناکام گژھتھ کرِنوو تِمو سید مبارک معزوٗل تہٕ بنوٗن لوہرخان کٔشیرِ ہُند پادشاہ۔ یوسف شاہ دژاو آگرہ کُن اکبر پادشاہس پنُن حال ونہِ۔ یپأری لوٗگ لوہر خان کٔشیرِ ہنٛز حکوٗمت جان پأٹھۍ سنبھالنہِ۔ ہُپأری روٗدا اکبر یوسف شاہس اُسس منز نابد پھوٗل تھأوِتھ مدد دِنہٕ نِشہِ گوٗش دِنہٕ۔ یوٗ تامتھ وٗری لوٗگ سپدِنہِ۔ آخرکار دِیُت اکبرن راجہ مان سنگھس تہٕ مرزا یوٗسفس کٔشیرِ پٮ۪ٹھ حملہٕ کرِناونک حُکم۔ وُنہٕ اوس یہِ فوج لاہور واتہٕ نَے یلہِ ابدال بٹن ہیٚیہٕ تسنٛدۍ بوۍ تہٕ سازندرو یوسف شاہس اکھ خط سوٗز، یتھ اندر یوسف شاہس زارٕ پارٕ کٔرِتھ لِکھنہٕ اوس آمُت زِ تخت تہٕ تاج چھُ چوٗنے۔ ژٕ کیازِ انہٕ بکھ تم موغل پانس ستۍ، یِم کٔشیرِ قبضہٕ کرنہٕ خأطرٕ حالِ حأران چھِ روٗدۍ متۍ۔ تہٕ یِم سانہِ آزأدی تہٕ اقتدارس ختم کرن۔ یوسف شاہن یُتھُے یہِ خط پوٗر، سُہ ویٚژ یوونہِ جامن منز، تس ہُنے یہِ بوٗکہٕ زِ یتہِ چھا کوٹھس گرژھِ موغلن ہنٛدِ مدتہٕ وژأے پنُن مقصد حأصِل۔ تِلکیا زِ تِمو اوس کہن رٮ۪تن اکبرس نِشہِ بہتھ موغل سامراجک پوٗرٕ تجربہٕ کوٗرمُت۔ چنانچہِ اکبرس اجازت ہیٚنہٕ وژأے دژاو سُہ کٔشیرِ کُن۔ اُمس ستۍ رلے یہِ واریاہ مفروٗر کأشرۍ امیر وزیر، خاص کر محمد بٹ، لاہورٕ اوٗنُن تأجرن نِشہِ اکھ بوٗڈ رقم ووزُم۔ تہٕ ژور ساس فوجی ہیتھ آو سُہ کٔشیرِ پٮ۪ٹھ قبضہٕ کرنہِ۔

اکبرن یُتھُے یہِ بوٗز، تس لٔگی نکہٕ وأری وُپھنہِ۔ تس اُس نہٕ خبر زِ یوسف شاہ یِمو کٔشیرِ بُلوو، تِمے لگن اُمس بتھِ لار کرنہِ۔ چنانچہِ یُتھُے یوسف شاہ راجوری ووت، ابدال بٹ تہٕ لوہرخان وأتۍ اُمس مقابلہٕ کرنہٕ خأطرٕ ہیرپور۔ یوسف خانن تھوو یِمن مقابلہٕ کرنہٕ باپتھ بہرام گلہِ جایہِ کم جاہٕ فوج تہٕ پانہٕ ڈأجن وتھ تہٕ ژاوورملہِ

طرفہٕ کٔشیرِ اندر۔ گوڑ سوپور تہٕ پتہٕ ژئے دیلنہٕ سخ لڑائے۔ یتھ اند رابدال بٹ فنا گوٚو تہٕ یوسف شاہ بنیو دُبارٕ پادشاہ۔ یہ اوس ۹۸۹ھ۔ شہرس منز اوس لوہر خان ژوٗرِ رۆزتھ۔ امنِ عامہ اوس وُنہٕ خطرس منز۔ لہٰذا لوٚگ یوسف شاہ گوڑٕ پننِ دشمن صاف کرنہٕ۔ اڈبن ژٔٹن اتھ، اڈی لدِن جیل، اڈی گلی تہٕ اڈی ژٔلی۔ حیدر ژکن کریوو ترٕ یہ طرفہٕ حملہٕ دِل۔ مگر تس لوٚگ شکس تہٕ پوٚتس کشتوار ژلُن۔ اما پوٚز سید مبارک بیہقی لیس کوٚرُن سبٹھاہ عزت یتھ پتھ محمد بٹ گوٚو ونیہٕ اُمس پرٕائی پاٹھی ناراض تہٕ لوٚگ پادشاہس خلاف امیرن وزیرن ورغلاونہٕ۔ پتور لیٚو وبنیس اُکس یوسف ژکس ستی پادشاہس مارنچ سازش کرنہٕ۔ سازِش گیہٕ ننگہٕ تہٕ ژٕ ھنگھ یہ جیل۔ حیدر ژکن ییلہٕ یہ حال تام بوٗز زِ پادشاہس چھِ پننی تامتھ مُخالف، سُہ دوریوو راجہ مان سنگھس مدد منگنہٕ لاہور۔ راجہِ صابن دِتی اُمس گرہ کی آڈرٕ بھمبر تہٕ نوشہرہ جاگیر۔ یُتھ زن کاشر بن پانہٕ وائی پھاٹہٕ ون وادچلہٕ وُن روز۔

یوسف شاہ اوس واریاہس حدس تام سادٕ مزاج، ییمہٕ موجوب تس اوس نہٕ جل جل تران فِکرِ زِ دوست کُس چھُم تہٕ دشمن کُس۔ یپأری اوس سُہ خواجہ قاسم ناوی اُکس دودلس وزیر اعظم بناوِتھ یہ وومید کران زِ کٔشیرِ ہُند نظام ییہٕ ناڈنجہٕ۔ ہُپأری اوس حیدر ژک موغلن ہُند وفادار بٔنتھ تمن کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ ہتس پتھ کٔشیرِ پتھ حملہٕ کرنک حبس دِوان۔ یپأری ترٔاو یوسف شہن عیاشی تہٕ لوٚگ سبٹھاہ نیک زندگی گزارنہٕ۔

اُتھی وقتس اندر چھُ اکہِ دوہ یوسف شہس ہنگہٕ منگہٕ اکبر پادشاہن اکھ "شاہی فرمان" واتان۔ یتھ اند ر یوسف شہس چھُ حکم یوان کرنہٕ زِ سُہ سپدِن فوراً شہنشاہہٕ

سٟنٛزِ بارگاہِ پیٹھ ''فرش بوسی'' ہٕنٛدِ خاطرٕ حاضِر۔ یوسف شہَس نوٗر پانے فکرِ زِیم گیہِ کٲشیر کھٕنٛکی زٕھر ٹھ۔ تِکیاز خطس منٛز اوس یہ تامتھ زِ اسہِ نشہِ کیاہ چھہِ چانہِ مُلکچ کانٛہہ خبراہ اتراہ واتان۔ زنتہٕ کٲشیرِ بڑ وٕنہے محض یہمہِ وجہ موغلن ماتحت اُس زِ جمعہ دوہہ اوس خطبس انٛدر موغلن ہُنٛد ناو تہٕ کُنہِ کُنہِ جایہِ ہنہٕ یوان۔ امیرن وزیرن خاص کر مرزا قاسم وزیرِ اعظمس داے ہیتھ کوٗر کٲشرو پادشہَس بدل شہزادہ یعقوٗب خان تحفہٕ تحائیف ہیتھ اکبرس کُن روانہٕ۔ موغل شہنشاہس گیہ نہٕ یہ ادلا بدلی پسنٛد۔ بلکہِ یعقوٗب خانس آونہٕ خاص استقبال تہٕ کرنہٕ۔ اُمی لیوٗکھ یہ سوٗرے حال ماٗلس، مگر مرزا مُقیمن دباوِتھ سارے چِٹھہِ، یمن منٛز یوسف شہَس رنٛگہٕ رنٛگہٕ دھمکی آسہٕ۔ دودٲلی وزیرِ اعظمس اوس مقصد یہ زِ اکبر گوٗژھ دوہہ کھوتہٕ دوہہ یوسف شہَس نشہِ ناراض سپدِتھ کٲشیرِ نٕنٛگلاوُن! چھیکرس سپدٕ تی۔ اکبرس اوس کابُل کُن گژھُن۔ تمی ٹلِ یعقوٗب خانس سٟتی تہٕ لُدھیانہ واتِتھ کوٗڈ تمی آرڈر حکیم علی تہٕ صالح عاقل ناوی دون شخصن زِ تِم گژھن یمی دم کٲشیرِ ہ تہٕ کرن یوسف شہس اصالتاً لاہور حاضِر۔ یعقوٗب خانن یِتھے اکبرُ ن شرارت ڈیوٗٹھ، سُہ دڑا و قاصدن بڑ وٕنہہ اجازتہٕ وزآے کٲشیرِ کُن تہٕ تِمن بڑ وٕنہہ ووت ماٗلس نشہِ اکبر پادشاہنٕ اطوار باونہِ۔ اکبرن یِتھے یہ بوٗز زِ یعقوٗب خان تہٕ دوریو کٲشیرِ، سُہ لوٗگ اُرمہٕ ژاپنہِ۔ اماپوٗز شرارت شرٕ ؤپُس أندری، یوٗت تام پٔنٕہ نو قاصدو لیوٗکھُس زِ ''یوسف شاہ چھُ ژےٚ نِش پنٕس عمداً ٹال مٹول کران۔ تس چھُ یعقوٗب خان ڈالان......'' اکبرس اوس یِتُے کٲفی! چنانچہِ امی وقتہٕ آو راجہ بھگوان داس پنٛژاہ ساس (۵۰۰۰۰) سِپاہ ہیتھ کٲشیرِ پیٹھ قبضہِ کرنہٕ خاطرٕ یور کُن کڈنہٕ۔ تِہنٛدی قاصد اُسی وُنہِ کٲشیرِ منٛزٕے یِیلہِ

موغل فوجن دریاے کشن گنگا پۄ تار دِیُت۔ یوسف شاہ گوٚو حأران زِ موغلن کأژاہ چھےٚ طمعن وُنہٕ وأجِھ۔ چنانچہ تٔمۍ کٔر تہٕ ہیٚژ جنگچ تیأری کرٕنۍ۔ سیأسی قأدی خاص کر محمد بٹ، تہٕ علم شیر تژ اوِن یلہٕ۔ تِکیازِ تس اوس پوٚر یقین زِ موغل ڈٲشتھ چھِ سأری کأشری پٔنٕنۍ اختلاف أکتھ کُن تژ اوِتھ اتھواس کران۔ پانہٕ دراو باہ ساس (۱۲۰۰۰) شہسوار تہٕ ترٛہ ساس (۳۰۰۰۰) ساس پیادٕ فوج ہیٚتھ ''کوارمست'' متصل اوڑی جایہٕ (بیا کھ رِوایت چھےٚ ''نین سُکھ'') کُن موغلن مقابلہٕ کرنہٕ۔ کٔشیرِ کُن یِنس یم یم پہأڑی وتہٕ آسہٕ، تِمن پیٚٹھ تھوٚو ن کأشر فوج تیار۔ یمن منٛز ''بولیاسہٕ'' جایہٕ کأشر بوا کھ موغل فوج ختم تہٕ کوٚر۔ بڈٕ زٕ فوج ییٚلہٕ لڑنہٕ لگۍ تہٕ کأشر بوٚہأو سوبوٚہدٲری، یتھ پیٚٹھ أسی از تہٕ ہکو فخر کٔرتھ۔ ستی لوٗگن تیٚوٗت رٲد، ییٚمہٕ ستۍ موغل فوجس چھلہٕ چھانگر گیہٕ۔ اکھ طرفہٕ موکلے یِکھ رسد تہٕ بیکہٕ طرفہٕ ژھینکھ دِلہٕ ہنٛزٕ سارے وتہٕ۔ یم گٔرۍ تہٕ ہٕسی ستۍ أسِکھ تِمہٕ تہٕ موکلاوِکھ کھبتھ۔ دژاگن، سردِیہ، ربہ رٔدن تہٕ بےٚ غأرتی کوٚر موغل فوجس سہٕ ڈاس، یتھ وُچھِتھ راجہ بھگوان داس لوٗگ انٛژ وننہٕ۔ تہٕ منٛز چھنس تنہٕ ننہٕ کرنہٕ خأطرٕ امی زیوٚ ہینگ تہٕ ہاونہٕ۔ تہٕ أمی زیوٚ چھور تہٕ چھکنہٕ۔ گرایہٕ وننہٕ زِیٚد وے اسہٕ موسم خراب آسنہٕ سببہٕ شکس تہٕ لوٗگ اکبر سوزِ بڑ وٕنہ کُن اکھ لچھ سپاہ۔ یہٕنٛدی ہٕسی کٔشیرِ لتہٕ موٗنڈ کٔرتھ فنا کرن۔ تہٕ گرا عأجزی کرنہٕ زِ ''اگر ژٕ اکبر بادشہس نِشہٕ پانے یِکھ، نہٕ کرو أسی کٔشیرِ پیٚٹھ قبضہٕ نہٕ نمو أسی ژٕے تخت و تاج'' شاپور خان ناوی قأصدن یِتھے یہ چِٹھی یوسف شہس نِشہٕ واتناو۔ تٔمۍ اوٗن پٔنُن وزیرِ اعظم مرزا مُقیم۔ یُس تلہٕ موغل جاسوٗس تہٕ زر خرید اوس۔ أمۍ دِژ یوسف شہس وٕلٕہ داے۔ ییٚمہٕ موجوٗب یوسف

شاہ پنٕہ ہٕنٛد فوجی کمانڈرن ، رشتہٕ دارن تہٕ باقی وزیران پٕژ ژھنہٕ وژ آے موغل فوجس کُن صرف زٕ تژ ے نفر ہیتھ گو و ۔ موغل تہٕ اُسی یژھان ۔ییلہٕ کأشرٕن خبر گٔیہٕ زِ یوسف شاہ آو فریب دِتھ ورغلاونہٕ ۔ تموتھوو جنگ جأری ۔ ونان چھِ نصف دوہس اندر رمأری کأشرو بیٚیہٕ تژ ے ساس موغل فوجی ۔ چھیکرس سوٗز بھگوان داسن یوسف شاہنہِ تصدیقہٕ یعقوب خانس نِشہٕ اکھ مرزا علی اکبر تیمی کأشرٕن یقین دِیُت زِ یوسف شاہ آونہٕ قأد کرنہٕ ، بلکہِ تس چھِ صرف اکبرس ستی ملاقات کرِتھ بیٚیہٕ کٔشیرِ واپس یُن تہٕ پادشأہی کرٕنی ۔ یہٕ وعدٕ بوٗزِتھ کوٚر کأشرو جنگ بند ۔عملاً لوٗگ اتھ لڑایہِ منٛز تہٕ موغلن شکس ۔ بھگوان داس دژاو یوسف شاہ تہٕ پنٕن پھُٹہٕ پھرٕ لٹہٕ فوج ہیتھ اٹک شہرس کُن تہٕ یعقوب شاہ آو شہر کُن ۔ بیٚیہٕ اُمی علی ڈار نأوی اکھ بے وقوٗفاہ وزیرِ اعظم بنوو ۔تیمی پنٕہ نوٚ اطوار و کٔشیر سنبھالنہٕ بجایہِ جان پأٹھی پرٕونی ناو کر ۔

ہُپأری ییلہٕ یوسف شاہ پکھلی واتہٕ نووُکھ تہٕ اتی پیٹھہٕ توٚرتس فِکرِ زِ بھگوان داسس سِواچھِ باقی سأری موغل افسرتس اکھ جنگی قیدی زانان ۔ اکبرس نِشہٕ وأتِتھ گوٚو تس تسلّی ۔یُس یُس وعدتس ستی کرنہٕ اوس آمُت ، تتھ کوٚر اکبرن ییب ۔ مورخ چھِ لیکھان زِ ییلہٕ راجہ بھگوان داسن اکبرُن وطیرٕ وُچھ ، تٔمی ہیٚژ خود کُشی کرٕنی ۔ اُخرکار گوٚ ژٕ کھ یوسف شاہ بڑیڈ بن اندر رتہٕ سوٗزُکھ کس تام رام داس نأوی حوالدارس اتھِ لاہور جیلس اندر ، بیٚیہٕ سہٕ دون وٕری ین ہو کھان روٗد ۔ دویہٕ وٕہری ییلہٕ راجہ مان سنگھ پنٕہ نِس بیمہٕ لالس اکبرس منٛز پھوتہٕ بنووُکھ یوسف شاہ بنٛگألی فوجس اندر پنٛج ہزاری کمان دار ۔ یوسف شہن ییلہٕ یہ حال وُچھ ، سہٕ سپُد پاگل تہٕ اُتھی مرضس اندر گوٚ سہٕ ۱۵۹۱ ءمنٛز مرِتھ ۔ لگ بھگ ساڑن تژٕ بن ہتن وٕری ین اُس نہٕ تٔسنٛز قبر

تام کأنسہِ ویز۔ حال حالے چھُ امہِ قبرِ ہُنٛد پےٚ آمُت کڈنہٕ۔ یہِ چھے ''بِسوک'' ناوٕ اَکِس گامس منٛز'' بہار صوبہِ کِس پٹنہ ضلعس اندر...... زنتہِ اکبر پادشاہنہِ نوشہِ نوٗر جہان بیگمہ ہُنٛد یہِ شعراسہِ ژٕہنس پاوان۔

بر مزارے ما غریباں نَے چراغے نَے گلے

نَے پرِ پروانہ سوزو، نَے صدائے بُلبُلے

یِتھِ کنہِ کوٚڈ موغلو پنُن سورُے شرٛارت یوسف شہس پٮ۪ٹھ۔ اما پوٚز امہِ وِزِ تہِ روٗ دُکھ کٲشیر زینہٕ نُک ارمان موجوٗد۔ یعقوب شہن ییلہِ موغل فریبُک اطلاع لوٚب تِمو چلوو پننہِ نس ناوس پٮ۪ٹھ یِیتیٚک سِکہٕ تہِ خطبس اندر کوٚرُن پنُن ناو رأتج۔ یِتھ زن موغلن یہِ فِکر ترٛ زِ کٲشیر چھےٚ یوسف شاہس پتہٕ تہِ آزاد تہٕ خود مختار۔

کاش یعقوب شہس آسہِ ہن تم مُشاوِراتھ آئمتی۔ یمن کٲشیرِ ہنٛزِ آزأدی ہُنٛد دود آسہِ ہے۔ یہِ اَس سانہِ مُلکچ بد قسمتی زِ اَمس آے یمہٕ داے دِنہٕ وأل بُتھِ یمن کٲشیرِ ہنٛز خود مختأری کھوٚتہٕ پنُن عاش وآرام جاہٕ ٹوٚٹھ بوزنہٕ آو۔ اکہِ طرفہٕ اَسی عوامس حبہٕ خوتوٗنہِ ہنٛدی وبد اکھ موغلن ہنٛزِ فریب کأری خلاف خوٗن گرماوان تہٕ بیٚکہِ طرفہٕ اوس علی ڈار وزیرِ اعظم امیرن وزیرن کالہ پگاہ جأ گیر دِوان تہٕ نوان۔ پانہٕ نابکار اَستھ تہِ وأژکتھ یوٚت تام زِ علی ڈارن سوٚمبرأوی کینٛہہ امیر وزیر پانس سِتی تہٕ تِمن یعقوب شہس خلاف اعلانیہ بغاوت۔ گوڈٕ شہرس اندر تہٕ پتہٕ سوپورس اندر لوٚگ باضأبطہٕ پادشاہس تہٕ جأ گیردارن درمیان جنگ۔ یِتھ اندر رواریاہ کأشری پانہٕ وأنی لڑأئی گلی۔ اگر چہِ یعقوب شہن یہِ بغاوت دبأو تہِ، اما پوٚز یمن جنگن دِژ کینٛژ وغرض اَنو فرقہٕ بندی ہنٛز رنگت تہٕ اَتھی جعل سأزی پٮ۪ٹھ نیو وبیٚہ شیعہ

سُنی تنازعہ۔ییمہٕ کٲشیرِ ہُنٛد اتفاق پژٲنی پأٹھی ییہِ چھلہٕ چھانگرِ کوٚر۔باغی امیر مثلاً شمس چکؔ، میر حسنؔ، علم شیر ماگرےؔ بیترِ گیہِ چھأکرس علی ڈارس ستی دربدر تہٕ محمد بٹ آو وزیرِ اعظم بناونہٕ۔یسندِ وقتہٕ ییٚتیک سیاسی نیاے پوٚر فرقہٕ بندی منٛز تبدیل گوٚو۔

امہِ جھالک نتیجہٕ دژاو زِ یعقوب شاہسؔ روٗد نہٕ موغلن نشہِ کٲشیر بچاونک خیالےٕ تہٕ سُہ تہِ پھسیوٚو تتھ کنہِ شیعہ سُنی زالس منٛز، ییٚتہِ نہٕ تس نیرِ نے توگ تہٕ ییٚمُیک اند ووت سُنی مفتی اعظم قاضی موٗسیٰ سِندس قتلس تام۔یہِ اوس تیٚتھ انتقامی واقعہ،ییمہِ ستی یعقوب شاہسؔ خلاف شہروگام عام نفرت پأدٕ گیہِ۔تہٕ أتھی وقتس اندر گیہِ شیخ یعقوب صرفی تہٕ باباداؤ دخاکی،اکبر پادشاہسؔ کٲشیر زینہٕ نچ دعوت دِنہٕ۔

ییأرِ اوس ییمہٕ نےٕ ووہن یعقوب شاہنؔ محمد بٹ معزوٗل کٔرتھ ژُھنمُت تہٕ تسنزِ جایہِ علی ڈارنہِ کھوتہٕ نابکار اکھ شخصاہ نازُک بٹ وزیرِ اعظم بنوومُت۔یسنہٕ یہِ تام اوس فِکرِ تران زِ کٲشیرِ ہنٛدِ نااتفأقی ستی مارِ اوِ تسُنٛد عہد تامتھ!۔تتھے پأٹھی اوس یعقوب شاہس بیاکھ بیقلاہ......مُلا احسنؔ اسود......یسند بوٚ احمقانہٕ مشورو ستی عامس تیوٚت ددارِ ووت، ییمہِ حضرت ایشانؔ صأبس ہِوس عألمس تام جیرِ اوٗن۔چنانچہِ ییٚلہِ تِہنٛد وفد اکبر پادشاہسؔ نشہِ ووت، تمو کوٚر موغل دربارس ستی اکھ معاہد،یتھ اندر نوم ژور دفعہ تہِ أسی ......(ا) وئِتھی حأکم ( مطلب موغل افسر ) کرن نہٕ کأشرین ہِنٛدین مذہبی معاملن یا غلہٕ کنن قیمتن اندر کانہہ اعتراض۔دوٚیم یہِ زِ موغل بناون نہٕ کأشرین مردن غلام تہٕ زنانن کٔنیز۔تریم یہِ زِ کأشرین ییہِ نہٕ سخ تکلیفو نِشہِ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ بدعتو نشہِ آرام دِنہٕ۔ژوٗرِم یہِ زِ کأشری تم وزیر تہٕ امیر،ییم وُنی کنبس نیاین ہنٛدی بأعث چھِ، روزن نہٕ مُلکی یا مألی کامین اندر دخل دِنہٕ وألی۔

عہد نامہٕ کٔرِتھ دژاو مرزا قاسم خان میر بحریہ حضرت شیخ یعقوب صرفی صأبس تہٕ حیدر ژکس ستی ۴۰ ساس سوار تہٕ ۲۰ ساس پیادٕ فوج کٔشیرِ موغلن کرِتھ زیننہٕ۔ وُنہِ اوس یہ فوج راجوری ووتمت یلہِ یعقوب خانن بوٗز۔ امیر وزیرن ہنٛز نااتفاقی اَستھ تہٕ سوٗمبراوِتھ ۳۰ ترٛہ ساس سوار تہٕ ۱۰ داہ ساس بندوقچی تہٕ ووت یہ فوج ہتھ ہیرِ پور موغلن مقابلہٕ کرنہٕ۔ شہرس اندر ترٛوٗون پنُن وزیرِ اعظم نازک بٹ ولد ابدال بٹ پنُن جانشین۔ یہ اَس کٔشیرِ ہنٛدِس غارتس پتُم آزمایش۔ اما پوٚز سأنی امیر وزیر اَسی موغلن برٛونٛہہ قریباً نصف درجن کھچن منٛز بأگراونہٕ آمتی۔ چنانچہِ یتھے یعقوب خان شہرِ دوٗر ووت، سید یوسف بیہقی ناوی اَکی امیرن کوٚر فریب دِتھ نازک بٹ وزیرِ اعظم "معزوٗل" تہٕ علم شیر ماگرے تہٕ ظفر ژک ولد شمس ژک پانس ستی رلاوِتھ ژٔجن اعلانیہ بغاوت۔ جیلس ترٛاوِن درواز یلہٕ تہٕ کٔرن پژوٗن وزیرِ اعظم محمد بٹ تہٕ شمس ژک رِہا۔ عام لوٗکھ متے یہ شیعن ترٛبن دوہن لوٗٹنہِ تہٕ ترٛشہ بےٚ حُرمتی کرنہٕ، تیٚچ تلخ یاداوٕری کأشرِ بن مسلمانن ہتہٕ واد وٕری ین اکھ اَکس نِشہِ بدظون تھاوان روٗز۔ یتھی شرمناک قصہٕ کٔرِتھ ژٔلی تہٕ رلے یہ موغل فوجس ستی۔ محمد بٹ تہٕ شمس ژک تہٕ اَسی موغلن ستی ژلنس تیار۔ اما پوٚز ژمن پہو پرن سید ابو المعالی تہٕ چھیکرس رلے یہ یم زٕ یعقوب خانس ستی تمی دوہ، یمہِ دوہ موغل فوج پیر پانژال بالس ترٛتھ ہیرِ پور ووتمت اوس۔

سانہِ مورخو چھنہٕ امہِ جنگک پوٗر شرح لیوٚکھمُت۔ صرف چھِ کینٛہہ اشارٕ لیکھنہٕ آمتی۔ یموٕ ستی فکرِ چھُ ترٛان زِمأدانٕ جنگس اندر تہٕ اَسی نہٕ سأنی امیر وزیر اکی ترٛایہِ پکان۔ اگر اَکھ کٔنی ایبہ خان، سید ابراہیم یا یوسف ژک ہی لڑن وألی

یعقوب خانس ستی وژھ وأنجہ اتھس کبتھ کلہٕ ہتھ دژاہتی أسی۔ بیٚیتھ کٔنی أسی محمد بٹ تہٕ شمس چک زنتہٕ بیگارِ آمتی سوزنہٕ۔ تہٕ تِمن اوس وسوسہٕ زِ اگر یعقوب خان جنگ زیٚنہِ، تِم پیٚنہٕ کُنہٕ منز مُجراہ کِنہٕ نہٕ۔ تِتھے پأٹھی اگر اکہِ طرفہٕ بہرام نیایک تہٕ شنگی نیایک أسی فخرن موغلن ستی رٔلتھ کأشرن مُخالف تہٕ بیٚکہِ طرفہٕ أسی قاسم نیایک، حسین ژک تہٕ محمد ژک موغلن ہِندِس رتس زأ گتھ یعقوب خانس ستی موغلن خلاف لڑان۔ انسان چھُ حأران گژھان زِ کأشرِ سیاستکی یِم ورُوچھِتھ کوتاہ آسہِ ہے یعقوب خانس نۆن تیلان تہٕ سُہ کوتاہ اوس جگرٕ کرِتھ۔ بیٚیس کأنسہِ پادشاہس اگر مأدانِ جنگس منز یُتھ غأیلہٕ بتھِ یِن، سُہ ہارِ ضرور ہمت مگر کأشرِن ہُند أخری تاج دار رۆد توٚت تام لڑان، یوٚت تام بدقسمتی موجوٗب أمِس پنٕنہِ مأدیانہٕ پیٚٹھ عینِ مأدانِ جنگس اندر بون وسنک ضرورت پیو۔ اکہِ اتھہ اوس سُہ لاکمہِ تھپھ کرِتھ تہٕ تام آو اپأری موغل فوجک اکھ آوار گر، یُس مأدیانہِ ستی لڑنہِ لوٚگ۔ لاکمہِ آو دژسہٕ تہٕ ژھینٛی تہٕ مأدیانہٕ ژٕج گرِس ستی لڑان لڑان شأہی ڈیرس کُن۔ مأدیانہِ وتہِ ژلان ژلان یعقوب خانس رۆستُے وُچھِتھ گییہِ کأشرن یہِ غلط فہمی زِ یعقوب شاہ چھُ مارنہٕ آمُت۔ یِمہِ ستی سارِنے فوجین اندر رٕہی رود وۆتھ۔ کأشرن ژھو کے یہِ ہمت۔ اوٚت تام أسی موغل تتی ییٚتین تِم یوٗنی رٹنہٕ أسی آمتی۔ کأشرِ فوجِ پریشأنی تہٕ چھلہٕ چھانگر وُچھِتھ کوٚر موغلو پنٕن حملہٕ تیز، یتھ اندر یعقوب شاہ تیٚتھ وِلنہٕ آو زِ تِہند بن ہمسایہٕ سپہن تہٕ توٚرنہٕ فِکرٕ زِ شأہی ڈیرٕ طرفہٕ کیاز لگی سپاہ ژلنہِ۔ یِیلہِ پرٛتھ طرفہٕ انہٕ گوٚٹ وۆتھ، یعقوب خان ژوٗل اتھن پھوکھ دِوان بڑنگ وتہِ کنٛی پنٕن ماتامال کشتوار تہٕ موغل فوج تہٕ تِہندی کأشری وتہٕ ہاوٕکی

ژاے امی دوہہ شوپیان ۔امہِ دوہہ اُسی گمتی یعقوب شاہس صرف ژوداہ ۱۴ رٔتھ (یا اَرداہ ۱۸ رٔتھ ) تخٔتس پٹھ تہٕ موغلن قریباً پنژاہ ۵۰ ؤری کٔشیرِ زینہٕ نٔک خاب وُچھان ۔امہِ خابہٕ چہ اکہِ ژھایہِ ہُند تعبیر دژ اوس ۱۷ ذی قعدہ ۹۹۴ ہجرِ یس اندر ییلہِ قاسم خانن سرینگرس اندر رساسہٕ واد کأشرِ ماران ماران ووت ۔

کأشرین بوالہوس امیرن وزیرن منز اُسی امہِ وقتہٕ تہٕ وارِیاہ تِتھی بیقل موجود، یِمن یہِ گُمانہٕ اوس زِ قاسم خانن آواسہٕ پانہٕ اکبر ''جلال الدین'' تہٕ کٔشیرِ آسہِ اسیٖ راج تاج کرُن ۔ مگر یُتھے موغلو پٔنُن بُتھ ہوو، یِمن بیقلن لجہِ اَچھ دَرس تہٕ یِم لگی اتھہٕ ماو ژاپنہِ ۔مثلاً یُس حیدر ژک تالہِ ژٕہل دِتھ موغلن وتھ اوس ہاوان زِ کٔشیرِ رٕکتھہٕ رٕکنی گژھِ فتح کرٕنی، سُے واتہٕ نووگوڈ موغلو جیل خانس اندر ۔یہِ ڈٕیشتھ سورے یہِ باقی موغل اَتحیتٔن تران تہٕ لگی ژھو کھرِ کرنہِ ۔ہُپأرِ ییلہِ یعقوب خان کشتوار ووت، تس گرتِکی راجن ...... بہادُر سنگھن ...... سکھ ملامت تہٕ کوٗڈُن واپس کٔشیر زینہٕ ۔

کٔشیرِ واتأنی سوٗمبرأوِ تمی وارِیاہ امیر وزیر، یِمن ہِنزِ تس پٔژھ اُس زِ یِم چھِ پٔزی پأٹھی موغلن خلاف ( مثلاً ابراہیم ژک، علی ملک، بیترِ ) یِمو ژھٕن قاسم خانن شأہی محل تام زالنہٕ نأوِتھ ۔یہِ بوزأنی لوٗگ شہرِ گامہٕ موغلن خلاف گوریلا جنگ ۔ سید ابوالمعالین لوٗٹ سرکأرِی خزانہٕ ۔موغلن گیہٕ ناکہٕ بندی تہٕ قاسم خانس ییلہِ دزان دزان بوزنہٕ آو، تمی رٔژی گوڈٕ تم کأشرِ لیڈر یِم وُنیستام جیل اُسی تہٕ ژھٕنِن مأرِتھ ۔یِمن منز تٕسند ہمدردِ اوّل حیدر ژک تہٕ کأشرین ہُند اکھ تھدِ پایک بہادُر علی میر کوکہٕ تہٕ اُسی ۔موغلن ہِنزِ امہِ بےغأرتی ستی آو شہرِ وارے وُتھنہٕ تہٕ سید ابوالمعالی سٕنزِ رہبری منز کوٗر کأشرو، موغلن کابہٕ تأن ۔ہُپأرِ اوس یعقوب خان کأشرین

ہنز لشکر ہیتھ پکان تہٕ قاسم خانس لۄگ نہٕ شہر نبر ژلنس کانٛہہ چارٕ ۔ یعقوب خان آو
، بیوٗٹھ بیٚیہِ تخٔتس ۔ کاش امہِ وقتہٕ تہِ ہیچھہٕ ہن سأنۍ امیر وزیر تہٕ سون اۍخری پادشاہ
ف اکھ کتھ: سوگیہِ یہِ زِ وہ پرفوج یوٚت تام کٔشیرِ منز روزِ، توٚت تام واتن نہٕ اسہِ
آ أکس زچہِ ژٔٹنہٕ ۔ بلکہِ روزِ جان اتھواس کٔرِتھ تہٕ پننۍ اختلاف پچہِ تل تھأوِتھ
و رن دکہِ دِیُن تہٕ پتہٕ جأگیر بأگراونی ۔ وُنہٕ اوس قاسم خان پنُن فوج ہیتھ وادی
ے ییلہِ یعقوب خانن آرڈر کوٚڈ زِ ''یمی تیمی شخصن ہیرٕ پورٕ لڑایہِ وِزِ موغلن
لچہِ واتھ کوٚر، سُہ ژٔھنن یہٕ گأژتھ ......'' یہِ حکم بوزِ اۍنی ژٔلی تِمنہٕ دربارٕ أندرٕ قریباً
اری امیر وزیر ۔ تِکیا زِ تِمن اوس دارِ کوٚنڈ لور ۔ یہِ اۍس نۍ کتھ زِ یمو منزٕ اۍسی اکثر
غلن ستی رلے یہٕ ہتی ۔ یہِ واقعہٕ ییلہِ قاسم خانن بوٗزتس آو دارِ کٔنی اۍنزتہٕ سُہ ژاو
بیہِ سری نگرس اندر ۔ یٚیتہٕ تیژ افراتفری اۍس زِ اۍمس سپد نہٕ کانٛہہ خاص مقابلہٕ تہٕ
۔ یعقوب شہن ییلہِ پانس ستی نوٚٹ تہٕ حماۍ یوت ڈیوٗٹھ تہٕ کرِ نہٕ زچہِ تہٕ ووت
ژلان ژلان کوہستان اولر (پتہٕ دوریوو کشتوار) امہِ پتہٕ یُدوے کأنسہِ کأشری
لیڈرن (مثلاً سید ابوالمعالی یا شمس ژکن) کولہٕ تھوٚد تُل ۔ سُہ آو موغلن ہِندِ دستہٕ بڈٕ
بے رحمی سان دباونہٕ ۔ یوٚ تام ونُدک وٕنِد کأشر بو وطن داروژوٕ رِژوٕ رِکوٚڈ ۔

سوٗنتھ یِواۍنی آو یعقوب خان بیٚیہِ کشتوارٕ پیٹھ واپس ۔ اصلس کُن
گژِھتھ اوس امہِ وقتہٕ موغلن ہِندِس قبضس اندر صرف سری نگرٕ یوت ۔ گامن
اندر اۍسی لوٗکھ یاتہٕ کٔشیرِ ہُند حالِ بدوٗچھتھ راۍدی ہتی ہوی، نتہٕ یعقوب شہنٛی طرفدار
۔ یہِ حال وُچھِتھ اوس اکہِ طرفہٕ قاسم خان پننۍ بہودوٗری تھکہٕ ناونہٕ خأطرٕ کأشر بن
موغل نواز لیڈرن ہِندی وفد دِلہِ سوٗزی سوٗزی یہِ ہاوُن یژھان زِ کأشری چھِ موغلن

ژاے امی دوہہ شوپیان۔ امہِ دوہہ اُسی گمژتی یعقوب شاہس صرف ژوداہ ۱۴ رٕتھ (یا ارداہ ۱۸ رٕتھ) تختس پٹھ تہٕ موغلن قریباً پنژاہ ۵۰ ؤری کٔشیر زینہٕ نٔک خاب وُچھان۔ امہِ خابہٕ چہ اکہِ ژھایہِ ہُند تعبیر دژاو ۱۷ ذی قعدہ ۹۹۴ ہجرِ یس اندر ییٚلہِ قاسم خان سرینگرس اندر رساسہٕ واد کأشری ماران مارن ووت۔

کأشرین بوالہوس امیرن وزیرن منز اُسی امہِ وقتہٕ تہٕ وارِیاہ تِتھی بیقل موجوٗد، یِمن یہِ گُمانہٕ اوس زِ قاسم خان آواسہِ پانہٕ اکبر "جلال الدین" تہٕ کٔشیر آسہِ اسہِ راج تاج کرُن۔ مگر یُتھے موغلو پٕژ بُتھ ہوو، یِمن بیقلن لجہِ اُچھ دٔرس تہٕ یِم لگی اتھہٕ ماو ژاپنہِ۔ مثلاً یُس حیدر ژک تالہِ ژھل دِتھ موغلن وتھ اوس ہاوان زِ کٔشیرِ کِتھہِ کنی گژھہِ فتح کرِنی، سُے واتہٕ نوو گوڈٕ موغلو جیل خانس اندر۔ یہِ ڈیٖشتھ سورے یہِ باقی موغل اتحیٚنٹن تران تہٕ لگی ژھوکھرِ کرنہِ۔ ہُپأری ییٚلہِ یعقوٗب خان کشتوار ووت، تس کٔر تِتِکی راجن ...... بہادُر سنگھن ...... سکھ ملامت تہٕ کوٚڈُن واپس کٔشیر زینہٕ۔ کٔشیرِ واتأنی سوٚمبرأوی تِمی وارِیاہ امیر وزیر، یِمن ہٕنز تس پٕژھ اُس زِ یِم چھہِ پٔزی پأٹھی موغلن خلاف (مثلاً ابراہیم ژک، علی ملک، بیترِ) یِمو ژھن قاسم خانن شأہی محل تام زالنہٕ نأوِتھ۔ یہِ بوزأنی لوٗگ شہر گامہٕ موغلن خلاف گوریلا جنگ۔ سید ابوالمعالین لوٗٹ سرکأری خزانہٕ۔ موغلن گیہ ناکہ بندی تہٕ قاسم خانس ییٚلہِ دزان دزان بوزنہٕ آو، تِمو رٔڈی گوڈٕ تِم کأشری لیڈر یِم وُنیستام جیل اُسی تہٕ ژھنِن مأرِتھ۔ یِمن منز تُسند ہمدرد اوّل حیدر ژک تہٕ کأشرن ہُند اکھ تھدِ پایک بہادُر علی میر کوکہ تہٕ اُسی۔ موغلن ہٕنز امہِ بےغأرتی سِتی آو شہر وارے وُتھنہٕ تہٕ سید ابوالمعالی سٕنزِ رہبری منز کوٚر کأشرو، موغلن کابہ تأن۔ ہُپأری اوس یعقوب خان کأشرین

ہنز لشکر ہیتھ پکان تہٕ قاسم خانس لوٗگ نہٕ شہر نبر ژلنس کانٛہہ چارٕ۔ یعقوب خان آو تہٕ بیٛوٗٹھ بیٛیہٕ تختس۔ کاش امہٕ وقتہٕ تہٕ ہیچھہٕ ہن سأنٛی امیر وزیر تہٕ سون اٰخری پادشاہ صرف اکھ کتھ: سو گیہٕ یہٕ زِ وہ پر فوج یوٗت تام کٔشیرِ منٛز روزِ، توٗت تام واتن نہٕ اسہٕ اکھ اٰکس زچہٕ ژٹنہٕ۔ بلکہ روزِ جان اتھواس کٔرتھ تہٕ پنٛنہٕ اختلاف پتہٕ تل تھاٰوِتھ وہ پرن دکہٕ دِیٛن تہٕ پتہٕ جاۓ گیر بأ گراونی۔ وُنہٕ اوس قاسم خان پنٛن فوج ہیتھ وادی منٛزٕ ے بیٛلہٕ یعقوب خانن آرڈر کوٗڈ زِ ’’ییمی ییمی شخصن ہیرٕ پوٗرِ لڑایہ وِزِ موغلن ستی لچہٕ واٹھ کوٗر، سہٕ ژھنن یہٕ گأنٛتھ ......‘‘ یہٕ حکم بوزٕ اٰنی ژٔلی تٔسنٛدِ دربارٕ اٰندرٕ قریباً سأری امیر وزیر۔ تِکیازِ تِمن اوس دارِ کوٗنڈ لور۔ یہٕ اٰس تٔنی کتھ زِیمو منٛزٕ اٰسی اکثر موغلن ستی رلے یہٕ ہتی۔ یہٕ واقعہٕ بیٛلہٕ قاسم خانن بوٗزتس آو دارِ کنی اٰنزتہٕ سہٕ ژاو بیٛیہٕ سری نگرس اندر۔ بیٛیہٕ تیژ افراتفری اٰس زِ اٰمس سپُد نہٕ کانٛہہ خاص مقابلہٕ تہٕ۔ یعقوب شہن بیٛلہٕ پانس ستی نوٗٹ تہٕ حمامہٕ یوت ڈیوٗٹھ تہٕ کرٕ نہٕ زچہٕ تہٕ ووت ژلان ژلان کوہستان اولر (پتہٕ دوریوو کشتوار) امہٕ پتہٕ یُدوے کأنٛسہٕ کأشرِ لیڈرن (مثلاً سید ابوالمعالی یا شمس ژکن) کولہٕ تھوٗدتُل۔ سہٕ آو موغلن ہنٛدِ دستہٕ بڑٕ بے رحمی سان دباونہٕ۔ یوٗ تام ونٛدک ونٛدِ کأشر بو وطن داروژوٗ رِژوٗرِ کوٗڈ۔

سوٗنتھ یواٰنی آو یعقوب خان بیٛیہٕ کشتوارٕ پیٛٹھ واپس۔ اصلس کُن گژھتھ اوس امہٕ وقتہٕ موغلن ہنٛدِس قبضس اندر صرف سری نگرٕ ے یوت۔ گامن اندر اٰسی لوٗکھ یا تہٕ کٔشیرِ ہُنٛد حال بدوُچھتھ رأوی ہتی ہوی، نتہٕ یعقوب شہنٛز طرفدار۔ یہٕ حال وُچھتھ اوس اکہٕ طرفہٕ قاسم خان پنٛنی بہودوٗری تھکہٕ ناونہٕ خأطرٕ کأشر بن موغل نواز لیڈرن ہنٛدی وفد دِلہٕ سوٗزی سوٗزی یہٕ ہاوُن یژھان زِ کأشری چھِ موغلن

ہِندی طرفدار تہٕ وفادار۔ مگر بیٚیہِ طرفہٕ اوس اکبرس کُمک منگان۔ یُتھ کأشرٕ ہِندِ دستہٕ مارٕ گرٕھنہٕ۔ شمس ژٔک اوس شُمأ لی کشمیرس اندر تہٕ سید ابو العالی جنوبی کشمیرس اندر موغلن خلاف فوجس ٹرینِنگ دِوان تہٕ عامس اُچھ مۄژراوان۔ یِمن علاوٕ تہٕ اَسۍ وارِیاہ کأشری لیڈر صرف یتھ کتھِ پتہٕ لگِۍ ؤتی زِ موغل گرٕھی کُنہِ طریقہٕ کشیرِ منٛزٕ دفع گرٕھنۍ۔ چنانچہِ موغلن تہٕ کأشرٕ ہِنٛزٕ باضأبطہٕ لڑٲے لٔج ''گاسو گامس نِشہِ'' ییٚتہِ موغل فوجُک کمانڈر مرزا زادہ علی خان ترٛے ہتھ سِپاہ ہتھ کأشرٕو بہودٕ رُوقتل کوٚر۔ قأسم خان رٔو داتہِ اتھ ہاوان تہٕ ووت پھُٹہٕ پھرٕ اٹہٕ موغل فوج ہتھ شہرس نزدیک۔ اوٚڈ فوج تھوٗن پاندرٕ تھن تہٕ اوٚڈ گُپکارٕ تہٕ تام ووت یِمن نِشہِ یعقوب خان سید ابوالعالیس ستۍ فوج ہتھ۔ صُبحہٕ پٔٹھ پیٚشن تام لوٚگ سُہ جنٛگ، یُس کأشرٕ ہِندِس تأرٟخس منٛز یادگار روزِ ہے۔ اگر نہٕ شامتہٕ نہِ کارٕ عین موغلن ہِندِ شکسہِ وِزِ کأشرِ فوجہِ کِس کمانڈرس ''نوز نگ ژکس'' اُچھا کھ کان پیہِ ہے، یِمہِ ستۍ سُہ اتی مۄد۔ کأشرِس لشکرس گیہِ بےٚ ہمتی۔ یِمہِ موجوٗب موغل فوج مران مران زِندے رُٔد۔ اگر شمس ژٔکن امہِ وقتہٕ یعقوب شہٕنٛز شیٚچھ بۄزِتھ موغل فوجس پتۍ کنۍ حملہٕ کریوو، قاسم خانٕنۍ تیر خأنی گیہے یہٕ ختم۔ اما پوٚز شمس ژٔک رٔو دپنہٕ نِسے دژٲ تِس ٹوکھ دِوان۔ یِمہِ موجوٗب یہ دوہ گژھتھ یعقوب شاہس پوٚشہرس اندر اژنہٕ بژوتھے ہانجک قلعس کُن لاو لشکر ٹلُن۔ موغل فوج ییٚلہِ اوٚت ووت، کأشرٕو دِیُت یِمن زبردست شکس۔ پنٛداہ شتھ موغل سِپاہ گیہِ چھوکہٕ لدتہٕ قتل۔ امہِ جنٛگہٕ پتہٕ رُٔد قریباً ڈاین رٹن کأشرٕ ہِن تہٕ موغلن ہُند جنگ جأری تہٕ سُہ اوس نہٕ کانٛہہ دۄہا یِمہِ دوہہ نہٕ اَکِس نتہٕ اَکِس جایہِ اوس جنگ چلہٕ وُن روزان۔ تہٕ کأشری سِپاہ

اتھ مُرِنۍ موغلن نشہِ ساز وسامان تہٕ لِباس نوان ۔ اما پوٚز امہِ وقتہٕ تہٕ اُسۍ کأشرۍ امیر و وزیرو منٛز ( عادتہٕ موجوٗب ) کینٛہہ دغا باز مثلاً خلیل بابہٕ تہٕ محمد بٹ بیترٕ اکبر پادشاہس نشہِ وأتِۍ مٕتۍ تہٕ کأشرِ بن وگوٚژتان ۔ چنانچہ یِمنے سٕتۍ آو کشیرِ دوٚیم موغل گورنر سید یوسف خان رضوی پنٛژاہ ساس زرِ پوش سپاہ ہیتھ قاسم خانہٕ جایہِ سوزنہٕ !

اوٚ تام اُسۍ کأشرۍ برابر کہن[11] رتبن موغلن خلاف لڑان روٗدمٕتۍ ۔ عام اوس دیوٗلی زدبنیوٚمُت تہٕ خاصن اُس کہن رأوِمژ گاوتہٕ بہن نہٕ یِوان اتھ ۔ اُتھی وقتس اندر ریٚیلہِ کأشرِ بوٗز زِ یوسف خان رضوی لیس سٕتۍ چھِ محمد بٹ بیترٕ تہٕ پکان، تِمن کھوٚژ وأنج زِ شاید تشددس ماگژھِ کمی ۔ امیرن وزیرن منٛز یُس یُس جاے آنتہٕ اوس مثلاً لوہر ژک، اسماعیل نایک، بہرام نایک تِم رلے یِہ حملہٕ آورن موغلن سٕتۍ ۔ یُس یُس کشیرِ غلام وُچھن یژھان اوس نہٕ ( مثلاً سید ابوالمعالی، شمس دھوبی، شمس ژک ) سُہ سُہ روٗ دتو تہٕ یعقوب خانس سٕتۍ ۔ مگر یِمن اوس نہٕ تازٕ دم موغل فوجس مقابلہٕ کرنک طاقت روٗدمُت ۔ بالخصوص ییٚلہِ محمد بٹ لوٗگ موغلن ہنٛدِ طرفہٕ دژال بنٛتھ لڑن والین پھساونہِ ۔ چنانچہِ یوسف خان تہٕ ابراہیم خان آیہِ یک ہزأری نواب بناونہٕ ۔ علم شیر ماگرے لیس تہٕ آیہِ اُسس کٹادِنہٕ ۔ تہٕ تِم لگی پانے موغلن اُہیا کرنہِ ۔ کشیرِ ہنٛدبن لیڈرن ہنٛزِ امی پرٕ ونہِ ناوِ وِزِ ووت دوٚیم موغل گورنر سید یوسف خان رضوی کشیرِ ۔

رضوی اوس قاسم خانہِ کھوتہٕ جاے حکمرأنی ہنٛدی فند زانان ۔ مثلاً کأشرِبن امیرن وزیرن یِہ ہاونہٕ خأطرِ زِ موغل چھنہٕ تِمن بالکل بے اختیار زانان، رلأے تِم موغل فوجس سٕتۍ ۔ کأشرۍ ''موغل نواز'' کمانڈر تہٕ یِتھ کأشرۍ مخالف گالنس منٛز''

بدنامی'' گژھِ نہٕ ۔ موغل کمانڈر رسید بہاوالدینس ستی تھوٚون محمد بٹس یہ کام ذِمہٕ زِ پژوٚنژس منز گژھِ شمس ژک تہٕ شمس دھوبی ہنز ''بغاوت'' دباوٕنۍ تہٕ ۔ یہ ''بغاوت'' دباوِتھ تھوٚون محمد بٹس ستی حاجی میرک یعقوب خانس تہٕ ابوالمعالیس مقابلہٕ کرنہٕ خاطرٕ۔

یعقوب خان اوس امہِ وِزِ پیٚٹھ کشیرِ ووتمت تہٕ ڈچھن پارِ علاقس اند راوس موغل فوجس تہٕ کاشرِس فوجس جنگ لوگمت ۔ دٕہن دوٚہن تام آسی واریاہ دشمن کاشر ہو پھر پاوِ متۍ ۔ اما پوٚز محمد بٹن اوس وژال لاگتھ امہِ وقتہٕ وارِیہن کاشرن سِپہن یہ پروپگنڈا کوٚرمت زِ موغل تژاون نہٕ زانہہ تہٕ کشیرِ ۔ لہٰذا یُسے وُنی کنبس موغلن ستی سُلہِ کرِرلہِ، سُے یوت بچہِ ۔ نتیجہِ وژاوی زِ یعقوب خان گوٚو سخ پریشان ۔ توتہِ پٔنۍ کینہہ وفادار ہتھ رٕ دلژاان یوت تام وِجبارِ نزدیک کوہِ نارستانہٕ کِس دامنس نکھہٕ تس اخری شکس لوگ ۔ تہٕ تس پیو جان بچاوِنۍ خاطرٕ کشتوار ژلُن ۔ افسوس چھُ یہِ زِ اتھ اخری جنگس مدِ مقابلہٕ اوس تس محمد بٹ، یُس یوسف شاہ ژکن گوڈنیُک وزیرِ اعظم اوس رُدمُت ۔ امہِ افسوس ناک واقعہٕ پتہٕ آے سید ابوالمعالی، شمس ژک تہٕ شمس دھوبی منہٕ ناونہِ ۔ امیرن ہنز بیاکھ جماتھ، یمن منز علی ڈار، لوہر ژک، اسماعیل دھوبی اسی، آے وفاداری ہاونہٕ خاطرٕ دِلہِ سوزنہٕ ۔ یِہٕری یِم با رسوٗخ انسان توتہِ موغلن ستی رلے نہٕ ۔ تِمن ستی آو وحشت ناک سلوٗک کرنہٕ ۔ یِمن منز سیف خان بیہقی، علی خان ڈچھن پارِہ، ایبہ خان اسی، یِمن آیہ زِنٛدٕ نے اچھ کڈنہٕ ۔ لوہر ژکن آو دارس کھالنہٕ ۔ بہرام نیایکن کھیو وژری ہتھ زہر ۔ موخصر پژھ دوہ اسی موغل سِپاہ کانسہِ نتہٕ کانسہِ کاشرِس رٔٹتھ انان تہٕ کتراوان ۔ غازی ژکن تہٕ لوہر ژکن ییٚلہِ آگرہ وٲتِتھ اکبرس حال وٚنی تہِ عاراوٗن نہٕ، تِم آے

روخصت ہینہٕ روٗ ستے کشیرِ۔ یِیتہٕ آیہِ تمن یوسف خانؔ رضوی سِندِ حکمہٕ تہٕ محمد بٹنہٕ ذٔریعہٕ اَچھ کڈٕ ناونہٕ۔

کأشر بن غأزِین ہُنٛد یہِ حال بیان کرنہٕ خأطرٕ گژھہِ اکھ پوٗر رِسالہٕ آسُن۔ موٗخصر بوٗ زِیوٗ صوبے دار صأب یِیلہِ تنگ آو تہٕ تامتھ ووت اکبر پادشاہ کشیرِ۔ یہِ اوس ۲۵ رجب ۹۹۶ ہجری۔ یِیتہٕ تھووُن پنٕنۍ موٗل دِنگ پوٗر انتظام کٔرتھ تہٕ گوٚو واپس۔

امہِ شأہی دورٕ پتہٕ آو یعقوب شہسؔ سٕتۍ عہد و پیمان کرنہٕ تہٕ چھیکرس گوٚو یہِ فأصلہٕ زِ اَمِس گژھہِ وُہ ساس (۲۰۰۰۰) روپیہ جأگیر دِنہٕ یِن۔ مگر صوبہ بہارس منٛز! یِیہِ گژھِس راجہ مان سنگھ رأچھ روزُن۔ مگر کأشری بتہٕ سازنٛد ررٕ دی اَمِس بہار واتنأوِتھ تہِ واگوٚیِ کران تہٕ موغلن نشہِ ژٕٹان۔ چنانچہ جأگیر دأری کرأنی آو یہِ قلعہٕ رتہاسسؔ اندر نظر بنٛد تہٕ تھاونہٕ۔ اَخرس تڑ ووٚکھ یِیلہٕ۔ سأنۍ اکثر موٗرِخ چھِ لیکھان زِ رِہأیی پتہٕ آو یعقوب شاہ بیٚیہِ کشیرِ۔ یِیتہٕ اَمِس قاسمؔ خان نأوی اَکِس (ہٹہٕ مٹہٕ) بأیِس اتھِ زہر آودیاونہٕ۔ مگر حال حالے چھےٚ یہِ کتھ ننیامٕژ زِ یہِ کیٛژھا'' بہارستانِ شأہی'' نأوی تأریخس اندر أمی سِنٛدِس انجامس متعلق چھُ لیکھنہٕ آمُت تی چھُ پوٗز۔ امہِ تأریخُک مُصنف چھُنہٕ وُنیُکتام اتھ آمُت۔ اتھ اندر چھ یہِ کتھ آمٕژ زِ یوسف شاہ مرنہٕ پتہٕ یِیلہِ یہِ مُجأہد رِہا آو کرنہٕ، یہِ دژ اوپنہٕ نِس جأگیرس گُن، یُس بہیرہؔ گامس اندر راوس۔ اور نیرن وِزِ گوٚو یہِ پنہٕ نِس نقلی بأیِس (قاسم خانس) روخصت ہیٚنہٕ، تیمۍ اَمِس پانہٕ پنہٕ وُٹھرس اندر زہر دِیُت (غالباً چھ قاسم خانن جأگیر کھینہٕ خأطرٕ یہِ کأم کٔرمٕژ)۔ بے خبری اندر زہر کھیتھ یِیلہِ یعقوب شاہ بہیرہ گامسؔ منٛز ووت تہٕ تس کوٚر زہرن اثر۔ تہٕ کیٛژن دوہن بمار روٗزِتھ گوٚو یہِ مُجأہد

۸ محرم ۱۰۰۲ھ ؤرِ لیس اند ر رحمتِ حق۔ اتہِ ٹلُکھ اُمی سُند تابوٗت تہٕ واتہِ نوٗو کھ اتہِ پٔژھ اَٹھ میل دوٗر یوسف شاہ نِس مقبرس نِشہِ بسوک گامس منز۔ یم دونوے مقبرٕ چھِ گام ہتھ ازوٗ جارٕ۔ نہ چھ کأشرِن تاریخ ناشناس لیڈرن تہٕ نہٕ محکمہ آثارِ قدیمس یمن دون مقبرن مرمت کرنٕچ فُرصت آمٕژ۔ اِنا لِلہ وَ اِنا اِلیہِ راجعوٗن!

یوسف خانٕنِ اَخری دوہن کرٕ یوو کأشر بوگرا حسن بیگ ہاوِتھ تہٕ گرانٲب نأظم (مرزا یادگار) ہاوِتھ بیٚیہِ موغلن ہِندِ پنجہِ نِشہِ کٔشیر چھٹاونٕک سٕنز۔ اما پوٚز بے ربط، غیر منظم آسنٕ سببہٕ چلیو کھنہٕ کینٛہہ۔ ستی ییٚلہِ اکبر دوٚ بارٕ کٔشیر آو، تٔمی لاگ لوٗکھ ہارِ پربت قلعہٕ بناونس کُن۔ یٚیمہِ ستی عامس آو "روزگار" ہاونہٕ۔ حالانکہِ یہ اَس اکھ چال۔ یُتھ زن موغل اقتدارِ خأطرٕ اکھ سہٕ قلعہٕ بِیہِ تعمیر کرنہٕ۔ یتھ نہٕ کأشرِ ڈوڈس ہتس ؤرِ یس تام تہِ پھُٹرٕ اَوِتھ ہکن! یوسف خانس پتہٕ آو محمد قلی (یا قلیچ خان) کٔشیرِ ہُند صوبہٕ دار بناونہٕ۔ یہٕ اوس ۹۹۷ھ ییٚلہِ وُنہٕ یعقوب شاہ جلاوطنی اندر زِندے اوس۔ قلی خانس اوس کٔشیرِ ماتحت تھاونہٕ خأطرٕ اکُے کارٕ ذِمہٕ آمُت تھاونہٕ۔ سُہ گوٚ وِیہِ زِیٹہِ یٚیتہ کانٛہہ کأشُر موغل راجس پسند کرِنہٕ، تتہٕ تتہٕ گژھِ سُہ بےٚ دردی سان ختم کرُن۔ چنانچہِ کٔشیر ہِند بن ژٔہ نوٗنی اندن آو گیرو دار کرنہٕ۔ شمال طرفٕہ آو کوپوارِ منزٕ حسین ژٔک تہٕ شمس ژٔک مُلا جمیلہ نہِ دستہٕ قتل کرناونہٕ۔ جنوٗبہٕ طرفٕہ سوٚ مبرأوی دچھُن پارِ علاقٕکی سأری کأشرِ لیڈر محبت علی نأوی اَکی موغل مُلأزمن مُلازمتٕک فریب دِتھ مچھِ بون ناگس پٔٹھ تہٕ گرِن اتی سأری قتل۔ مشرقہٕ طرفٕہ کریوو حسین خانن تہٕ ابیہ خانن تیٚبتہٕ یِکس پادشاہس ستی تہٕ کٔشیر آزاد کرنٕک منصوبہٕ۔ اما پوٚز یہ سِکیم تہٕ گیہِ ناکام۔ یمن دون ستی آیہ ہتہٕ واد کأشرِن بہو

دؤ رن ہنٛدی کلہ شیرکوٹ ۔ ( کھیہ ہامہٕ ) انبار کرنہٕ ۔ أڈون علاقس منٛز ووژھووایما خان ناوِی اکھ رسوٗخہٕ وول کأشُر موغل ذٕ رِنٛدن مقابلہٕ کرنہٕ ۔ یہ تہٕ أمی ہنٛدی طرفدار آیہِ بیروہ علاقس منٛز ژأری ژأری کڈِتھ مارنہٕ ۔ ژٕک خاندانٕک یِنہٕ یِنہٕ کانٛژھا بسان اوس ، سہٕ آو صرف ژٕک کرٕام آسنس پتٕھ ختم کرنہٕ ۔ أتھی تشددس انٛدر آو یعقوب شہس ۱۵۹۳ ء منٛز زہر دِیاو ناونہٕ ۔ اکبرن یِیلہٕ یہ بوٗز زِ محمد قلی خانن نہٕ تھوو کأشرٕ بن لیڈرن ووہنٛزٕ صورت تہٕ نہٕ روٗد تسُنٛد اصلی مخالف یعقوب شاہ زِنٛدٕ ۔ تس آیہِ پوٗر پژھ زِ موغلو زِنہٕ کشیر تہٕ سہٕ دژاو ۱۵۹۸ ء لیس منٛز تریمہٕ پھِرِ کشیرِ ''سیر و سیاحت'' کرنہٕ تہٕ اہرِ بیہناونہٕ ۔ یِنہٕ منووُن عیدگاہس انٛدر اکھ کنوینشن ۔ یتھ انٛدر قریباً شیتن ساسن ( ۸۰۰۰۰ ) کأشرٕ بن یڈ برٕتھ بتہٕ تہٕ ناٹہٕ دِژن ۔ سالرن رس بأگران بأگران کوٗرُن اعلان زِ ''ووٕنی کیاہ گیہِ کشیرِ پزٕی پأٹھی آزاد ۔'' تمہٕ وقتہٕ کیو موغل نواز کأشرٕ بو کوٗر ''ضرٕ رضرٕ ر'' چنانچہ امی رأژ آو ''جشنِ آزادی'' مناونہٕ خأطرٕ سأرِی ہِے شہرس ، کوہِ مارانس ، کوہِ سلیمانس تہٕ دریاے جہلمس زوٗل کرنہٕ تہٕ تھرن گھٕسی کھٕسی ''آزأدی'' ہنٛدی نعرٕ دِنہٕ !

□

ا۔ یمن منٛز ژھی شال ، زعفران تہٕ اکھ ہتھ تیز رفتار گرٕی أسی ۔

# اسد پرے بحیثیتِ صوفی شاعر

## (ا) تمہید

کانٛسہِ صوٗفی شاعرٕ سُند ذہنی یا روٗحانی مقام کھر کرنہٕ خاطرٕ گژھِ لکھن وول یاتہٕ پانہٕ "صاحبِ حال" انسان آسُن، نتہٕ گژھِ سُہ تس شاعرٕ سٕنزِ شخصیتک تہٕ کلامُک گوڈٕ ژٕنی پاٹھی مطالعہ کرُن تہٕ اڈٕ "صاحبِ قال" نقاد بنہٕ نِچ کوٗشش کرُن۔ اتھ وُلٕٹہٕ اگر تمی پانہٕ نہٕ روٗحانی دُنیا سوٚ رمُت اوس، نہٕ شاعرٕ سُند سورُے کلامہٕ وُچھمُت اوس، نہٕ پزٕتھ انڈٕ کم از کم تسنٕز دُنیوی شخصیت ویٚژھٕ ناوٕمژٕ اٗس، تیٚلہِ اگر نقاد صابس لوٗکھ کامِل تہِ آسن ونان، سُہ چھُ کم از کم اتھ تنقیدس اندر "ناقص" روزان۔ تہٕ ان زانی پاٹھی (یا غلط زانٕتھ) صرف قیاسی زورٕہ تہِ تہِ شاعری کُن اٗرگتھ تھاوان، یتھ پزٕس ستی کمی واتھ چھُ آسان تہٕ ییمہِ موجوٗب تسنزِ رایہ قدمہٕ پتھ قدمہٕ ڈٕج چھےٚ پیوان لاگنی۔

اسد پرے حاجنی چھُ از بژ ونہہ وٕری پانژٕتاجی مرٕ۔ دوٚ ییمس دُنیہس کُن بڑیا مُت۔ اما پوٚز ییتھن وٕری ین اندر آونہٕ اٗمی سُند کلامہٕ جمع کرنہٕ، یُس ساری ہیے کٔشیرِ اوٚ گرِ تھوٚ گرٕ گرٕژھتھ چھٔکرنہٕ آمُت چھُ۔ یہ اٗس اسد پرینٕ خوش نصیبی زِ تسند بو

أخری رفیقو اند رِلوّب مے اکھ بُڈٕ......قآدر میر اند رگآم......لیس نِشہِ مے کم جادٕ أمی سُنٛد کلامہٕ بۆزتہٕ یُس مےٚ پننہِ آیہِ شیرِتھ سنبھأٹتھ دوٚیہِ ٹ٘ر ہن صفن اند رچھپیو و تہِ ۔وُنہِ چھُس یہٕ أمی سُنٛد باقی کلام ژھانڈٕ أنی (یٚیمہِ وجہ میأنز راے تہِ اڈٕ اوٚمےٚ روزِ!) اماپوٚ زیپٕرٛ ہن تہِ چھُ شُکر زِ اگر تہٕسنٛدِ کلامہٕ منٛزٕ سأنٛس ادبس اند روٗنیٚگتام یِمے دوٚیہِ ٹ٘ر ہہ صفہٕ جمع گئے ۔یِمن وُچھِتھ تہِ ہیکو أسی وارٕ پٲٹھۍ حدس تام یہِ زأنتھ زِ سانہِ صوفی شٲعری اند رکُس مقام چھُ اسد پرٛیس باگہِ آمُت۔ چنانچہ یہِ مقالہٕ چھُس یہٕ صرف أتھۍ کلامس برٛونٛہہ کنہِ رٕٹتھ لِکھان ۔(اسد پرٛینہِ زندگی ہٕنٛدۍ حالات چھِ مےٚ وارٕ پٲٹھۍ پرٛانین نِشہِ بۆزِتھ یتھ مقالس اند رأنۍ مٕتۍ)

## (۲)سوانح

اسد پرے اوس وُنہِ نابالغ ، ییٚلہِ أمِس مول رحمتِ حق گوٚو۔ ماجہِ کوٚرُس دوٚیم نیٚتھر شہرٕ ۔(مٕلِک صأب محلس اندر) ماجہِ تُل یہِ معصوٗم پانس سٕتۍ تہٕ یتھِ کٕنۍ گُزرووأمی شہرس منٛز پٕنٛن لوکچار۔ (توے چھُ سُہ شہرٕ آیہِ کلامہٕ اوسمُت کران ۔لوکچارٕ پیٹھے لوٚگ سُہ درویشی کُن ۔ دپان اتھ وقتس اندر اوس اکھ سبٕٹھاہ باکمال مہدہ صأب ٹاکٕنۍ درویشاہ ، ییٚمۍ أمِس روٗحأنی تربیت کٕر۔ أمی سُنٛد روٗحأنی سِلسِلہٕ چھُ یٚیمہِ آیہِ اوسمُت:۔




مہدٕ صاأب چھُ اوسمت قاأدری سِلسِلُک ساألِک ۔ بالغ گرٕھتھ چھُ اسد پرےٚ اتھ دورس یاد پاوان پانس کُن ونان ۔

لوکٕٹے اوٚسُس تہٕ پیوس پالیس     ستی ستی اوٚسُم پیرِ رہبر
قاأدِر محی الدین اوٚسُم دالیس     وُچھ مےٚ تتھ سالیس تل کم کم

تہٕ پتہٕ نس دِلس اِشارٕ کران ۔

سُلطان سِکندر لوٚگ بێیلہِ نیالیس     ظُلماتِ اکبر لعلن ژاو
ووٚنت ہێنہِ آبِ حیاتس دژالیس     وُچھ مےٚ تتھ سالیس تل کم کم

اگرچہٕ وُنیکتام چھُنہٕ أمی ستدِ زٕہنُک صحیح تاأریخ اتھِ آمُت، اما پوٚز زبأنی روایژن چھاأنتھ چھُ قیاس یی زِ یہ اوس ۱۸۶۰ پیٹھ ۱۸۶۲ ءہس تام کُنہِ وقتہٕ زامُت ۔ کٔشیرِ ہندِ س تاریخس اندر اوس یہ مہاراجہ رنبیر سنگھٕن عہد، یتھ اندر سأنِس علاقس دژاگ، بُنلی تہٕ سٔہلاب تہٕ وزیر پُنّبن ظُلم المختصر سارے بلایہٕ اکھ

اُ کِس پتہٕ وُبرے مژ آسہٕ ۔ تشدُد تہٕ لوٗٹ اوس یہِ حد زِلوٗ کھاُسی گژھان اُتھ ژلان تہٕ کانٛہہ زمین دارا اوس نہٕ پنُن زمین وانیس پتھ تہِ تیار سپدان تہٕ تو ے اوس ڈوٗگرِ حکوٗمتن زمین آباد کرناوَنہٕ باپتھ تہِ اکھ خاص فوج...... ''پلٹنِ نظامت'' بنووُمت ۔ یمِکی سپاہ اوٚلی سوٗنتہٕ بقول فردوسی کشمیر وہاب ۔

لورِ زورِ وِہِ ناوان وایہِ ناوان اُسی دانٛد

اوس سہلابس مساوی سوٗن ووٗگن تہٕ کھور تہٕ شانٛد

اوس وٗری لیس کمہٕ وِتھ دِیُن پُشہِ آسان لونہٕ وِنی

کٕھ کوکر ژادِر تہٕ داہ وُہ نقد رِشوٕ گوٕ تہٕ تھٕنٛز

ناو آبادی مگر تم اُسی وأراُنی کران

حیلہٕ کٕری کٕری اُسی نیران لوٗٹ تہٕ غارت کران

اوس خلقن حِصہِ تٕل تہٕ لِسہٕ الہٕ ہیٚیہٕ ہاکھ ہنٛد

رہتہٕ کائِس اوس تحویلدار حاکم انٛد ونٛد

تمہِ وٕتٕکی ظُلم کاٚتیاہ آنہٕ یہٕ انٛدر شُمار

لوٗٹہٕ حاکم اُسی کِیُتھ کیاہ اوس مُلکس . گٕٹہٕ کار

اسد پرٛے آونہٕ یہِ گٕٹہٕ کار چھاونہِ حاجن ۔ نہٕ روٗزِس پننٛی مأکی وراثت یاد تہٕ نہٕ بیگارِہاٚ بتہٕ پننٛی اُشناوُرشناو ۔ مگر شہرس انٛدر بالغ سپدِتھ لوٗکس نہٕ اتہٕ دِل ۔ چنانچہِ بالغ گژھاٚنی آوسہٕ گنستان گامس انٛدر ۔ یِیتہِ تسٕنٛد وفادار مُریدرمضان بٹ بسان اوس ۔ اتی کوٗرُن ماگم گامُک ٹیٛتھر تہٕ اتی روٗدسہٕ ستن وٗری ین بسان ۔ چھاُ کرس گوٚ وعیال ہتھ سوکر (گاندربل) یِیتہِ اُخری وقتس تام بسان روٗد ۔ تہٕ اتی چھُ سہٕ

آخۄنِ پورِ مجلس منٛز آسۄدِ تہٕ۔

وُمرِ منٛز ژۄون ہٕے جاین ڈیرِ بدلاوِتھ اوس نہٕ اَمِس کانٛہہ مُستقِل پیشہِ۔ سُہ رۄد ساری سے وُمرِ ٹوپہِ سُوی سُوی کم جادِ زینان تہٕ گرِ چلاوان۔ ظاہر چھُ زِ اتھ کمایہِ پٹھ اوس تس مُشکلی سان گُزار سپدان۔ مگر پننہِ معاشی بدحالی ہنٛز چھُنہٕ سُہ زانٛہہ تہِ گژاو کران۔ سختیہِ ژلان ژلان تہِ رۄد سُہ لااُبالِ پاٹھی پننہٕ نسے عالمس اندر بسان، ییٚتہِ تس یہِ پۄرِ احساس اوس زِ اگر پننہِ نِس مُلکس اندر رُنہِ جایہِ دولتِ دُنیاہ ژھونٛڈُم نہٕ، اما پۄزمے گیہِ نہٕ سارے وُمر چھُنٛہ بلکہِ اُہم سُہ رۄحانی دولت یێمِکی قدردان بۄ وُنہہ کُن وۄپدن، چنانچہ اَمی سُند پۄر باتھ۔

زِنٛدِ پان دکن تہٕ ڈولن کِتے      مرِتھ رُتے ہودپہِ نَے

چھُ امی احساسک یادگار۔

## (۳) پسِ منظر

یہِ کتھ چھے سائنس ادبس اندر یاد تھاوِنی لایق زِ سانیو صۄفی شاعرو منٛز چھِ جادِ کھوتہٕ جادِ کاہ (۱۱) شاعر، یِمن اَسی صاحبِ طرز شاعر ہیکو وَنِتھ۔ واریاہ چھِ تِم بُزرگ تہِ یِم وُمرِ کنی بالغ گژھتھ تہٕ رۄدی مُریدی سِلسِلو منٛزی پکان تہٕ بڑے یہِ۔ (مثلاً ملہِ خالق پلہالن بیترِ) یا یِمن نہٕ زِندگانی وفا کۄرتہٕ اڈٕ پھٕٹی گے رحمتِ حق۔ (مثلاً رمضان بٹ گنستان بیترِ) صاحبِ طرز شاعرن اندر رروزِ کینٛہہ روایژ پیرِ پتہٕ پیرِ چلہِ وِنہٕ، یِمن اندر رواریاہن جاین واریاہ غلط فہمیہِ چھے پادٕ گژھان۔ مثلاً اگر اَسی یوہے یوت مسلہِ نموزِ کاشرِ بن صۄفی شاعرن پیٹھ کوتاہ چھُ مُقامی

رِوایژن ہُند اثر پیمُت تہٕ کوتاہ چھُ پتُن تجرُ بہٕ اوسمُت، اسہِ گژھن دہن[10] کاہ[11] وتہٕ۔ اکھ محقِق ونہٕ زِ کأشُر صوٗفی شأعری اندر چھِ ہندو فلسفکی آثار لبنہٕ یِوان۔ بیٚا کھ ونہٕ زِ اتھ پیٹھ چھُ ایرأنی تصوٗفُک اثر جاۓ سوٗن تہٕ دوٗر۔ أکس اگر کأشرِ صوٗفی شأعری اندر رأتر میمان سادرشنکی پرتو ہِن نظرِ تہٕ بیٚا کھ ونہٕ رِشی سِلسِلہِ کہِ اثرٕ چھُ سانہِ صوٗفی شأعری پیٹھ بودھ رہبأنیتکی نشانہٕ موجوٗد۔ یِتے یوت نہٕ، تصوفہٕ کین مٔنزلن، مقامن بٔلکہِ وظیفن سٕنتھ تہٕ ونن کینہہ محقِق زِ اسلام پتہٕ برٛونہہ أسی یِم مقام کأشر بوسادھوسرٕ کری متی۔

مگر یہِ سأرے مشابہت کھرِ کرنہٕ پتہٕ چھُ اکھ سوال روزان زِ کیاہ کانٛہہ روٗحأنی حال چھا نقل کرنہٕ ستی حأصِل گژھان، کِنہٕ عملاً ورتاونہٕ ستی؟ اگر یہِ عألمِ ’’عالمِ حال‘‘ چھُ، تیلہِ پزٕ اسہِ یتہِ مأنن زِ یتھِ کنی عام شأعری اندر ’’توارُد‘‘ (کلامُک ہشر یا خیالُک ہشر) اکھ مأنی مژ حقیقت چھَ، تِتھے کنہِ چھِ روٗحأنی ترقی پزٕ یری ہُند ہشر تہٕ اکھ سرٕ کھرٕ گوٚمُت تجرُ بہٕ۔ یتھ اندر اکھ أکس نِشہِ کُنہِ حالہِ کہِ نقل کرنُک یا کُنہِ خیالہِ کہِ ووزُم تُلنُک سوالے چھُنہٕ پأدٕ گژھان۔ خاص کریٚمہِ وجہ زِ کأشر بو صاحبِ طرز صوٗفی شأعرو أندرٕ چھُنہٕ پرماندس (ییٚہ شاید للہ دیٚدِ) وژٕأے اکھ تہٕ سہٕ شأعر، یُس سنسکرت زبأنی ہُند ابجد خوان تہٕ اوسمُت چھُ۔ اداتھ زبأنی اندر لیکھنہٕ آمتہٕ ویدانتُک عألم! بلکہِ چھے یہِ حأرأنی ہنز کتھ زِ یِمو شأعرو منزٕ تہٕ چھِ اکثر محض ان پڑٕ أسی متی۔ یِمو اسلأمی تصوف تہٕ درسأہیوٚ چھمُت اوسنہٕ۔ لہٰذا کِتھ کنہِ پیہہِ یہِ کتھ مانٛنہٕ زِ اگر زبأنی ہندِ یا خیالہِ کہِ انٛدٕ سأنس کانٛسہِ صوٗفی شأعرٕ سِندس کلامس للہ دیٚدِ ہندِ وقتہٕ برٛونہہ کُنہِ عقیدس ستی ہنگہٕ منگہٕ ہشر گوٚو، تہٕ أمس

شاعرس کیاہ چھُ اُمی پڑٲنی عقیدن اثر ترٛوومُت؟ مثالے اگر اُسی ان پرٛاسد پرٛینس کلامس اندر حبسِ نفس، ارتکازِ نفس یا ضبطِ نفس موضوعن پیٹھ واریاہ باتھ لبو، تہٕ ستی یمن مقابلہٕ ویدانتس اندر ''پرٛے نیام'' ۔ ''پرٛے تیار'' تہٕ ''یم تہٕ نیم'' وُچھو، امہِ ستی گوٚو نہٕ ثابت زِ اسد پرٛیس اوس ویدانتک عِلم تہٕ پتہٕ روٗٹُن امہِ کُے اثر تہٕ۔ تکیازِ روٗحانی عالمس سران سران اگر پرٛانہِ عہد پیٹھٕ کینٛہہ معیّن طریقہٕ کھرٕ کرنہٕ آمتی چھِ، یم وارِیہن مُلکن اندر رینٛنے آیہٕ ترٛایہِ ورتاونہٕ آے یا یمن پیٹھ الگ الگ تہذیبو اثر ترٛاوِتھ بُنیاٰدی نوعیت تام بدلوو۔ یمن طریقن ہنٛدِ ناوِ ہشرٕ ستی پیہ نہٕ یہنز روٗحانی کیفیت ہِشی مانٕنہٕ۔ تکیازِ پرٛتھ کانٛسہِ صوٗفی شاعرس چھُ پنُن پنُن تجربہٕ تہٕ پنٕنی فنکاری ہُنٛد سلیقہٕ آسان۔ یم دونوے چیز نہٕ چھِ نسلہٕ پتہٕ نسلہٕ حاصل گژھان تہٕ نہٕ چھِ عمرانی تہٕ نفسیاٰتی اصوٗلو موجوٗب دون صوفی شاعرن ہُنٛد شعور سراسر اکی ڈٕنجہٕ پکہٕ ناوان۔ خواہ تِم کیازِ آسن نہٕ ہم عصر تہٕ اکی سِلسِلکی ساٰلِک تہٕ۔

پتھ گیہِ یہِ کتھ زِ انسانہٕ ہنٛدِس اجتماٰعی لاشعوٗرس اندر چھےٚ کینٛہہ ترٛایہِ ضروٗر یم ذہنی وراثتس اندر ریوان چھےٚ۔ تہٕ یِمے ما آسن زمانہٕ پتھ زمانہٕ نوٚی نوٚی اسلوٗب رٹان؟ اتھ نفسیاٰتی قاعدس ستی چھُ یتہٕ تجزیہ نفسیات عِلمُک اکھ مومُت اصول زِ شعوٗری عالمس اندر رچھُ اجتماٰعی لاشعوٗرٕ چن ترٛاین ہُنٛد اکثر اوقات تیتھ روخ بدلان زِ انسانہٕ سنٛز شخصیت چھِ اکہِ عالمہٕ نیرِتھ سراسر بیٚیس تتھ عالمس منٛز شرٛ پتھ گژھان۔ یتھ کُن نہٕ پُشتنی ترٛاین ہُنٛد کانٛہہ ہشر تہٕ چھُ آسان۔ مثلاً بومہٕ سادھ چھُ اجتماٰعی لاشعوٗرٕ کہِ خیراتہٕ ''سادھ'' روٗزِتھ تہٕ ''بام دین'' بنان۔ ییٚتہٕ تہٕنٛدِس شعوٗرس سہٕ انقلاب یِوان چھُ، یتھنہٕ پرٛانٛس عالمس ستی نہٕ عقیدس واتھ

چھُ روزان تہٕ نہٕ عملہِ ۔شرط چھُ یہِ زِ شعوٗرس اَنٛدر انقلاب اننہٕ خاطرٕ گژھِ حضرت شیخ نورالدین نوٗرانیؒ ہیوٗ صاحبِ حال تہٕ صاحبِ نظر رہبر نصیبہٕ آسُن ۔اتھ وُلٹہٕ اگر کانٛہہ چالاک ''فنکار'' تصوفس سرِ نہٕ وژٲے صرف نقل کرِتہٕ ورتاوُن ہیٚیہِ ،سُہ ہیکہِ جادٕ کھوتہٕ جادٕ کلٕی فقیر بَنِتھ نہٕ زِ صوٗفی شاعر!

اسد پرِیہِ نٔس کلامس سٟتھ تہٕ تسنٛزِ زندگی ہنٛدی حالات چشم دید شاہدن نشہِ بوٗزِتھ چھِ یہِ کتھ ٹاکارٕ پاٹھی نناں زِ سُہ اوس ''صاحبِ حال'' بُزرگ تہٕ ''صاحبِ نظر'' شاعر۔سُہ اوس تی تی ونان یہِ تمی عملاً سوٗرمُت اوس ۔

نبیس کنٛز خُدایی آیے نِشہِ اسدس فقیر کتھ وژاے

بوزِ کانٛہہ معنہِ کامِل یے گوٗ وِیارس یار واصل یے

## (۴) امتیازی چیز

اجتماعی لاشعوٗرچَن تژٲرن ترٛاین ژٲر کرنہٕ وِزِ ونوٲسی اسد پرٕے چھُ کاشرِ پرٛانہِ صوٗفی شاعری ہُنٛد ییتھ حدس تام وٲرِث زِ سُہ روٗد ''باطن پسند'' ( Introvert )نہٕ زِ ظاہر پسند( Extrovert )۔اما پوٗز تسنٛدِس شعوٗرس تہٕ ذاتی لاشعوٗرس سٟتھ چھُ اسہِ گوڈٕ یہِ وُچھُن زِ تمی کیاہ چھُ (الف)شاعری منٛز پانہٕ سوٗرمُت ۔تہٕ (ب)سُہ کتھ اندس تام چھُ صوٗفیانہٕ مسلکس ووتمُت:۔

(الف) زیرِ نظر کلامس نظر ترٛاوِتھ چھِ اسی وُچھان زِ اتھ اندر چھِ کینٛہہ چیز ،ییم سانٛس ادبی تارٟخس اندر ''نایاب'' ہِن مانہٕ مثلاً:۔

(۱) طرزِ بیان:۔ اگرچہ پیٹھی پیٹھی وُچھن وٲلس یہِ ییہِ عام صوٗفی شاعرن ہنٛز آیہِ گژھِ لبنہٕ ،اما پوٗز اَمی چھِ کینٛہہ فنی تجربہٕ شاید گوڈٕ نِکہِ پھِرِ سانہٕ

شأعری منز کری ہتی ۔ مثلاً پدن ہندی نٔوی قسم...... مکرّر یا مستزاد طرز چہِ پد...... یم تمہِ زمانچہِ نظمِ معرا ہین مانِنہٕ۔

(۲) موضوع:۔ اکثر جاین چھُ بأتن اندر شأعری کھوتہٕ جادٕ موضوعس پٹھ زور دِنہٕ آمُت یِیمہِ موجوٗب کلامس اندر چھےٚ حدٕ کھوتہٕ جادٕ سنجید گی آمژ ۔ امی خأصیتہٕ موجوٗب اگرچہِ عامس اندر یہِ کلامہٕ عام سپُدنہٕ، اماپوٚز صوٗفیانہٕ مجلسن اندر رٕوٗدیہِ کلامہٕ...... بالخصوص کمرازس منز...... پیاپےٚ چلہٕ وُن ۔ صوٗفیانہٕ ذوقہٕ وألی چھِ پرٕتھ کُنہِ زمانس اندر راوٕ نگجبن پٹھ گنٛزراوٕنی یأتی رٕوٗدی ہتی ۔ توے چھُنہٕ (کینٛژ و بأتو سِوا) اتھ کلامس اوٕر یور پھِرناون وألی نہٕ بچِہٕ نغمن اندر نظرِ گرٕ ھان نہٕ تِمن تقریبن اندر یِمن عوأمی ذوق تھٔزراونچ سیأسی فِکر چھےٚ ۔

(۳) فنکأری:۔ اتھ اندر رچھِ صوٗفی اصطلاحاتن ہنٛز سٕہ کثرت، یوٚسہٕ بیک وقت صِفت تہِ تہٕ عاب تہٕ یِیہ مانِنہٕ ۔ صِفت ونوس امہِ موجُب زِ موضوع چھُ یِمےٚ اصطلاحات ویٚژھان ۔ عأب امہِ موجُب زِ سنجید موضوعس کُن جادٕ توجہ تھاونہٕ وجہ چھُ واریاہن جاین شعرن ہنٛز "انبساطی کیفیت" راوان ۔

(۴) تخیّل:۔ سانہِن صوٗفی شأعرن اندر چھُ کانٛہہ تِیتھ شأعراہ یسٕندِس کلامس اندر رٕکھینٛژ نتے توتہٕ گوڈٕنکس دورس اندر مجأزی رنٛگ آسہِ نہٕ ۔ مگر اسد پرےیُن زیرِ نظر کلامہٕ چھُ ہاوان زِ اتہٕ نہٕ چھُ مجأزی رنگ تہٕ نہٕ غزل گویی ہندی تِم خواص، یِمن اندر عام حُسن ویٚژھناونہٕ یِوان چھُ ۔ بلکہِ کُنہِ جایہِ اگر عشقیہ اصطلاحات تہِ آمتی چھِ، تِم چھِنہٕ کانٛسہِ انسأنی صورتہٕ معشوٗقس کُن بلکہ سیوٚدٕ دےدِلس یا دِلچہِ کُنہِ کیفیژ کُن ورتاونہٕ آمتی ۔ (مُلاحظہٕ کرِو...... "عاشق گیہِ مُتی متی یے ۔

لَتیے!)

(۵) **مجموعی تاثُر:** چھ یہ نیران زِ اُمی ہنزِ شاعری ستی چھُ عقلہِ کھوتہٕ جاۂ وِجدانس، دِماغہٕ کھوتہٕ جاۂ دِلس تسکین (شیہلتھ) یِوان۔

(ب) اُمی ہنٛدِس سلوٗکس نِشاندہی کرنہٕ وِزِ پہن اسہِ وتھی پوٗٹھی پاٹھی ستھ حصہٕ کرٕنی (۱) مرکزی خیال (۲) ارتقائے ذہن (۳) شرعی بُنیاد (۴) مدارِجِ سلوٗک (۵) صِفاتی رنٛگ (۶) اِنکشافِ ذات (۷) عالِم اکبر۔

(۱) مرکزی خیال

زیرِ نظر کلامس سٟنتھ چھُ لبنہٕ یِوان زِ اسد پرےٚ چھُ پننہِ سلوٗکُک اند "عہدِ الست" پیٹھہٕ ٹُلتھ پننہٕ نٟس اُخری دورس تام واتناوان۔

| | |
|---|---|
| تتہِ روٗحن میٖانی پوٚر یہ قالوٗ بلیٰ | یتہِ تی مےٚ بوٗز اُدی انت الھادی |
| در ازل حاۓجکی اسدؔ وٗنی متی غزل | پٕرِ یہٕ سولورِہ اُستادی انت الھادی |

"اُدی" لفظس اند رچھُ زمانہٕ تیوٗت ژوٗ مراونہٕ آمُت، زن تہٕ اسد پریٖن وُنی وُنی چھ روٗحن ہُند سُہ کاروان نیران وُچھمُت یُس صِفاتی رنٛگ رٹان رٹان عالِم ظھوٗر ربٕیاو۔

| | |
|---|---|
| ہلس ٹھوٗلس موٗلس ژاوو | رنٛگہِ رنٛگہٕ ظھوٗر صِفاتس وژاوو ہا |
| اردہن[18] ساسن عالمن چھُ باوو | وعلیکم السلام فرض تورٕ آووہا |

ہلس، ٹھوٗلس تہٕ موٗلس اند رچھُ عالِم حیوانات، نباتات بلکہِ عالِم انسان یِوان۔ اسد پریٖنی کنی چھ امہِ تمام صِفاتی ظھوٗرُک چلاون وول اِرادہٕ الٰہی

ییمِنگ دۆیم ناوقُدرت چھُ۔

تخمس تأثیر قُدرتُک ژاوو تمہِ گرٛھتھ حُبابُک بساوو ہا

عیسیٰؑ ، خضرؑ ، الیاسؑ ووپدیاوو وعلیکُم السلام فرض تورِ آووہا

▯امہِ قدرتی نظامُک گوڈنیُک شاہکار چھُ آدمؑ ، یُس مسجوٗ دِملایک بنیاو۔ اتھ نظامس ءکٕتھ کڈن وول یا اتھ اندر خلل ترٛاون وول چھُ شیطان ۔ یُس محض پننہِ خود سری سببہِ یا پنُن پان مُشراونہِ وجہ چھاکرس لعنتی بنیاو

امر آو حضرت اِبلیس آدمسؑ کُن ژٕ تہِ نم تاے

تس گوٚو گُمانہٕ بہٕ چھُس نارٕ پیٚٹھٕ ، آدمؑ میٚژِ لوٚ دنم

پیشوائے ملکوٗت وعظ اوسے پران تامتھ طوق وُچھنم تاے

دوٚ پُن ملکوٗتس طوق ہو چھُ وسان توبس منز تھاوی نم

نژان نژان نالٕی گوس پانس شرمندٕ سہ کوٗت کوٚرنم تاے

نارس سوٗر گوو تمہِ نشہِ دوٗر پیوٚو ییمہِ کی دم دِتنم

مگر لعنتی بنٕتھ تہِ روٗدنہٕ شیطان بیکار، بلکہِ تھووُن اِنسانہٕ سٕندس نفسِ امارس اندر پانس رٕکرٕ مستقل جاے رٕٹتھ۔ توے یُس بنی آدم نفسِ امارس شکس دِیہ تہٕ شیطانی آزمایشو نشہِ بے داغ نیرِتھ ''نفسِ لوامس'' تام ذہنی یا روٗحانی سفر کرِ، تس چھِ پیوان ''چلہٕ'' کڈنی ۔

(۱) آدمس منز اِبلیس ژایاو تمہِ شایے ارمان کھبتھ دژاو

یتھ گوپھِ منزٕ مے کڈم چِلہٕ یے! گوٚو یارس یار واصِل یے

▯اتھ چِلہٕ کشی اندر روزِ سے سالِک کامیاب یُس ازلُک سہ وعدٕ ژتبس تھاوِ ژِ

یُس أمۍ ہندۍ رۅحن خالقِ کاینالس برٛ ونہہ کنہٕ کۅ رمُت چھُ۔ دۆیمِس لفظس منٛز چھےٚ یہٕ کامیأبی تیٚلی ممکن، ییٚلہِ اِنسأنی رۅحُک مُحرِک 'لااِلہ اِلااللہ' روزِ۔ یُس اسد پرینہٕ شأعری ہندی محورتہٕ تیٚندِ تصوُفُک بُنیأدی وظیفہٕ چھُ۔

کعبس تہٕ عرشس لولا برتو | لا ہیتھ لامکان لار
اِلا اللہ ان وصۆل ژلی مر مرتو | پرتو چھی صفات ذات

(۲) لامکان گژھی تھےٚ کیاہ أنزراوو | ذرٕ ذرات کائینات ہأتی دژاوو ہا
کۅر اسد پرین تتھی ورتاوو | وعلیکم السلام فرض تورٕ آوو ہا

اتھ عقیدس پیٹھ عمل کرنُک نتیجہِ نیرِ یہٕ زِ انسان سپدِ ابدی زندگی زینہٕ نس منٛز کامیاب۔ یہِ ازلی وعدٕ وِزِ انسانہٕ ہندِ پأدٕ کرنُک منشا اوس۔

لا تہٕ اِلا اِللہ گژھِ منہٕ پرٕ نۍ | اِدٕ زانکھ ہا زِنٛدہ مرٕ نۍ
پۄر زیٚو ہُنٛد گژھِ منٛزل یے | گۄو یارس یار واأصل یے

("واأصِل یار" سپدنس کروبرٛ ونہہ کُن وارٕ وضاحت)

اسد پرین دۆپ چھُ ...... زِلس گۄو یہٕ رۅحأنی منٛزل حاصِل ییٚلہِ تٔمۍ گوڑٕ قأدری سِلسِلہٕ نشہِ تربیت لُب تہٕ تمہٕ پتہٕ چستی سِلسِلچ وتھ رٔٹ۔

تعریف کہہ انوو...... وٕنی اسد پرین | اِرشاد تہنٛدُ ے آیے
خدمتِ خواجہ دۆپ نم چھی کرُن | رٔٹ ہتی چھمکھ پایے

چستی سِلسِلس پیٹھ ڈاڈٕ گرِتھ تۅرتس فکرِ زِ۔

مِن حب الوَرید نکھٕ آمتُ | ہا ہِبری اَلان کما کانَ
دپدن جانِ جہان آمتُ | مُرِتھ رُتۍ ہوو دپہٕ نۍ

تہٕ امہِ اِنکشافہٕ ستی آوتس ازلی وعدُک ابدی مقصد یہِ لبنہٕ زِ ۔

لا نفی سأرِی ہے فأنی دزاو	اِلا اللہ اِثباتہٕ وصۆل آو

لا تہٕ اِلا اللہ کُل دفتر	سِلسِلہ چستی چھُم رہبر

## (۲) ارتقائے ذہن

اتھ منٛزلس تام واتنہٕ برٛونٛہہ چھُ أمی سنٛزِ صوفی شأعری اندر اکھ سِلسِلہٕ وار ارتقا، یمکی نٔنی نِشانہٕ قدمہٕ پتھ قدمہٕ درٛینٛٹھی چھِ یِوان ۔ بلکہِ کینٛہہ ''بأتھ'' (گیت) چھِ ہیرِ بون أتھی موضوعس پیٹھ ۔ مثلاً تم زِ بأتھ یمن ہنٛدی مطلع چھِ ۔

(۱) یہٕ رسہٕ رسے کۆرنس تیار......تہٕ ۔ وُچھ مے تتھ سایس تل کم کم ۔

أمی سنٛدِس رۆحأنی اِرتقاہس ذہنی تجزیہ کرنہٕ وِزِ چھِ أسی وُچھان زِ أمی سُنٛد شعور چھُ واریاہس حدس تام بےٚ ربطی تہٕ ووتل بُجہ نِشہِ بچیاُمت ۔ چنانچہ گوڈٕ دَورس أندری چھُ أمِس احساس زِ رۆحأنی عالمس اندر سفر کرنہٕ خأطرٕ چھےٚ سألِکس تہِ حواسن ہنٛز تِتھےٚ ضرۆرت یِتھ أکِس عام انسان چھِ ۔

نۆرٕچ رحمت منہِ منٛز تھاوُن	دِل تمہِ ستی چھلہٕ ناوُن

صفا سپِدتھ وفا کرتس	گفا موزان حبس تہٕ لو لو

تہٕ کیازِ حواسورٛوس سألِک چھُ یا تہٕ مجذۆب بنان نتہٕ مجنۆن ۔ باحواس سألِکس چھےٚ عقل ڈنٛجہِ روزان تہٕ سُہ چھُ ذِکرِ تہٕ فِکرِ ہنٛدی منٛزِل کھرٕ کرِتھ ہبکان ۔

فِکرِ ہنٛدِ زورٕ ذِکر سوبُر تو	عقلہِ ستی واتکھ دربار

یا

ستی ہیتھ فِکرے ژھانڈان ذِکرے	عأقل وٚلی صحبتی یےٚ أتی یےٚ

اما پوٚز عقل چھنہٕ سالِکانہٕ شعوٗرُک اۆخری مٔنزِل ۔ یتھ پٲٹھ اِمام جعفر صادقؒ سٕنٛدِ پٲٹھٕ علامہ اقبالؒ تام سارِنٕے تصوف زانن والین ہُنٛد اتفاق چھُ ۔ یتھ عقلہٕ علامہ مرحومؒ ''چراغِ راہ'' ونان چھِ، تتھ متعلق چھُ حضرتِ امامؒ فرماوان ۔ عقل ( گاٹہٕ جار یا زِیرکی ) چھا کھ آکہٕ یُس ''عبوٗدِیت'' قٲیِم کرنہٕ خٲطرٕ چھُ دِنہٕ آمُت نہٕ زِ ''ربوٗبیت'' زاننہٕ خٲطرٕ ۔ یُس کانٛہہ اتھ آلس ربوٗبیت زاننہٕ خٲطرٕ ورتاوِتھ چھِ اۆکتھ کٔنی عبوٗدِیت راوان تہٕ بیٚیتھ کٔنی نہٕ ربوٗبیت اتھے یِوان ۔''

عقلہِ تھوٚد شعوری مٔنزِل چھُ شاعرن نشہِ عشق تہٕ سالِکن نشہِ وجدان ۔

یِم لولہٕ کے درواز ژاے
پرٛژھِ ہنٛزٕ لرِ یڑھ براں کھڑایاے

تم نا پھیرِتھ دژاے ۔ تورٕ نا پھیرِتھ دژاے
سپدِتھ بیٚنادار سپدِتھ بیٚنادار

اتھ مٔنزلس پٲٹھ چھُ ظٲہر تہٕ باطن تتھٕ کنہِ شعوٗرس اندر رلِتھ مِلتھ لبنہٕ یِوان زِ محض عاقلس چھنہٕ یہ کیفیت دِماغس ویٚژان ۔ بلکہِ چھُ تس پننہِ گاٹہٕ جارٕ چہ ترٛ کرِ سالِک نادان یِوان لبنہٕ ۔

ظاہرس مٔنز باگ باطن تتھے
بیقلن نشہِ عاقل ڈوٗلمُتے

یُتھ دوٗدِ مٔنزٕ چھےٚ تھٔنی نیران
مرِتھ رُتُے ہوو دپہ نے

حالانکہِ سالِکہٕ سُنٛد وجدانی شعوٗر چھُ عقلہِ پٲٹھٕ وُزیوٗمُت آسان ۔ تۆے چھُ اتھ درجس پٲٹھ وٲتِتھ تہٕ اسہِ پرے سالِکس ''عاقل'' مانان ۔ اگر سالِکہٕ سنٛز ''عبوٗدِیت'' صرف گاٹہٕ جارٕ سے ماتحت روٗز، تیٚلہِ چھُ عام پٲٹھی سالِک وحدت الوجوٗد نظریس اۆندی اۆندی ژران ۔ تۆے چھُنہٕ سانیو صوٗفی شاعرو اندٕرٕ کانٛہہ اکھاہ،

تیمبر نہٕ گوڈٕ دورٕ منٛزی نیران نیران ''ہمہ اوست'' نظرِ یِیَس پٹھ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ اظہارِ خیال کوٚرمُت آسہِ۔ مثلاً ؎

(۱) جوٚ یہِ منٛز بُستھ چھی دٔریاو ▯ ▯ ▯ ناو در آب تہٕ آب در ناو

▯ سوٚ چھِ کرٛاَل

(۲) حُبہٕ ستی حُبّبن پھوکھ دِیُت حبابس | پھوکہٕ ستی بیٚیہِ میوٚل آبس ستی
موٚ دکیا رٕ دکیا باتےٕ حِسابس | رِنٛدٕ چھُکھ زِنٛدٕ کتھ آبس ستی

محموٗد گامی

(۳) مھین در مھین پانٕے چھُے | رُمہٕ رُمے بالہِ چھُم تمی سُنٛد فراق

(رحیم صأب)

(۴) کلمہٕ سرِ کرتن علمہٕ سینہٕ برتن | دُوتن یک تن سپن تأے
| ژورِ لا گرٛتھتھ لامکان
منہٕ نِشہِ تن ناو شک تہٕ نفی تژ او | عین دریاو ژٕے بن تأے
| تتھی پھو ناو یکسان

▯ (احد زرگر)

تہٕ یِہنٛدِ پأٹھی چھُ اسد پریَس تہِ کینٛژس کالس امی دورٕ منٛزی نیرُن پیوٚمُت، ییٚلہِ أمی وۄنمُت چھُ ؎

دپدن منٛز مےٚ پرٛیاو سُے | وہاتھ گٔری تھےٚ زِگتھا چھی
لچھِ بٔدی پرِدٕ ژٕھ تہٕ سُے رٕھ با | چھس ژوپأری ڈیشان تمی سُنٛد گاہ

وُچھِ کھے درشُن وِہہ وِہہ چھی          أندرٕ منہٕ   گرٛتھِ کائنٛز دِے
''سُو ہم سُو'' کُے پراگاشاہ          چھُس ژوپأرۍ ڈیشان تمۍ سُند گاہ

یتھ اند روحدت الوجوٗد مانن وألی تتھُے ثبوٗت لبن، یتھ اُپنشدن ہُند سُہ طألبِ علم تہٕ لبہِ، تیمۍ یہِ کتھ پرٕھرٛ آسہِ۔ ''لہٰذا سُہ، یہِ کینٛژھاچھُ۔ سُہ چھُس بہٕ، تہٕ یہِ کینٛژھاہ بہٕ چھُس، تہِ چھُ، سُہ، (ژرے ۱۱۔۲۔۴۶) حالانکہ یہِ مقام......مقامِ استغراق......چھُنہٕ سلوٗکُک اند۔ بلکہِ چھِ اکثر عارِفو امہِ تھۆد معرفتکۍ ''مقام'' سرٕ کٔری مٔتۍ۔ییتہِ تموٚ ییہِ پننۍ ''انفرادیت'' لُب تہٕ ''معرفتِ نفس'' حاصل کوٚر۔یپرٛ ہن چھےٚ پۆز زامہِ منزلہِ منٛزۍ چھُ پرٛتھ کانٛسہِ نیرُن پیوٗمُت۔ییمہِ موجوٗب سانین صوٗفی شاعرن چھُ وُنن پیوٗمُت ۔

پانس لگِتھ روٗد کھ مےٚ ژٕ          مےٚ ژٕہ ژھانڈان لوٗسُم دوہ
پانس منٛز ییلہِ ڈیوٗٹھکھ مےٚ ژٕ          مےٚ ژٕہ پانس دِتُم ژھوہ
(للہ دیدٕ)

□ □ یا

دھیانس مےٚ ژٕ تہٕ پانےٚ بہٕ ژٕ          أتھۍ گیانس ژٕ مےٚ نمسکار
(روپ بھوانی)

□ یا

بہٕ دٔپن ہا ابراہیمہٕ ژاو          عدم تہٕ   قدم تہٕنٛدۍ ناو
آو کیاہتامتھ تہٕ دژاو صدا          لتس کتہِ روٗدے رِکھو تہٕ کیاہ

مگر یہِ چھُ غلط طریقہٕ تنقید زِ اگر کانٛسہِ صوٗفی شاعرٕ سنٛدِس گوناگوں یا

ابتدأیی کلامس اندر اکہِ خاص نظرِ یکی کینہہ شعر نظرِ گژھن تہٕ تِمنٕے پیٹھ کیاہ گژھِ
اُمی ہِندِ صوفیانہٕ شعرٕ رچ ساڑے بُنیا دتھاونہٕ ینٕو ۔ سلوٗکس اندر چھُ طالبس اکہِ
خاص لیہِ تربیت دِنہٕ یوان ۔ یتھ اندر عقلہٕ ہٕندی امتدادِ زمان و مکان تام وِزوِزِ
بدلان چھِ ۔ییمہِ موجب یتھ اُسی عقلہِ پیمانہٕ "پتھ" یا "برٕ ونہہ" "ہیوٚر" یا "بوٚن"
چھِ ونان ۔ تتھ چھُنہٕ درویشی ہٕندِس عالمس منزٕ سہٕ مفہوٗم روزان، ییمِیُک سانہِ عقلہِ
عادت چھُ ۔ بلکہِ چھِ یہِ اکھ مأنی ہرٕ کتھ زِ اتھ عالمس اندر چھِنہٕ سأنی گژھ تہٕ
تصورات نکھے وسان ۔

یِیٚتہِ نوو روٗد "ژٕ" تہٕ "بہٕ" گژھو مِثالس
کیاہ تتہِ دریا کیاہ تتہِ جوے
(کاظم گنایی)

یا

زف مال تمہِ شایہِ روو سادسے
گف اُس گژھ گٔنزرُن وٗستھ پہو
(اسد پرے)
تمہِ شایہِ سٕے وبژار وُچھِ نوو نٔسے
بہٕ رسہٕ رسٕے کوٚرنس تیار
(اسد پرے)

توے ییٚلہِ اٚسی اسدٓ پـہنہِ موجوٗدٕ شاعری سنان چھِ، اتہِ چھِ تیٚنٛدِ وبٕژارٕ کٔری امتدادِ زمأنی تہٕ امتدادِ مکأنی لبان۔ یِمہٕ اسہِ نہٕ صرف عقلہِ ہٕنٛد بوٗ پرٕ مانوسرٕ کھرٕ گژھن نہٕ بلکہِ یِم مقامِ استغراقہِ بزٕ وٕنہہ تہِ چھِ تسلیم کرٕنی پیوان۔ مثلاً مکأنی امتدادٕ مثٕژ

(الف)

ہا ستو ۷ زمینو تلہٕ کھال ہوٗ نوو ۹ فلکو پیٹھے وال
ھوٗ ہس تہٕ ھاہس مِلہٕ ون کر سِلسِلہ چستی چھُم رہبر

(ب)

ظہوٗرِ انسان ژوپأرٕ تابان عالم بارٕ ہیوٚت نم تأے
یہِ در عالم تہٕ در آدم عأرفن أنزرو ونم

زمأنی امتدادٕ مثٕژ

(الف)

تتہِ روٗحن میٲنٛز پوٚر یہِ قالوٗ بلیٰ
ییٚتہِ تی زن مےٚ بوٗز اٚدی اَنت الھادی

(ب)

در ازل حاٖجتکۍ اسدٓ ؤنی متی غزل
پٔری نہٕ سالوٗرِ اُستأدی اَنت الھادی

پانہٕ کانہہ ’’صاحبِ سلوٗک‘‘ ہیکہِ سلوٗکٕکی امتدادِ زمان ومکان پننہِ مقدوٗرٕ مطأبق مُعیّن کٔرِتھ مگر ییٚلہِ کانہہ نقاد (میٲنی پأٹھی) صرف ’’صاحبِ قال‘‘ یوتُے

آسہِ، تیٚلہِ چھےٚ کأنسہِ صوٗفی شاعرٕ ہِندی ارتقأیی مقام کھرٕ کرنہٕ وِزِ (یہِ زن مےٚ وۄن) اکثر اوقات شاعرس ہِتۍ بے انصأفی سپدان۔ توے ییٚلہِ أسۍ اسد پرسنہٕ شاعری منزٕ صرف کینٛہہ شعر ژأرِتھ یہِ ونو زِ سُہ رۄد سأرۍ ہے وُمرِ وجۄدی (ہمہ اوست) نظرِیک قأیِل۔ یہِ چھنہٕ أمۍ ہِندِس کلامس پٮ۪ٹھ صحیح راے۔ أمۍ ہِندِس کلامس وارٕ ہِنٛتھ چھِ أسۍ یہِ وُچھان زِ اتہِ چھِ وجۄدی (ہمہ اوست) شہۄدی (ہمہ اندروست) تہٕ ایجادی (ہمہ ازوست) عنصر موجۄد۔ ییٚمہِ ہِتۍ یہِ کتھ چھےٚ ننان زِ یِمہٕ شعر چھِ أمۍ ہِندِ شعوٗرٕ کۍ تِم وأرۍ دات، یِم وِزِ وِزِ أمۍ سٕرۍ ہِتۍ أسۍ۔ بلکہِ چھےٚ یہِ حأرتس لایق کتھ زِ کُنہِ کُنہِ وقتہٕ چھِ أکۍ ہے بأتس اندر ''یِم وأرۍ داتِ قلبی'' یِکہٕ وٹہٕ آمتۍ۔ مثلاً

رنٛگہٕ رنٛگہٕ چیز یُس عطارس نِشہِ لنہِ   عینِ عطار سُے بنہِ لولو
باوِ فروشاہ سُلطان سُے بنہِ   حأجتھ اسد پرے ونہِ لولو

(ہمہ اوست)

ستہِ رنٛگہٕ ست شہۄد دیدہ لگی پھیرنہِ   از وجۄد لگی نیرنہِ لولو
تس عمل پنہٕ نی گتھ گری بڑ وٕنہہ کنہِ   یس أنٛدرٕ صفات بنہِ لولو

(ہمہ ازوست)

وُچھُم ییٚلہِ غیب الغیبس!   عاب نو قصان زوال نو تس
بہٕ منز یارس مےٚ منز چھی یار   سُہ بہار ہوو مےٚ ہوو مُتۍ یے

(ہمہ اوست)

رٔنگا رنگ وِہی تِمس پانس     بے چونٔے تہٕ بہٕ چگونس
مُنزہ چھی گرِتھ مِلہٕ ژار     سُہ بہار ہوومے ہوومُتی یے

(ہمہ از وست)

پانہٕ منز اُستھ کاینات ژٕلتھ آسُن چھُ سُہ تصور یتھ فلسفس اندر تزٕ یہٕ انٛدٕ وہٕژھنے کرنہٕ ستی تزٕے شاخ...... وجوٗدی، شہوٗدی تہٕ ایجأبی چھِہ دزٕ امتی۔ اوے چھُ یہٕ ممکن زِ یم تزٕ ہوے نظریہ ماچھِہ اصلس کُن گژھتھ نظریہ توحید کی تزٕے پرتو یا ظہوٗر۔ یمن جذب کران کران چھُ اکھ انٛدٕ فلسفین تہٕ بیکہٕ انٛدٕ صوٗفی شاعرن تزٕے وتہٕ گأمژٕ۔ یمن پٹھ الگ الگ پکنہٕ وِزِسأکس چھُ اکھ عارضی یقین روزان زِ یمہٕ علاوٕ چھنہٕ منٛزلس واتہٕ نچ بیہٕ کانٛہہ وتھ۔ چنانچہٕ اُتھی جُجت طلبی پٹھ چھُ صوٗفیو واریاہہٕ پھرِ توحید کین یمن تزٕ ہن ظہوٗرن قرآنِ کریمہٕ پٹھ تہٕ جُجت ژھانٛڈمژٕ۔[2] حالانکہ واقعہٕ چھُ یہٕ زِ اگر سألکس پیرِ کأمِل آسہٕ بنیامُت، سُہ چھنہٕ اُمی ہنٛدِس شعوٗرس اُکی سے مقامس پٹھ رٔہتھ گژھنہٕ دِوان۔ بلکہٕ وِزِ وِزِ سُہ وُسجار عطا کران، یمہٕ ستی سألکس تم لوٗکھ تامتھ توحید سے کُن لمان دزٕ ینٛژھی یوان چھِہ، یمن ہنٛدی رہبر عقیدٕ توحیدہ نِشہٕ سراسر غأر زان چھِہ آسان۔

وُستت[2] مِلت     تن     دِتھ     گنہٕ     رسے
بیوٗن     بیوٗن     سارِنے     چھی     رہبر
حأجتکی     اسِدی     وُچھ     یکسانٔے
بہٕ     رسہٕ     رسے     کوٗرنس     تیار

سوال چھُ پادٕ گژھان زِ اتھ "وُسعتِ طلبی" ہنٛدِس عالمس منز کتھ ونو"

یکسان سپدٕن''؟ یُس پڑتھ سألکہٕ سٕنزِ زندگی ہُنْد اٰخری مقصد چھُ......

امہِ عقیدُک مفہوٗم زانُنہٕ برٛونٛہہ چھِ اَسۍ منطقہٕ موجب یہِ ''کُلیہِ'' قائیم کران زِ اِنسانہٕ سٕندِس محدوٗد شعوٗرس منٛز کُنہِ لامحدوٗد......کاینات گیر......ذاتُک تصوٗر چھُ سراسر محال۔ ادا تمہِ ذاتٕچ ہیّیت وٕرتھِ ناوٕنی۔ اما پوٚز منطقس وُلٹہٕ چھُ مذہبن یوتے اِنسانس یہِ جُراَت دِیتمٕت زِ سُہ چھُ کاینٲتہٕ کِس اَنٛتھِ روٚس وو پزن ہارٕ سٕنز ذات تٕسنٛد ہو صِفاتو کٕنۍ زانٕنہٕ ہٕنٛز کوٗشش کران۔ اِنسأنی شعوٗرٕکِس اَتھی استعدادس چھِ فلسفی ونان۔ ''بارِ امانت'' تُلنُک طاقت، یتھ متعلق پٕرتھ کأنٛسہِ صوٗفی شأعرن کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ووٗنمُت چھُ۔ اسد پرٛے تہِ چھُ ونان ؎

بارِ امانت عرشس تہٕ کُرسیہِ دِپیانم تُل تم تأرے
تم نسا وارِ آے خداے پأکس، آدمن بارِ ہیوٚتنم

امی استعدادٕکۍ ترٛے رنٛگ چھِ توحیدکۍ پیٚٹھِم ترٛے ظہوٗر (وجوٗدی، شہوٗدی تہٕ ایجأبی) یِمن تجزیہ کران کران از برونٛہہ کم از کم ۸۵۵ ؤرۍ چھُ حضرت امام غزالیؒ لیوٚکھمُت زِ ''التوحید لبان وقشران کاللوز فالقشر العلیا القول باللسان المجرد۔ والثانیۃ الاعتقاد بالقلب حازماً واللب اَن ینکشف بِنُور الله سرّ التوحید بان تری الاشیا الکثیرته صادرة عَن فعل واحد ولب اللباب اِن لا تری فی الوجود الّا واحِداً

یعنی توحیدس چھِ ڈوٗنکۍ پأٹھۍ زٕ گوجہِ تہٕ زٕ کُنجہ (ژور ۴ تمثیلی حصہٕ) پیٚٹھِم گوٗلُر گوٗ وخألی زیوٚ ہُنْد لفظ یا اقرار، تمہِ بوٚنم کُنڈ گیہِ دِلُک اعتقاد۔ گوٗج گیہ زِ ژٕے موکہٕ لی خدأیی نوٗرٕ سٕتۍ تیز نظر زٕ ژٕ وٗچھکھ واریاہ موجوٗدات اکی تخلیقی عملہٕ سٕتۍ

وہ پزان تہٕ گوجہِ ہنٛز گوٚج (تِیل) گیہِ زٕ عالم وجوٗدس اندر روٗ چھکھ نہٕ ژٕ کُنٛس (معبوٗدس) سِوا بیٚیہِ کانٛہہ''

توحید کس ترٛیِیہِ مس منٛزلس اندر ییتھ اِمام غزالیؒ'' خُدأیی نوٗر'' چھُ ونان، تٔتھی متعلق چھُ اُپنشدن منٛز تہِ آمت زِ''سُہ نوٗ رَیُس آکاشن ہیوٚ رچھُ پرٛیزلان ،دُنیہہ کُنٛن تمام چیزن نِشہِ دوٗر۔ تمام کایناتہٕ نِشہِ دوٗر۔ تھٔدس مقامس پٮ۪ٹھ ،ییٚمہِ تھوٚ دنہٕ بیٚیہِ کانٛہہ مقام چھُ۔ سُہ چھُ سُے نوٗ رَیُس بِلا شک یٮ۪یتہِ انسانس منٛز چھُ۔'' ( کوٗشی ۳۔۸ ) تصوفس اندر چھُ امی نوٗ رٕ ستی انسأنی روٗحس''حقیقت الحقایق'' زانہٕ نٕک استعداد پأدٕ گژھان۔ ییتھ سنان سنان فلسفکی ترٛے نظریہ ( وجوٗدی، شہوٗدی تہٕ ایجأبی ) وژاہتی چھِ ( ظہوٗر دِتھ گوٚو پننہٕ نِس گُنہٕ رس۔ اسد پرٛے ) توے چھِ بالغ نظر صوٗفیٖن اندر رُنہِ وقتہٕ ییم ترٛ ہنوے نظریہ ( یا روٗحأنی پرتو ) أکرٕ ہے حالس اندر رلہٕ مِلہٕ گژھان تہٕ أتھی اِدغأمی حالس چھِ صوٗفی شأعر پنٕ پننہٕ اندٕ'' یکسانیت'' ناو کران۔

وجوٗدی نظرِیَس چونکہ بُت پرستی ہُنٛد اِمکان تہِ چھُ پأدٕ گژھان۔ ییتھ کنہٕ'' سگُن بھگتی'' ہنٛدی عقیدت منٛد عملاً بُت پرست بنان روٗدی۔ لہٰذا چھُ سانیو صاحبِ شرع صوفی شأعرو ( ییٚمن منٛز اسد پرٛے تہِ چھُ ) ہمہ از وست نظریہ مأنتھ ییتھ عقیدس کُن اِشارٕ کوٚرمُت زِ صوفی چھُنہٕ فنا گژھنہٕ وِزِ پٔنُن وجوٗد سراسر راوٕ ران۔ بلکہِ چھُ سُہ پٔنُن''انا'' یکسأنیتہِ کس عالمس منٛز تہِ''موجوٗد'' محسوٗس کران۔ سُہ چھُ عینِ ذات بننہٕ بجایہِ خاص خاص وقتن پٮ۪ٹھ وجدأنی طریقہٕ محسوٗس کران زِ ؎

پردے میں رہنے دیں گی کہاں نوٗرِ ذات کو

هر سُو شعاعیں بن کے برستی ہوئی صِفات

[یتہٕ صرف صِفاتی رنگو سِتۍ مُشابہ بذات سپدُن وۄتھان۔ امہِ وِزِ چھِ تِمس عینِ ذاتکۍ پاٹھۍ بے رنگ بننہٕ بجاے ناسوٗتی پانس سِتۍ ملکوٗتی رنگ وُچھِتھ سکوٗنِ قلب (قرار) حاصِل گژھان۔

| | |
|---|---|
| نوٗرِ ذات گوٚو اللہ اللہ | نوٗرِ صِفات مِلہٕ ناو نوٗرِ صِفات مِلہٕ ناو |
| صِفتِ قدیم ذاتِ قدیم | یقین آم روٗٹ مے قرار یقین آم روٗٹ مے قرار |
| از مقامِ ناسوٗت گوسے تہٕ | تتہٕ یہٕ پھیرِتھ آس تتہٕ یہٕ پھیرِتھ آس |
| ذات وُچھِمیا بے رنگ و بے نشان | تس ڈیوٗڈیٔہ کانہہ مہٕ گارتس ڈیوٗڈیٔہ کانہہ مہٕ گار |

## (۳) شرعی بُنیاد

اسد پرِیٚن عقیدٕ چھُ زِ روٗحانی عالمس (یتھ صوٗفی "عالمِ وِلایت" چھِ ونان) منز بڑوٗنہہ پکنہٕ خاطرٕ چھےٚ شرٕیتچ پیروی بُنیادی شرط۔ یِیتہٕ اکُے کلمہ "لا اِلہٰ اِلا اللہ" وجوٗدُک محرک چھُ روزان۔ یمیُک نتیجہٕ چھُ یہٕ نیران زِ ولیؒ چھُ پیغمبرنؐ ہُند وارِث بنان۔

| | |
|---|---|
| اکُے حُرفاہ ہا تِمس سنیاوو | سارے عالمُک وُچھنے باوو ہا |
| وَرَاثَۃُ الانبیاء اولیاء بنیاوو | وعلیکم السلام فرض توٗرِ آوو ہا |

صاحبِ شرع سالِک چھُ تربیت لبانی یہٕ زانان زِ فنافی الشیخ سپدِتھ گژھِ سالِکس اتباعِ رسولؐ حاصِل سپدُن۔ یہِ روٗحانی درجہ چھُ سالکہٕ ہِندس دِلس سُہ نوٗر عطا کران، یُس سالکہٕ ہِندِ روٗح کس ازلی نوٗرس چھُ پژ بزلاوان۔

| | |
|---|---|
| سبقاہ مےٚ پوٚرُم محمد عربیؐ سوٚرُم | تِمے موکہٕ لووسوادی اَنتَ الہادی |

نۆرِ علیٰ نۆر گۆو بدن میۆن پۆر    اکھ کتھاہ أٖسم مُرأدی اَنتَ الھادی

اتھ ارتقأیی دورس اندر رچھُ سأٖلِک نٔز پأٹھی استغراقی حالس اندر رونان ۔

نٔز یسٔ کٔنز خدأیی آیے    نِشہِ اسدِسؔ فقیر کتھ دزایے

بوزِ کانٛژھا معنہِ کأمِل یے    گۆو یارس یار وأصِل یے

استغراقی حال چھُ بڑکم وقتس روزان تہٕ سأٖلِک چھُ بیٚیہِ تمی انداز کلامہٕ کران، زن تہِ تس چھُ بأطنہٕ کھوتہٕ ظأہرس کۆنُے جاےٚ نظر۔ اتھ حالس اندر رچھُ تسُند شعور ییتھ کتھِ پیٹھ واتان زِ رُوحانیتکی سأری دریاوچھِ چھأ کرس أکی ہیے آگرس یعنی حضرت نبی کریمن ﷺ تام واتان ۔

ژوداہ۱۴ خانہٕ واد تمن نِشہِ دزایے    بیۆن بیۆن اکھ طریق آیے

کتھ چھے کُنی وتہٕ چھے بیۆن بیۆن    أکی ہیے شہرس لمان

یم ژوداہ۱۴ خانہٕ واد گیہِ اِسلأمی تاریخس اندر تصوفکی ژوداہ سِلسِلہٕ یمن منٛز مشہور قأدری سِلسِلہٕ تہٕ چھُ ۔ ییتھ سۭتی اسد پریس گوڑ واٹھاوس ۔

وَنہٕ اسہِ ہاوِ نَے حضرتِ نٔز ینٔ    شیرِ غوثِ پاکن جایے

ظأہر تہٕ بأطِن دین زِندٕ کۆرنم    پیٛوس محی الدینؒ اِد ناو

تہٕ تیچ تربیت رٹنہٕ خأطرِ گوڈنیُک عقید چھُ یہِ زِ "پیرِ برحق" تہٕ "مُریدِ صادق" گژھن اکی تژ ایہِ آسنہ ۔

پیرِ برحق تہٕ مُریدِ صادق    آسُن گژھِ امہِ شایے

کتھ أنٛزراوان پان منٛزراوان    از عشقِ خدایے

پان منٛزراونہٕ وژأے یُس کأنٛہہ سانہن اکثر استان مُجاورن ہنٛدی پأٹھی

عملہٕ رۆستے پانس ''پُشتنی'' سأ لِک زأنتھ لۆکن رہبر بنان چھِ۔ تمن چھُ اسد پرے چارواینٕ ستؠ تشبیہہ دِوان۔

گالانعامِ بَل ھُم آیہٕ فُرقان ۔۔۔ ۔۔۔ بۄ ونے امہٕ کُے معنے
عأرفن عاشقن ہٕژن کتابن ۔۔۔ ۔۔۔ عملن ٹکٕ ٹکٕ کھوان

اتھ جعل سازطأیفس چھےٚ اسد پریَن بیٚپس أکس جایہٕ پۆرٕ پأٹھی کنہٕ مُرن گرٕمژ۔ امہٕ بأتک مطلع چھُ

غأفلس چھےٚ گمرٕ غفلتٕ الٲکٕ تمن سوے چالی

اتھ ستؠ چھُ اسد پرے پۆرٕ وضاحتہٕ سان یہ تہٕ ونان زِ سلوٗکچ وتہٕ کُس کُس ہیکہِ ژٕ رِتھ۔ تہٕ کس کس لگِہ یہ وتھ کژٕ یوٗٹھ۔ أمی سُند بأتھ۔

یُس واوِ ہالے منٛز ژوٗنگ زالے ۔۔۔ سُہ دُرن تتہٕ چھُ اِشکال

چھُ اکہِ طرفہٕ نابکأرن یتہٕ بیٚیہِ طرفہٕ ''دست باکار'' یارن ہاوان زِ شہہ پتہٕ شہہ پانس حساب ہتھے ہیکہِ اِنسان سلوٗکس اندر ربژٕ ونہہ پکِتھ۔ چنانچہٕ أمی ہٕندِس کلامس اندر چھُ احتِسابِ نفس، ضبطِ نفس تہٕ عرفانِ نفس قدمہٕ پتہٕ قدمہٕ نظرِ گژھان۔

دمہٕ دمہٕ یُس اکھ نالے ۔۔۔ ہر نفس سُے گالے پان
بور تمہٕ کُے یُس نبا ژالے ۔۔۔ سُہ دُرن تتہٕ چھُ اِشکال

تِکیازِ سلوٗکس اندر چھُ بندگی ہُند دوٗیم ناو احتسابِ نفس تہٕ سأ لکہٕ ہٕندِ بن شہن ہٕندے حسابہٕ چھُ تٔسندِ روٗحُک رفتار روزان۔ یہ رفتار چھُنہٕ عقلہٕ ہٕندِ بو پرمانو مینِنہٕ یِوان۔ بلکہِ مکأنی لحاظٕ چھُ گُنہِ وقتہٕ یہ رفتار سأ لِکس کاینات گیر یوان لبنہٕ یتھ گُن ارداہ ساس عالم ۔۔۔ تتھی منٛز بٔستھ چھی دم تتھی منٛز بٔستھ چھی دم

سأل کران أتھی کھسہٕ وٗن تہٕ وسہٕ وٗن	اسرافیلس گٔژ قرار اسرافیلس گٔژ قرار

یِتھی سپے روٗحأنی عرفانس پیٹھ چھُ اسد پریَن وۄنمت۔

مَل تُل أپنس وارِ پزٕ بزلاوو	فنا فی الشیخ رسوٗل اندیٚاوو ہا

گژھ فنا فی اللہ بقا پزٕ بزناوو	وعلیکم السلام فرض تورِ آوو ہا

مذہبچ کأم چھِ یِژے زِ سُہ چھُنہٕ اِنسانہٕ ہِندِس منس شیطانہٕ سُند بنٛدِ دِوان

بنٛنہٕ۔ شیطانہٕ ہِندی ذہنی کارکُن مثلاً طمع، دِے بیترِ چھِ اتھ عالمس منٛز اژأنی دِلہٕ

نِشہٕ دوٗر پھِوان چھکنہٕ۔

دِلہٕ کِس کنٛزِس دمہٕ کُے دل تار	توہ طمع دِے رکنہٕ بیوٚن ژار

دوگ	دِتھ	کرُس	برنجبار

لیس أکِس شہہ پتہٕ شہہ شیطان یا حیوأنی جذبات قوبوٗ گژھن نہٕ تس چھُ اسد

پرے وعظ خوان اند ازس اند رونان زِنہٕ ییہِ تس پانس أندی یکی کانٛہہ جان بوزنہٕ نہٕ

ہیکہِ سُہ روٗحأنی عالمس اند رکھو رذٕ ر اۭوِتھ۔

یُس نہٕ پننہٕ نُے پان سنبھالے	تس کُس ییہِ بوزنہٕ جان

در حدیث چھی پالن والے	سُہ درُن تتہِ چھُ اشکال

من سنبھالنسے چھِ ونان صحیح ضبطِ نفس، یتھ پیٹھ فقرِ چ پرُن پھٕے ذِتھ۔

نفسہٕ پننہٕ نی تحقیق لیس گٔے، تٔمی خدا پزٕ نوونم تأے

مَن عرفہَ نفسہٗ فَقَد عَرَفہَ ربّہٗ کیاہ حدیثاہ پولنم

یہ معرفتِ نفس ژھانڈان روٗد اسد پرے پوٚرِ وٗمرِ اسلأمی

اِحکامن ہُند پوٚرِ پابنٛد۔

## (۴) مدارجِ سلوٗک

کٲشرِ منٛز چھےٚ تصوفچ اکھ عام غلط روایت روٗزمژ زِ معرفتِ نفس ژھانڈنہٕ خاطرٕ چھِ شریعت، طریقت، حقیقت تہٕ معرفت اکھٕ اَکس پتہٕ رلہٕ وِنی ژور منٛزِلہٕ۔ یم امی ترتیبہٕ سالکس حاصِل چھِ گژھان۔ اسد پرے چھنہٕ اتھ جمأژ پتہٕ۔ سہٕ چھُ توحیدتہٕ تصوف تتھٕ کنہٕ اکھٕ اَکس پتہٕ شعرن اندرونان زِ یم ژونہٕ وَے منٛزِل چھِ زن اکی ہانٛکلہٕ ہنٛدی تتھی گری بنان، یم پیٹھم ترتیب بدلأوِتھ تہٕ چھنہٕ ہانٛکلہٕ نبر نیران۔ حالانکہٕ وننہٕ نس تل چھےٚ یمن یہٕ ترتیب روزان۔ مثلاً:

شریعت پال، طریقت ژال، حقیقت دیدٕنے احوال
کرٕنی محنت چھِ معرفتس بہٕ تے گوس غرق توحید مس

سہٕ چھُ یمن روٗحأنی منٛزلن تمہٕ آیہٕ شعرن اندرانان زن تہٕ یم چھِ نہٕ صرف اکھٕ اَکس نشہٕ وُزان بلکہ واریاہ پھرِ اکی حالکی مختلف پرتو۔

(الف) عشقہٕ کس گرس سرس تہٕ پالیس — یوٗری ہێنہٕ لامکانس وژاے
سالِکن پتی مالِک بنیالیس — وُچھ مےٚ تتھ سالیس تل کم کم

(ب) لامکان گژھی تھےٚ کیاپہٕ أنٛز راوو — ذرٕ ذرات کاینات ہاتٕتی ہا وژاوو ہا
کوٗر اسد پریَن تتھی ورتاوو — وعلیکم السلام فرض تورٕ آوو ہا

تتھی بلند دعویٰ وُچھِتھ چھُ مانُن پوان زِ یێلہٕ حضرتِ علامہ اقبالنؒ یہ شعر وَوٗنمت اوس، تتھ اند راوس نہٕ کانٛہہ مبالغہٕ۔

داوئ عشق بسے دوٗر و دراز است ولے

طے شود جادۂ صد سالہ بہ آہے گاہے

اسدؔ پرٛیٚنہِ کِنۍ چھُ غرقِ توحید گرٛھتھ صرف دون ۲ حرفن پھِرِ تھُر کاسُن تہٕ پتہٕ چھےٚ سارے وتہٕ ہلِے، یُہ تام زِ ساٗلِک چھُ ''ترکِ ترک'' مقام تام سران ۔

ترک ترکِسے منٛز گوس بہٕ
پھِرِ تھُر دون وژنن اوس

اسدؔ پرٛیہِ واتہِ کُس احدس
بہٕ تے گوس غرقِ توحید مس

توے چھِ اُمۍ ہنٛدِ بن اکثر باتن اندر راکی وقتہٕ اُڈۍ شعر تِم، یِمن سلوٗکہٕ کِس اِبتدا ہس ستۍ تعلق چھُ تہٕ اُڈۍ تِم شعر یِمن ہُنٛد احساس واریاہ درمیانی منازِل طے کرنہٕ پتہٕ ساٗلِکس چھُ سپدان ۔ مثلاً

بنِے کھےٚ سِکندر اژھ لٔد ر ظلمات
تتہِ ہو ہشی دوہ رات

غیب الغیب پکان وات
بوز نفی اِثبات گوٚ وصِفات تہٕ ذات

گرٛھ غرقِ مُحیط بن وِہات
تتہِ گوٚو کُنۍ ذات و صِفات

یِتھی انداز بیانہٕ سببہٕ چھُ اُمۍ ہنٛدِ روٗحانی دُنیہکۍ مقام کھرِ کرنہٕ وِزِ یہِ مُشکِل بُتھِ یِوان زِ ناسوٗتی عالمس اندر بسان بسان کِتھِ کِنۍ چھُ اُمۍ سُنٛد صوفیانہٕ شعوٗر ''بقا'' ژھانڈان فنائی ہنٛدۍ ساری درجہ مدد گار زانان ۔

گرٛھکھ ناسوٗتہٕ نِشہِ یُد فان
لبِھ ملکوٗتہٕ سُے نِشان

چھُ جبروٗت بس لاہوٗتس
بہٕ تے گوس غرقِ توحید مَس

اتھ مُشکِلس چھُ سہ پانے فُٹ تِہ کڈان تہٕ ونان زِ اِنسانی روٗح چھُ مختلف منٛزلو منٛزۍ نیران نیران زِنٛدٕ سپدان ۔ یہِ مرِ نہٕ زانٛہہ بشرطیکہِ ساٗلِک آسہِ رِنٛدٕ تہٕ عاشق ۔

روٗحس چھےٚ سہ پنٛنۍ زندگی
یورِ دِس حیاتی لاگ رِنٛدِ گی

عاشقن زانٕہہ چھُنہٕ مرنٕک ڈر سِلسلہ چستی چھُم رہبر

مگر یہِ حیاتی لبنٕس چھےٚ تیٚلی ''رِندی'' چلان ییلہِ سالِک درجہ پتھ درجہِ پننہٕ

عٔنِن ناسوٗتی صِفاتن خُدائی رنٛگ دِیہِ۔

شرف المکان اٗنزروومُتٕے نٔز ینٛ سانٛز بِالمکان زان

صِفات کُلِ وحدت پھوٚلمُتٕے ، مُرِتھ رُتےٚ ہوو دپہٕ نےٚ

مِن حبلِ الورِید نکھہِ آمُتٕے ، ہا ہٕبری الاٰن کما کان

دیدن جانِ جہاں آمُتٕے ، مُرِتھ رُتےٚ ہوو دپہٕ نےٚ

## (۵) صِفائی رنٛگ

کلاسیکی تصوفس اندر اوس یِوان ونہٕ زِ صوٗفیس گژھن ستن پیغمبرنؑ ہنٛدی ستھ صِفت آسنہٕ۔ ''سخاوتِ ابراہیمؑ، رضائے اسحاقؑ، صبرِ ایوٗبؑ، اِشارۂ ذکریاؑ، غُربتِ یحییٰؑ، سیاحتِ عیسیٰؑ، فقرِ محمدﷺ''۔ مگر اسہِ پرین چھُنہٕ ناوہٕ ہیٚکہٕ کُنہِ جایہِ یِمن صِفاتن ہُنٛد تذکِرٕ کوٚرمُت امہِ پوٚز ژٕتیٚنہِ دِس کلامس وارٕ سٔنتھ چھُ فِکرِ تران زِ تِس نِشہِ چھِی یِم ساری اوصاف ''فقرِ محمدس'' اندر موجوٗد۔ اتھ عقیدس چھُ تاریخِ تصوف تہٕ تأئید کران۔ تِکیاز زِ اکثر صوٗفین ہنٛدی کِنی چھُ حضرتِ اِنسان کایناتُک مرکزی نقطہٕ، یتھ دٔژھنہِ کھوٚورِ عالمِ رحمانیت تہٕ عالمِ طاغوٗتیت چھِہ۔ تہٕ آنحضوٗرنﷺ ہنٛز نبوت چھےٚ عالمِ رحمانیتُک سٕہ حد، ییٚتہِ بڑونہہ اِنسانی شعوٗر پکِتھ ہیٚکہِ نہٕ۔ امہِ سِلسِلُک شروع گوٚو وحی وسنہٕ دوہہ۔

میخانہٕ کِس دروازس پٔتھ جبرٔیلسؑ چھےٚ جاے جبرٔیلسؑ چھےٚ جاے

دون منز تٕمی مے بأگرووٗے تٕمی تٕتی رؤٹنے قرار تٕمی تٕتی رؤٹنے قرار

تہٕ اِنتہا معراجہِ چہٕ رأژ اَنٛد رسپُد مُت ییلہِ ۔

ذاتس صِفاتس سپُن مِلژار      تجلیٰ دوٕنوٕنی بنیوو دیدار

جلوٕ پیو عاشقس تہٕ معشوقس      بہٕ ونٛدس زُو تہٕ جان اِسرارس

فرشہِ پیٹھ عرشس سپُن آلو      ژھبن کتہِ لانہاییتس گوٗو

نوٗر گوٗو پکأنی اتھ ظہوٗرس      بہٕ ونٛدس زُو تہٕ جان اِسرارس

تصوفس منٛز چھُ یہِ عبوٗ دِیتگ سہٕ مقام یُس سارِنٕے وٗلینٛ کرِ شہ اکھ آیڈیَل (ideal) روٗد ۔ یمکی ابتدأیی زانن وألی ظأہری ژورٕ یارتہٕ بأطنی ژورٕ یار چھِ ۔

( ا ) مشائخ ورتاوِ ژوٗنوٗے یاد آے      صدیقؓ صأب جبرٕ تیے

حضرتِ عمرؓ صأبن عدل ورتوٗے      ناسوٗتہٕ پان تھوٗوے

حیادار حضرت عثمان غنی      ملکو تہٕ جاے رٹ نیے

حضرتِ علیؓ صأبن جہاد ورتوٗے      لاہوٗتہٕ تمی بسوٗوے

(ب ) شیٖوٕ طرفو کمی کرِ زان      اویٖس ، ہلاؔل ، بلاؔل سلماؔن

بباطن کلمہٕ پوٗر ہےٚ تس      بہٕ تے گوس غرقِ توحید مس

یمہِ ستی یہِ چھُ ثابت گژھان زِ اسد پرینی کنی چھُ ظأہر تہٕ بأطن اصلس کُن گژھتھ اکی پزٕ رچہٕ ژ شکلہِ ۔

ظأہرس منٛز چھی بأطن تیٚتھے      یتھ دودٕ منٛزٕ چھے تھٔنی نیران

بیقلن نِشہِ عأقل ڈوٗلمُتے      مُرِتھ رُتے ہوو دیہٕ نیٚ

ظأہری ژورٕ یار بأطنی ژون یارن ہنٛدی حقیقی نموٗنہٕ یا (proto type) تہٕ ظأہری دُنیاہس منٛز یتھ أسی صدقِ ابوبکرؓ، عدلِ عمرؓ، حیا عثمانؓ تہٕ ایثارِ نفس (جہاد)

علیؓ ونان چھِ ۔ تِمے ژ ور صِفت چھِ عالمِ ولایتکی تھدِ کھوتہٕ تھدی صِفات، یِمن ئرِتھ باقی پیغمبرنؑ ہنٛدی مخصوص صِفات پانے پو ان چھِ ۔

صدیقؓ پوٗز تہٕ عدل عمرؓ حیا عثمانؓ جہادِ حیدرؓ
یِہنٛز یارِز چھےٚ محکم لس بہٕ تے گوس غرقِ توحید مس

یم پڑٲوِتھ پرٛتھ کانٛہہ سالِک روٗحانی منازل طے ہیٚکہٕ کٔرِتھ ۔

دورِ جبروٗتس ہے تڑاوِ ناوٗن فنا فی الرسولؐ بنٛز راوٗن
جبریل ورتاوٗن

عالمِ ملکوٗت سپدی زانٔے فنافی الشیخ عیانے
اسرافیل پانے

ناسوٗتہٕ وحدتہٕ کٔے کٔرِتھ دربار چھِم بقا باللہ یار
میکایل خبردار

لاہوٗتہٕ فقیر مالِک مختار گرٛھ فنا فی اللہ بیدار
عزرایل خودی مار

سانہِ صوفی شاعری اندر چھُ شاید گوڈنِکہِ پھِرِ یتھ کنہِ روٗحانی بیدارٔری ہنٛد بن منٛزلن تہٕ مقامن ہنٛز نشاندہی کرنہٕ آمٕژ ۔ تہٕ ژون یارن ہنٛدِس وجوٗدس أنٛدی سلوٗکُک اند ہاونہٕ آمُت ۔ سُہ اند ییٚتہٕ اسہِ پرے ''عزرایل خودی مار'' ؤنتھ زن تہٕ حضرت ابراہیم بن ادہمؒ سنٛز یہِ کتھ چھُ یاد پاوان زِ ''اے انسانہٕ ژےٚ گوٚے کیاہ؟ ژٕ کوٚت تامتھ روزکھ موٚتس کھوژان ۔ ژٕ وات تتھ حالس ییٚتہٕ موتہٕ ژےٚ کھوٚژی!''

یتھٕن چھُ تصوف کس تأریخس متعلق اکھ نقطہٕ پأدٕ گژھان ۔ وُنیکتام چھِ أسی بوزان آمتی زِ اسلأمی تصوفہٕ کھوٚژ وُدھو[14] سِلسِلو منٛز چھِ ترٛ واہ[13] حضرتِ شاہِ وِلایتس ؓ تہٕ اکھ سِلسِلہٕ (سِلسِلہ نقشبندی) حضرتِ صدیق اکبرس ؓ کُن منسوٗب کرنہٕ آمتی ۔ مگر اسد پرے چھُنہٕ تأریخہٕ مطأبق یِمن سِلسِلن ہُنٛد "نسب نامہٕ" تہٕ آگُر تسلیم کران ۔ سُہ چھُ ژوٚنہٕ وُنی یارن (نہٕ زِ صرف دون[2]) روٗحأنی دُنیہکی ژور[1] "اساطین" مانان ۔ یِہنٛدی صِفأتی رنٛگ رٔٹتھ باقی اولیاء اللہ چھِ "خدأیی رنٛگس" (صِبغۃُ اللہ) پأنی راوان تہٕ یِیمہٕ برکتہٕ تمہٕ چھِ تِیمی زندگی منٛزی نیران نیران معرفتِ حق لبان ۔

اول آخرسوے منادی اَنتَ الھادی — دورِ اولیاء زور فقرٕکے جا بجا

چھوروُوے سُہ جاأدی اَنتَ الھادی — دولتِ ابدی یِس بنی تس نُنی

امہِ روٗحأنی تجرُبک صحیح تبصرٕ ہیکہِ "صاحبِ حال" انسانٕ یوت کٔرِتھ ۔

مذہبِ خواجہ یِم آسن — بوزن معنے عشقہٕ مسلن

سِلسِلہ چِشتیؒ چھُم رہبر — وۄن اسد پرٕیَن سرٕ ژٕے کر

## (۶) اِنکشافِ ذات

ارسطوٗ سٕندِ وقتہٕ پٮ۪ٹھ چھُ اکثر مشرقی عالمن ہُنٛد یہٕ عام عقیدٕ روٗدمُت زِ مادی کاینأتکی ساأری وجوٗد چھِ ژورو عنصرو......خاک وباد وآب ونار......أندٕ رے وژأمتی ۔ ایرانہٕ پٮ۪ٹھ آو یہٕ خیالہٕ کأشرِ صوٗفی شأعری اندٕرتہٕ شاید چھُنہٕ کانہہ اکھ شأعر تہٕ یِیمی نہٕ أتھی غلط خیالس وِوہار کٔرِتھ کیمیاوی عناصرن سٕنٛزٕ وژأے امہِ أندٕرٕ روٗحأنی

حقیقت ژھانڈنٕی ہیٚڑ

مِلہٕ ونہٕ خاک تہٕ آب آو ظہوٗر نارس تہٕ واوس دژاو
روٗحن ژونٛ پیٹھ چھِ بستی لیس تہٕ تے گوس غرقِ توحید مس

یتہٕ چھِ اکھ ماٗنی ہٕژ کتھ زِ مادی کاینا تُک ظہوٗر رووت ارتقاییٔ منزِل طے کران کران تیٚلی انسانس تام ییٚلہِ تس اندر رسہ روٗح ژاو، ییٚمہِ موجب اُمس "اشرف المخلوٗقات" ناو پیوٚ۔ صوٗفین ہُند عقیدٕ چھُ زِ یُس یُس انسان پننہِ روٗحانی وجوٗدِ نِشہِ بےٚ خبر سپدِ تھ صرف مادی عناصرن اندر رولنہٕ آو، تس چھُ ذہنس دُ ژنیٚت گژھان۔ پزٕ چ ایزٕ چ پاٗرِ زان راوان تہٕ اُتھی گلگوٗشس اندر رچھےٚ اُمس تمہٕ روٗحانی تژ ایہِ مشان۔ ییٚمہٕ اُمس مسجوٗد ملائیک بناوِتھ ہیکہٕ ہن اتھ دورانس اندر چھنہٕ اُمی ہٕندِس جسمس روح حاٗکم روزان بلکہِ چھُ تُسند جسم بقولِ فیشا غورث "تسٕندِ روحٕچ قبر بنان" چنانچہٕ اُتھی روٗحانی بےٚ بصری چھِ اکثر شاعر ژھاےٚ تہٕ ونان ۔

مایا چھےٚ ژھایا۔ اتھ نہٕ کینْہہ پایا۔
اُمی ہٕنزٕ ےچھےٚ بازی گاٗری
کایا امہِ نِشہِ پاٗدٕ سپدےیی وولسنہٕ آو سمسار
(کیشو ناتھ مندلو)

صوٗفین ہُند عقیدٕ چھُ انسان چھُ بااِرادٕ تہٕ تس چھُ یہِ اختیار آمت دِنہٕ زِ سُہ کاسہِ یہِ ژھاےپننہِ پانہٕ ۔

پانے ژھلہِ چھُکھ پانس روٗزِتھ خاٗلی چھنہٕ اِنسان (شاہ غفوٗر)

تِلکیاٗزِیہِ ژھاےچھےٚ پننہِ شعوٗرک وُلٹہٕ عکس تہٕ شعوٗرچہِ تژلیہِ چھےٚ صوفیانہٕ تنظیمس تل

یتھی پرتھ صوٗفیس بدلاونہٕ پیوان ۔

ژھاے چھے پننہٕ نی تہٕ راے بدلاوو پانہٕ منزٕ پان پرزٕ ناوولو (مومن صاٗب)

یہ ہے پانہٕ منزٕ پان پرزٕ ناونے چھُ تصوفُک بُنیاٗدی اصول تہٕ اٗخری منزِل۔ یس نہٕ اتھ پڑھ آسہِ، سُہ چھُنہٕ توحید کیوٚتر بوٚ۳ نظر یومنزٕ اٗکس پیٹھ تہِ عمل ہیکان کٔرِتھ۔ بلکہِ چھُ صوفیانہٕ اِصطلاحس منزٕ سُے غاٗفِل یِوان مانہٕ، تیمی سِندِس شعوٗرس مرن وقتن تام یقینہٕ بدلہٕ ''تذبذُب'' روزان چھُ ۔

غاٗفلس چھُ گمانہٕ چھا کِنہٕ چھُنے سُہ اوس پانے ونے کیاہ؟ (شاہ غفوٗر)

اتھ مقابلہٕ چھُ ساٗلِک ''معرفتِ حق'' پنُن انتہاٗیی عروٗج (Zenith) مانان۔ یتھ حاٗصل کٔرِتھ نہٕ صرف چھُ سُہ پانہٕ نوٚ زِندگی لبان، بلکہِ تس چھے بیٚین تہِ داٗیمی زندگی دِنک روٗحاٗنی قوت حاٗصل سپدان ۔

| | |
|---|---|
| رِندا اَے آسہِ کانہہ زِندٕ کرِ موردس | پانس تس آسہِ ژٕجرٕ ژھاے |
| جانباٗزی ہُربس فان لنہِ بوردس | دردٕ کس پردس تل چھم جاے |

شمس فقیر

یہُے ''رِندی'' چھے سلوٗکس اندر ''عشقِ حقیقی'' مانہٕ یِوان، یتھ کُن اسدٓ پرے چھُ ونان ۔

| | |
|---|---|
| عشقہٕ کس گرس سرس تہٕ پاٗیس | وِیوٗر ہینہِ لامکانس وزاے |
| ساٗلِکن ستی ماٗلِک بنیاٗیس | وُچھ مے تتھ ساٗیس تل کم کم |

▯ ماٗلِک بنہٕ نُک احساس چھُ ساٗلِکس لاہوٗتی شعوٗر عطا کران، یتھ لٔبتھ سُہ ہیکہِ وٚنتھ

۱۔ لاہوٗتہٕ فقیر ماٗلِک موختار ۲۔ گژھ فنا فی اللہ بیدار ۳۔ عزراٗیل خودی مار

(اَسد پرے)

سوال چھُ پاداِ گژھان زِ کیاہ عقلہِ ہنٛدِس دُنیاہس اندر چھا عزراٸیل مارُن ممکن؟ اگر یہِ عقیدٕ ناممکن چھُ تیٚلہِ چھا یہِ دعویٰ اپُز؟ یِمن دون۲ سوالن ہُنٛد جواب چھُ یہِ وننہٕ آمُت زِ اگرچہ یہِ دعویٰ اپُز چھُنہٕ، اما پۆز عقلہِ ہنٛدِس عالمس منٛز چھُنہٕ یہِ دعویٰ وبژان۔ امہِ دعوٕہک پزر چھُ تتھ عالمس منٛز سرٕ گژھان۔ یتھ صوٗفِیوٗ ''عالمِ مِثال'' ناو کوٚرمُت چھُ۔ امہِ عالمُک شعوٗری اِستعداد لبنہٕ خاطرٕ چھُ صوٗفِیوٗ ''فنا برائے بقا'' نظریہ پیش کوٚرمُت۔ یتھ وبژھنے کران اَسد پرے چھُ ونان۔

| | |
|---|---|
| مُرشِد توٗرٕک اِمام زانُن | تس ہیوٚ بیٚیہِ ما کانٛہہ مانُن |
| فنا فی الشیخ حاصِل ژےٚ بنی | حاصِل پننہٕ نس دِلس تےٚ لولو |
| فنا فی الرسوٗل تتھی منٛز چھی لُستھ | زِندگی بُستھ زان |
| دربارٕ وُچھِ ہن سرکار عالیٰ | ساٸلی نِشہِ صوٗفیس تےٚ لولو |
| فنا فی اللہ اسرارٕ وِے تار | وصوٗل ان اسرار |
| تتہِ رأوی نفع نقصان سأری | یأری چھِ فقیرس تےٚ لولو |
| بقا باللہ گرِتھ وِہاتھ | صِفاتس منٛز پاک ذات |
| نوٗرِ صِفاتس بیٚیہِ نوٗرِ ذاتس | یکسان منٛز احدس تےٚ لولو |

اگرچہِ سلوٗکچ یہِ درجہِ بندی چھِ قریب قریب سأنی پٔرتھ کانٛسہِ صوفی شاعرس اکہِ نتہٕ بیٚکہِ آیہِ مأنی ہٕژ۔ اما پۆز یِمن روٗحانی مقامن ہُنٛد پانہٕ وأنی واتھ چھُنہٕ سارِٕوے پننہٕ نبن شعرن اندر رورتومُت۔ اسد پرے چھُ یِمن مقامن تتہِ کنہِ اکھ أکِس سیٚتی واٹھ کران زنتہٕ یِم پانے اکھأکِس نِشہِ پوٚتُس پتھ قدرتی وُزان چھِ۔

تی گوٚو فنافی الشیخ بنہٕ ژےٚ فنافی الرسولؔ دیدار فنافی الرسولؔ دیدار
ژۄل فنا فی اللہ یم اسدؔ پریو تمی بقا وُچھنےٚ وبڑا رتمی بقا وُچھنےٚ وبڑار

یم مقام سرٕ کرنہٕ خاطرٕ چھِ شعوٗرس عام پأٹھۍ ژور ہۍ "محکمہٕ" تصور آیتی کرنہٕ۔(۱) شریعت (۲) طریقت (۳) حقیقت (۴) معرفت۔ یمن پیٹھ پرٕتھ کانٛسہٕ صوفی شاعرن اظہارِ خیال کوٚرمُت چھُ۔ مثلاً۔

شریعت ژٕ پالتن تأے طریقت ژٕلی یو زنگار
حقیقت چھِی دیدن تأے معرفت چیتھ رٹھ قرار

(رحیم صأب)

اسدؔ پریُن یہِ شعر۔

شریعت پال، طریقت ژال حقیقت دیدٕنۍ احوال
کرٕنۍ محنت چھِ معرفتس یہٕ تے گوس غرقِ توحید مس!

معرفتُک لُبِ لُباب چھُ "حقیقۃ الحقایق" یا "حق الحق" مُشاہد کرنُک شعوٗری اِستعدادلبُن۔ یوٚتتھ وأتتھ سأِلک چھُ بقولِ ابو جعفر النووی ونان "سوٗرے معرفت گوٚو یہِ مانُن زِ کوٚتھ زانہٕ نہٕ کینٛہہ!" تکیاز عام کانٛہہ وجدأنی کیفیت تہٕ لفظن اندر انٛنہٕ وِزِ چھےٚ سأِلکس زیو کلان۔ سہٕ چھُ یہِ حال صرف محسوٗس ہیکان کٔرِتھ۔ یتھ سأنٛز صوٗفی "دیدٕنۍ احوال" چھِ ونان۔ اتھ حالس پیٹھ قائم روزُن چھُ یقیناً اکھ روٗحأنی مُشکل، یتھ اسدؔ پریَن "محنت" ناو چھُ کوٚرمُت۔ یلہِ یلہِ کانٛہہ تمثیلی اندازٕ کانٛہہ روٗحأنی کیفیت بیان کرنچ کوٗشش کران چھُ، سہٕ چھُ بیان کرنہٕ پتہٕ پانے مانان زِ یہِ تس وُنُن اوس تہٕ آونہٕ وننہٕ۔ تِسنٛدِ معرفتُک اند چھُ واتان

سُبحَـانَكَ مَـا عَرَفنَاكَ حَقَّ مَعرِ فَتِكَ ونہِ نس تام ۔ یتھ حالس متعلق سارِنے
ؤلِین ہِنٛدی سردارن...... حضرتِ شاہِ وِلایتنؓ...... فرموومُت چھُ :

(الف ) وَمَـن وَصـفـه فَـقَـد قَرنه وَمَن قَرنه فَقَدثَنَاه وَمَن ثَناه فَقَد حَزاه وَمَن حَزاه فَقَد جَهلِه،

یا

(ب) وَمَن اَشَارَالَیہِ فَقَد حَدَّہٗ وَ مَن حَوله فَقَد عَدَہٗ

یعنے ''یُس تِہنٛدی صِفت ونہِ، سُہ چھُ تس نکھ یِوان یُس تس نکھ یِوان چھُ، سُہ چھُ تس تعریف کران ۔ یُس تس تعریف کران چھُ، سُہ چھُ تس (پننہِ نٛوٚ گُمانوٚ ستی ) حد بندی کران ۔ یُس تس حد بندی کرِ، سُہ چھُنہٕ تس زانٛتھ ہیٚکان ۔''

یا

(ب) یُس تس کُن اِشارِ کرِ، سُہ چھُ تس انٛدرٹان، یُس تس انٛدر رٹِہ، سُہ چھُ ہوان تس (لامحدوٗدذاتس ) گزٕ نٛد کرِنی ۔''

توے چھُ وارِیہو صوٗفی عالموِ یہِ وۄنمُت زِ یس یہِ فِکرِ ترِ زِ تمہِ عالمُک صحیح حال پیِہ نہٕ ترٛیہِ اِمتِدأدی شعوٗرس انٛدر وبٕڑاونہٕ ۔ تِہنٛز یہِ عأجزی گیہِ صحیح زان ۔ (اَلعَجزعَن دَرکِ الادراکِ اَدرَاکُ ) سُہ چھُ نعمہٕ صأبنہِ زیٚو ونان ۔

| | |
|---|---|
| زانٛہہ تہِ ووٚتُس نہٕ نہایتس | گژھ فنا ژٕ فنا چھاو |
| تی مےٚ وُچھُم منہٕ کِس خطس | پیٚوم ژٕ تبس تس چھُ میوٚن ناو |

(نعمہٕ صأب)

نتہٕ اسہِ پرِ پنہِ انٛد اژ گوان ۔

عالمِ ملکوٗتس اَنٛدر ژالیس درسجوٗد موجوٗد چھی صِفات ذات
یوٗرک سجدٕ کر توریٖپ خدالیس وُچھ مےٚ تتھ سالیس تل کم کم

ووٚنی ییٚلہِ أسی اسد پرِینٛس زیرِ نظر کلامس اَنٛدرٕ سِلسلہ چستی چھُم رہبر......
بیترِ باَتھ وُچھان چھِ ، أسی چھِ تمن ذِکرن یاوٗظیفن ہِنٛدی صرف ناو ( تہٕ کم جاےٚ
عکأسی ) وُچھان یم أمِس کماوِنی پییہِ ۔ مثلاً ذِکرِ خفی ، ذِکرِ صفی ، ذِکرِ اِخفاء ، اِسمِ
اعظم ، یا اطوارِ ذِکر مثلاً فرضِ دأیم ، نفی اِثبات وغیرہ ۔ مگر روٗحأنی تربیتٕ وژأے چھِ
یِم سأری اذکار ’’ صاحبِ قال ‘‘ نقادس نِشہِ محض اورادنہٕ زِ روٗحأنی دُنیہکی برٛونٛہہ
پکناون وألی قوٗیٰ (Propelling forces) تِتھے پأٹھی یِیلہِ أسی أمی ہِنٛدِس
أکِس ریاضتس ......یتھ ’’حبسِ نفس‘‘ ناو چھُ ......سنویتھ ہندو فلسفس اَنٛدر راجہ
یوٗگُک ژوٗرِم مٔنٛزِل ’’ پرے نیامہٕ ‘‘ تہِ ونان چھِ ۔ أسی لبو زِ اگرچہِ اتھ ریاضتٕ اَنٛدر
زمانہٕ پتھ زمانہٕ توٚت تام کانٛہہ فرق چھنہٕ لبنہٕ یِوان ۔ یوٚت تام شأبند کرنکہِ طبّی
اثرُک تعلق چھُ ، اما پوٚز اسہِ چھُ یتہِ مانُن پیوان زِ ناوتہٕ طبّی اثرسٕ ۆ دآسنہٕ باوجوٗد
چھُ حبسِ نفسُک ذہنی ، روٗحأنی تہٕ ماورأیی تاثُر پٕتھ أکِس سألِکس پن پننہِ شعوٗرٕ
تہٕ استعدادِ موجوٗبے درٛینٛٹھی یِوان تہٕ کیفیتٕ پأدٕ کران ۔ توے یِیلہِ أسی ......
حبسِ نفسُک اکے تاثُر ’’ نفی اِثبات ‘‘ یوتےٚ نمو ، اتھ أکِس روٗحأنی
تاثُرس اَنٛدر تہِ لبو أسی کأشرِ بن صوفی شأعرن اَنٛدر کمےٚ تم شأعر ، ییٚہنٛدی قلبی وأرِی
دات اکی تژ ایہِ روٗدی ہتی چھِ ۔ یا یم نفی اِثبات سران ہِوی مُشأہِد پیش کران
چھِ ۔ توے چھِ اکثر صوفی شأعر وامہِ عالمہٕ منٛزٕ نیران نیران علم الیقین ، عین الیقین
تہٕ حق الیقین ہِو بن ذہنی حالن ہِنٛدی الگ الگ منظر شعرن منٛز أنی ہتی ۔ حالانکہ

سارِنے ہُنٛد دعویٰ چھُ زِ ''نفی اِثبات'' چھُ حبسِ نفس رِیاضتُک اہم ماحصل۔ اَسہِ پرینہِ رۄحانی مکاشِفو منٛز ییٚلہِ اَسی نفی اِثبات (تہٕ امیُک ذریعہ حبسِ نفس) نموٗ اَسی وُچھوزن تہٕ اِبتداء اَنٛز راواٗنی چھُ سُہ اِنتہا ہس (انٛدس) واتان۔

از حُکمِ رہبر مُژراو بر تو قُلفن کُنٛز ژِے کر
ہا ستن کے کوٗھنے کرتو نظر تو پرتو چھی صِفات ذات
ان وصول دم بنہٕ نے شہہ پرتو کر سأئلِ سمندر
کھال تن دُر تیتہِ لعلِ گوہر تو پرتو چھی صِفات ذات
کعبس تہٕ عرشس لولا برتو لا ہیتھ لامکان لار
اِلا اللّٰــــہ ان وصول ژٕلی مرمرتو پرتو چھی صِفات ذات

نفی اِثباتہٕ پیٹھے ابدی زندگی ہٕنٛدِ امہِ احساسہٕ تلہٕ چھُ یاد پیوان زِ خوش نصیب صوفی چھُ کُنہِ وقتہٕ پٕزی پاٹھی۔

وادئے عشق بسے دوٗر درازست ولے
طے شود جادۂ صد سالہ بہ آہے گاہے
در طلب کوش و مدہِ دامنِ اُمید زِدست
دولتے ہست کہ یابی سرِ راہے گاہے

(علامہ اقبالؒ)

شعرن ہُنٛد عملی نموٗنہ ہاوِتھ ہیکان تہٕ اَتھی حالس پرکھاوِتھ گوان۔

ہر کینٛہہ چھُ بُستھ فقرِ کے زورِ ستی سأری ہیے اور کُن نم تأے
زوٗن آفتابہٕ بیٚیہ ارداہ 18 ساس عالم فقرس تل تھاوی نم

شاہی تژ اوِتھ گدایی ہیٚنز گژھِ فقرس کُن ژِ یے نم تأیے
ستن اِقلیمن ہنز پادشاہی تمہِ گژھتھ ژِ یے بخشتم
اسد پریس ینہِ گیہِ سہ کلن تل تمی ژھلن رۄٹ نم تأیے
دمہِ دمہِ بخضۄر وُچھنونس نۄر کیاہ کلے سۄر کۄرنم

یہِ اوس امی دمہِ دمہِ بخضۄر ''نۄر وُچھنُک فیض زِتس آو عارفہِ سُند دِل ''عالِم اکبر''
لبنہِ۔

ظہوٗرِ انسان ژوپأرۍ تابان عالم بارِ ہیوٚتنم تأیے
یہِ در عالم تہِ در آدم عأرِفن أنز روونم

تہٕ اوٚتے چھُ سألکن نِشہِ تصوٗفُک اند واتان۔ییٚمُک تصدیق پانہٕ حضرت شاہِ
وِلایت علیہ السلام نوِ من شعرن منز کران چھُ۔

دَواءُ وُكَ فِيكَ وَمَا تَشعُرُ وَدَاوُكَ مِنكَ وَمَا تَبصُرُ
وَ تَزعَمُ اِنَّكَ جِرمُ صَغِيرٌ وَفِيكَ انطَوِى العَالَمُ الاَكبرُ
وَ اَنتَ الكِتَابُ المُبِينُ الَّذِى بِاَحرُفِهِ يُظهَرُ المُضمَرُ
فَلا حَاجَةَ لَكَ فِى خَارِجِ يُخَبِّرُكَ عَنكَ بِمَا يُستَرُ

یعنی ''چون دوا چھُ ژے منز، اما پوٚز ژے چھے نہٕ زان۔ چون دوا چھُ ژی نش مگر ژ
چھُکھ نہٕ وُچھتھ ہیکان۔

ژے چھی گُمانہٕ کوٗتھ چھُ لوکُٹ اکھ جسماہ، حالانکہِ ''عالِم اکبر'' چھُ ژے اندر
وٹنہٕ آمُت۔ ژ چھُکھ سہٕ نٔز کتاب، ییٚمہِ کہِ حرفو ستی غاًب چھُ ظاًہر ہیکان سپدِتھ۔
ژے چھے نہٕ پانس نیبر کینْہہ ژھانڈنُک ضرۄرت۔ چون رۄح ہیکی ژے پانس

متعلق سٕہ خبر دِتھ،یہِ اُچھوتلہٕ ژھایہِ رٔوٗزِتھ چھُ۔"

## تنبیہہ

مگر پٔنن وجوٗد "عالمِ اکبر" لبنہٕ وِزِ چھُنہٕ اِنسانی شعوٗرس یہِ کیفیت وٕتراوُنک تاب جاےِ کالس رٔوٗزِتھ ہېکان۔ تِکیازِ تجزیہ نفسیاتہٕ کِہ اصوٗلو موجُب چھُنہٕ انسانی شعوٗرس فوق البشر (Super ego) اِدراک کینژٕ وٕزِ ہیوٗ علاوٕ اُکرِ ہېے ڈٔنجہِ تھاوُنک قوت۔ تہٕ توے چھُ سالِک امہِ وجدانی حالہٕ نِشہٕ فوراً واپس پھیران تہٕ پتہٕ وبداکھ دِوان۔ شاید چھُ یوہے مُشاہدٕ سٕرِتھ ابوالحسن شِر وانیس لیکھُن پیوٗمُت زِ" صوفی چھُ لُکو نِشہِ ژھنبان تہٕ حقس تام نہٕ واتانی! یتھٕ کنہِ خداین حضرتِ موسیٰؑ سٕن وٕون "ژٕ ژورُکھ مےٚ پننہٕ خاطرٕ۔" (وَ اصطَنعتُكَ لِنَفسِی) امہِ پتہٕ ژوٗٹُن پرٕتھ کانٛسہِ ماسوائے اللہ ہس نِشہٕ تہٕ اُخرس دوٗپُس "وونی ہېککھ نہٕ مےٚ زانٛہہ تہٕ وُچھِتھ!" (لَن تَرَانِی) یِیمہِ ستؠ اُسہِ یہِ اِشارٕ چھِ لبان زِ انتہایی استغراقہٕ کِس عالمس اندر..... یتھ صوفیانہٕ اصطلاحس اندر مقامِ "ترکِ ترک" تہٕ چھِ ونان......

چھُنہٕ سالکہٕ سٕنز "اِنفرادِیت" ختم گژھان بلکہِ چھُ تٔس توتہِ پٔنن "انا" قایم روزان۔

بٔہ ترکِ ترکسے منٛز گوس پھِرِ تھُر دون وٕژنن اوس

اسد پرِیہِ واتہِ کُس احدس بہٕ تے گوس غرقِ توحید مس

۱۔ چِلہٕ۔ ۲۔ مثلاً "ہمہ اوست" باپت وَنَحنُ اَقرب مِن حَبلِ الوَرید یعنی "اُسہِ چھِ انسانس شہہ رگہِ کھوتہٕ جاےِ نکھہٕ" ہمہ از وست باپتھ: اِنّا لِلّہِ وَاِنّا اِلَیہِ رَاجِعُون۔ یعنے "بے شک چھِ اُسہِ خدایہِ سٕندے خاطر (زِندٕ) تہٕ تٔسۍ کُن پھیرن والی۔" ۳۔ ہمہ اندر وست باپت: وَھُوَ عَلیٰ کُلِّ شَئٍ مُحِیط یعنے "سُہ (کاینات گیر ذات) چھُ پرٕتھ چیزس حاطہٕ کٔرِتھ" ۴۔ اسد پرٕین چھُ عام روایژ پٔژھ کٔرِتھ اتھ مقولس حدیث وٕنمُت۔ حالانکہِ یہِ چھُنہٕ حدیث بلکہِ اُکِس بُزرگہٕ سُنٛد مقولہٕ۔ وُچھو "رحمتِ عالم نمبر" "دعوت" ۱۹۶۶ء، دہلی۔

# ٹیگور بحیثیتِ ڈرامہ نگار

بنٛگالی زبان زانٕنۍ رۆستے رابندر ناتھ ٹیگور، ہِندٕ ادبی شہکارن پیٚٹھ کانٛہہ راے دِنۍ اگرچہ گُستاخی مانٕنہٕ یِیہِ نہٕ، اماپوٚز سو راے آسہِ پرٛتھ رنٛگہٕ اڑٕ اوٕمی۔ امہِ پتہٕ ٹیگور ہِندٕ ڈرامہن تِہنٛدِس ادبی شعوٗرس پیٹھ کانٛہہ اٰخری فاصلہٕ دِنٕچ کوٗشش کرٕنۍ اگرچہ نا انصافی گیہِ نہٕ مگر یہِ فاصلہٕ یِیہِ بہر حال اکھ ذاتی تبصُرٕ ے گٔنزراونہٕ۔ یتھ پیٚٹھ اعتراض کرُنک پرٛتھ کانٛسہِ اَدٕبس حق چھُ۔ بیٚیہِ اگر نہٕ ٹیگورَن پانٕہٕ پننہٕ نبن وارِہن پأتھرن انگریزی ترجمہٕ کوٚرمُت آسہِ ہے۔ تیٚلہِ یِیہِ ہےیہِ تام وننہٕ زِ ترجمہٕ کرن وول تہِ چھُ ٹیگور ہِندِ سٹایلک شریک تہٕ بنگالی نہٕ زانن وأٔلِس چھُنہٕ اصلس تہٕ ترجمس صحیح داو دِیُن توٚ گمُت۔ یہِ اَس بنگالی زبان نہٕ زانن والین ہنٛز خوش نصیبی زِ ٹیگورس اوس انگریزی زبأنۍ پیٚٹھ سٔہ دسگاہ حاصل یِیمِیُک اہرٕ وُنہِ مہِ صدی ہِندٕ بن انگریزِی بولن والین ادیبن تہِ اوس تہٕ یِیمہِ کِس ثبوٗتس منٛز یُتے یوت یاد تھاوُن چھُ کافی زِ تِمی کوٚر پننہٕ نبن ترٛبن پأتھرن......(۱) قُربانی (۲) راز تہٕ رأنۍ تہٕ (۳) مالتی......صرف اَکرٕ ہےہفتس لنٛدرٕ سٕہ ترجمہٕ یتھ گُن وُچھِتھ معلوٗم چھُ سپد ان زنتہِ یِم اَتھی زبأنۍ منٛز لیکھنہٕ اَسی آمٕتۍ۔ چنانچہ ترجمہٕ دأنی "ہُنٛد ٹیگور

پسند بو فنوأنٛدرٕ اکھ الگ فن، یمیُک ژھوٹ موٹ تشریح بڑ وٕنہٕ کُن تہ کرنہٕ ییہٕ...... مےٚ اوس یہِ عرض کرُن زِ ٹیگورٕ چھُنہٕ جان ملٹن ہیوٚ کانٛہہ شاعریم بالغ گژھتھ کُل وُمرِ انٛدرارداہ ۱۸ ساس شعر لیکھی زِ تبصرٕ کرن وألس ییہِ نہٕ أمی سُنٛد مقام کھرٕ کرنس انٛدر کانٛہہ تھانٛت۔ یہِ چھُ سہ ٹیگور، یمی ارداہ ۱۸ وہرٕ ہ بڑ وٕنہہ نژٕ علاوٕ قریباً ستھ ساس شعر لیکھی ٕمتی أسی۔ (حالانکہِ تس أس نہٕ تتھ تربیژ کُن زانٛہہ تہِ لے، یوسہٕ تربیت ہأوی ہأوی أسی چھِ مدرسن تہٕ کالجن انٛدر تنخواہ حلال کران) یہِ چھُ سہ ٹیگور یُسنٛد بن چھپأوی ٕمتین پأٹھرن تہٕ شاعری ہُنٛد شمار چھُ ڈوڈ لچھ سطرٕ کرنہٕ آمت تہٕ نثرُک خزانہٕ چھُ امہِ دوگنہٕ، یتھ منز ناول، سوانح، تنقید، افسانہٕ تہٕ ہتہٕ واد علمی تہٕ صحافی مضامین چھِ، یمو منزٕ وُنہِ وارِیاہ پوٗرٕ پأٹھی جمع تہٕ چھِنہٕ کرنہٕ آمتی۔ تتھی سے بزرگہٕ سنٛدبو درجنہٕ واد ادبی کارناموأنٛدرٕ صرف پأٹھرٕ یأتی ''ٹیگور نما'' ماننٛی یا زاننٛی گژھِ تژھ کتھا، یتھ تنقید زانن وألی سراسر غلط ونن۔ خاص کر یمہِ وجہ موجب زِ ٹیگورن اوس شراہ وہرِ پتھے ڈراما لیکھنٕ ہیٚتی ٕمتی۔ تہٕ یہِ سلسلہٕ روٗد پنژٕ ہوٕ ری یو کھوتہٕ جاد چلہٕ وُنے۔ گوڈٕ نکوٕ پأٹھر وأنٛدرٕ اگر أسی مثالہِ خأطرٕ ''روداچندرا'' ڈراما نمو، یُس ۱۸۸۱ء ہس انٛدر بازر پوٚ، تہٕ یُس تمو شراہِ وٕہری لیوٚ کھمُت اوس۔ اتھ چھِ ژوداہ ۱۴ منظرٕ تہٕ أٹھ ۸ شتھ سطرٕ تہٕ یہِ چھُ اکھ ''میلوڈراما'' Melo drama۔ أتھی اگر أسی ٹیگورٕ سنٛدِس بیٚیس پأٹھرس ''مکتا دھاراہس'' ٕستی ٹلہٕ تژ اوکرو، یُس تمو دُونژاہ (۵۲) وٕہری لیوٚ کھ۔ زمین آسمان فرق لُبتھ چھِ خواہی گرِتھ أکِس پأٹھرس تعریف کرنہٕ وِ زِ بیٚیس پأٹھرس ٹپھ پہوان ژٕنٛی۔ تکیاز یہِ فرق چھُنہٕ صرف تہنزِ بالغ نظر گژھنہٕ موکھے وٕری یہِ پتھ وٕری یہِ نٛی نیران۔ بلکہِ چھےٚ وُہہِ وٕہرِ پتھے

ٹیگورٕ سٕنٛز شخصیت سماجہِ کٮ۪ن تہٕ ادبہٕ کٮ۪ن درجہ واد گوشن اَنٛد رٕ یہِ ڈٲلِ زِ تہِ چھکرادنہٕ یِوان، ییٚتہِ یِہنٛدِس قولس تہٕ فعلس پٔرتھ اَنٛدٕ لمہٕ ٲژ۔ تہٕ ییٚتہِ تِہنٛز شرکت اکہِ نتہٕ بیٚکہِ ترٛ ایہِ شٲمِل روٗزتہٕ ییٚتہِ بھارژ غلامی تہٕ غُربت یاہِینٛد بن ہُنٛز رسوٗم پرستی ذات پات تہٕ بُت پرستی وُچھتھ اوس نہٕ سُہ وُنہِ اکہِ اَنٛدٕ پٔنُن پیغام وٲنتھ موکہٕ لیٚووُتمٕتۍ آسان تہٕ تام اَس بنگالٕچ تشدد پسندی تہٕ فرقہٕ وارانہٕ ذہنیت لٔس تیٚتھ بے قرار کران زِ سُہ اوس عینِ گرٛ یکہِ وِزِ اتھٕ موٗران: اَخر اِنسان کیٛاز چھُ حیوان بنان؟ تہٕ یِہٕے بےقرٲری تہٕ حسرت آسنہٕ لٔس زانٛہہ تہِ ادبہٕ کِس اَکِس ہِسٕ قسمس اَنٛدس دِوان واتہٕ ناونہٕ۔ تہٕ یِمہٕ وِ ے مُشاہدو بنوو سُہ نیٚوٗت غم پسند زِ تِسٕنٛد بن اکثر پٲٹھرن منٛز لوٗگ غمُک اکھ نتہٕ بیٛا کھموکھ کلہٕ کڈنہِ۔ چنانچہِ بنگٲلۍ نقادن نِشہِ چھُ ٹیگور سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ ہیوٗ ''شاعرِ غم'' یِوان مانہٕ۔ تیٚیچ پُرن تِسٕنزِ گوڈنچہِ کتابہِ پیٹھٕ کُھٔر...... تتھ تُمی ''داستانِ شاعر'' ناو تھوو۔ غمہٕ نِشہِ کتھٕ کِنہِ لبہِ اِنسان مسرّت یا نجات؟ یہِ چھُ اکھ سُہ سوالاہ، یٚیمِیُک تمثیلی جواب ٹیگورٕ سٕنٛد بن آخری دورٕ کٮ۪ن پٲٹھرن منٛز سمبٹھاہ سوٚن وٲسِتھ چھُ اتھِ یِوان ...... فی الحال نِمو أسی اکھ ابتدأیی سوال زِ تسُنٛد ترجمہٕ کمہِ آیہِ ترٛ ایہِ اوس۔

ترجمہٕ:۔

چترا پٲٹھرس یُس انگریزی ترجمہٕ تِمو کوٚرمُت چھُ، تتھ کُن وُچھِتھ چھُ یِہنٛدِ ترجمُک طریقہ کار (Method) فِکرِ تران یُس اکثر ترجمن اَنٛد رٕ تِمو مُسلسل ورتوو، بنگٲلۍ زبٲنۍ منٛز یُس جشوٗراتھ پٲٹھرس روٗزِتھ گوٚمُت اوس۔ سُہ چھُ انگریزی یس اَنٛد رٕ پتھر ترٛ ادنہٕ آمُت۔ اصلس تہٕ ترجمس درمیان أسی وُہہ وٲری گُزرٕیمتی۔ مِثالہِ

خاطرِ نموٗ اُسی ژِ نموٗنہٕ ، اکھ زبأنی ہُنٛد تہٕ بیٖاکھ خیالُک :۔

بنٛگالیس منٛز اوس (زبأنی ہُنٛد نموٗنہٕ)

اے نازُک خاتوٗن ! مےٚ ونتہٕ ژٕ راتچ ڈیلیل ۔ مےٚ چھہِ یہِ زانہٕ نچ خوأہش

زِ آیایم پوشِوی کان مےٚ لاییہِ ، تمو کیاہ کار کوٚر ؟

انگریزِیس منٛز چھُ :۔

یہٕ چھُس یہِ زانُن یژھان زِ پٔتر مہِ رأ ژ گیو کیاہ ؟

(خیالُک نموٗنہٕ) بنٛگالیس اندر اوس :۔

یتھہٕ کٔنز اکھِ لحظہٕ کُس سرٛ دس اندر رچھُ بأتہٕ منٛزی اکھ آنتہٕ روٗس کرٛ یکھ ودان

ودان نیرِ تھ ژلان ۔

انگریزِیس منٛز چھُ :۔

اکھِ آنتھٕ روٗس معنیکی پأٹھی یُس أکس بأتس اندر رچھُ ژمان روٗ زِتھ

آسان گوٚمُت ۔

ٹیگوراوس نہٕ نثرس یوتےٚ اِصلاح کُرِتھ انگریزِیس اندر رتاران ۔ بلکہ "راجا"

پأٹھرس انگریزی ترجمہٕ کران ، بدلووِ تمی امیُک ناوتا متھ ۔ بنٛگالیس اندر ریم بأتھ اتھ

پأٹھرس ئلی ہنٛز راوان ، اُسی تمہِ آے پتھر ترٛ اونہٕ ۔ انگریزِیس اندر آیہٕ تمہِ گوٚن واجنہٕ

چوکھرِ دفع کرنہٕ ۔ " یہنٛدِ چرچرِ تہٕ فضوٗل ژرنگہٕ ٹلنہٕ ستی پأتھرُک رنٛگے اوس

ڈوٗلمُت ۔ امہٕ شاخ ترأشی علاوٕ آے امکی منظرنیہٕ سرٕ مُرتّب کرنہٕ ۔ یمہٕ ستی امیُک

فِضا چارنہٕ ہیوٗ آو ۔ " اتھ مقابلہٕ کوٚرنہٕ "ڈاک گھر" ناوی پأتھرس تمو پانہٕ ترجمہٕ تہٕ

توے چھِ اتھ اندر بنگالی اصلکی ساری چیز آمتی ۔ ترجمس اندر اصلُک روٗح تھاونہٕ

باپت اوسنہٕ سُہ پرٛتھ پأتھرس ژٕٹہٕ واڑھے کران بلکہِ کُنہِ وقتہٕ بُرژرتہِ کران۔ مثلاً ’’ہرِدٕ ورٛوس‘‘ ناؤک پأتھرس اندر، یُس ۱۹۰۸ ء ہس منز چھُ لیکھنہٕ آمُت، ترجمہٕ کوٚرہس۔ امہِ پتہٕ ژووداہہِ وٕہری ’’ادایگی قرضہ‘‘ ناوس پیٹھ ’’قربانی‘‘ پأتھراوس گوڈٕ بنگالیس اندر...... درویش پادشاہ......ناؤک تِہنٛد اکھ ناول، یتھ انگریزِ یس اندر صرف مرکزی خیال قایم روٗد، تِمہٕ بدلیو واتھ ناولہِ پیٹھٕ پأتھرِس تام سورٕے ڈول ڈال۔ المختصر اوسنہٕ سُہ پرٛتھ وقتہٕ لفظی ترجمک قأیِل بلکہِ سُہ اوس مجموعی تاثُرک شیدا۔ تاثُر اگرتس برٛونٛہہ برٛونٛہہ یکان ترجمہٕ پانس تہِ ویہِ ہےنہٕ، سُہ اوس نہٕ پننہٕ نِس ترجمس تہِ پسند کران۔ تیمِیُک ثبوٗت تسُنٛد ڈراما ’’پھُٹمُت دِل‘‘ چھُ یُس انتہأیی جذبأتی آسنہٕ موجُب تِمہٕ دُبارٕ چھاپ تہِ کوٚرنہٕ۔ مگر یۄت اِصلاح نظرِ تل تھأوِتھ تہِ چھِ کیٛنہہ بنگألی نقادیہِ ونان زِ اڈٕبن پأتھرن روٗدنہٕ ترجمس اندر بنگألی اصلُک زورِ بیان تہٕ لطافت موجوٗد۔ تہٕ اکہِ شکلہِ پیٹھٕ بٕیس تام واتہٕ ناوان واتہٕ ناوان ڈوٗل تِمن بُتھے۔ چنانچہ یِہنٛزِ مان مأنی لگی وارِیاہ بٕیہِ نقادیمن پأتھرن نِچہِ نظرِ وُچھنہِ......لہٰذا انمو أسی گوڈٕ مُخأ لِفن ہنٛزٕ رائے۔

ترجمک اعتراض پن پننہٕ نِس پسندس حوالہٕ کٔرِتھ چھے ٹیگورزانن والین یہِ خبر زِ اگرتِمی شیکسپیٔرٕ سنٛدی پأٹھی اکُے سِٹایل ورتأوِتھ اندس واتہٕ نو وُمت آسہِ ہے، شاید گژھِہن نہٕ نقادن اکھ أکِس خلاف بیٚژ جاےٚ رایہ۔ مگر یمن پأتھرن پیٹھ چھُ کالی داسہٕ سنٛدِ وقتہٕ پیٹھٕ موجوٗدٕ زمانہٕ کیٚن یوٗرپی ڈراما لیکھن والین ہُنٛد تام الگ الگ اکہِ نتہٕ بیکہِ آیہِ اثر پیومُت۔ یِمہِ موجُب پرن وأ لِس چھُنہٕ یہِ فأصلہٕ تگان کرٕنُے زِ ڈرامأیی لوأزِمو موجُب چھا یِہنٛدی منظوٗم ڈراما جادٕ تھٕدی کِنہ نثری ڈراما۔

تِمہٕ مانہٕ وِ جان یِمن منز گوٚن وأنۍ ہیتھ درجہٕ وادا اداکار (ایکٹر) چھِ۔ کِنہٕ سُہ پأتھر، یتھ اندر ''کُنتی تہٕ کرنا'' پأتھرِکۍ پأٹھۍ صرف زٕ ایکٹر چھِ۔ یا یتھ اندر لگبھگ تل اکھ ایکٹر تہٕ چھُنہٕ آمُت۔ بلکہِ چھُ عبارٔژ تلے نٲن زِ کُس کوٚہُنڈ کلامہٕ گژھِ آسُن۔ مثلاً ''سونتک یُن گژھُن'' پأتھرس اندر۔ تِتھے کِنۍ چھِ کردار نگأری تہٕ ڈرامأیی تأثُرس منظر کشی تہٕ اداکأری منز تہٕ نقادن پانہٕ وأنۍ تیوٚت اختلاف، یتھ اکھ الگ کتاب بنہِ۔ کتھ ژٹنہٕ خأطرِ نموأسی یِموٚ اعتراضوأندرٕ صرف کینٛہہ خاص خاص اعتراض:۔

(۱) ٹیگورٕ سندِ بن پأتھرن اندر چھےٚ کتھ جاۓ تہٕ اداکأری کم۔

(۲) ہنگأمی تہٕ مقأمی رنگ جاۓ سوٚن تہٕ شدید تہٕ آفأقی رنگ گوٚٹ تہٕ تِچھ تِچھ کڈُن پیوان۔

(۳) شأعری جاۓ تہٕ عمل براۓ وزنِ شعر۔

(۴) خیالن اندر ریک رنگی۔

(۵) منظر کشی اندر زمانکی لوأزِم گوٚل مول۔

(۶) عینِ عروجہِ وِزِ ذہنی تسأہُل۔

(۷) یِم نَے توتہٕ تصورأتی اِشاریت تیژ گٔنی، یتھ منز مأدی جدلیت کُنہِ اندٕ وِپتھ ہیکہِ نہٕ۔

اگرچہِ یِم سأری اعتراض چھِ وزن دار۔ اما پوٚز اوّل چھُنہٕ دُنیہُک کانٛہہ بوٚڈ ادیب تہٕ اعتراضو نِشہِ بچیومُت۔ دوٚیم چھِنہٕ یِم اعتراض أکی سے جایہِ سُمتھ کُنہِ پأتھرس سراسر بے ربط بناوان۔ ترٛیِم یوٚ تام نہٕ ٹیگورٕ سندِ ذہنگ پسِ منظر ژھانڈنہٕ یِیہِ، یژھ کتھ روزن اکہِ طرفہٕ ووتھان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ ڈُلہٕ گژھان۔ تِکیازِ یِہ چھُ تسندِ

ذہنک پسِ منظرِ ، یِمہِ وجہ موجب لس پھوپنہٕ عنٕن اکثر پأ تھرن منٛز (زنتہٕ لارِ لأر) تہٕ تہٕ درج کرُن ییتھ وُچھتھ اعتراض پأدِ گے۔ یا یِمہِ سببہٕ تسنٛدِس انداز بیانس (دِلس ویہ وُن لگتھ تہٕ) ہنگامی، جذبأتی تہٕ ذأتی عنصر جاۓ پہن روٗد۔

پسِ منظر:۔

یہِ چھِ اسہِ خبر زِ ٹیگوراوس تتھ زمانس منٛز ہینہٕ آمُت، ییٚتہِ لس یوٗت جیر آوزِ سُہ روٗد خدا ایس تام ونان..... "ہے ہے لؤکن کوتاہ کال گوٚوڑے گنٛدان گنٛدان زنتہٕ اوسُکھ اکھاچھِ دأر۔" اَتھی دولابس منٛز پھٔسِتھ اوس تسنٛد دماغ تمہٕ تژ ایہ پکان ییتھ وارِ سٔنتھ تسنٛد بن وارِیہن اعتراض کرن والین تام پانۓ تسلّی گژھِ۔ چنانچہ امہِ تژ ایہ ہنٛدی خاص خاص ذہنی موڑ چھِ نوم:۔

(۱) ٹیگوراوس تمہِ پراچینٛز دھرمُک شیدأیی، یِمیُک سُہ أندی پٔکی کُنہِ نِشانۓ اوس نہٕ لبان۔ اُپنشدِ پرِتھ تہٕ برہموسماجُک زبردست پرچارک بٔنِتھ اوس سُہ تیتھ نوٚنِ بأغی یِوان لبنہٕ، یِسنٛز کتھ وارِیہن عقیدت منٛد گورن برٕ اُس لگان۔ چنانچہ یِیلہِ تمِ "اچلیاتن" پأ تھرس اندر ذات پات مانن والین کنہٕ مُرن گر، لس خلاف آوطوٗفانِ بےتمیزی تُلنہٕ۔ اتھ پأ تھرس اندر چھُ پنچک ناوِ اکھ بأغی قدامت پرستی ہنٛدِس موکلس..... مہا پنچکس..... یہن تام ونان زِ "ذات پات مانن وألی چھِ "اکہِ پاگل خانکی بسن وألی"..... یہِ أس تژھ صاف گویی، ییتھ پیٹھ شور وُٹھن اوس لأزمی امر۔ مگر ٹیگورن دِیُت اتھ مخالفتس یہِ ؤنتھ کُنۓ جواب زِ "مے چھِ اداکارن ہنٛدِ ذریعہ دراصل ہینٛدن ہنٛدی تم رسوٗم بدپھُٹراونچ نیت، یِموٚ ستی ہندوجأتی ویران گیہِ۔" أتھی خیالس وُسچار دِتھ اوس سُہ اِنسانیت اکھ سرِ ڈ

میراث زانان۔ یتھ نِشہِ خود غرض مخالف بے خبر آسی۔ چنانچہ اِنسانی برادری خاطرِ بُنیاوسہ یوٗت جذباتی زِٹھی لیوٗکھ یِہن تام زِ دیُس اِنسان، اِنسانس نفرت کرِ، سُہ چھُ (خاکم بہ دہن) خدایس نفرت کران۔ بھارتن چھُ توے اچھوٗتن نفرت گری گری پانس رِکرِ شرحہ دُنیہچ نفرت زٔنی ہٕژ۔"

(۲) ٹیگورس اوسہٕ اکثر بھارتی لیڈرن ہُند طریقہٕ کار پنہٕ تژ کر برابر: یوان۔ حالانکہ تس کُن نظر گرِتھ ووٗن ڈاکٹر وِل ڈرانٹن Dr. Will Durant(" You alone are sufficient reason why India should be free.")

اَ رِکتھ کنٕ اوس سُہ برطانوی حکومتس پٹ یژھان کڈٕنی۔ یتھ پیٹھ تس واسرائے بہوٗ دُرن دھمکی تامت دِژ۔ بیٚیتھ کنٕ اوس سُہ ننہٕ وانہٕ ونان زِ ہندوستانٕین ہندِ خاطرِ چھے یہِ خلافِ منطق دلیل زِ پنہٕنین باین ہنٕز گردن بےٚ دردی سان لتن تل رٔٹتھ وُنن تم ظالم حکمران چھنہٕ اسہِ ستی منصفانہٕ سلوٗک ورتاوان۔......"

چنانچہ "چنڈالکا" پأٹھر وُچھتھ چھُ یہِ پانے فکرِ تران زِ پانہٕ وأنی حیوانن ہُند سلوٗک ورتاون والین ہُند نہٕ اوس تس عدمِ تشدد ویٚژان تہٕ نہٕ ستیہٕ پیٹھٕ چہِ کرٕ یکہٕ ویان۔ سُہ اوس سُہ پُرخلوص لول تہٕ ماے یژھان ییمہٕ ستی وارِیہن سیأسی جماعژن بدل کانہہ اوذ قاژھانڈُن پییہِ ہے۔ چنانچہ تسندین اکثر پأٹھرن اندر بالخصوص "قومیت" ناوی کتابہِ منز چھُ یہِ بار بار اِشارٕ کرنہٕ آمُت زِ سیأسی اتحاد حاصِل گژھتھ تہِ موکلونہٕ آسی گرِ کُلی اختلافو موجب غلأمی ہندِ بو پنجو تلہٕ۔ تأریخن ہوو زِ اگست ۱۹۴۷ ءہس اندر روزٕ او بھارتی سیأسی اتحادس تہِ پھوکہٕ ڈوٗنکی پأٹھی کُنٕے ٹاس۔ فأصِل روٗدی پانہٕ وأنی تم اِختلاف وُنیکتام چلہٕ وِنٕ ییمن ہنٕز نِشاندہی کران ٹیگور اوس تمن دوہن کانگریس تام وٗقرِ گژھان۔ مِثالے نمو آسی تسند "کفارِ" ناوی

پأٹھر۔ یُس ١٩١٣ سنہ ہس اَنٛدر لبکھنہٕ چھُ آمُت۔ اتھ اندر چھُ دھنن جیاسنٛز زیٚوٗ سٕہ ونان۔ زِ ظأیِلم حکوٗمتس خلاف مأیِلہٕ بنٛد کرُن تہٕ عدمِ تعاون چھُ جان ہتھیار۔ مگر یِتھے امہٕ پتہٕ شیٚنہٕ ستہٕ وُہری یمن اصولن پیٹھ لوٗکھ لگی پکنہٕ تیٚتھے کھوٗت نہٕ تس عامُک یہ طریقہٕ کارٹارے۔ یِتھے پأٹھی ییٚلہِ گانٛدھی جیٚن کھدرِ تحریک آسمان کھأج، ٹیگور لوٗگ اتھ کتھ کڈنہٕ:۔

" If Swaraj comes to us in the semblance of mere home spun yarn , it would be intolerable"

کتھ وأژ یوٚت زِ تٔمی لیوٚکھ اکھ مقالہٕ سِکشر ملان ( Contact of cultures ) یتھ اندر گانٛدھی جی عبٕن اصوٗلن تٔمی کھُلہٕ نوکتہٕ چینی کر، یمیُک جواب پیوٚ سرت چندر چٹر جیس لبکھُن۔ ییٚلہِ نہٕ گانٛدھی جِ یَس تہٕ کانگرسس نوکتہٕ چینی کرنس تٔمی وایہٕ وُچھ ییٚیہٕ کُس کھسہِ ہےتس ٹار۔ چنانچہِ تٔمی سوٗ مبرأوِ پٔنٕنی اکثر سیأسی عقیدٕ پنہٕنِس أکِس پأٹھرس "مکتادھاراہس" اندر۔ یتھ گوڈٕ "پاں ژادٕر" ناواوس۔ یہ گوٚو ١٩٢٢ سنہ ہس منٛز "ماڈرن رِیوِیوٗ" رِسالس اندر چھاپ۔ أکتھ کِنی چھےٚ اتھ اندر ٹیگورن سأنِس غلامانہٕ طرزِ تعلیمس دجہِ کجہ مژ۔ بیٚیتھ کِنی تتھ حکوٗمتس پیٹھ مکمل عدمِ اعتماد ہوومُت، یُس چالوٚ ستی چلاونہٕ ییٚیہٕ۔ أتھی اندر چھےٚ تتھ سیاستس تہِ بےٚ وُقری کرنہٕ آمژ۔ یُس أکِس قومس بیاکھ قوم لتن تل رٹنس پیٹھ آمادٕ کرِ۔ ٹیگور چھُ اتھ تھدِ پایہٕ کِس تمثیلی کارنامس منٛز ١٩٣١ سنہ ہس برٛونٛہہ نوٗ وُری مکمل آزأدی ژھانڈان ژھانڈان یِہن تام ونان زِ "خداتہٕ چھُ آزأدی منٛزے لبنہٕ یِوان۔ تہٕ یُس ظأیِلم قوم سایٔنسس لاگہِ تشددس یا ظُلمس کُن سٕہ قوم تہٕ سٕہ سایٔنس چھُ ملامتس لایق۔" اگرچہِ نقادن پیٚن یم ہنگأمی تہٕ مقأمی کتھ بوزنہٕ۔ اماپوٚز یمن پیٹھ چھُ

تمہِ یقینہٕ سان قلم تُلنہٕ آمُت زِ پرن وأنۍ لس چھُ باسان یوٚ ہے نتہٕ یوٚ ہے پیغام چھُ جاےٚ ضروٗری۔ اتھ پأٹھرس پسِ پردٕ چھُ فِکرِ تران ...... ''زنتہٕ خدا چھُ پنٕن غیض و غضب سوٗمبری سوٗمبری تھاوان۔ یُتھ زن پنہٕ نِس وقتس پیٹھ اِنسانہٕ سِنزِ سنگدلی چھلہٕ کڈِ''

ٹیگورٕ سِندِ ڈراماےٚ پسِ منظرُک تریٚیم کارن (سبب) چھُ بھارتی عوامُک سُہ ادبی مذاق یُس کالیداس سِندِ پیٹھہٕ بےٚ قدری ہِندو وارٕہو دورو منزٕ چلتھ تہٕ ژھوکیونہٕ۔ چنانچہِ تس آے وارِیاہ تم کِردار پنہٕ نِس منس برابر، یِم یا تہٕ ہندی دیو مالاِہس اندر أسی۔ مثلاً ''چترا'' پأٹھرس اندر رکامہٕ دیوتہٕ وسنتا...... یا کُنہِ کلاسیکی شاہکارس اندر محض أکِس ضِمنی قصہٕ کِس صوٗرتس اندر روٗزِتھ أسی گمتی۔ مثلاً مہابھارتس اندر ''کُنتی تہٕ کرنا''۔ ٹیگورن نیہٕ نہٕ صرف پرانہِ عہدٕکی کِردارٕ ےیأتی بلکہِ بھارتی مزازٕ موافق چھِ اکثر پأٹھرن اندر پرانہِ عہدٕکی عقیدٕ تہٕ خیال تہٕ فنکارانہٕ طریقس اندر پأٹھرن اندر نوٚ وراونہٕ آمتی۔ مثلاً مالتی پأٹھرس اندر بودھ مذہبُک بُنیأدی عقیدٕ اہنسا تہٕ پادشأہی ترأوِتھ عامس ستی مِلہٕ ژاروٗرتاوٗن۔ ''ستی'' پأٹھرس اندر ییہٕ اُپدیش زِ ''زنانہِ ہنزٕ کام چھےٚ تِھی پیٹھ روزُن یہٕ سوٚ ہیچھناونہٕ ییہِ۔ تِکیازِ سوٚ چھےٚ پانہٕ تِمن معیارن نِشہِ ڈلہٕ نِس سبٹھاہ کھوژان۔ یِم تس کرشہ ژھلی یا بٔلی مُقرر کرنہٕ چھِ آمتی''۔

امہِ علاوٕ اوس ہندو جاتی اندر سنسکرت ڈراما ہوستی کینٛہہ تم تصورات تہٕ ادبی عقیدٕ چلہٕ وِنی روٗدِمتی۔ اگرچہِ یِم أزی کہٕ زمانہٕ کِس پأٹھرس اندر خال خالے چھِ یِوان۔ مگر بھارتی عوامُک نبض وُچھِتھ تھأوی ٹیگورن تہٕ چلہٕ وِنی۔ مثلاً پردٕ پتی کِنی

گٕژُن ۔نقاب پوش ۔کردار، شکنتلا یہِ ہٕندی پأٹھۍ فطری منظرن ہٕتۍ عشق ۔عین عرؤجہِ وِز گٕژُن چوکھرِ سٹیچس پپٹھ اننہٕ ۔یمن روایتی تصورن علاوٕ اوس بنگالہٕ کٔمِن گامہٕ پأٹھرن ہُنٛد تیکنیک تہٕ وشنوی شأعری تس اُچھن تل ۔ چنانچہِ تٔسنٛد گوڑنیُک موسیقارانہٕ ناٹک ''بالمیکی پرتِبوا'' چھُ بالکُل تمی طرز لکھنہٕ آمُت، یمہِ طرزِ بنگالس اندر ''کتھ کا'' ناوٕ گامہٕ پأٹھر موجوٗد اوس ۔تہٕ وشنوی شأعری ہٕنٛدی نشانہٕ چھِ قریب قریب سارِنۍ غِنائیہ پأٹھرن اندر ۔مگر پزٕ اَنۍ ۔کرداریا پزٕ اَنۍ تہٕ ہم عصر تصورات پأٹھرن اندر رورتاوِتھ چھِ اکثر جاین سو معقول فنکأری کرنہٕ آمٕژ ۔یوسہٕ ہندوستأنی عوامس دِلِ چھےٚ نِوان ڈٕہتھ ۔ییمہِ چہِ مِثالہِ خأطرِ اَسی ''چتر نگدا'' پأٹھر نِمو، یُس ژٕ ٕنٛچھس ۴۰ وُری یس اندر لکھنہٕ چھُ آمُت ۔اتھ اندر چھِ دراصل ژوٗرے ۔کردار، یمن منٛز زٕ لافأنی..... کامہٕ دیو تہٕ وسنتا.....چھِ یم دوشوٕ وے چھِ پأٹھرِ منٛزی تِتھے ۔کنٕژ گژھان، یِتھٕ کٕنٛزن شیکسپیئرٕ ہٕندیو پأٹھرو منٛزی وِگنہِ چھےٚ ہنگہٕ منگہٕ ونو منٛزی پأدٕ گژھان ۔مگر کامہٕ دیو تہٕ وسنتا چھُ (ہندوستأنی فلسفہٕ مطأبق) انسانن ہٕتۍ جان پأٹھۍ رلان۔

بشرن ہُنٛد عالمِ ملکوٗتس ہٕتۍ رٕلتھ میلتھ پکُن چھُ اسہِ ٹیگورٕ ہٕندِس ڈرامأیی پسِ منظرِ ۔کس ژوٗری مِس اندس واتہٕ ناوان ۔سو گیہ ٹیگورٕ ہٕنٛز شخصیت ۔یتھ اندر پأنٛژ ہأٹھن وُری ین اکھ مُسلسل ثقافتی تحریک وُزان روٗز۔

اگر اتھ سأری سے تحریکس اَسی اکھ ڈراما ناوتھاوو، تیٚلہِ ہیروٕ ین تسٕنٛز شأعری اَس، ناول نویسی، افسانہٕ نگأری، تصویر کشی، رفاہِ عامہ، ناچ تہٕ موسیقی باقے ۔کردار ۔ڈراماپیہ یمن اندر سوادا کار مانٕنہٕ، یس سارِوے کھوتہٕ مُشکل پاٹ ذِمہٕ

اوس۔ تکیٛازِ اتھ اوس نہٕ صرف نُوِس تہٕ پرٛ اَنِس تیکنیکس واتھ دِیُن بلکہِ بنگا لی زبانی ہُنٛد اِستعدادتہِ بڑاون، یُتھ زن سہٕ مختلف دورن ہنٛزِ ناٹک نویسی کفیلہِ بنہٕ ہے۔ امہِ علاوٕ اوس یہنٛزِ شخصیژٕ منٛز بیک وقت مشرقی، رۄحانیتُک تہٕ مغربی سائینسک سوٗن اثر یمہِ موجب تہنٛزِ شاعری ہنٛدی پاٹھی تہنٛد بن پاتھرن اندر تہٕ عقلہِ تہٕ وجدانچ کشمکش چلہٕ وِنی رۄز۔

امہِ ترٛ ایہ ہنٛدی موٗل اَسی ہندی فلسفس اندر۔ یتہِ یہ سوٗرے کاینات اکہِ حسابہٕ اکھ ازلی پاتھر چھُ تصور کرنہٕ آمُت۔ یتھ اندر پرٛ کرتی (ازلی مادٕ) پُرسش (وجوٗدِ اوّل) نکھ واتانی نژُن چھُ ہوان۔ تہٕ اَتھی کاینا تی ناچس منٛز چھےٚ تمن ترٛ بن گونن (ازلی صفات ...... Attributes) اندر اِضطراب ووتھان، یمن سطوس (Tranquility) رجس (Activity) طمس (Inertia) ناو چھُ۔ امی اِضطرابک نتیجہٕ چھُ سون مادی دُنیاہ۔ یُس سانکھیا فلسفہٕ مُطابق ہمیشہٕ چلہٕ وُنے روزِ۔ اتھ مِثال نمو اکھ سہٕ پاتھر یُس ٹیگورن پنٛژہی (۲۵) ؤہری چھُ لیوٚکھمُت۔ ناو چھُس ''فریبک پاتھر'' (The play of Illusion)۔ یہ اگرچہ اکھ غنائیہ پاتھر چھُ یمکی شعر سبٹھاہ مشہوٗر گئے۔ اما پوٚز امیُک تاثیر رود ٹیگور سنٛدِس شعوٗرس وار یہس کالس نال ؤلتھ۔ اِمکی فوق البشری کردار (Mis - Maidens) یمن اَسی پرٛی یہ یا وِگنہِ ونو، روزٕ اکہِ نتہٕ بیکہِ آیہ ہندو دیومالا تہٕ جدید معقولیت یا بیٚین لفظن منٛز لاشعوری تہٕ شعوٗری زان رلہِ مِلہِ پکناوان۔ یتھلہِ یمہِ وِگنہِ یکہِ وٹہٕ گوان چھےٚ، یم چھےٚ ونان۔ ''اَسی چھےٚ فریبک سہٕ زال وونان، یتھ نہٕ انٛدے چھُ کُنہِ۔'' یہ بوٗزِتھ چھےٚ گوڈنچ پرٛی ونان۔ ''اَسی چھےٚ خواب انان تہٕ سوتیاہ مژن اَچھن بران۔'' دوٚیم پرٛی چھےٚ

ونان ''أسی چھےٚ پۄشید دِلن اندر رٕژھلن ہُند پلنگہٕ ترٛ اوان۔'' ترٛیم پُری چھےٚ ونان۔ ''أسی چھےٚ سوٚنتہٕ ہوٚہس تیٚتھ پھوکھ بران، یتھ زن نشہٕ چہٕ لہر تھوٚد تھوٚد چھےٚ گرٛژھان ووٚتھِتھ۔''

مایا نظرِیک یہِ اثر اوس أکتھ کنی ٹیگورس یتھ عقیدس کُن لمان زِ یہِ دُنیا چھُ تیٚتھ پأٹھرا، ییٚتہٕ پرٛکرتی پننہٕ ناچہٕ ستی کمن کمن ہوشدارن چھےٚ وُنہٕ والان۔ تہٕ انسأنی قدرن نشہٕ ناپنا بناوان۔ تہٕ بیٚیتھ کنی اوس تس وشنوی رِوایژ کنی اتر میمانہٕ فلسفہٕ یہِ مانہٕ نس پیٚٹھ مجبوٗر کران زِ خبر یہِ دُنیہک پأٹھر ما چھُ بھگوان شیوجیہٕ سندِس أچھ وٹہٕ نس پرٛاران تہٕ گژھِ ختم۔ چنانچہ أکس پأٹھرس اندر چھےٚ سو یتہٕ ونان زِ ''سوٗرے گوٚو ختم۔ تتھے کنہٕ یتھ کنہٕ یہِ شروع اوس گوٚمُت۔ سوٗرے ژھیٚو فنأیی منز۔ بھگوان شیوجین وچھہٕ أچھ تہٕ پھیوٚرسہٕ بیٚیہٕ مُراقبس کُن۔'' یہِ چھِ دیومالأیی عہدٕ پیٚٹھ ہندی شعوٗرک سُہ تصوراہ، یتھ بیک وقت شأعری تہٕ ونوتہٕ فلسفہٕ تہٕ عقیدٕ تہٕ ونوتہٕ محض قیاس تہٕ۔ مگر تجزیہ نفسیات زانن وألی ونن زِ یہِ چھُ بھارتی شعوٗرس اندر اجتمأعی لاشعوٗرٕ چ اکھ ''ازلی تمثیل'' Arche type۔ ییمی ٹیگورٕ سندِس شعوٗری حسس اندر خارجی شکل اختیار کر۔ تہٕ شاید چھےٚ توے ییمن پأٹھرن ہندِ بن مجموٗعی تاثرس متعلق یہِ ونُنہٕ آمُت زِ ییم چھِ ترانۂ جستجو، نہٕ زِ انسأنی معرکن ہنٛزٕ ڈلیلہٕ!

"More idyles of the Quest than stories of the human Conflict"

ییٚتہٕ تِسنزٕ ''مِثألی معصومیت'' چھےٚ پرٛتھ ذأتی تجربہٕ منٛزی تہٕ پھٔٹ پھٔٹ نیران تہٕ ستوس'' ژھانڈان۔ شاید اوس توے سُہ بقولِ تھامسن نوٚ نوٚ پھرِ دُنیہس ہِنگ شوقین تہٕ زمانۂ حال اوس تِسندی کنی اکھ موہوم تصور۔

ٹیگورٕ سندِس ڈرامأیی پسِ منظرس دِل آویز رنگ دِنہٕ والین منٛز چھےٚ

کالیداس تہٕ شٮ۪لے عوٲمی وحدت الوجوٗد تہٕ برہمو سماجی توحید۔ ویدی وحدت الوجوٗد Panantheism تہٕ وشنوی روایات، یموتسٕند شاعرانہٕ وجدان وُزنووتہٕ دِل خراش ماحولس ستۍ تتھ کٔنز لمہٕ نوو، ییٚتہٕ اگرچہ زندگی ہنٛدٕ بن نہایت باریک تہٕ تاریک گوشن ہنٛدی پرتو چھہٕ، اماپوٚز پرٕتھ پاٲتھرس اندر چھےٚ شعوٗرس تہٕ لاشعوٗرس پانہٕ وأنۍ ٹکروو تھان۔ ییمہٕ موجب وارِیہن جاین پاٲتھرس اندر یِہ بوزنہٕ چھُنہٕ تگان زِ" سُہ چھا کانٛسہٕ زنانہٕ کردارس کُن خطاب کران کِنہٕ کانٛسہٕ دیوتاہس کُن۔ تس چھا کردارن ہنٛز زیوٚ زمینکہِ قصہٕ اداکرٕنۍ، کِنہٕ پاٲتھرٕ چھن وول شاعری ستۍ بےہوش کٔرِتھ کُنہٕ بیٚیس عالمس واتہٕ ناوُن۔" یہ آسِتن "ڈاک گھرُک" سِٹایل یا" منزلِ عشق" پاٲتھرُک اند۔ "فریبک پاٲتھر" ناوی ناٹکٕچ کِردار نِگاری یا "پھٕٹمت دِل" ناوی پاٲتھرُک پلاٹ، پرن وول چھُ زن تہٕ اکہٕ خوابکہٕ عالمہٕ منٛزی پکان۔ چنانچہِ فنکاری ہُندیہِ خواب آورطرزوٗ چھِتھ پوٚ دھرجتی پرشاد مُکرجیس یِہ تام وُنُن زِ "اگر ڈراما ونو کردارن ہنٛزِ معرکہ آرأیی ٹیگورٕ سنٛز عبقریت (Genius) ییٚہ نہٕ ڈرامأیی مانہٕ ئے۔" مگر نقادن ہنٛزِ رضامندی خاطرٕ اوسنہٕ تسٕند شعوٗر پٮ۪ن اکھ سُہ ٹوٗٹھ عقید...... جیبن دیپاتا...... تۄ اونس پتھ کُنہٕ ادبی کارنامس منٛز تیار سپدان۔ ییمہٕ کٔنز محدوٗد انسان ہیکہِ لامحدوٗد دیاۍ دِ کرن وأنس ستۍ زٕلتھ۔ چنانچہِ "سنیاسی" ناوی پاٲتھرس اندر رییٚلہٕ سنیاسس آیہٕ اکس اچھوٗت کورِ ہنٛدِ دِلہٕ منٛزی سو وتھ ونہٕ، یوسہٕ لامنتہا ذاتس کُن گژھان چھُ" ٹیگورن وۄن فخرن اتھ پیٹھ پانہٕ تنقید کران زِ "محدود انسانس اندر لامحدوٗد ذاتس تام واتنٕچ مسرت چھےٚ میانہٕ ساری ادبی زندگی ہُند تعارف تہٕ یِہ چھُ سُہ مضموٗن، یتھ پیٹھ میأنۍ ساریے تصنیفات ڈٔرِتھ چھِہ۔"

یتھِ ؤ ے ظاہری کیاہ باطنی سببو موجب اُسی تسنٛز شخصیژ پٔژھ کینٛہہ اخلاقی، تمدنی تہٕ رۄحانی اقدار (Values) زن تہٕ کھنہٕ آمتی ۔ یمو منٛز خاص خاص تصورات چھِ حُسن، سرۄر، نۄر (جیوتی) امن (شنتم) خیر (شیوم) تہٕ وحدانیت (اوے واتم) یم قریب قریب پرٛتھ کانٛسہِ رکردارس مثبت یا منفی طریقہٕ اٲنزراوِنی چھِ پیمتی ۔

پانہٕ شہری تہٕ امیرانہٕ زندگی گزران نہٕ بنے یہٕ تسنٛز زبان دِہاتی نہٕ بٔنیو دِہاتی زندگی ہُنٛد حالِ بدلکھان تسُنٛد خیال مارکسی ۔ سُہ رۄ دٹالسٹایہٕ سٕندی پاٹھی اِنسانہٕ سٕندِس ضمیرس کھنان کھنان پاتھرن اندر رتہٕ یہے کوشش کران زِ ییلہِ انسان پزی پاٹھی اخلاقی تہٕ رۄحانی سطحس پٹھ حضرتِ انسان بنہِ ۔ طبقاتی کشمکش گژھِ پانے نابۄد۔ تہٕ پزِس کُن گژھتھ اوس یمو ے تصوراتو ستی تسُنٛد فلسفہ حیات لَس صرف پنہٕ نے اکھ مذہب، یتھ اند رنہٕ کالی دیوی ہنٛدِ عقیدِچ گنجایش اُس تہٕ نٔشے ٕسنٛدِ احتراچ کانٛہہ وتھ"۔ سُہ اوس رکردارن ہنٛز زیٛو تمہِ مِثالی سماجٕچ پارٕے دِوان ۔ "یَتہٕ غم تامتھ مسرتُک اکھ ضرۄری جُز وبلکہِ اطمینانُک اکھ لازمی پرتو ییہِ ماننہٕ ۔" چنانچہ پنہٕ نِس اَکِس مضمۄنس اند ریتھ تمی "میٛون دھرم" ناو چھُ تھوومُت، چھُ لکھان رۄحُک ظہۄر گیہِ مسرت ییمہِ خاطرٕ اِنسان ہیکہِ غم تہٕ موت تہٕ قبۄل کرِتھ ...... یُس اکھا خوفہٕ موجُب، آلرژہِ موجُب غمچہ وتہٕ پکنس لوٚب ہیٛہِ ۔ لَس چھنہٕ یتھ سمسارس اند رسو مسرتھے یِوان عطا کرنہٕ" بالفاظِ دیگر چھُ تسُنٛد رۄح موردِ روزان۔ یہٕ مسرت کرِچھے حاصِل سپدان؟ اِمیُک جواب چھُ تسٕنٛدِ اکہِ ابتدٲیی پاتھرٕ منٛز نیران یتھ پرٛاکرت پریشد Prakrit Parisodh ناو چھُ ۔ اتھ اند رچھُ سُہ ہاوان زِ اِنسانی

فطرتس سٔنتھ (نہٕ زِسنیاٗسی آشرم حاصِل گرِتھ ) چھُ اِنسان سرٕ ابدی لبان۔

شاید اوس یوٗ ہے وجہ زِ تسٕنڈ بن وارِہن پاٗ تھرن اندر چھُ یاتہٕ کانٛہہ لوٚکٹ شُری (عمل) یا کانٛہہ لوٚکٹ کوٗر (پارنا) کانٛسہِ بڈِس (دھنن جیاہس) سۭتۍ یِتھ کنۍ رٕلِتھ میلتھ آسان زِ موت چھُنہٕ قطعاً مُہیب یوٗان لبنہٕ۔ پاٗ تھرن اندر یہٕ نظریہ ورتاونہٕ خاطرٕ اٗسی پانٛژھ بڈی ہی منبع۔ یموٚ منٛز ٹیگورن پننہٕ فنکاری اندس واتہٕ ناو۔ (۱) موروثی تربیت (۲) عواٗمی جذبات (۳) فطری مناظر (۴) ذاتی خودی تہٕ (۵) فلسفیانہٕ الوہیت......

ووٚنۍ ہموٚ اٗسی یمن پاٗ تھرن ہنٛز سٹیج کاٗری۔ یہٕ چھےٚ پزٕتھ کانٛسہِ خبر زِ ہندوستاٗنی رِوایژٕ موجوٗب چھِ عام پاٗ تھر پرٕانہِ عہد پیٹھ کھُلہٕ ماٗدانن اندر چارنہٕ یوان۔ یِتھ زن یمن پزٕتھ کانٛہہ وتہٕ پکہٕ وُن ٹِکٹ ژھانڈنہٕ رۄستےٚ وُچھتھ ہیکہِ۔ ٹیگور تہٕ اوس امی رِوایژٕ ہُنٛد مانن وول۔ توے چھِ تسٕنڈی اکثر پاٗ تھر شانتی نکیتن درسگاہہ کِبن لڑکن ہنٛدِ ذٕریعہ ہاونہٕ آمتۍ۔ یمن اندر موجوٗدٕ زمانہٕ کہِ سٹیجکۍ پاٗ ٹھۍ تم لوٗازِم چھِنہٕ بکارٕ ے آسان یم مشینوٕ سۭتۍ سنیما ہالن اندر ازکل مہیا چھِ۔ مگر امیُک مطلب گوٚ ونہٕ یہٕ زِ یمن پاٗ تھرن اندر رکیاہ چھنہٕ کُلہٕ پیٹھےٚ منظر نِگاٗری۔ ٹیگور اوس پننہٕ ننبن پاٗ تھرن ہُنٛد سٹیج پانہٕ شیران۔ تہٕ وُچھن والین اداکاٗری سۭتۍ دیسی طریقہ برمحل منظر تہٕ انان بزٕ وٕنہہ گُن۔ تہٕ اتھ سٹیج کاٗری منٛز آو سُہ ووستاد تہٕ مانہٕ۔ بالخصوص یۍمہِ سببہٕ تہٕ زِ سُہ اوس پاٗ تھر کِس مُشکل اداکارٕ سُنٛد پارٹ پانہٕ کران تہٕ یِتھ کنہٕ سٹیجُک اکھ حصہٕ داررٕ وزان۔ اگر نہٕ تسٕنڈی ڈراما واریاہ نوعہٕ آسہٕ ہن تہٕ اگر نہٕ یمن اندر غنائیہ تہٕ علامتی غلبہٕ آسہِ ہے۔ یۍمہِ موجوٗب واریاہ زاٗوی جار کھُلہٕ ماٗدانن اندر رۍ چھُ

گژھان ۔ مُمکن اوس زِ یہندی اکثر پأتھر ماروز ہن کم از کم بھارتس اندر رُوٗنہٕ تہٕ مأداننے اندر ۔ مگر پأتھرن ہنزٕ رنگا رنگی سببہٕ وأتی قریباً یم سأری وارٕ وارٕ سینما ہالن اندر تہٕ وِزِ وِزِ آے یم پأتھر سأری ہیٚ یوٗرپس منز ہاونہٕ۔

یمن سارِنٕے پأتھرن چھِ ترٛے دور مقرر کرنہٕ آمٕتی ...... گوڈنیُک دور چھُ ۱۸۹۱ ء پیٛس تام ۔ اتھ دورس اندر ریم پأتھر لیکھنہٕ آے ۔ تم سأری چھِ اکہٕ ''مالنی'' پأتھرٕ سوا نظمِ معرا ہس اندر ، یمن اندر شیکسپیٚری طرزٕ پانٛژھ ایکٹ چھِ تھاونہٕ آمٕتی ۔ ''اتھ گروپس اندر رچھِ ''قربأنی'' بحثیتِ ڈراما۔ ''چترا'' تہٕ مالتی'' بحثیتِ شأعری سبٹھاہ تھدِ پایہٕ مانہٕ یوان ۔ ''چترا انگڈا'' چھُ تغزلانہٕ رنگہٕ برٕتھ ۔ حالانکہ بنگالیٚس اندر رچھنہٕ اتھ انگریزی ترجمٕچ یا ژ تیز عملی ( Swiftness of action ) اتھ پٹھ آو غیر اخلأقی آسنُک وُلامہٕ تہٕ ۔ مگر اتھ اِلزامس جواب دِوان ووٚن پانہٕ ٹیگورن ''اگرچہ اتھ منز شہوأنی اجزاتہٕ چھِ مگر شأعری منز چھِ یم چیز آسأنی تہٕ یہٕ چھس پرٕتھ لس أ رکس ، یُس اتھ اخلاق سوز ونہٕ نبٹھ ہاوان ۔'' امی دورُک بیا کھ پأتھر چھُ ''پراکرت پریشد'' Prakrit Parishad ۔ یتھ اندر موسیقی کھوتہٕ عمل جاہٕ چھُ ۔ تہٕ تیمیُک تاثر ٹیگورس سأری ہیٚ وُمرِ ستی رُوٗد ۔ سُہ کوٚرمے عرض وُنی زِ '' سنیاسی آشرمہٕ کھوتہٕ چھُ انسأنی فطرت انسانس لامحدوٗد ذاتس کُن نوان ۔'' چترا گنڈ'' پتہٕ چھُ یوان روخصتہٕ وِقٕچ لعنت Curse at farewell ۔ یتھ اندر باقأفیہ عبارت آرأیی تہٕ شدید جذبأتیت یکہٕ وٹہٕ چھِ یکان ۔ بلکہٕ چھُ کینٛژن نقادن ہُنٛد وُنن زِ اتھ اندر رچھُ ''تخیُل'' تہٕ وجدان نہایت حسین انداز رلہٕ مِلہٕ گژھان ( مے چھنہٕ یہ پأتھر اتھِ آمٕت ) ......

بنگالی زبانی منز منظوم پاتھرن ہُند دٔسلابہٕ ۔ اگرچہ ٹیگورَس برٛونٹھہٕ میکل مدھسودنَن تہٕ وینہ بندھومِترَن کوٚر رُمت اوس ۔ اماپوٚز ٹیگورَن واتہٕ نووِیہ سٹایِل سبٹھاہ برٛونٹھہٕ ۔ تِتھے کنہِ اَسی ٹیگورَس برٛونٹھہٕ گریس چندرا گھوشَن بنگالی پاتھرن منز ہندوستانکی دیومالأیی کِردارأنی مِتی ۔ مگر دھرجتی پرشاد مُکرجیٖن وُنن چھُ زِ یِم ڈراما اَسی تہٕ ٹیگورَن دُٔچھمتی ۔ مقأمی زبأنی منز اَسی یِم نٔوی نٔوی تجربہٕ ۔ حالانکہِ یوٗرپی زبأنی منز اَسی یِم چیز پرٛانےٕ متی ۔

پأتھرن ہُند دوٚیِم گرٛوپ چھُ سایرٕ کِنی لوٚکُٹ ۔ مگر یاتہٕ سنسکرت نموٗنس پیٹھ نتہٕ "ستی" پأتھرِکی پأٹھی کُنہِ کلاسِکی کتابہِ أندرٕ ۔ یِم سأری چھِ مُقفّٰی قطعن اندر لکھنہٕ آمتی تہٕ ڈرامأیی تیکنیکہٕ کِنی چھِ یِم سأری سبٹھاہ کامیاب یِوان مانِنہٕ ۔ امہِ دورِکی خاص خاص پأتھرِ چھِ (۱) لکشمی ہُند آزماوُن (۲) جھنمک لُسن بُسن (نراکھس) (۳) چوبرن ہُند کلب (۴) کرنا کنتی (۵) گندھارا بیدن ۔

یِہُند ڈرامأیی طرزِ بیان چھُ تھپھ کران تہٕ یِہندِ موضوع رنٛگارنٛگی چھےٚ پرن وألس کیاہ وُچھن وألس حأران کران ۔ نقادو چھےٚ یِمن اندر صرف اکھ خأمی ہأوِمٕژ ، سو گیہ یِ زِ یِہُند دأیرہٕ عمل چھےٚ محدوٗد ۔

ترٛیِم گروپ چھُ نثری پأتھرن ہُند ، یِمن منز بکثرت اِشاریت یا علاماتیت ...... symbolism چھےٚ ۔ یِمن اندر چھِ پأتھرِکی سأری لوٚأزِم خیالن ماتحت گرٛھان ۔ ہردِ ورس ۱۹۰۸ء ۔ کفارہ ۱۹۰۹ء راژتہٕ رأنی ۱۹۱۰ء ، ڈاک گھر ۱۹۱۲ء مُکتا دھارا ۱۹۲۲ء بیترِ چھِ امہِ دورِکی خاص شاہکار ۔ تھامسُن وُنن چھُ زِ گوڈنکہِ تہٕ ترٛیمہِ گروپو منزٕ اگر کُنہِ حدس تام "مالتی" پأتھرِ تہٕ انگریزی (نہٕ زِ

بنگٲلی ) ''چترا'' الگ کُن تھاوو، یمن دوشہٕ وِنہِ گروپن اندر رچھنہٕ ڈرامٲیی ڈول ڈال form قٲبلِ تعریف۔ گوڈنکہِ دورِ کی چھِ ملکہ الزِبتھ ہِندِ وقتکی نموٗنہٕ، یمن اندر تیٚتۍ جاےٚ منظر چھِ زِ اگر کینٛہہ منظر بالکل ترٛاوِتھ تہٕ ژھنوکھ توتہِ ڈلہِ نہٕ پٲٹھرُک حُلیہِ۔ منظرو أندرٕ بیٚیہِ بیٚیہِ منظر کڈنہٕ ستۍ چھِ لفاظی تہٕ پرگوٚیی تیٚژ جاےٚ برٛان زِ ڈرامٲیی کارکردگی چھِ قریب قریب راوان۔ أخری دورِ کیوٚ پٲٹھرو أندرٕ ''مُکتا دھارا'' الگ کڈِتھ اگرچہِ ڈول ڈال form چھُ کمزور، اماپوٚز یمن اندر چھُ ٹیگورن جدید دورِ کین یورپی ڈرامہن ہِندِ طرزٕچ پیروی کٔرمٕژ۔ یمن اندر رفنکار چھُ یہِ کوٗشش کران زِ اکی وقتہٕ گژھِ پٲٹھر وارِہن فنن ہِندی مجموعی تاثُر پٲدٕ کرُن۔ رنگینی تہٕ مناظر، ناچ تہٕ لِباس گژھِ ازعملِہ تہٕ موسیقی ستۍ قدمہٕ پتہٕ قدمہٕ ہم نوا گژھنۍ۔ تہٕ شعوٗرُک تھزر تہِ گوٚوسُے، یتھ اندر رکُنہِ ادبی کارناملکۍ غیر ضروری جُزو تہِ اہم ہیٚن ٔلبنہٕ۔ چنانچہِ أخری دورِ کین پٲٹھرن اندر چھُ یہِ فنی کمال بالکل نوٚن یِوان لبنہٕ۔ پرٛان پرٛان اگر یِم پٲٹھر کأنسہِ ناپسند تہِ لگن۔ مگر یتھٕے یِم اداکارن ہِندِ دستہٕ ہاونہٕ چھِ یِوان۔ یِم چھِ تیٚتۍ پسند یِوان زِ یوٚ تام نہٕ پٲٹھر اندس چھُ واتان، توٚ تام چھُ وُچھن وول یوہے رٔژتھ ہیوٚ گژھتھ مُدَے گنٛڈِتھ روزان۔ اِمیُک اکھ بوٚڈ ہیوٚ جمالیٲتی وجہ چھُ ٹیگورٕ سنٛز موسیقیت پسندی۔

ٹیگورٕ سنٛدِ بن پرٛتھ دورِ کین کیٚژن پٲٹھرن اندر چھُ موسیقی ہُنٛد تیوٚت گُتُل اثر زِ أکی نقادن چھُ یِہن تام وَنُن مُت زِ ''اگر اڈبو پٲٹھرو أندرٕ بٲتھ ہیٚن الگ کرنہٕ، باقٕے روزِ نوٚٹ تہٕ حماےٚ۔'' ترنّم پسندی چھُ یہِ حال زِ وارِیاہ پھِرِ چھُنہٕ یہِ فِکرے تران زِ تِسنٛدِس کُنہِ بٲتس اندر چھا لفظ جاےٚ ضروٗری کِنہٕ تِہنٛد سروٗد۔ بنگٲلی

چھِ یہِ تام ونان زِ تِمی سُند بأتھ ییلہِ سازس کھسہِ پتہٕ متہٕ أسی تن تتھ کانٛہہ معنی۔ مگر سرٕو دِچھُ تتھ پأنے معنی نو وراوان۔

چنانچہِ أسی ہکو گوڈٕ دورِ پیٹھ ۱۹۳۳ ٕیس تام تِم پأتھر تہِ ژأرِتھ، یِمن محض غنائیہ پأتھر پیہِ ناوتھاونہٕ۔ مثلاً" کالی مری گیا"۔

بالمیکی پریٹوا۔ چنڈالِگا۔ تشر دیش۔ ناتر پوجا۔ تہٕ نٹ راج بیترِ۔ ٹیگورس بٕڈ وٕنٛہہ اوس مغربی مُلکن بالخصوص امریکہٕس اندر غنائیہ طربیہ ( Musical Comedy ) (نأوی پأتھر آسان، یتھ منز کانٛہہ ناقابلِ باور خیالاہ اوس محض تفریحہ خأطرٕ بیان کرنہٕ یِوان...... مقصد اوس آسان لوٗکھ اسہٕ نأوِتھ ہارٕ وٕٹنہٕ تہٕ کانٛہہ بدمعاشاہ پتھر پأوِتھ تھپہٕ تھارِ معشوقاہ لبُن ( ٹیگورٕ سٕنز ابتدأیی تہٕ أخری زٕ سمأجی طربیہ...... بے کنتھر کتھا تہٕ سنسبری پأتھر رٕو دکہٕ اتھ رِوایژ پیٹھ تہِ پوٗرٕ پأٹھی ) از چھُ غنائیہ پأتھر زندگی ہنٛز اندرٕونی کشمکش نِنٛہ کڈان۔ یِمن اندر چھِ مکالمہٕ، بأتھ تہٕ نژن، یتھ کنہِ اکھ أکِس سٕتی پیوستہٕ آسان زِ پأتھر چ مجموٗعی کارکردگی تہٕ تاثر چھُ أخرس تام أکی سے تجربس اندر رُوچھن والین محو تھاوان۔ موسیقی ہُند جذبأتی قوت چھُ تِمن سٕہ تلاطُم ٹلان زِ گوٗن چھنہٕ روزان پأتھرُک اکھ تفریحی جُز۔ تو ے چھُ غنائیہ پأتھرس اندر بیک وقت مُصنِف سازندر، ڈایریکٹر، ایکٹر، گوٗن وول تہٕ نژن وول اکی تجربکہ تہٕ اکی خیالکی مختلف پرتو بنان تہٕ ٹیگور اوس اتھ اندر رتہِ خوش نصیب زِ غنائیہ پأتھرِ کِ سأرِے ضرورت أسی تِمی پانس اندر پأدٕ کٔری متی۔ یو ہے وجہ چھُ زِ تٕسند بن عام پأتھرن علاوٕ چھُ خصوٗصاً تٕسندی غنائیہ پأتھرن اندر سٕہ کیف تہٕ تاثر

، یُس وُچھن وأیلس زنتہٕ خوابہٕ کُس عالمس چھُ واتہٕ ناوان ۔ تہٕ اُخرس پتھ اَکس دوٕن جُملن اندر زنتہٕ دکہٕ دِتھ ہُشیار کران تہٕ عالمِ حأرتس منز ژأوِتھ ژھنان ۔ یہِ اُسی تن "مالتی ہُند" پنہٕ نس عاشقہٕ سِندِس قأتلس کِنُتھ عفوٗ ژھانڈُن ۔ یۄسہِ کہِ خأطرِ پأتھر وُچھن وول تیارٕ ے چھُنہٕ آسان یا بستو سُند گوٗان گوٗ اُنے ترٛیوٗت موٗژن یوٗت زن پتِم بأتھ وناُنی سُہ فِضاہس اندر روٗبکِلتھ گژھہِ تہٕ بقولِ گیٹے لامحدوٗد ذاتس ستی رٔلتھ پٔن نوٚو وجوٗد لبہٕ ۔ وُچھن وول چھُ ہے وُلا گژھان یہٕ کتہٕ او سُس تہٕ کوٚت ووتُس ۔

ٹیگورٕ سنٛزِ یژھہِ زأوِجہِ فنکأری ہُنٛزِ نِشاندہی باپتھ نموٗ اُسی ووٗنی تسِندِ بن پأتھرن ہُند مرکزی عنصر ۔ یعنی کردار نِگأری ۔

کِردار نِگأری :۔

اَکی نوٗکتہٕ دان عألمن چھُ لیوٗکھمُت زِ ٹیگورٕ سِندی کِردار چھِ تسنٛزِ موسیقی ہُنٛزٕ تارٕ ۔ یِم وزان وزان چھُ ننان زِندگی ہِندی تہٕ موٗتکی مسلہٕ ۔ مسرّتچ رنگ آمیزی تہٕ سانہِ پُیہ ہِندی غم ۔ "یہِ چھِ اکھ نہایت خوبصورت تہٕ صحیح رائے ۔ تیٚچ اکھ نٔز مِثال چھےٚ "مُکتا دھارا" پأتھرس اندر ریٚتہٕ دوٗرِ سٹیج چھُ یوان نظرِ لوٗکھ بے شوٗنکی پأتھی پکان تہٕ وُچھن وول چھُ پانے زانان زِ زندگی ہِندِس بے آواز سازس چھُنہٕ تمہٕ وِزِ تہٕ ژھین گژھان یۄسہِ وِزِ زندگیہِ ہِندِ کاروانکی اَڈی مُسافر امی کاروانک سفر چھُ سٹیجس پیٹھ ہاوان ۔ امی روایژ موجوٗب چھُ اَمی سِندِ بن عام کِردارن تہٕ موسیقی ہِندِ ذٔریعہ سروٗر ژھانڈنچ لے ۔ "کفارہ" ناوی پأتھرس اندر چھُ بأتن ہُند یوٗتاہ

ساز وسرۆ دیۆت نہٕ اتھ وۄپتھ تہِ ہیکہِ ہے تہٕ یِمہِ ستی زنتہِ پأتھرُک کارٕ ے چھُ اڈٕ وتی رٔہتھ گژھان ۔ بہہ ؤری گٔژھتھ امہِ کٕبن کردارن ہٕنزٕ موسیقی وارِیاہ کانٹ چھانٹ کٔرِتھ تہِ تھوو ٹیگورَن ۔کردارن ہٕنزٕ عملہِ ستی تیۆت غنائیہ عنصر زٕونہِ تہِ چھےٚ امہِ پأتھرٕچ کارکردگی بقولِ تھامسن کھکھرِ زن پکان ۔'' غنائیہ پأتھرن منٛز اوس یہ اکھ صِفت ، اماپۆز باقےٚ پأتھرن منٛز آو امہِ مشرقی رِوایژٕ ستی عملہِ تہِ کھر ۔ جاذِ بأتو ستی آواداکأری اندر تصنّع ۔بلکہِ چھُ یۆرپی نقادن ہُند وُنُن زِ ''اچلیاتن'' پأتھرس اندر چھِ یتھی یلہِ ون ونہِ موجوٗب ۔کردارن ہٕنزٕ زیوِ تہِ دژ امُت ۔ یتھ پیٹھ سپٕدھاہ شۆر تہٕ ووٗتھ ۔

یِمن مقابلہِ اوس ٹیگور پنہٕ نِس تتھ پأتھرس تام فخرٕ سان ، پنہٕ نبن بأتن ہٕند بن پوشن ہُند موٗ گٕنزراوان ۔یتھ اندر رسارِ وٕ ے کھوتہٕ جاذِتکرارِ کلام چھُ ۔ ''سُہ گوٚو ہرٕدِ دوورس'' یتھ اندر ''ظرافتِ کلام تہٕ بلند خیأ لی سوٗ ژکھ چھِنہٕ مأری تھےٚ ہبکان یوسہٕ أمی ٕکس مرکزی ٕکردارٕ ہٕنزٕ متوأتر تمثیلییس تہٕ پُرگویی پیٹھ کھسان چھےٚ'' ۔یہِ چھُ عجیب اتفاق زِ أتھی پأتھرس اندر چھُ ٹیگور شأعرن تہِ أ ٕکس ٕکردارٕ ہٕنزِ زیوِ یہِ وٕنتھ ژٕ ٹ کران زِ شأعر چھُ سفید ریش تھأوِتھ واندُر ، یِم پیٚے متِس امہٕ باغس چھِ ژۄر کران تہٕ اکہِ لنٛجہِ بیٚیس لنٛجہِ ووٹہٕ پۆ ژ کران ۔'' حالانکہِ امہِ بڑ وٕنہہ وارِیاہ ؤری اوس تمی ''پھٹمُت دِل'' ناوی پأتھرس اندر شأعرس متعلق اکھ نہایت تھۆ دتہٕ معقوٗل ٕکردار پیش کۆرمُت ۔تہٕ شدید جذبأتی طرزس اندر رہومُت زِ شأعرس چھُنہٕ تۆت تام محسوٗس گژھان زِکوٹھ چھُ عشقس اندر گرفتار گومُت ، یۆت

تام سہ پانہٕ معشوقس چھُ دکہٕ دِوان۔ پتہٕ چھ فراقس اندر فلواہ گرٕ شھان تہٕ ہباہاز رٕ رؤ زِتھ چھیکرس تٔسی معشوقس نِش واتان۔ مگر تمہٕ وِزِ ییلہِ معشوق چھُ آسان بیٚیس عالمس کُن سکھران۔"

یہِ پوٚمے امہٕ موجوٗب وُنن زِ پانہٕ شاعر أسِتھ تہِ اوس سہ موقہٕ وُچھتھ أ کِ بیے کرداٗرِ ہِندی مختلف پہلو مختلف جاین تتھ پأٹھی ہاوان، ییٚمِیُک ردِعمل تس پانس تہِ سر کرُن پیٚیہِ ہے......

دیومالأیی کرداروعلاوٕ چھُ ٹیگور کالیداسہٕ ہِندی پأٹھی مناظرِ فِطرت تہِ مِلٹنہٕ ہِندی پأٹھی نقاب پوش کریکٹر تہِ بار بارانان۔ یمو ستی اگرچہِ فوق البشری عنصر چھُ نیامُت، اما پوٚز أخری دورٕ کہن پأٹھرن منز تہِ ییلہِ تُمی ژرٕ ژگہٕ ٹُلن واجنہٕ کھیٚچہِ انہٕ فوق البشری حصس ستی رلیاٗے سرمدی نغمس بدل لالہٕ بابہٕ صأہنٕی دٕنبالہِ مُتر۔ چنانچہِ وارِیہن جاین چھِ کردارن ہنٛز تقریر بأزی ستیچہِ پیٹھیچ اِشتہار بأزی بنان۔ مثلاً "رُکتا کرابی" اندر۔

کردار نِگأری اندر مون یہِ زِ ٹیگورٕ ہِندِ عقیدٕ موجوٗب چھُنہٕ دُنیاہس اندر کانہہ مخلوق تہِ فضول۔ مگر ییلہِ أکِس آفأقی تہٕ ابدی موضوعس اندر اکھ بے ربط کرداراٗژِ، تیلہِ چھُ نہٕ صرف قندس تہِ مُجہ گرٕشھان، گُنٛے ساد بلکہِ چھُ پأتھرُک اکھ اہم لأزمہ......سہ گیہِ اِختصار نویسی ......راوان۔ ییمہِ ستی مجموعی تاثرُس چھے ٚ تھر پھُٹان۔ چنانچہِ یمن پأتھرن اندر منظرو منٛزی منظر چھِ کڈنہٕ آمتی یا یمن زٕ تٕھی مُقدمہِ چھِ لبکھنہٕ آمتی۔ یمن اندر رچھِ کردارن ہنٛز کثرت وُچھتھ وُچھن وول

کتھن کُن تیٚوت لگان، یُتھ زن مرکزی کردارن ہنز اداکاری زنتہٕ وتی چھِ گژھان روٗزِتھ یا زنتہٕ راجا رانی پأتھرٕ ک ٹھوکر دادا چھُ پأتھرٕ پتہٕ پأتھرٕ نوٚو زنم لبان ۔ حالانکہ أتھی راجا رانی پأتھرس سٟتۍ چھُ اسہٕ ٹیگورٕ سُند تصور عمومیت (Republicanism) تہٕ ننان ۔ یتھ ستی یہ اِشارٕ تہٕ چھُ اکھ کردار کران زِ بھارتس ویٚلۍ نہٕ عموٗمیّت!

یتھی درجنہٕ واد اِشارٕ لبتھ چھےٚ از یہِ کتھ مانٕنہٕ آمٕژ زِ وارِیاہن جاین اگر ٹیگورٕ سٕندی ذأتی اعتقادات کردارن ذِمہٕ آسہٕ ہن نہٕ کھٔٹۍ ئتۍ کردار نگاری منٛز ۔ نہٕ پییہٕ تضاد تہٕ نہٕ کانہہ کھر ۔ مثلاً ''ڈاک گھر'' ناوی پأتھرٕ کس معصوم عنوانس تل پییہ ہے نہٕ سہ طنز یُس ٹیگورس سرکأری مُلازِمن تہٕ پنڈتن خلاف بییٚن جاین ورتاوُن پیٚہ ہے ۔ أکتھ کنی چھُ ٹیگورن اتھ پأتھرس اندر پنُن لوکچار ''عمل'' ناوی کردارس اندر ژوٗمرأوِتھ سہ رِقت آمیز دردمندی ہٕندی نموٗنہٕ پیش کوٚرمُت ۔ یُس اتھ پأتھرس تھدِ پایک کارنامہٕ بناوان چھُ ۔ بییٚتھ کنی چھُ ٹیگورٕ سٕنٛزو ذأتی ناپسند گیٚو ستۍ کردارن پأتھرٕ بجایہٕ پأتھرٕ لیکھن وألۍ سُند ماتحت پیمُت روزُن ۔ تنقیدی اصوٗلو موجوٗب چھےٚ یہِ اکھ مأنۍ مٕژ کتھاہ زِ ییلہٕ فنکار پنٕنۍن کردارن ذأتی اعتقادن ہٕندی ایجنٹ بناوِ، ادب چھُ بنان پروپگینڈا تہٕ پروپگینڈا چھُ عام پأٹھۍ کینہہ کالا گژِھتھ پانے مران ۔

اتھ مُقابلہٕ چھُ مُعترضن ہُند یہِ شِکوٕ غلط زِ ٹیگورٕ سٕندی اکثر کردار چھِ محض ہندوستأنۍ، یِہٕندی ہم جنس بییٚن مُلکن اندر چھی نہٕ ۔ یہِ اِلزام چھُ یمو وجہو

موجوٗب غلط......

اول تہٕ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ فنکار پننہِ ماحولہِ نِشہِ سراسر الگ روٗزِتھ۔ دوم چھُ دُنیہک پرٛتھ ادبی شاہکار زِندگی ہُند عکاس تہٕ زندگی اندر چھنہٕ پرٛتھ کانٛہہ کردار آفاقی تہٕ ابدی رنگہٕ رٔنگتھ آسان۔ سوم چھُ فنکار وجوٗدٕ کس کُنہِ پرتوٗس پننہِ انٛدٕ واش کڈان تہٕ خاص خاص حالن اندرٕ ےیوت محوٗ گرٛھتھ اکھ پایدار کردار پاۍدٕ کران۔ ورنہٕ عام پاٹھۍ چھُ سُہ یہِ وُنن یژھان زِ ''یہِ کردار وُچھون۔ یتہِ چھُ توہہِ اِنسانو اَنٛدرٕ اکھ فرد۔ اُمس کرِو توٚہۍ ہندوستانٛی سادھ سُند حال باونہٕ خاطرٕ دادا ٹھوکر، سردار بال، یا بیٛپہِ کانٛہہ ناوٲمی سُند نیک کار یا بدکار اگرٲ کس مُلکس اندر نوٚن گوٚو، اتھ ننہِ رس اندر چھہِ سٲری اِنسان ہوی شریک۔'' یہِ اَسۍ تن زمیٛنہ کانٛہہ چنٛڈال کوٗر یا اِنسانی جامہٕ لاگتھ آسمانٕک کانٛہہ دیوتا۔ اگر بیٚین مُلکن منٛز یمن کردارن یم ناو چھنہٕ مگر یہنٛدی ہم چنٛس آسن تہِ ضروٗر۔ ٹیگورنۍ ژٕ کردارن ہنٛدی ییٚ زٕ انٛد تہٕ یُس کانٛژھا یمن دون طبقن اندر آوتُسند کرتوٗت نوٚن کڈان کڈان نہٕ بیوٗٹھ سُہ نقادن مشورٕ پرٛژھنہِ تہٕ نہٕ اعتراض کرن والین ہنٛز ترٛ اے وُچھنہِ۔

☆☆☆☆

# MAQALAAT

by

Prof. Mohi-ud-Din Hajini

Compiled by

**Ab.Ahad Hajini**

Assistance by

**Ibn-i-Mohi-ud-Din**

Published by

**Ahsan Memorial Foundation**

Sonawari Hajin

Designed by: Jameel Ansari

# MAQALAAT

by

Prof. Mohi-ud-Din Hajini

Compiled by
**Ab.Ahad Hajini**

Assistance by
**Ibn-i-Mohi-ud-Din**

Published by
**Ahsan Memorial Foundation**
Sonawari Hajin

Designed by: Jameel Ansari